# شیرازۂ

وُری ۲۲ • ۱۹۸۵ء • شمارہ : ٦

# عجائبات نمبر

(دوّم ایڈیشن)

نگران و مدیرِ اعلیٰ

محمد یوسف ٹینگ

ایڈیٹر

چمن لال چمن

اسسٹنٹ ایڈیٹر

بشیر اختر

جموں اینڈ کشمیر اکیڈمی آف آرٹ کلچر اینڈ لینگویجز سرینگر

انچارج پبلی کیشنز ـــــــ ظفرؔ مظفر

معاون پبلی کیشنز ـــــــ محمدؔ امین

کتابت۔ ـــــــ شمسُ الدین طاہرؔ، محمد شفیع

پریس:۔ ـــــــ میٹکاف پرنٹرز۔ دہلی

گولڈن ایڈیشن۔ ـــــــ ۱۹۸۵ء

دوئیم ایڈیشن۔ ـــــــ ۲۰۰۴ء

تعداد۔ ـــــــ ۵۰۰

مول۔ ـــــــ

کتاب میلنک پتاہ

کتاب گھر

مولانا آزاد روڈ سرینگر

# فہرست


| | | |
|---|---|---|
| گوڈ کتھ | محمد یوسف ٹینگ | ۵ |
| پنجر کاری | بشیر اختر | ۱۰ |
| شالبافی | پروفیسر عبدالاحد | ۱۶ |
| کانگر | موتی لال ساقی | ۲۵ |
| بوٗنۍ | مظفر احمد خان | ۳۵ |
| ژیشتہٕ کٕج | محمد یوسف ٹینگ | ۴۵ |
| واژوان | نشاط انصاری | ۵۱ |
| ہانگل | جی ایم آزاد | ۵۹ |
| لوٚیہ مُرزٕ | موتی لال ساقی | ۶۶ |
| چالکدٕوزی تہٕ ٹوپہٕ کأم | محمد شعبان نور پوری | ۷۶ |
| فٲئین بٲنی | بشر بشیر | ۹۲ |
| پیپر ماشی | سلطان الحق شہیدی | ۱۰۶ |
| وٮ۪تھ | موہن لال آش | ۱۲۶ |
| سوامی امرناتھ | شام لال سادھو | ۱۳۷ |
| ہاوس بوٹ | معراج الدین | ۱۵۹ |
| مارتنڈ | موتی لال ساقی | ۱۶۹ |
| ریشم صنعت | مرزا عارف بیگ | ۱۸۴ |



ہ بالا دٕر زیارت حضرت بل
یتھ اَندر کنہِ موئے مقدس چھُ

# گوڈِ کتھ

کلہن چھُ کشیرِ ہنٛز مدح کران لیکھان :-

" یہِ مُلک اوس ہرِ یہِ سندی ماٗژ کشپن پاد کوٚرمُت ۔ اَوکِنۍ چھُ یتہٕ

شہ رینہٕ کاٚرِس منٛزتہٕ زیادٕ وولان تیٖتھ نہٕ اَکھ کاہہ تکلیف واتہٕ ۔ علم ۔ تھزِ مندورٕ

کونگ ۔ شِینہٕ وولی تہٕ دٔچھ ، غرض یر یہنٛد کاہہ تہِ چیز چھُ یتہٕ سولبہ سولبہ یینیچ

سورگس منٛز تہٕ وہٕ رٛژھے چھینے ۔ "

اَمہِ پتہٕ دوہ پہ ہتہٕ وُہرِ زیادٕ کوٚر حضرتِ میر سیّد علی ہمدانیٖن رحؒ یَتھ

" باغِ سُلیمان " ناو یمیٚک سیٚوٚد ساد معنے عجائباتن ہنٛز زمین چھے ۔ سامی رِوایژن

ہنٛد سُلیمان تہٕ ایرانی اسطورُک جمشید چھہ لگ بگ ہشے رِواژن ہِندی نِشان

دِیان حخا منشی شہنشاہن ہنٛد شہر تختِ جمشید " چھُ اَمہِ خاطرٕ مشہور زِ اَتہٕ اوس ہواہس

منٛز وُڈٕن وول تختِ جمشید وُسان ۔ کشیرِ منٛز تہٕ چھُ سرینگرُک تختِ سلیمان تاوُک کوہ

اَمی اسطورٕ نٕح لادِن تھاوان ۔

ایرانُک مشہور شاعر قدسی مشہدی یُس کانٛسہِ میٚنٛزِ منٛزے شروٗب چھُ کشیرِ ہنٛدٕ

بجرُک ذکر کران یتھ حدس تام گژھان ۔ رعؔ

نباشد شرم بطلی اگر عثماں گیر حجاز آید بہ طوفِ کوہِ کشمیر

شاعرانہ پیرایہ ہوکھ ترأوِتھ چھہ یہ پَذر پزرلوُن زِ کشیر چھے اکہ خاص کراماژ سرزمین۔ قدرژن چھہ یتھ پٮ۪ٹھ شٮ۪ہُس اَتھہ ڈولمُت مگر کاشرِ ہُندی کمالات تہ چھنہ کم۔ تِمہ ہیکہ بڈٕ دعویٰ سان قدرژن وٕنِتھ ع

سفال آفریدی، ایاغ آفریدم

کشیر چھے واریاہن کلچرن ہُنز گُذرگاہ تہ واریاہن تہذیبن ہُند مالیُن روزمُت۔ یٮ۪تہ چھہ قدرژن تہ انسانن یاہ وانی زلیتھ عجایبانن ہُند اکھ تِمہ دُکان سپُدمُت۔ یُس ساریٕ سے دُنیاہس منز امتیازی حثیت چھہ تھاوان۔ شاید چھہ یوٚہے وجہ زِ ساریٕ پرانین تواریخی کتابن منز چھہ اکھ مستقل باب "عجایبات کشیر" نظر گژھان۔ تِمہ اٮ۪سن ہمرزِ حیدر یا ملک حیدر، محمد اعظم دیدمری یا حسن کھویہامی، تِم چھہ یمن عجایباتن ہُنز خاص طورٕ ذکر کران مگر ذراسہِ نظر ہے دِچھو۔ ساٚنی کار کسب ہوُنر تہ ایجادات تہ چھنہ کم عجایبات کینہہ۔ توٚے چھہ کشیر منز کینہہ توٚہ در نظر گژھان یم تہ ساریٕ سے دُنیاہس منز وٕنہٕ بِن کانگر اَسنن چھنہ کُس کنکس سیتی نسبتی تعلق تھاوان (میاٚنی کنی چھنہ ساتی صابُن یہ وٕنُن صحی زِ یہ لفظ چھہ تبتی زبانی ہُند۔ یوٚتانی سے تیر چھے یہ چھہ منگول زبانی منز آمُت تہ چنگیز خانی تاتار اٮ۪سی صحراے گوبی منز کنگ زالان۔ تتھ اَندی اَندی نزان) مگر اکھ چھہ تِمہ روٚپ کاشرِ پود دِیتمُت یُس اکھ یتھ تکنیکی دورس منز تہ دُنیاہک ساریٕ وے کھوتہ سرُوک، متحرک PORTABLE مفید تہ کار آمد FUNCTIONAL وشنیر دان (Heater) بناوان چھہ۔ توٚے چھہ یہ دِوٕ نٕ زمن جاین تہ مقبول گژھان۔ یوٚت یوٚت کاشر واتان چھہ یہ چھہ کاشرِ ہُنز INGENUITY ہُنز شاہکار۔ یتھے کنی چھہ یہ وٕنُن سراسر مبالغہ زِ وانہِ وان

آوسرِ تۆ بۆت ایران یا مَنٛز مہٕ ایشیا مَنٛز۔ کینٛژن ضیافژن ہنٛدِ نادٕ بہٕ سیتی گژھِ ہنہٕ
یہِ بُرُم لگُن زِ یِم چھہِ ایرآنی۔ پنٛز چھُہ گوشتابُک تہٕ میتھِ مازُک چھُتہٕ ایرانس پیٚٹھ تہٕ نہٕ
چھُ اَتھ مغلآیی کھیٚنس سیتی واٹھ۔ کیٚنہہ سنٛز آسن مغلن کشیر مَنٛز درآمد سپدِ یہ مِتی مگر
موجوٗدٕ صوٗرتس مَنٛز چھُ وازٕوان خالِص کاشُر انسٹیٹیوٗشن۔ یتھٕ دنیاہس مَنٛز کانٛہہ
جوٗرٕ چھُہ تہٕ یُس فرانس کِس cuisine نس سیتی مان ہیٚکہِ کٔرِتھ۔ یِتھے کٔنٛی ییتون
کاشُر صوفیانہٕ گیوٗن۔ ییلہِ کیٚنہہ وری برونٛہہ فرہنگی ایرانٕکی مہمان کلچرل اکادمی ہنٛز اکس
تقریبہِ مَنٛز آیہٕ تہٕ اَتہٕ بوٗزُکھ صوٗفیانہٕ موسیقی۔ تم زٕن تہٕ بیٚنہِ اَسمانہٕ تہٕ تِموٗ وون حالتہٕ
سان۔ "یہٕ آسہٕ ایرانٕ مَنٛز کہِ حال راوُ رمٕت چھُہ تہٕ چھُہ کشیر مَنٛز زِنٛدٕ رُوٗد تھ۔ یُتھی کنٛی چھِ
کشیر ایرآنی کلچرُک سُہ میوزیِم یتھ دارٕ وٕن دِریُخ ضروٗرت چھِے۔"

یِتھے کٔنٛی ییتون زانہٕ کدلُک دُمٹھ یتھ مَنٛز بڈشاہ صابنِی ماج چھےٚ دفن
تھٕ چھِہ اَسی بس سرسری نظرٕ وُچھان۔ مگر ایران تہٕ مغل تہذیبکی باکمال تہٕ مستند
نوکتہٕ دان مرحوم سیّد عابد علی چھہِ لیکھان زِ امکہِ گنبدک طرز چھُہ تمہِ سٹایلُک
گوڈٕنیکُ تجربہٕ یُس بیٚییہِ شیٚرِتھ سنبالتھ تاج محل چہ شکلہِ منز صورت پذیر سپُد (بحوالہ
ماہنامہ کتاب لاہور۔ کشیر نمبر)

اَسہٕ ییٚلہِ پنٛنِس اَندی پکھس نظرٕ دِژ اَسہٕ یاسیوو زِ اَزی کِس ناپرسان دورس
مَنٛز تہٕ چھےٚ کشیر عجائیبات تہٕ ہنٛدٕ منزل کیٚنہہ عجائبیات چھہِ لوسمتی تہٕ کیٚنہہ چھہِ لوسنس تیار
تہٕ کینٛژن متعلق چھےٚ غلط فہمی موجوٗد۔ کٲشرِک دامن کشیر ہنٛدٕ ن عجائیبات ہنٛدِ
ذکرٕ سیتی بٔرنہٕ خاطرٕ یاسیوو اَسہٕ مناسب زِ اَتھ ساری سے عجائیبا خالس گرزھِ کوم
کرنہٕ ینی تہٕ یہ گرزھ تحریری صوٗرتس مَنٛز محفوظ کرنہٕ یین۔ کٲشرِس کلچرس سرمایس

گیٚوٚو آسی تھے۔ اِنشاءاللہ یہ کرِ سارۍ ہے ہندوستانی ادبس مالا مال۔ یِنیمہ نمبرٕکین کینٛژن مضموٗنن منٛز چھےٚ گوڈ نچہ لٹہِ کینٛژن واریاہن اہم موضوعن پیٹھ اوٚرِیجنل رِسارٕچ کٔرِتھ نوٚ کیٚتھہ باوُنہٕ آمٕژ تہٕ یہ کرِ یمن موضوعن مُتعلق اَکھ نوٚ زانکٲری پادٕ کینٛژن موضوعن چھُہ گوڈ نچہ لٹہِ دل دِنہٕ آمُت۔ مِثلن ژینٛنہٕ کٕنہ ہُنٛد عجیب وغریب وجوٗد تہٕ اَمیک پُراسرار سفر۔ کانٛگرِ ہُنٛد آغاز تہٕ اِرتقا پینجر کٲری منٛز کٔشیر ہُنٛد دیت کاشُر لوٗیہ مُرتٕزٕ وغارٕ۔ باقہٕ مضموٗن مِثلن وازوان، شالبافی، بوٗنۍ تہٕ ویتھ تہٕ چھ رِوایتی نظرِ سٕتۍ لُوکہ سۆر کٔرِتھ نوٚۍ معلومات گاشِراوان۔ میٚنۍ چھُہ باسان زِ یِنیمہ نمبرُک اکثر مضموٗن ہرگاہ ہیٚ انگریزی تہٕ بیٚلہ زبانن منٛز ترجمہٕ سپدن تم تکُن ڈھم تہٕ کٔشیر مُتعلق گرِنٛزھ اَکھ نوٚۍ AWARE NESS پادٕ۔ میانہٕ تحریکہ پیٹھ کوٚر معراج الدین صاحبن سرینگرٕ کین ہاوس بوٹن سٕروے۔ ہرگاہ یِمن ہتدین ناون کتھ گۆژھ دِمو، یوٗرپی، عربی، چینی، ایرانی تہٕ روٗسی اثرات چھہ وُچھان۔ میانہٕ خیالہٕ آسن ہُہ یِتھۍ رنٛگین تہٕ EXOTIC ناوٕ دُنیاہس منٛز بیٚیہ کُنہ جایہ اَکِس شکمس پیٹھ سمان۔ یہ چھُہ سانہٕ تہذیبکِ انجذابی طاقتُک مظاہر کران۔

یہ چھُہ پوٚز زِ یتھ نمبرس منٛز ہیٚکہ ہیٚ بیٚیہ واریاہ کینٛہہ ویٚپراوُنہٕ یتھ۔ سانٛی ایڈیٹر چمن لال چمن صاحبن ژوٚٹ واریاہ زوٗ۔ واریاہن قلم کارن لیوکھن تہٕ یِمن رٕوُد گرٲین پیٹھ وگرایہ کران مگر یہ زن سون عام دستوٗر چھُہ، واریاہو دستو دیت کُنہ ڈول مگر تہٕ کٔرِتھ یہ جمع سپدِتھ چھُہ قابلِ لحاظ۔ یہ نمبر چھُہ کاشِرِ صحیفہ نِگٲری منٛز ماندٕ مُرٕژ دٕ تہٕ الگ ترٲوِتھ اَکھ تازٕ کار رِوایت تہٕ اَکھ نوٚ داوِ رنٛگ شروع کران۔ سون ادب چھُہ اکثر اوٚک ہوٚنگی شعر افسانہٕ یا کانٛہہ ایسے نتہٕ ڈراما۔ پنُن وطن بر کھاوُن تہٕ اَمکہ وُن چھُہ

ڈِنہٕ اُسہِ کمےٚ پہن ٹارِکھسان ۔ اُسہِ چھِہ خوش گژھان زِ یور پیٚ لیکھن والی گژھن اُسہِ پننہٕ وہرٕلیٚنہ شیٖچھ خبر وٕ نزٕ بہ چھِہ سانہٕ ذہنی حد بندی تہٕ سانہٕ دلچسپی ہنٛدٕ ژھوچر وک تہٕ ثبوٗت ۔ پننہٕ روایت قائم تھوٚ کھ چھِہ سون اَز یک شمارٕ رکھہٕ نبر قدم تژ اوان ۔ وٕ مید چھےٚ زِ یہٕ تجربہٕ کھسہٕ سانین پرٕن والین ٹارٕ ۔ اَمہٕ سیتی گژھہِ نہ صرف کاشرِ لٹریچر کیس ہلمس اکہٕ نوٕ گوٗ ندٕ نیک ہرہ بلکہ یہ دِیہٕ شوقس توٚو ُوتنس تہٕ کاشرِ قلمکار گنٛڈن پننہٕ زبانی ہنٛدٕ دامانہٕ اور بجنل تحقیقی تحریر وستی برنہٕ خاطرٕ ہوٗل ۔ بہ چھس رسالہٕ کین ایڈیٹران مبارک دِوان تم ہکن یہ نمبر گنٛڈِتھ لاف دِوانٕ دِوان میر انیسٕن یہ شعر پٔرِتھ ؎

لگا رہا ہوں مضامین نو کے پھر انبار
خبر کرو میرے خرمن کے خوشہ چینوں کو

سرینگر

۲ر فروری ۱۹۸۶ء

**محمد یوسف ٹینگ**

(مُدیرِ اعلیٰ)

بشیر اختر

# پٕنجرٕ کٲرۍ

کٲشرِ زبٲنۍ ہُنٛد اکھ مقبوٗل عام شعر چھُ ؎

زٲلۍ پٕنجرٕ وٕٹنٛزۍ نظر ترٛاو
بٲلۍ اَسہِ مے تنٛبہ لاو

یہِ شعر اوسُس یہِ پٔننہِ لوکچارِ وٕہ تھوٗن بہوٗن پرٕ بتھ سأتہٕ تہٕ پرٕ بتھ کوچہِ گلس پیٹھ
گنٛگہٕ راوان ۔ زٲلۍ پٕنجرٕ وٕٹنٛزۍ ترٛٲونۍ ماشوقہٕ سِنٛزن نظرَن ہنٛدۍ تیرٕ ژٲلتھ تنٛبہٕ لسٛن گیا
گوٚ ۔ تہٕ نہٕ اوسُم تجربہٕ تہٕ نہٕ احساس ۔ صرف اوس مے یتے یادِ زِ سأنہِ مکانہٕ کِس نہٕ تیمِس
پورِس اوس زیوٗٹھ ڈالانہٕ یتھ ژٕہ وایاٚرۍ زٲلۍ پٕنجرٕ دارِ دارِ آسہٕ تہٕ تموٚے وٕٹنٛزۍ
آسہٕ صبحس اکھتاہ کھسہٕ وٗن گاشہِ زٕژٕ تتھہٕ کٕنی پرٕ یڈان یتھہٕ کٕنی یان ژادٕرن لگاتار پاٹھ
آب دٕہ شان چھُ آسان ۔ پٕنجرٕ وٕٹنٛزۍ پریڈہٕ وتاپہٕ ٹیکی آسٕ ژٕنس تہٕ چھِنس پتھرِس پیٹھ کم کم
نقش بناوان تہٕ بدلاوان ۔ تکوٚن ، مو ربہٕ ، خطاے ژٕواژٕ اُلٹی دار تار کھہی تہٕ اُتی
عاٛن تہٕ غاٛن رٕہ یہِ سِنٛزٕ نرٕ ڈی مالہٕ ۔ صبحہ پیٹھٕ دِگر تام آسٕ یمِن تاپہٕ ٹیکین ہنٛز شتھ
ڈزٕ عمن بدلان یۆت تام اَکھتاب ڈلنگ وَق وانہٕ ہے ۔

اَز چھِنہٕ یم زٲلۍ پٕنجرٕ نہٕ نم ڈالانہٕ ۔ زمانہٕ بدلنس سیتی سیتی بدلیوٗ فنِ تعمیرُک
معیار ۔ یتھ جایہٕ یتھ کالِہ بنٛگلہٕ دار ٹادر آسٕ کھاران تتہِ چھ اَز سٹار بام پیش ۔ دروازٕ

کہن چھ کاٹھَن بیئتہٕ نقش دار کرٕ آسہٕ لاگان تہٕ چھ وونی ورنڈادار برانڈ تہٕ طاقن کیو دوسہٕ دیوارَن بیئتہٕ پیٹھ کالہٕ گوٚلکہٕ دار گرٕی ہنو سیتھ ڈاٹھ تہٕ پوشہٕ تھرکڈان آسی چھ وونی زمونٕ رے ڈیسمبر متھنک رِواج۔

اسلام ووت کشیرِ اندر ژوداہیمہ صدی ہندین ابتدآیی ایامن منز۔ یہ مذہب اوس کشیرِ تام واتنہٕ برونٹھے یورپ افریقہ تہٕ وسطہ ایشیاکین دوٗر دراز علاقن تام پھٔہلیومُت تہٕ مذہبی انقلابہٕ علاوٕ اوس مسلمانو یمن تمام ملکن ہندِس فنِ تعمیرس پیٹھ زبردست اثر ترٛوومُت۔ چنانچہ اوس ایران، ترکی، منگولیا تہٕ مراکش ہوین دوٗر دراز ملکن ہندِس فنِ تعمیرس منز عربی خطاطی نقاشی تہٕ گُلکاری ہند سیٹھاہ زیادٕ چلیے جاو۔ اسلامی فنِ تعمیرس آس باقے قومن ہندِس فنِ تعمیرس مقابلہٕ بڈ بار فرق یہٕ زِ مسلمان آسی بُت گری تہٕ بُت تراشی ہندی زبردست مخالف۔ اکھ مقابلہٕ آسی یونانی تہٕ بازنطینی براکٹن زیٚہہ بچن تہٕ مردارَن بیسترِ ہنز جایہ مختلف جاندارَن ہندی آکار بناوان۔ ناگہ یوٚہ کھرِن تل آسی رتم یٔر پاٹھی آس ڈیہر کھ سیٹھہ کلہٕ بناوان تہٕ تمی منزی آبہ جویہ کڈان۔ یتھے کٔنی چھے ہندوستانی فنِ تعمیرچ بُڈ خصوٗصیت دیوی دیوتاہن ہنز مورتی یمہ اَزتہٕ اجنتا، ایلورا۔ کونارک تہٕ سانچی ہوین ستوپن تہٕ وِہارن اندر نظرِ گژھان چھے۔

مسلمانو پتھر آوی مَبت تہٕ فنِ تعمیرس اندر جمالیاتی ذوق کوٚرکھ خطاطی تہٕ میناکاری سیتی پوٗر۔ یہ فن وَرتوو تموٚ کنین پیٹھ تہٕ ترٛچی مہارژ سان یتھ کٔنی کاغذس پیٹھ ورتوو کھ۔ باقے قومو مقابلہٕ دِژ تمو یمن اعتقادن اساطیرن تہٕ تہذیبی قدرن ABSTRACT شکل۔ تمو وَرتوو ابہام تہٕ فطرتکی مناظر بنٲوِتھ اظہارک



زٲلۍ پَنٛجرٕ — ڈالانٕ دارِ ہُنٛد اکھ نموٗنہٕ

وسیلہٕ۔ زوٗن، اکھتاہ ... ۔ بیتر بناوِکھ بینٛژ MOTIF
تہٕ بیمے چیز مختلف شکلو ... ر و سیتی بیٚیشہِ کرتھ وٕژِکھ بیٚنہٕ نین جذباتن
زہو۔

مذہب دار آسنس سیتی سیتی آسی عرب زبردس حساب دان تہٕ۔ تموٚ بناو
جیومیٹری بینٛنہٕ اظہارُک سارِوے کھوتہٕ بوٚڈ وسیلہٕ تہٕ دائیرن، تکوٗنن، مُربن، اشٹ
کوٗنن تہٕ پکیرن ہنٛدِ ذریعہ کھاٗجِکھ فنِ تعمیرس تہٕ خطاطی ہوٚن نوٗرُک فنن
زبردس تھُر۔

یہ چھِ تہٕ ہیٚہ خبرے زِ مذہبِ اسلام چھُ پردٕ داری ہنٛد زبردس قاییل۔ گرن
تہٕ سالہٕ سین بیترِ اندر اوس بدون زنان خانہٕ بناونُک رواج۔ مُلی کأنٛژ تہٕ تھنٛز ویسہٕ
سوٚدرٕ آسہٕ پردن تھایہٕ روٗزِتھ دربارچہٕ کاروائی ہنٛد ملاحظہ کران۔

شاید چھُ پردٕ داری ہنٛد یۍہے ضروٗرتھ سارِوے کھوتہٕ بوٚڈ وجہ ییمہِ دیوان
خانن اندر چلمن گنڈنُک تہٕ زالی پنجر کھارنُک رواج دیتُت۔ چنانچہ سیٚد پنجر کاری
ہنٛد آغاز کشیرِ اندر مسلمان کاری گرن ہٕنٛدِ یور واتنہٕ سیتی۔ تواریخی حوالہٕ نظرِ تل
تھوٚوِتھ چھِنے یہِ کتھ کانٛہہ زِ کشیرِ منٛز آیہِ زالہٕ ڈبہٕ سارِوے برٛونٛہہ پنجر دارِ بٕنٛٹھ
لاگنہٕ۔ زالہٕ ڈب چھُ ڈونی ییٚمک سارِوے کھوتہٕ پرٛون SKY SCRAPER۔
مِرزا حیدر دوغلات اسٕنٛدِ دَنہٕ کنہٕ آس یہِ باہ پور تھزٕ تہٕ برٛٹھ پورس آسِس
پنٛژ لکڑٕ یمن باقاعدٕ بٕنٛٹھ پاٹھو ڈالانہٕ دارڈبہٕ آسہٕ تہٕ دارن آسِکھ زالی پنجر گنڈِتھ۔ یہٕ
منٛدور آس سأرِسے لکرِ ہنٛز۔ ژک دورِ حکومتس اندر آیہِ یہ زالنہٕ تہٕ تموٚ جوٚب
روٗدنہٕ اَمیہ کِنہ تعمیرُک کانٛہہ تہٕ نِشانہٕ باقے۔ زین العابدین سٕنٛدِ وقتہٕ آیہ سیٚد محمد مدنی

ہمٲنۍ مسجد تعمیر کرنہٕ یتھ زٕ ہ واپاری لبن روغنی ٹاٹھ آسو لاگنہٕ آمتۍ۔ اَمہِ کین کینژن طاقن
اندر چھہ وۄنہٕ تہٕ کنہِ گرایہِ ہیٚندی کینہہ زالہِ پنجر موجود۔ یمہٕ یِتھہ باوان چھہ زِ پنجرکٲری
ہُند آغاز آسہِ ہے ییٚتہِ بڈشاہس برونٹھے سپدمت۔ اگرچہ تتھ منز تیژ نفاست
آسہٕ نہٕ آسان۔

زین العابدین اوس بندأہمہِ صدی ہِندِس ساٹھتِمس دہلس تام کٔشیرِ
ہُند بادشاہ۔ تمِس اۄسۍ ایران، ترکستان، روم تہٕ ہِندوستانکین مختلف بادشاہن
سۍتۍ ذٲتی تعلقات تہٕ یمنے تعلقاتن ہُند نتیجہ اوس زِ طرفاتن ہِندۍ ماہرِ علم تہٕ ماہرِ فن
آسۍ کٔشیرِ یوان تہٕ کاشرین کٲرۍ گرن اوس یمن ملکن ہُند دورٕ کرنُک موقعہ میسر
سپدان۔ چنانچہ چھہ اَمہِ دورٕچہ خطاطی مرصع کٲری تہٕ فنِ تعمیرِ کی وارِیاہ نموُنہٕ ازتہٕ اَسہِ نظرِ
تل۔ زالہِ پنجر اۄسۍ یمن دوہن یِژِ پاٹھۍ کٔنہِ کامہِ اندرے ییناونہٕ یوان تہٕ کٹاسن ہِندی
ڈسی اۄسۍ مختلف قسمہٕ چین سامن تہٕ سلن بیٚیہ پوشہٕ لنجہ بیتر کھارنہٕ یوان۔ اَما پوٚز ساری
ہے دورِ سلاطینیہ برونٹھہ اوس یہ فن وۄنہٕ کوتہٕ کھۄتہ کھشی یکان تہٕ پنجرکٲری اندر آسہ
تہٕ کاشرو پوٚ سو مہارت حاصل کرمژ یوسہٕ مسجد قرطبہ، مسجدِ استنبول یا دمشق چین زیارتا
گاہن اَمہِ برونٹھہ زِ ہتھ وٕری شولان اٲس۔ مغل دورِ حکومتس منز لوٚب اَمی فنن پوٚر
پاٹھۍ جہار۔ کنہِ کامہِ علاوٕ آیہِ پنجر کٲری ہیچہ کامہِ اندر سیٹھاہ خوبصورت ڈیزاینو
تہٕ جیومیٹری ہِندیو مختلف آکارو سۍتۍ ترتیب دِنہٕ۔ کنہِ کامہِ ہیٚنٛدِ پنجر کٲری ہُند سارِ دے
کھوتہٕ حسین نموُنہٕ چھہ سرینگر شہرس منز آباد ڈھگ بابہٕ صٲبُن آستان۔ اَمہِ زیارژ
ہِنزن دارین تہٕ طاقن چھہ سنگِ آہکس پیٹھ کھارنہٕ آمتۍ دَچھہِ رانٹھ ہِندۍ سیٹھاہ
خوبصورت زالہِ پنجر جوڑمتھ۔

کٔشیرِ اَندر چھُ للکرِ کامہِ منز ژالی پنجرٕ ن ہُند سارِوٕے کھوتہٕ حسین نموٗنہٕ ترال قصبس نزدیک ڈاڈسر گامس اَندر باباہٕ اکبر دین سُند روضہٕ۔ اکبر دین صاحبؒ اوس زٕے دِیدٕ ہُند باباہٕ صاحبٕ تہٕ زٕے دِید آسہِ توٚہہِ خبرٕ زِ سوٗ آس حضرتِ شیخ العالمؒ نورالدین ریشیؒ سٕنز نگرواجنی۔ اکبر دین صابُن آستان چھُ اشٹ کوٗن یعنی اٹھ کوٗنل کنس پیٹھ کھارنہٕ آمُت۔ یُس اکثر پأٹھی کشیرِ ہِندیٚن اکثر وِہارن تہٕ بودھ خانقاہن ہِنٛز بٕبتر اوس آسان۔ طرزِ تعمیر کِنہ چھُ یہِ آستان چینی تہٕ ایرأنی فنِ تعمیرُک ملہٕ وَن ہیٚش باسان۔ اَتھ چھُ پچوُدُ اطرزٕک تُرٕ ووُر بام یتھ روٗمی گاچہٕ خوبصورت برٛانگ چھِ کھارتھ اشٹ کوٗنی برٛانگس چھُ ژٕہ وابأری آدمی قدٕ پنجرٕ پیٚٹھ جوٚڑِتھ۔ یِمن اَندر ریٚڑِتھ اَکِہ پنجر پیٚٹھِک ڈیزاین دوٚیمہِ نِشہٕ بلکل الگ تہٕ یکسر مختلف چھُ۔ شاید چھُ بنادن وألی کأرٕ گرن ڈیزاینن ہنٛز یہِ تفاوتھ ژاینتھ مأنیتھ تھٔو آمٕژ۔ تاکہ تمام رأیج الوقت خوبصورت ڈیزاین روزن اٚکی سے جایہِ محفوظ۔ یِمن ڈیزاینن سیٚتی رلہٕ وُلی کینہہ آکار چھِ خانقاہ ترال تہٕ زیارت بٹہ مألی صاحبنِ تہٕ موجود۔

شُراہِمہِ صدی ہِندِس یوٗرپس منز اوس رِواج زِ تِم آسی مکانن تہٕ سرکأری دفترن بیٚتر دار بوٗتہٕ طاقو بدلہٕ مختلف قسمہٕ چہ شیشہٕ دارِ لاگان۔ دارِ بٕٹن آسی سبز سوٗہرُخ نیٖدٕری تہٕ گوٗلأبی شیشہٕ بٕٹی سیٚٹھے مہارٕ ژٕ سان لاگنہٕ یِوان۔ زِ کٔھس اَندر بہن والین نفرن اوس شیشہٕ بٕٹو منٛزی مختلف رنگن ہُند پریٚڈِ وُن گاشس نہٕ صرف خوشوٗن باسان بلکہ آسی یِم رنگ اُفتابچِ زٕژن ہِنٛدِ کِنی قدرتی میناکأری ہِنٛدی نموٗنہٕ ہاتہٕ مہیا کران۔ شاید چھُ دیوان خانن سیٚتی سیٚتی پنجر کٕٹی دار ڈالان آوٕے کِنہ "زوٗنہٕ ڈٮ۪ب" وننہٕ آمٕژ۔ یعنے تِم ڈالانہٕ یِمن ہندِ پوٚنجرو کِنی مختلف رنگن ہُند

گاش پرٛیڈِ اٚمہِ قسمچہ زۆنہٕ ڈٔہ آسہٕ پیٹھ کالہِ ساری سےٚ شہرس اندر مُروج۔ اَما پوٚز
وۄنی چھِ یمہٕ مکانن ہٕندی نموٗنہٕ مایسمہٕ تہٕ تاشوان کینہہ صرف تِمَن علاقن اندر نظرِ
گژھان۔ یتہِ دیان پیٹھ کالہِ حافظ گیوٗن آسی لاگان۔ صفاکدلس منز پینڈت بل کاک
درشنہ مکانہٕ اوس پنجرٕ کاری ہٕندس سٮ۪ٹھاہ خوبصورت نموٗنہٕ۔ اَما پوٚز زمانہٕ چہ تبدیلی
کِنی آیہِ اٚمہِ جین دارِن ہٕندی تمام پنجر والنہٕ۔ شاید چھُ یہِ سانہِ ذوقِ جمالک انتہا
یٮ۪تھے کِنی آیہِ مخدوٗم صاۡبنہِ پرٛانہِ استانہکی پنجرٕ پٮ۪ٹھٕ والنہٕ تہٕ تِموٚ بدَل دارِن شیشہ
پٮ۪ٹھٕ جوڑنہٕ۔

ہندوستانس اندر چھِ بُزرگن ہٕندِن مرقدن آندی آندی جنگلہٕ بندی کران یا
بادشہن ہٕنزِ اصلی قبرِ بدَل دٔیمہٕ پوٚرکس تعویذس رنگلے بیترِ کران۔ اَتھ مقابلہٕ آسی کشیرِ
اندر حضراتِ اولیاہن ہٕندِس ترُبت شریفس پیٹھ خوبصورت ڈِزاین دار پنجرٕ کاری کٔرِتھ
ژھر لاگان۔ یوسہٕ عام طور پوٚنی مہٕ طرفہٕ چورس تہٕ پیٹھٕ مہٕ طرفہٕ ڈلام آس آسان۔ ژھرس
پیٹھٕ کِنہٕ آس زربفت، کمخواب یا باقے موللہن کپرن ہٕنزِ کھمرٕ پوش یا غلاف تراونہٕ
یِوان۔ یٮ۪تھے اَکھ خوبصورت ژھر چھُ سرینگرس اندر راہ باب صاۡبنس استانس پیٹھ
جیومیٹری ڈِزاینن اندر انتخاب ستاہ تہٕ باقے بیتھی جیز بناوِتھ چھہ اَکھ خوبصورت
ژھر چھُ بابا نسیب صاۡبنس استانس تہٕ زٮ۪ارتِ شریف چہ زیادٕ ترٕ تہٕ۔

پنجرٕ کاری ہٕندی خوبصورت ڈزاین آسی پیٹھ کالہِ زانِہان بناوان
یمَن اندر مہر تہٕ آسی پھیروان۔ اَتہ زانہان آسی پنجرن اندر رنگ دار شیشہ بران۔
پنجرٕ کاری ورتاوس اَتہٕ نک فن چھُ وۄنی تعمیرس اندر تقریباً ختم گومت۔ اَمہِ فن چھُ یکنہٕ
کِنہ ہاوس بوٹن ہٕندِس تعمیرس اندر ورتاوس یِوان سہٕ تہٕ صرف جنگلہ بندی بیترِ۔

پروفیسر عبدالاحد

# کشیرِ منٛز شال بأفی

کشیر چھےٚ بیٛنیہٕ اَتھہٕ کامہِ وَجہہ دُنیاہَس منٛز مشہوٗر۔ بیٛنیہٕ اَتھہٕ کامہِ چھےٚ جایہِ جایہِ وأنتھ کأشرِ ن کأری گرن ہِندِس وِقارس پوٚچھر دِوان تہٕ کأشرِ ن لوٗکن ہُنٛز اقتصأدی زندگی خوشحال تہٕ مضبوط بناونَس منٛز اَتھہٕ روٚٹ کران یِمو اَتھہٕ کامو منٛز چھہِ کأشرِ شال سیٹھاہ تھٔکینٛی لایق۔

کأشرِ شالن ییٚس اَتھہٕ روٚٹ کشیرِ اقتصأدی طور پأٹھ برجاکرنَس منٛز تہٕ یِہنٛز شہرت دوٗر دوٗر تام واتناونَس منٛز کوٚرمُت چھہٕ تتھ بابتھ یوٚت ناز کروٚتیوٚت چھہٕ کم۔ بیٚتھ کالہِ آسی بے شمار کأشرِ شالبأفی سیٚتی آوِرِ روزان تہٕ تِم آسی اَمی سیٚتی پنٕنۍ ضروٗریات پوٗرٕ کران۔ جارج فورسٹر سٕندِ ونَنہٕ مطأبق آسہٕ اکِہ وقتہٕ شہرِ سرینگرس منٛز لگ بگ ساریٚنے زنانہٕ شالو بأبت پھمب کتنَس سیٚتی آوِرِ روزان۔

یِتھے کٔنۍ آسی یوٚرپکۍ لوٗکھ نیپولین (NEPOLEON) سٕندِس زمانَس تام یِنے (۱۷۹۶ء تام) کشیرِ تہٕ کأشرِ ن متعلق زیادٕ زانان۔ اَما یوٚر ییٚتھے کأشر شال نیپولین سٕنٛز آشنہٕ جوسفین (JOSEPHINE) ہنٛن اَتھن منٛز آو کشیرِ ہِندِ حُسنُک تہٕ کأری گری ہِندِ پرچہ ہیوٚتُن یوٚرپس منٛز ژھ والیو رسیدٕن۔ یِہے حال سپُد تِمہٕ وِزیلہ سلطان زین العابدین بڈشاہن یہ گوڈنکہ پھیرِ منٛز ایشیا سوٗز۔ تور واتتھ آو

یہ چیکہ چاوِ سان تہٕ کِس شاہی لباسس منز شامِل کرنہٕ۔

شالبافی کرا آیہٕ کشیرِ منز بارسس تہٕ یہ کتھ کیٚنژ پھانپھلے یہٕ۔ یِم چھہ تم اہم سوال یِہنٛد جواب مورخ چھینہٕ ہیکان ٹھیک پائٹھی دِتھ۔ اَز تام چھہ مورخ یی لیکھان رُودی مِتی زِ شالبافی ہُنٛد اصل وطن تہٕ آگُر اوس منز ایشیابیہٕ پییٹھہٕ یہٕ کشیرِ سُلطان زین العابدینٛ بڈشہن نیاو۔ مورخن ہُنٛدوُن چھُ زِ یِیلہِ تیمورَن شمالی ہندوستانچہ بیشتر سلطنتہٕ ینِنس قبضس منز آیہٕ۔ کشیرِ ہنٛدِس سُلطان سِکندرس پھٹ وسوا آسی۔ سُہ بانیر یوو تہٕ تمی سوٗز پننِ نیچو شہزادہ شاہی خان بے شمار تحفہٕ ہیتھ تیمورِ سنٛدِس دربارس منز۔ مورخ چھہ لیکھان زِ یُھنے شاہی خان (بڈشاہ) سمرقند ووت تیتھے بر یوو سُہ تیمورَن جیل۔ خارِ جیلہِ منز چھیٹنہٕ پیتہٕ میوٗل تس بقولِ مورخین، سمرقندہٕ منز ایشیاکین مختلف کارِیگرن ہنٛدِ ہُنرُن تہٕ قصبن بیتٕرِ سیتی بارِ زان کرنک موقعہٕ۔ مورخ چھہ ونان زِ شاہی خاندان سُپد سمرقندہٕ کرح شالبافی وُچھتھ تیوٗت مُتاثر زِ سُلطان بڈشاہ بننہٕ پتہٕ کوٗر تمی یہ فن کشیرِ منز واتناونک بوٗر سنٛز۔ کینٛہہ مورخ چھہ لیکھان زِ شالبافی آیہٕ کشیرِ منز میرزا حیدر سنٛدِ دَورِ بارٕسس۔ کینٛہہ چھہ پتہٕ ونان زِ اَمہِ فنک بانی اوس شاہِ ہمدانؒ صاحب۔ یِمن سارِنٕے کتھن ییٚلہِ سام ہیوان چھہ یِمن منز چھینہٕ تارٕیخیت (Historicity) لبنہٕ یوان تہٕ یِم چھے فرضی کتھہٕ باسان۔

سایِنسی بُنیادن پیٹھ تحقیقن چھے یہ کتھ دوٚلی بوٚز یوٚرِ دِہ شرِ ہناوِمژ زِ شاہی خان (بڈشاہ) اوس نہٕ سمرقند سوٗننہٕ آمُت نہٕ میوٗل تس ذاتی طور منز ایشیاہکین فنن سیتی پارِ زان کرنک موقعہٕ۔

دوٚیِم کتھ چھے زِ ہرگاہ شالبافی ہُنٛد شرن سلطان زین العابدین بڈشہن کوٚرمُت آسہے تیٚلہِ اوسہٕ ممکن زِ یہ فن کیا آسہے بتھ ہنٛدی ہسے دورِ

حکومتس منز بہا ئچھ لیوٗمت تہٕ کٔشیر بیرونی تجارتک (EXPORT TRADE) اکھ
اہم جُز بنوومت۔ زین العابدینن کرٕ تقریبن پنٛچاہن وٕریین حکومت۔ یہٕ وقت
چھُ اکھ نوفنہٕ کہ پوٗرٕ پوٗرٕ بہا ئچھلِنہٕ تہٕ کاڈکڈنہٕ بابت سیٹھاہ کم۔ خاص کرتھ زمانس منز
ییلہٕ ٹیکسٹایل انجینرنگ تہٕ ٹیکنالوجی وونہٕ یارسس آس نہٕ آمٕژ تہٕ ییلہٕ جاگیرداری نظامہٕ
سببہٕ کمیونکیشن COMMUNICATION، بیترِ ناقص تہٕ نایابدار اوس۔

سُلطان زین العابدین یا میرزا حیدر یا شاہ ہمدان صاحب کٔشیرِ منز شالبافی ہِنٛد
موجد قرار دیُن چھُنہٕ تواریخی اعتبارٕ صحیح۔ یِہ کتھ چھےٚ دراصل فارسیس منز
لیکھن والیو وقایع نگارو پیچھ مُرٕ۔ یِمن لیکھارین ہِنٛد اصل مقصد اوس سُلطان
زین العابدینس یا شاہ ہمدان صاٮ۪بس بڑٕ کھوتہٕ زیادٕ تعریف کرٕنی تہٕ یِمن میڈیول
(MEDIEVAL) کٔشیر تعمیر کرنک کریڈٹ (CREDIT) دیُن۔ شالبافی ہِنٛز ہُنر
اٰس کٔشیرِ منز بیتہٕ وتہٕ موجوٗد تہٕ آمی اٰس تمہٕ وقتہٕ پورٕ ترقی پراومٕژ ییلہٕ ہارو یُرک
تہذیب ییتہٕ بارسس آس۔ امہٕ کتھہِ ہِنٛد تصدیق چھُ نموٗٹالو (TILES) سیتی سپدان
یِم اَسہِ ہارٕوٕن ییٹھ دستیاب سپدیہِ متی چھِ۔ یِمن ٹایلن ییٹھ چھےٚ زنانن ہِنٛز تصویرٕ
موجوٗد۔ یِمن زنانن چھِ تِھژٕ آوٕلی لو (TRANSPARENT CLOTH)
لاگِتھ یموٗ منز ہٕنٛز تن تہٕ بدن بیترِ لوزنہٕ چھِ یوان۔ کیٚنہہ زنانہٕ چھےٚ شالکی سکارف
ڈلِتھ۔ ہارٕونی ٹالو سیتی چھےٚ یہٕ کتھ ٹاکارٕ یاٚتھی نٔتی ہیران زٕ کٔشیرِ منز اوس پتھ کالہٕ
پیٹھےٚ آوٕلی تہٕ زاوِلی (TRANSPARENT) کپرٕ وُننک رواج موجوٗد۔

آرکیولاجی (ARCHAEOLOGY) وراٚے چھُ اکھ سیتی لیکھنہٕ آمٕتی
تاریخی ماخذہٕ ساپہٕ اکھ دلیلہٕ پوچھر دوان۔ مشہور چینی سیاح ہیون سانگ

یُس کٔشیرِ سٔتِمِہ صدی عیسوی مَنز آیوو چھہ اَمِہ کتھِ ہُنز ذکر کران زِ کشیرِ منز اوس
اَتھ زمانَس منز زاوُلِہ (SOFT) یَیرٕک کپُر وونَنہٕ یوان سُہ چھُہ لیکھان۔

The Cloting Materials of the People of Kashmir Were Named as Kiao-She-ye (Kaushaya)and Muslin (Tieh)and Colico(P.u)Kausheye being Silk from a Wild Silk Worm Chra(Orchumo) Kohauma a Kind of Lenin; han(or Kan) Polo,a Texture of Fine Wood of Will Animal. This Wool being Soft and Fine was easily Spun and Woven in to a Prized Material for Clothing.

ہندو مذہبی کتابو مؤجوب اوس شال کشیرِ منز ایپک (EPIC AGE)
زمانَس منز وونَنہٕ یوان ہتہ یہ اوس تیوٗت مقبوٗل زِ یہ آو سیتا یہ (SITA) وردَنس منز دِنہٕ
پینہٕ چھُہ یوان وَننہٕ زِ کورَوَو (KURU) دِتی تقریبَن ۔۔۔۔ اشال پانڈَون PANDV-AS.

کشیرِ منٛزٕ موسمی تہٕ بیٚنٛکہِ آب کی بے نظیر اوصاف (CHEMICAL

COMPOSITION OF VALLEYS. MINERALLY RICH

WATER) اَسی پشمینہ شال وونٕنس موافق برنیر (BERNIER) یُس، اصدی

عیسوی منٛز اوٚر رنگ زیبس سیتی کشیر آو ووتُھ کاشُر آبُک تہٕ موسمُک بغور مطالعہ کرتھ یتھ

نتیجس پیٚٹھ زِ کاشر شال چھِ بے نظیر خوبصورتی چھیے محض ڈلہِ کہِ آبہٕ سبٕبہٕ یُس آب دٔنیہس

منٛز بییہ کُنہِ جایہِ موجوٗد چھنہٕ۔ یہ کتھ چھیے یاد تھاونس لایق زِ وارِیاہ ہیوٚر پی تو موکریہ

یتھی شال بناونٕچ کوشش۔ اَما پوٚز تم سپدی نہٕ اَتھ کوشِشہِ منٛز کامیاب تہٕ کیاز

تہندِس ملکس منٛز اوس نہٕ سُہ آب وہوا موجوٗد یُس کشیر منٛز چھُ۔

اَمہ علاوٕ اوس نہٕ پشمینہ یییر کشیرِ ورٲے بیٚیہ کُنہِ یوان سوزنہٕ۔ جان تھانٛکی

(CHANTHAN تہٕ رُوٗدکھکی (RODOKH) بٕٹھلی اَسی یہ ییٚر صرف کشیر سوزان

تہٕ اَسی اَتھ کتھِ منٛز یقین تھاوان زِ ہرگاہ تم پشمینہٕ ییٚر کشیرِ ورٲے بییہ کُنہ جایہ

سوزُن ممکن چھُ قدرت ماکرِہے تمن اَمہ ییٚر پشہ محروٗم۔

یِمو سارِو وجے کھوٚتلہ چھُ فکر تران زِ شالباف اَسی کشیر منٛز بیتھ کالہ پیٹھٕ

موجوٗد۔ بڈشاہ سِندِ زمانہٕ برٛونٛہہ اوس کاشر شال دِلہ ہِندِ ہن معتبر تہٕ مقدس حلقن

(CIRCLES) منٛز مقبول۔ خواجہ معین الدین چشتی یُس ہیٚوٗ تھوٚد بزرگ تہٕ اوس

یی وَلان۔ دراصل اوس شال بٕروٗنہہ پیٹھے بزرگن، درویشن، ساداتن تہٕ مذہبی

رہنماہن ہُندِ مقدس پوشاک یوان مانٕنہٕ یہ اَس بزرگی تہٕ درویشی ہِنٛز علامت

سمجھنہٕ یوان۔

مغل بادشاہ اکبرن ییلہ دینِ الٰہی جاری کوٚر تمی ہیٚنٛتی کاشر شال

ڈُلی ہتھے ہینہٕ پانٛی تہٕ بُزرگی ہندی دعویٰ کرٕنی۔ امہٕ کتھہِ ہنز باوتھ کران چھہ ابوالفضل
پکھان زٕ اکبر بادشاہن ہیٚنٛز شال بُزرگی تہٕ درویشی ہچاونہٕ باپتھ ڈلینی خاطر اکبر سند مخالف مورخ عبدالقادر
بدایونی چھہٕ امہٕ کتھہِ ہنز کاہہ ذکر کران۔ امایوٚ زٕ سہ چھہ لیکھان زِ شال آسی ہوٚ فی خصلتکی
درویش وُلان تہٕ یہ ولہٕ ستۍ اوس پیٚزی پانٛٹھی پرہیز گارٕ ہنٛد ثبوت میلان۔

...ییمہٕ بحثہٕ ستۍ چھہ ییتھ سوالس وُلتش میلان زِ ہرگاہ شالبافی برٕ وُنہہ ہیٚتھے کشیرِ
منز موجوٗد آس تیلہِ کیاز رُوزِ یہ دوٚیمن ہنزن نظرن لِنٛسہٕ چھپتھ تہٕ یہ کیاز درٛاو یہ
بڈشاہ ہنٛدِ وزی ٹاکارٕ پانٛٹھی نٔنہٕ نہٕ ہیبر۔ امہٕ سوالک جواب ژھانڈنہٕ باپتھ چھہ ضروری
زِ آسی ییمو ییتھ کالہٕ کس کشیر ہنٛدس اقتصادی نظامس سام۔

ییتھ کالہِ اوس کشیر ہنٛد اقتصادی نظام زراعتس پیٚٹھ ڈٔرتھ۔ کشیر آس
لوکٕ ٹێن موکٕ ٹێن گامن منز باگرِ تھ یم خود کفیل آسی۔ برٕ ییتھ گام اوس اکھ اقتصادی
یونٹ ییتھ منز گریسی مشترکہٕ پانٛٹھو زراعت اندوانناوان آسی۔ زراعتہٕ علاوٕ آسی
گریس ہمہ تمام کامہ کران۔ ییمہ گامی زندگی قایم تھاونہٕ تہٕ پوچھراونہٕ باپتھ ضروری
آسہ۔ ییمن کامین منز آسہ کولہٕ کھٔنٛنہٕ، سڑکہٕ بناونہٕ تہٕ کیپر ووتٕن بیتر تہٕ شامل۔

کشیر ہنٛدی امہٕ اقتصادی نظامن ییتھ منز کاشر سماج لوکٕ ٹێن موکٕ ٹێن خود
کفیل دہاتن پیٚٹھ ڈٔرتھ اوس تہٕ ییتھ منز گریسی زراعتس ستۍ ستۍ اتھہٕ کامہ بیتر
تہٕ آسی اندوانناوان دیتشا تہٕ کشیر منز کامہ ہنز سماجی تقسیمہ (SOCIAL
DIVISION OF LABOUR) ہنزن بُنیادن پیٚٹھ کامین تہٕ کارن ہیا پھلنہٕ
امہٕ سماجی تہٕ اقتصادی طورطریقک نتیجہ درٛاو یہ زِ دوٚیمن کامین ہندی پانٛٹھو روٗز
شالبافی تہٕ گریستن ہندی اکھن منز ہموٚ ہیٚچھہ اکہ منز کاہہ بہتری آتھ تکیاز

ہتم روٗدی زراعتس تہٕ دوٗیمین کامین ستی تہٕ آوری۔

خاٹہ ہاروٗن تہذیب یاسس ییٚنس ستی میوٗل شالیاٹنی پوٗر پوٗر کاڈ کڈنک موقہٕ۔ تہٕ کیازِ ووٚنی آسہٕ اَکھ کامہٕ زراعتہٕ لٔشہ ییٚون سپزرمٕژ۔ تہٕ ووٚنی آسہٕ ہیمہٕ کامہٕ ہیٚنڈ سماجی تقسیم SOCIAL DIVISION OF LABOUR جِن بُنیادن پیٹھ مارکیٹ (MARKET) بایت اُندوانتاوُنہٕ یوان۔ یہٕ اَمس ییٚزِ پاٹھۍ اَکھ بٔڈ تبدیلی یوٚسہٕ کاٹھس اقتصادی سماجی نظامس پوٗر پوٗر بدلاوِنس ہنر کارگرنا ہت سپزتہٕ بیٚیہٕ اَکھ کامین ہنٚدِ اوزارن تہٕ سامانن منٛز تہٕ سیٹھاہ بہتری یاٚدہ کرٕ۔

یہٕ نوٚو ماحول روٗد تقریبن ۸ ہمہٕ صدی عیسوی تام کاشرین شیٚران تہٕ پاٹھران تہٕ تمن رنگہٕ رنگہٕ اَکھ روٗٹ کران۔ اماپوٚز اَمی ہیچہٕ اَمہٕ زمانہٕ پتہٕ مزید ترقی پرٲوکھ۔ اَمیک سبب اوس یہٕ زِ ۸ ہمہٕ صدی عیسوی پتہٕ روٗدی نہٕ کشیرِ منٛز سیاسی معاملات اَکی سے ڈھنجہٕ پیٹھ۔ خانہٕ جنگی تہٕ افراتفری میوٗل سیاسی مرکزی سیٚیہٕ سیٹھ وُنتش ییٚمہٕ کینہٕ اَکھ زمانس ہنر باقیے کامین ہنٛدِ یہ کٔھوٗ شالیاٹنی تہٕ پوٚچھر لوٚب نہٕ بلکہ ووٚتس سیٹھا ددارٕ۔

حالات سپدی مزید خراب ییٚلہٕ ذولچو (Dulacha) منگولن کشیرِ پیٹھ حملہ کوٚر۔ اَمہٕ حملہ ستی سپد ساری سے کشیرِ پھٔنی پھاس۔ عام لوٗکن ستی سپدی کاٹری گرتہٕ مارٕ۔ بیٚس بچوٚلتس روٗد نہٕ شبدرٕ شام کینہٕ۔

۱۳۲۰ عیسوی پتہٕ بدلے یہٕ حالات ییٚلہٕ یورا سلام ودنت سماجی تہٕ اقتصادی بہتری اٚتہٕ یا پتھ کرناوی حکمرانو معقول انتظام۔ اَکھ کامین آددبارٕ

پوچھر دِنہٕ - شالبافی آیہٕ از سرِ نو منظم کرنہٕ ۔ زین العابدین بڈشاہن تلی کینژھہٕ تتھی قدم ییمہٕ کنی یہ موومت فن دُبارٕ زندٕ سپد - تمی کر کاریگرن ہنٛز حوصلہٕ افزائی۔ شالہٕ لوم (Loom) تہٕ دوٚیم اوزار بہترٕ بناونہٕ کٕری تمی پوٚرٕ پورٕ کٔشش۔

مغل بادشاہو دیت شالبافی مزید پوچھر - کاشرِ شال دوٚر دراز جاین تام واتناونہٕ خاطرٕ کٔر تمو مارکیٹنگ (Marketing) جدید طریقن پیٹھ منظم۔

افغان دورس منز میوٚل شالبافی بییہ پوچھر - اَتھ زمانس منز واتٕ یہ یوٚرپ تہٕ اَتھی زمانس منز آیہٕ عمل کاری یارٕ کٔس۔

سِکھ حکمرانوٚ تہٕ ہاوے یہ شالبافی ہُنرس دِلس منز دلچسپی - اما پوٚز تم سپدی نہٕ لوٚمن ہُنٛد تعداد بڑاونس منز کامیاب - تہٕ کیازِ انگریزو آس برونٛہے پشمینہٕ ییرس (pashm) پیٹھ اکہِ قسمُک مانوپولی (Monopoly) قائم کرمُت - تم آسی گلاب سنگھ نہٕ تہٕ زوراور سنگھنہٕ مددٕ سیتی پشمینہٕ ییر لداخہٕ پیٹھ نوٗر پور، شملہ تہٕ پنجاب بیترٕ واتناونس منز کامیاب سپدیمتی - انگلستانکی تہٕ فرانسکی تاجر آسی ووٚنی سپدٕ سیوٚد لداخہٕ پیٹھ پشمینہٕ ییر اناوان - امہٕ سیتی دوت شالبافی بارٕ دٕ دارٕ۔

ڈوگرن ہنٛدِ وقتہٕ گییہ شالبافی بییہ ہنا پھٔت - امہٕ وِزِ ناوس کاشرِ شالہٕ بدلہٕ یوٚرپس منز مشینہٕ سیتی تیار کرنہٕ آمٕت شال زیادٕ مقبول - مشینہٕ ہُنٛد شال اوس سستہ تہٕ یوٚرپکیو لوکو ہیوٚتِ تمے کاشرِ پوشالو بدلہٕ ولینی۔

۱۸۷۶ عیسوی دیتلہِ فرانس تہٕ جرمنس جنگ سپدُس بتہٕ سپد کشیر منز شالبافی ہنٛد خاتمہٕ تہٕ شالبافوٚ تہٕ کمفڈٕ وادِ تراوی شال ووٚنی تہٕ کیازِ شالن اوس نہٕ ووٚنی یوٚرپس خریدار روٗدمت۔ ہندُستانی راجہ تہٕ مہاراجہ تہٕ آسی نہٕ ووٚنی کاشرِ شال ہینہٕ خاطرٕ تیار۔

موتی لال ساقیؔ

# کانٛگر

کشیرِ تہٕ کانٛگرٕ چھہٕ اَکھ اَکِس سٕنٛز پٔہچان۔ یوٚت کانٛگرٕ وٲتۍ نوٚت وٲتۍ کشیر تہٕ
یمیٚہی کانٛگرٕ چھِہ تس بیٚیہِ کشیرِ ژھٕتس۔ وٕنٛدٕ آسی تن یارٕ بٕنہٕ کول، سونٛتہٕ آسی تن یارٕ برٕد۔ پرٕبتھ
کأشرِس گرس منٛز چھےٚ کانٛگرٕ موجوٗد آسان۔ یتھ پأٹھۍ کانٛگرٕ آتی تتھان تہٕ آتی ترٲن چھےٚ تتھے
پأٹھۍ چھِنہٕ کأشرٕ بن تہٕ تتہٕ لٔنس تیٚر لٔنس تار لگان۔ اَکِہ تیٚرِ تہٕ ماگ، اَکہِ فاقہٕ تہٕ دٕراگ
اوَے تہٕ چھےٚ کانٛگرٕ کأشرِس مِزازس تیٚتھ راس آمٕژ زٕ ہارٕ بِہ تاوٕ منزٕ تہٕ چھُس نہٕ کانٛہہ لار کران۔
دٕہراتھ تیٚزٕ تن تہٕ کانٛگرہ بن چھُہ یوٚتش کھسان۔ سونتہٕ یٔرہ بن مَنتہٕ گرٛشۍ بن کیٚشرِس کالس ژھٕہن
کأشرِ چھِہ کانٛگرِ نالہٕ موٚت کٔرِتھ بِہان۔ سونہٕ سُنٛد فرش تے ترأوِتھ آسہ بیٚنیاز کانٛگرٕ میٚلنہٕ
تتھ بیٚٹھ جاے۔ کأشرِ پوتہٕ چھِنہٕ کانٛگرِ کینٛہہ کم لول یوٚر مرتا۔

پأرِ لگیے میٔ آنی کانٛگرِ یے لولو

ژٕژارِ وأمٕژ ژھکھ روٕ بہٕ کانٛگرِ یے لولو

اسلام آباد بٕنز جأنی کانٛگرِ یے لولو

پأرِ لگیے میٔ آنی کانٛگرِ یے لولو

تہٕ بییس لکہٕ باگس منز چھُ کانگرِ ہُنٛد وٕرتی یکُ سفر وکھناونہٕ آمُت۔

وہیکھ اوے رہیکھ کتی کانگری

زیٹھ اوے برہٹھ کیکھ کانگری

ہار اوے لار ئچی کانگری

نشراون اوے باوُن سوزُسے کانگری

بادر آیہ دادر بیٹی کانگری

اُشد اوے قاصد سوزُسے کانگری

کارتک اوے نارتک لوٗدمے کانگری

موجُہور اوے کونجہ لیجے کانگری

پوہ اوے تےتوہ لوٗدمے کانگری

پھاگُن اوے زاگُن تروٗلے کانگری

ژتھر اوے ہتھر پشیپے کانگری

کاشرِ ہن کیٛا اسہِ سارِنے چھِنے کانگرِ ترتھ ٹاٹھ، بیٚتر مجنونس لال اُس۔ بیٚنے آسہِ یوٗہ ہنٛز ہترہٕ تہٕ زیچھ راتُژ لمہ کتاہ کرٛار و مگر وشُندس منز لڑآے کرتہٕ ہنز چھِ گھرُے۔ پرٛیتھ شرارتہٕ ہوت شخص چھُ مخالفس وَنان "چلاو یہ کانگر تہٕ پھسر وسنے ......" تہٕ باضے بیٚیہِ اوٚرِ یور کانگر جلان چھِنے اَکِس بٔتھس چھِ کٔرتہٕ بٔتھی کرتہٕ ھان، وونی اوس ہلے مگر گرٕوآہتھ چھُ اِنسان آچھ گرتہٕ ھان تہٕ کیٛاز بنیہِ منز دوٗیمس دِتہٕ یا پیتھ کانگر کڈتہٕ یا پیتھ چھِنہ کاہ تیار کرتہٕ ھان۔ اَوے تہٕ ووٚن وارِیاہو یوٗرپی لوٗکو زِ کاشرِ ہن چھِنے کانگرِ رز سیتی گنڈتھ تالی آسان۔

کأشرِ یوت دوت توت وأژ کانگرِ تہٕ۔ یوت زِ راجستھانہٕ تِ چھےٚ شیٖتہٕ کالس منز کانگراور پوریگری بچہ کران نظرِ گژھان۔ یہ چھُ سُے راجستھان یتیتہٕ ریتہٕ کالہٕ گرٕ شُمہٕ سیتی تلہٕ تل پیدی تہٕ بیٖچھ تال چھےٚ دزان۔

کانگراس کنُوہی مِہ شدی منزِ ے امرتسرِ تہٕ لوہور تام واژمتہٕ۔ اَز کہَتہ کتھ وأرِ وی گرس منز چھےٚ دوہ گژاران تِہنہ شُمار کرنَس سوٗمبٕ کس چھےٚ فرصتھ۔ کانگر چھےٚ کشیٖرِ نیبرٕ تہٕ اندری پکھی علاقن منز وونہٕ یوان مگر کأشر کانگرِ ہشند زأوی جارٕ تہٕ سائنس کأنلی سُند اَکھ تژ ؤترہٕ رکتہٕ اَتھ اندی پکھی علاقن ہشندی کارِ گر۔ بییہ یم قسم وار کانگرِ بیٖتہٕ وونہٕ چھےٚ یوان تِہمن ہُنز ترأکھتے چھےٚ بدل۔ روہ تہٕ کانگر، بشڈ پوری کانگر اسلام آبأدک کانگر، زأرِ کانگر بیتر۔ یِمن کانگرِ قسمن چھِ ناوٕ کٕنہ مگر انہار چھکھ الگ الگ، یارٕ او چھکھ وکھر تہٕ یارٕ اوِ حسابے معمول تہٕ۔ یارٕ آوِ تھ زأرِ کانگر زنتہٕ نوٗ تہٕ بھر فراق تیرٕ ہش مہریتی۔ اَتھ تہٕ شوٗبدار، ڈول دار تہٕ وأنجہ منز تھونٕلی لایق۔ پوٗز تیٖر یہٕن نارٕ چھکھ ہیٚ منز پییٖس کانہ کوٗ ریٖس اَکس کیتھ۔ یژھ کانگر چھےٚ بینہٕ کھوتہٕ زیاد سجاوٹس لگان۔ یعنی کأہن ہُنزِ زاوِ ج کانگرِ چھےٚ تارِ کرٕ ژھس بیٖٹھ دوٚہی دوہ ہس غولام۔ زأنہ کیری کانگر تہٕ چھےٚ پایدأری موجوب گژھ تر ہیٚنی لایق۔ یہ وہتراوِ تُلہٕ ہارتہٕ۔ ہرگاہ ژھراوون دوہن ؤرہی یارو زِ نوکر۔

کانگرِ ہُنز پایدأری ہُند دار و مدار چھُ کأہن تہٕ وونس پیٹھ۔ یژھ کانہٕ اسن تژھے آسہٕ کانگر تہٕ مگر کوپے گژھ ہس دوٚر آسن۔ زأوِی جن کأہن ہُنز کانگرِ چھُ وُشنیر تژ ؤر آسان۔ گژھ کأہن ہُنز کانگر تہٕ چھُ وُشنیر جانے مگر اَتھ چھےٚ واٗنس بوٗزِ تھے۔ واٗنس بوٗزِ تھے اوکنہٕ زِ گژھ کانہٕ چھےٚ وٗلی وٗلی تژوستان

تہٕ ڈٕسی پیوان۔ یائٕنس کانٛہہ ہٕنٛز کانگرٕ گیہ مکھ مگر یائٕنس کانہٕ پھٔٹے ہنا موچہ پٔتہٕ اوٗگرٕ تھٕ گرٕ آسان۔ یہٕمہٕ کنہٕ یائٕنس کانٛہہ ہٕنٛز کانگر یائٕراوُنس مشکل چھُ پیوان۔ یوٗتہٕ زاوی جَن کانہہ ہٕنٛز کانگرٕ ہرگاہ یائٕنس کانہہ ہنہٕ کوپ آسہ، تِتھ پھٔٹے جان وائنس۔ کُلم کانہٕ، کِہری کانہٕ (وِرکانہٕ) یوٗتہٕ زِبھتر یس کانہٕ تہٕ چھ کانگرٕ وونس لاگان مگر یِمن کانہہ ہٕنٛز کانگرٕ پھٔٹے کانگرٕ یوٗ کھوتہٕ اَستر آسان۔ اَستر یِچ کِتھ ڈٕرٛتھ تہٕ بوزی توٗ اَستر کیا گوٗ۔ اَستر چھہٕ ویٛتھن یوچھن کانہہ ہٕنٛز زِکہٕ روٗس کانگر تہٕ ونان۔ دوٗیم یہٕ زاوِج کانگر یا ڈوٗرِ دار کانگرٕ وونہٕ برٛونہہ چھُ کانٛہہ کوٗ نٛڈلہٕ پیٛٹھ اوٗگرٕ یوٗ تھوٗ گرٕ یوٗ کانہہ سیتھ ییٛرن کران۔ یِتھ پیٛٹھ یتہٕ زاوِج کانہٕ چھُ وونان۔ اَتھ اوٗگرٕ تھوٗ گرٕ ییرہٕ تہٕ چھ کانہٕ کِتھ اَستر ونان۔ اَتھ اَسترس پیٛٹھ پھٔٹے اَکھ کانگرٕ ڈوٗر پیوان کھارنہٕ تہٕ نقش پیوان کرنہٕ۔

کانگرٕ وونس چھ بٔنٛد آتی زٕ چیز لگان۔ کوٗنٛڈل تہٕ کانٛی زٕراٛر۔ کانگرٕ پھٔٹے کوٗنٛڈل ڈب گٔنٛڈِتھ کتریوٗ کھاسی ییٛالہٕ ہیٛتھ آسان تہٕ کوٗنٛڈلہٕ ہٕنٛز ڈبہٕ سیٛدِ پھٔٹے کانہٕ کرٕ سن تہٕ ڈوٗر پیوان وونہٕ یا زالی بوان زٔٹہٕ۔ یوٗتہٕ تیٛتھ تہٕ چھُ اکھ کانگرٕ قسم یتھ کوٗنٛڈلہٕ ڈب آسان چھنہٕ۔ اَیِم کوٗنٛڈل پھٔٹے یوٗ کچہٕ ڈٕلِچ چالہٕ یتھ ڈوٗر کھارنس گنجایش چھنہٕ۔ کانگرٕ ہٕنٛدِس کھوٗ پرس یا کرٕسٕ[1] (دیُس کانہہ ہٕنٛدِ وُنہٕ چھُ آسان) تہٕ چھ الگ الگ حِصہٕ ژوٗک، ڈب تہٕ کوپ۔ عام کانگرن چھُ ژوٗک گاسہٕ آرٕ چالہٕ دوٗنہہ آسان۔ مگر زاوِج یا زالی دار یا اَمہٕ کانگرٕ چھہٕ ژوٗک تھوٗ دہٕ تہٕ زالی دار آسان۔ زامہٕ گِیری کانگرن ہٕنٛد ژوٗک تہٕ چھُ ویٛٹھو زالی زٕ ہیٛتھ آسان مگر یہٕ چھُ ژراٛر کانگرٕ ہٕنٛدِ زِکہٕ کھوتہٕ کھوٗل آسان۔

---

[1] کانگرٕ ہٕنٛدِس کرٕس چھہٕ کھور تہٕ ونان [2] اَچھ چھیٛنہٕ کِنہٕ کانگرٕ کھور (م)



ژٲرِ کانگرِہٕنٛدی مختلِف ڈزاین



اَسہِ توٗگ ہَچہِ مَنٛز گُلزار کھارُن ـــ ڈوٗنی ہَچہِ کاؔم

زاوی جن کانگرِ ہن ہٕنز ڈب وونُنس چھےٚ الگ الگ رنگی ہٕنز کانہٕ لاگنہٕ یوان۔
رعہٕ کانگرِ تہٕ زالہٕ دارِ کانگرِ وَراے یمہٕ زاوی جوٚ کانہو کانگرِ وونان چھ تِمن چھ
ڈبہٕ پلیٹھ حاشیہ جالہٕ ڈوٚر آسان ودٕنہ۔ کانپس چھ زٕچھیہٕ۔ دَرِ تہٕ پھٕری۔ دَرِ چھےٚ
کانگرِ ہندِس چائنٹس دوہ یوطرٕ نوٚ تہٕ کانگرادٕرِ یور پکناوٕن وزِ چھ دَرِ نے ہتھ کران۔
پُھرِ گیہٕ تمہٕ ہن کھنڈ موٚ چھ کانہ یمہٕ. کانگرِ ہنز ڈبہٕ منز بَنٛدِ ین کرہٕ۔ یمَن کانگرِ ہن پھٹہٕ
کوپ آسہٕ تِمن ہٕنٛدی پھٕری چھ صرف کوٚ نٛڈلہٕ ہٕنز لاُ تام والنہٕ یوان۔ مگر یمَن کانگرِ ہن
کوپ دوٚر آسہٕ تِمَن ہٕندی پُھری چھ ژکِس سیتی بنٛد آسان۔ یمَن کانگرِ ہن ژوٚدٕ ہہ
پیٹھ ژنجی تامتھ پھٕری آسن تمہٕ کانگرِ چھےٚ مضبوط آسان۔ ژالنہٕ گنڈِ نہٕ خاطرٕ چھ
کانہ کوٚر پوٚہ ہرِ ہن منزٕ پھساوِتھ آسان تہٕ پُھری چھ دَر ہن پٹنو مہٕ اندٕ ولِتھ آسان۔
یُتھ کانپس تھپ روزن گرٕ تھ۔ رنگہٕ کانگرِ وننہٕ خاطرٕ چھےٚ کانہ الگ الگ رنگنہٕ یوان
تہٕ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ چھُ ترٕ بن ژوٚن رنگن ہٕنزٕن کانہن ہٕند استعمال سپدان۔ کانہن
رنگ دِنٕچ کام چھ کانلو پانے کران۔
کانگرِ وونُنس منز چھےٚ کانلِس اٮ۪نٛڈ، اٮ۪ر تہٕ زٕلن بکار لگان۔ اٮ۪نٛجہٕ سیتی چھُ
شہ کانہ تہٕ کڈان۔ یمَن پٹھ راوان تہٕ گران تہٕ۔ اٮ۪ر چھُس پھٕری تہٕ دَرِ بنٛد کرنس لگان
تہٕ زٕلن چھُس کانہٕ زٕلہٕ نس لگان۔ دوٚنی رٕوٚد خام مسالہٕ کانہ تہٕ کوٚ نٛڈلہٕ۔ کانہٕ چھ
جنگلن تہٕ کنٛجہٕ علاقن کُن۔ اتہٕ چھ لنہٕ کانہٕ پائش تہٕ کرٕتھ کانہن ہٕنٛدی زنٛڈ آسان۔
رٕوٚدی باقے کانہٕ قسم تم چھ پاتھلس منز تہٕ دستیاب۔ دوٚنی روزٕ کوٚ نڈلہٕ تمن ہٕنٛد پاپھ
چھ کانیشل کرالس آویز۔ کیشہٕ کاسب کرال چھ کوپ ہیتھ سارے کانگرِ ربہٕ ہٕنز تھران
تہٕ پیان۔ یتھ کانگرِ ہن چھٕنہٕ پیٹھ کانہن ہٕنٛد وولت کرنٕچ ضرورت۔ مگر اکثر

چھِنہٕ پتھٕر کانٛگرِ تیٖنس لگان۔ خلاے آسہِ کانٛہہ یُس کتھٕرٕ دکانٛگرتپہِ تہٕ کیٛاز پرٛتھ
کانٛگرتٕبتھ نہٕ چھیٚس زنگہِ نہٕ یدٕ محفوظ تہٕ نہٕ پلوٗ پوشاکھ۔

کانٛگرکتہِ آیہِ نہٕ اَسہِ کرٕ رٹ نالہٕ مَتہٕ۔ اَتھ مُتعلق یِس یہِ ہرِ کھوٚت تِمۍ ژٕھن
تہٕ ژٕنہٕتھ۔ وَنن والیو وَن یتہِ زِ اکبر بادشاہس سٟتۍ یِم اطالوی یور آے تِموے آٟنۍ
کانٛگر یور تہٕ بادشاہن ژھنی یہِ کاشرِ ہن پُتسرِ تھ یُتھ تِمن آلتٕر نال ولہِ۔ اَپُو کرٕ
اَتھو کتھِ پرٛتھ تہٕ دیت ہس ووز وجہ چھُ صاف زِ اَسہِ چھُ پرٕ یتھ دوٚ پرٕ چیز اصل
پاسان۔ اَدہٕ سہٕ مَتہٕ لوٗی تن کھنڈ ہارنہٕ۔

اَسہِ چھِ بٔرزن لقمان پاسان۔ تِمن زن آسہٕ کتھ تہٕ سدان۔ حالانکہِ اٹلی ہٕندس
نارِ بانس نہٕ چھُ شکلہِ کینٛہ تہٕ نہٕ نٲوکینہٕ کانٛگرِ سٟتۍ کانٛہہ ہشر۔ اٹلی ہٕندٕ نارِ بانہٕ چھُ شکلہِ
کینٛہ یوٚہے ژٕکہِ روٚس ٹھانہٕ دار ٹوٗر ہیوٗ اورٕ یورِ پکناونہٕ باپتھ اٹلی ہٕندٕ نارِ بانہٕ چھُ
گوٗل کھوٚل کرِتھ یوٚہے ژٕکو دار بالٹین ہیوٗ یتھ ژالن ہش تہٕ گنڈِتھ آبس آسان۔
تتہٕ چھِ اَتھ روٚمن دورِ پیٛٹھے ترلاونان۔ یُتھ کانٛگرِ ناوس سٟتۍ ہشر آسنس کانٛہہ
گنڈٕ گنڈٕ چھِنہٕ۔

یوٚت کرِتھ تہٕ اوس نہٕ اَسہِ کانٛگرِ اٹلی ہٕندٕ دیت مانُنس کانٛہہ اعتراض۔ یوٚز
سوال چھُ زِ کانٛگرِ چھِنے سیٹھاہ بڑو شٹھ بیٛٹھ کشیرِ منز مروٗج۔ منکہ پینڈتن چھُ سٟری
کنٹھ چرِلتس منز یوٗ کھمت:

"یُتھے تتہٕ دنٛدِ چھُ وانان۔ کانٛگر (ہسن زِکا) چھِنے تتھ پاٹھو وٕہان یتھ
پاٹھو اَچھن ہنٛز تنگ تار ژھٹان آسہِ۔ یوٚہے وطیر پانہٕ لوٗو کامہِ دیون شولیہِ آنہٕ
باپتھ (ییٚمہِ شوٚن کامہِ دیوتز ییٚمہِ اَچھ ہٕندِ پرٕ ژٕنڈٕ زوٗل)" تہٕ کلھن چھُ لیکھان:

" اِنسانہٕ ہٕنز کوٚشِش چھےٚ کانگرِ منٛزٕ تیمبرٕ بن سیتۍ زٕلان ۔ یِمہٕ کِنہٕ سایہٕ بۄز مۄر کرِتھ پھیٚے نژاوان ۔ ییلہٕ زَن کانگر زٕھیتہٕ چھےٚ گاٚمژ باسان ۔ کِنہٕ سایہٕ چھےٚ قسمتہٕ ہٕنہ کاڑوٕ تہٕ گرٕتھان یۄدوٚے پھوکھ دِیادی گٔژی چھہ آسان کھٔتۍ ہتۍ ۔ "

سینٹ پیٹرس برگ ڈِکشنری موجوٗب چھُ " ہسن تِکا " لفظ کلہنن تہٕ تَمہٕ سایہٕ ورتوومُت ییلہٕ تٔمۍ وِکرمادتیہ سٕنٛدِس شۄ نگن کُنٛڈس مُتلق لیوٗکھمُت چھُ زِ یہٕ اوس وُہہ ہِنہٕ کانگرِ ہِنٛدۍ پاٹھۍ برٕٚنہہ دِوان ۔ کلہنن چھُ بییَس اَکِس جایہِ تہِ تِیٚتھےٚ ذِکر کوٚرمُت ییٚمٕیُک سےٚ کٕھ ڈٔے حوالہٕ دیٚتٕ ۔ سنسکرت والیو کُس تاوکوٚر کانگرِ مےٚ چھُنہٕ تتھ ہتۍ غرض مگر " ہسن تِکا " لَفظَس بَنہٕ نہٕ کانگر یاوَنۍ یتھٕ پاٹھۍ زِ کانگر لفظُک آگُر چھُنہٕ ہسن تِکا ۔ کانگرِ ہٕنٛد ذکر کرِان چھُ آر ۔ ایس ۔ پنڈت لیکھان :۔ " کَکش اَگنی " لفظَس چھُ کرٕتھکس نار تہٕ معنے ۔ یِہٕےٚ کَکش اگنی چھےٚ کانٛسر کانگر ییتھ نار برٕتھ تھاو (کاشُرِ) وٕنٛدس منٛز ہتۍ چھِ تھاوان ۔ اَتھ ہیٚنکہِ ڈَنکا نار تہٕ معنے بٔنِتھ تہٕ الاوٕ تہٕ جلاوتہٕ ۔ رگھو ونشس منٛز چھُ یہٕ لفظ الاوٕ تہٕ جلاوکِس معنیس منٛز ورتاونہٕ آمُت مگر کَکش اگنی کانگرِ لفظ آگُر آسُن تہٕ چھُنہٕ وَبَرُن لایق ۔ کانگر کٔشیرِ اٰلی ہٕنٛد دیٚتٕ آسُن چھُ ہِنٛتن نولزتہٕ انکارٕ تہٕ سر والٹر لارنٔس تہٕ بیٚیمۍ تہِ یہٕ دعوا کوٚرمُت چھُ توارٔیخی حوالہٕ نظرِ تل تھاوِتھ چھُنہٕ تِمٕ ہُنٛد دعوا ہٕہٕ ہٹِ وُسن یا ہتۍ لایق ۔

کانگرِ ہِنٛدِس آگُرس وۄن دِلنَس کُنۍ چھُ ہِن ٹن نولزن تہٕ ڈیان دیٚتمُت تہٕ سُہ چھُ لیکھان " کانگر " لفظُک آگُر سۄزکھر کرِنس مُتعلق چھہ تِہٕ اندازٕ ۔

۱ ۔ " یہٕ تِہ کانگر چھُ دوٚن لفظن " کانہٕ " تہٕ گُرٕ " (بناون وول) ہُنٛد مُرکب ۔ کانہِ گرس چھُ معنے کانگرِ دوٚن وول یا کانیٚچُل تہٕ اَمیُک معنے ہیٚنکہٕ وُنِتھ کانہٕ تہٕ اَسِتھ ۔ کٔشیرِ

منٛز چھُ چیٖز بناوَن وٲلۍ ہٕندِس ناوس پیٹھ بناوَن وٲلۍ سٕندٕ ناوٕ تہٕ پیوان۔ کانٛہہ چھِنہٕ وۄنۍ ہنٛد کانٛہہ تہٕ کوٚنڈلہِ ہُریمانہٕ بینیہ کیٚنٛہہ۔ کانہٕ گر لفظُک ژھوٚٹ ہیٚکہِ کانٛہہ ٲسِتھ۔ یِتھ پاٹھۍ ژنگہٕ گرِٕس ژنگرٕ تہٕ بٔشگہٕ گرِٕس بنٛگرٕ چھُ گوٚمُت۔"

پوٚز سوال چھُ وۄ تھان زِ کانہٕ گر لفظ چھا کُنہِ وَقتہٕ کاشرِس منٛز مروٗج اوسمُت۔ یِمیُک جواب صرف انکار چھُ۔ تہٕ کیازِ یِتھ لفظ تھٔر بٔرنٕ آسہٕ کانٛہہ ضروٗرتھ۔ تہٕ کیازِ اَمہِ مقصدٕ خاطرٕ چھُ گوڈٕے "کانٛژُل" لفظ کاشرِس منٛز موجوٗد۔ دوٚیم یہِ زِ لیُس قاعدٕ نولزن لفظن ژھوٚٹرٕ بنٲنس متعلق کھۄر چھُ کوٚرمُت تتھ چھا زنٛگہٕ کیٚنہٕ۔ سٕنگر، ترٕنگر، ہنگر، النگر بیترِ لفظ چھِنہٕ اَمہِ قاعدٕ موجوب کُنہِ قسمہٕ نشاندہی کران۔

(ب) دوٚیمُ تہٕ شاید بہتر تجویز چھُ یہِ زِ لفظ چھُ سیدِ سیوٚد سنسکرٕ تہٕ پیٹھٕ آمُت گوڈٕ لگہِ کُنہِ "ک"، چھُ لوکٕٹ یا خراب گژھنُک بینہٕ معنیٚدوان تہٕ انگارا، یِتھ وٕ ہہٕ وۄنہٕ ژٕ تہٕ یا چھراژہٕ معنٕے چھُ یِیٚلہِ زَن " انکاری"۔ لفظس اورٕ یور یِمہٕ وَتہٕ بینہٕ وول نارٕ بانہٕ معنٕے چھُ۔ لِہازا ک + انگارا یا انگاری معنٕے اگوٚ زامتٕ ژٕ تہٕ یا لوکُٹ نارٕ بانہٕ۔ اَتھ ہیٚکہِ سہل پاٹھۍ کانٛگر یا کانٛگری تہٕ آواز یِنٕ رٕتھ۔

ڈاکٹر نولزٕ سٕندہِ اندازٕ بروٗتہٕ کُنہِ آسہٕ باوجوٗد چھُ میون خیال زِ کانٛگر چھِنہٕ کنگ لفظُک لوکُٹ روٗپ یا تصغیر۔ کاشرِ چھِ کنگ تتھ کترِ دِس ژوٚک گرِتھ تھٔبہٕ دار نارٕ بانس وَنان یِیمِچ شکل آیہٕ سان تال ژٕ ٹُھنہٕ پٲرِ مہٕ آلہِ سِتہٕ کم کانٛہہ رُلان چھِنہٕ۔ کنگ چھُ کُنہِ کُنہِ تیٚپنس تہٕ دگان تہٕ اکثر چھِ اَتھ اندرٕ تیوٚ بٔگُل تھاوان۔ اَمی نارٕ بانکُ بیاکھ ناو چھُ منَن۔ اَمہِ ہُریمانہٕ چھِ کنگ الاوس تہٕ وَنان۔ اَمہِ قِسمکۍ نارٕ بانہٕ ٲسۍ برٛونٛہہ کالہِ یِتھہٕ سیٹھا مروٗج مگر لداخہٕ کِہین دوٗر دراز گامن تہٕ اَمہِ اپور علاقس منٛز چھِ کنگ

وُنہٕ تہٕ پٔژ ژرس۔

کنگ چھُ بذاتی تبتی زبانٕی ہُنٛد لفظ تہٕ وُشنیر باپتھ نارٕ بانہٕ علاوٕ چھِ تتہِ کنگ
تھٕ بُخارِ تہٕ وَنان یُس دون گُھٹین درمیان لبہِ منٛز چھےٚ آسان تہٕ دٕہ نیرن چھس ژکو
پانٕسہٕ کھرو نبپر جاے آسان رمکانس منٛز اکھ کنگ زالنہٕ سپتی چھ زِکھرٕ گرم گژھان۔ چینی
سرحدس بیٹھ آبادگامن منٛز چھےٚ رٔنہٕ کھٕس منٛز باگ بیٚٹ ڑآسان یتھ کنگ چھِ وَنان
یہ بیٚنڈ چھےٚ رَتنہٕ پاکوٚ بہٕ ہُریمانہٕ حمامٕچ کام تہٕ دِوان تہٕ گرِکی بانٛژ چھ وارِ وارِ بینٛچہِ پیٹھ
رٕہتھ یا اَتھ نکھہٕ رٔوزِتھ وُشنیر کران۔

کانگرِ ہُنٛد ابتدآیی رٔوپ کنگ مانُن چھُ عقلِ تہٕ اندازس سیٹھاہ نکھہٕ تہٕ مانُن
لایق۔ ابتدآیی دورس منٛز ما آسہِ ہے کانگرِ سانٛہِ کترٕ وٕہے آسان تہٕ باور کرُن نہٕ
چھُنہٕ مشکل۔ تکیازِ وُنہٕ تہٕ چھےٚ اَمہِ چالہٕ کانگر تھُرنہٕ یِوان۔ اوا کھ کتھ چھےٚ زِ کانگرِ کانہٕ
دولت کرُن تہٕ کوپ دیُن چھُ خالِص کاشرٕ بِن ہُنٛد کارٕ تہٕ یُیٚہے چھُ کنگک سۭ اظہار
یتھ آسی کانگر چھِ وَنان۔

## کتاب نامہٕ


1 Hultzsch.
A note on Kashmiri Port.
Able Brazirer (Indian Antiquarys feb 1885)

2. 1.Hunton Knowles.
The Kanger or Kanghari Indian Antiquarys
oct. 1885.

3. H.A. Stein.
Kalhana's Rajatarangihi.
4. R.S. Pandit.
Kalhana's Rajatarangihi.
5. Walter Lawrange.
The Valley of Kashmir.
6. William Careys.
Travel and Adventure in Tibit



مظفر احمد خان

# بوٗنۍ

بوٗنۍ چھِ شیٖہجار چھِہ کاشرِ نِش لازِم و ملزوٗم۔ کرنل ٹارنز (COL - TORRENS) چھُ لیکھان زِ "دِلہِ ہنٛدِ شہنشاہَن ہنٛدِ شان و شوکتُک یاد گارَن منٛز چھےٚ بوٗنۍ آدم اَتھو بنے مرٕ و مولہ لبو عمارژ و کھو تہٕ زیادٕ پوشہِ وٕنۍ"[1] یتھِ کلامہِ سیتۍ چھُ اَتھ گُمانس ڈکھ لگان زِ بوٗنۍ چھےٚ مغلو کشیٖرِ تام واتناوِمٕژ۔ اگر اتھ منٛز کانٛہہ پزر چھُ تیٚلہِ چھےٚ بوٗنۍ "ایرانِ صغیرس" منٛز وآتِتھ یَتِہ چی سیدِ مٕژ یِتھ پاٹھۍ نوش چھےٚ پنٕنۍ لاکن خانہٕ دارِنۍ بنان۔

اَما پوٚز مشتاق احمد یوٗسفی سٕنٛز رِوایت چھےٚ تیٚلہِ سرینگرٕچ تواریخی بُڈ مشیٖد نارٕ سُتۍ زٕ گیہٕ، عالمگیرَن دوٚپ زِ مشیٖد تہٕ بنہِ بیٚیہِ، بوٚ دوٚے اَمہِ کہٕ صحیح بونہِ دِز، تیٚلہِ ہیکن نہٕ اکھ ساس عالمگیر یکِہ وَرہ لبتھ تہٕ اکھ بُڈ بوٗنۍ باپتھ کرِتھ[2] تزکِ جہانگیری منٛز چھُ درج۔ "راولپور گامس منٛز یُس سرینگر شہرٕ پیٹھ ہندستان کُن وَتہ منٛز ڈاین کرُہن ہنٛدِس دوٗرِ رس پیٹھ واقع چھُ، چھےٚ اکھ بوٗنۍ یُس اَنٛدرٕ ڈٕزمٕژ چھےٚ

---

[1] "کشیٖرِ" جلد اول، مصنف ڈاکٹر غلام محی الدین صوفی پنجاب یونیورسٹی لاہور ۱۹۴۸ء

[2] "ذرگزشت" مصنف مشتاق احمد یوسفی چمن بک ڈپو دہلی ۱۹۷۶ء

پننژہ وُری برٛہ ہنہٕ بیٚیلہِ یہِ اوسُس پانہٕ گرُس پیٹھ سوار تہٕ بیٚیہٕ اَسہِ پانژٕنٛہ گرُی تہٕ نہٕ خواجہ سرا (لانژٕنٛہ) سیتی اَسی تہٕ یہ اَکھ منز ...... "اکبرنامن منز چھُ لیکھتھ زِ میانی ماُلی ژاَلی ژہ یہِ پترہہ ژٕلی اکھ منز تہٕ تِم رٕدی لرٕ لوٗر روٗدنہٕ"[1]

یہِ موتو اَرکی کہاوژہ سیتی چھےٚ یہِ کتھ نٔنی نیران زِ بوٗنی اَسی کشیر منز تیٚلہِ تہٕ پیٚلہِ مغلن ہندستانس کُن بھژ کرٕنے اوس۔

فارسی پاٹھۍ چھُ بوٗنہٕ وَنان "چنار" یا "چہ نار" یعنی "کیاہ نارا ـــــ!"
یہ ناو چھُ اَکھ پینہٕ پنڈ چہ برکٔنہ پتھومُت۔ بوٗنہٕ بن چھُ ہرُہ برٛوٗنٹہٕ وہ زلان تہٕ دوٗرِ چھُ باسان بوٗنہٕ بن نار لوٗگمُت۔

ہے چنار شعلہ پوش وشعلہ پرور وشعلہ بار
شو ہے صحنِ چمن میں "ایں چہ آتش ایں چہ نار"

(کمال الدین شیدا)

بوٗنہٕ ہندِ جسنچ بنیاد چھےٚ تزٕہن چیزن پیٹھ۔ اکھ اَمیُک بوٗڈ تہٕ تھوٗد کہ ڈ تہٕ تھنہ پیٹھ لنگن تہٕ لنجن ہندا اکھ چھپ ہاتن چھترن برابر کُنے۔ دوٚیم اَمیُک بن یُس سبز اَسِتھ یا خوشکِ کانی خوش یوُن چھُ باسان۔ اَمِچہ پانژٕنٛہ توٚنہٕ چھےٚ اَکھ چین پانژن اونگجن سیتی زلان تہٕ اکھ چھےٚ اَتھس سیتی تشبیہہ دِنہٕ آمژ ع

نگاریں آنچناں دستِ چنار است!
کہ گوئی دستِ پرورش بہار است

(ظفر خان احسن)

---

[1] "تزک جہانگیری" مصنف نورالدین جہانگیر رایل ایشیاٹک سوسایٹی۔

بونہٕ ہُند ترٛیم گوٚن چھُ اُمیٖک بیوٚن مزاز۔ اکھ چھینہٕ ہرد یہٕ واو زردی پھیران، بلکہ وۄشلُن۔ اَوے چھُ شاعِر ونان ؎

قسمت پہ اپنی مجھ کو گر اختیار ہوتا
میں گلشنِ جہاں میں نخلِ چنار ہوتا
پیری میں میری ہوتا اک رنگِ نوجوانی
فصلِ خزاں بھی میرا رشکِ بہار ہوتا

(خوشی محمد ناظر)

ہرد س منٛز چھُ بونہٕ پن ہرِتھ بیوان تہٕ باغن، مرغزارن، کھٮ۪تن تہٕ گاسچرایِن منٛز چھکرنہٕ یِوان۔ یُتھ وَے سبز پن چھُ پوٚٹ ہیوٗ نرم، ہوٚکھو وُتھرِ چھہ یاد آمی تہٕ بائرِ خانہٕ ہِوی ترٛوش۔ یم باد آمی اُتھ چھہ کرٛہیہنہٕ میٚتر بیٚنہٕ اکھ خوش یولِ چھٹھ ہش ترٛاوان مگر روزٕ ڈُن نہٕ کینٛہہ۔ باغوان تہٕ گرٛیسی کیچہ چھے لَرٕ ہلی ہیتھ برٛگہ برٛگہ ڈُولِ دِتھ باد آمی وُتھرن ہندی انبار وُٹھتھ انان۔ یوٚکنٹی کیوٗ برٛڈی چھہ یمن یِیٚ زٕو وٕتھرن ببیٹھ لرترٛاوِتھ تہٕ ڈٲلہٕ گینی دِتھ یمن انبارن الوٚد آمی نالہٕ مٔتی کران۔" کاوٕج چھہ دَہ دِنہٕ خاطرٕ پشاران آسان۔ ترٛکھ دِتھے چھتے رِیٖہہ یمن وُتھرن اَندی اَندی اکھ ووٗزُل جامہٕ بناوان تہٕ یم چھہ دَزن دَگہٕ ہُند صوتی اظہار لُٹہٕ سیتی کران۔ بچارن چھہ ووٗزُل جامہٕ کرٛزُل کران۔ سوختہٕ گرٛٲ ہتھ چھہ یم انسانس وندرس منٛزٕ ٹاٹھِس یارٕ سندی پاٹھو وَچھس سیتی روزان۔ بونہٕ ژٕنہٕ برٛتھ کانگرِ چھتے چلے کلانس منٛز اکھ بے مِثال نعمت۔!

اَوے چھہ بونہٕ اُتھن کاشرِس ذہنس بیٹھ اکھ سرٛوٚن اثر ترٛومت۔

کأشرۍ کارٕ گر، ہچہِ والو، رفگر، قالیباف، نقش گیر، سوزٕ، روشن گرٕ تہٕ کاغذ گرٕ چھِ پننین کارَن منٛز بوٚنہٕ وٕتھرس لول بَران۔ پانژٕہ توٚنہٕ ہیتھ چھُ یہِ شاید "پنٛج تَن" ہِشہِ علامتھ بَنِتھ تہٕ تِہندٮ۪ن جذباتن منٛز سٮ۪تھ گومُت۔ بوٚنہٕ ہیٚنٛڑ چھِ شہرس منٛز وارِہٕ ہَن جاین ہنٛدۍ ناو۔ بوٚنہٕ باغ، بٮ۪ڈٕ بوٚنۍ، نادِ دیوٗنۍ، نوفلہٕ بوٚنہٕ، ہفت چنار، چار چنار وغیرٕ۔ "بوٚنہِ گوڈ ہیوٗ" "بوٚنہِ ہُنٛد تارٕن" تہٕ بوٚنہٕ سُہ شیہجار" چھِ ہاوان کأشرٕ زبٲنۍ پیٹھ بوٚنہِ ہُنٛد اثر۔

کأشرٕ باغ چھُ بالادرِ پان ژادرِ تہٕ بوٚنہِ شیہجارٕ رٔس اڈلیوٚک روزان۔ یہ ٹُنٛژ چھِ شاید مُغلوٚ کأشرۍ ہیٚچھ نادی مٕتۍ۔ یتھ تہٕ چھےٚ یلہِ آدانٛ منٛز بوٚنہٕ زُوٚنہٕ آمٕژ تہٕ تِہنٛد گِنہِ یا تَنہِ چھُ بیوٚن بیوٚن کیفیژ مَنس منٛز پادٕ کران۔ اکھ شاعرٕ چھُ ووٚنمُت۔ ؎

تھوٚ وٲنٛسہ بوٚنہِ تَل

یتھ زمانہٕ گوٚو

کِلہٕ تھوٚد تِلتھ

کُنی ژٔنۍ

ماہ دانس منٛز وٚنہ دیتہٕ

وائے تمیٚک کُنہِ![1]

گنٛنین بوٚنہِ باغن منٛز چھُ نسیم باغ سَرِس۔ اکبر بادشاہن بنووگوڈنیک بوٚنہِ باغ

---

[1] فریدوٚن توٚ للی در "ماڈرن اسلامک لٹریچر فرام ۱۸۰۰ ٹو دی پریزنٹ"

[2] جیوگرافی آف جموں اینڈ کشمیر سٹیٹ۔

(آنند کول بامزی)

وَسوٗنہٕ افتابہٕ ڈل ئبٹس پیٹھ وَنِنہٕ چھُ یوان زِ ییلہٕ یہٕ شاہجہان سٕنٛدِ وقتہٕ اَنٛدووت اَتھ منٛز آسہٕ باہ[۲۰۰] شٕتھ بوٗنہٕ۔ "از بہشتِ عدن نسیم آمد" (۱۰۴۵ھ مطابق ۱۶۳۵ء) چھُس مادہٕ تاریخ۔ اَتھ باغس یُس وونی "نسیم" ناوٕ مشہور چھُ) نیرِ ہٕ شینہہ چارس منٛز جورَے۔ ٹینتس رِہنہٕ کائس منٛز چھُ اَمیُک شہُل تہٕ سرینہُل ہوا دَدی مٕتیٖن دِلَن ریٚخ ترٛاوان۔ ءٕ ییمس منٛز روزَن والین ہٕنٛدِ خاطرٕ باغِ بہشت! افسوس وونی چھُ یہٕ محض کشمیر یونیورسٹی ہٕنٛدِ احاطک اکھ حِصہٕ بنیومُت۔

بیاکھ مشہوٗر بوٗنہٕ باغ اوس الٰہی باغ یُس بشیر خان رضوی ناوِ کِہ اَکی شخصَن نسیم باغہٕ اَلہٕ پلہٕ ترٛیٚن کلومیٹر دوٗر ۱۶۳۹ء ہس منٛز بنوو۔ اَمہٕ ناوُک چھُ وونی اَکھ گام تہٕ اَتہٕ چھِنے ژٕ ترٛییے بوٗنہٕ روزمٕتۍ داراشکوہَن تہٕ بنوو اکھ بوٗنہٕ باغ وُنیٖچ بیارِ۔ اَمہٕ باغُچ سارِوٕے کھوتہٕ بُزرگ بوٗنۍ گیہ کینٛہہ وَری برٛونٛہہ زمین یوس۔ اَتہٕ اوس زمینَس پیٹھ ژوٗنٛزاہ فُٹہٕ لیبیٚہٕ۔ لارنس صابَن چھُ لیوٗکھمُت[۱] زِ لولابس منٛز وُچھ تمیٚ اَکھ بوٗنۍ یٚتھ سارٕ ترٕٛ ہٲٹھ فُٹہٕ لبیہٕ اوس۔ رِوایتھ چھِنے زِ دُنیہس منٛز چھِنے سارِوٕے کھوتہٕ وُنیٖٹھ بوٗنۍ طہرانَس کِہن مضافاتَن منٛز کوہِ البرزَس پیٹھ کُھرَنہٕ مژ۔ اَمیُک لیبیٚہٕ چھُ شُہہٲٹھ فُٹہٕ۔ آنٛد کوٗل (۱۹۲۵ء) چھُ لیکھان[۲] زِ سینٛٹرٕ تہٕ وُنیٖٹھ ہٕنٛدِس مِلِس (پیانے پر پاگ) نِش چھِنے اَکِس زُوِس پیٹھ پرٛانہٕ وقتہٕ پیٹھہٕ اکھ بوٗنۍ یوسہٕ نہٕ تھرٛان نہٕ ژھوٗٹان تہٕ نہٕ وہٹان چھِنے۔ جیاتیاتی اصولو موجب چھِہٕ یہٕ قابلِ یقین محض اکھ غلو (NYPER BOLE)۔

---

[۱] ویلی آف کشمیر۔ والٹر لارنس

[۲] فلور آف برٹش انڈیا۔ جے۔ڈی۔ ہُکر

بوٚنہِ چھےٚ کھسان ہنہٕ ہیٹہٕ پرٛتھ جایہِ۔ اَما پوٚز یِم ہیٚکن پرٛتھ جایہِ رُوٗدتھ۔ یِتھ
صرف چھُ گوڈنکین ژوٚن پانژن وٕرۍ یَن اَکھ واتٕن پیوان۔ مٔشیدن، مَنٛدرن،
زیارتَن، سکوٗلن، کوٚلہِ بٔٹھیَن تہٕ سرٛکہِ لٮ۪بَن پیٚٹھ چھےٚ یِمہٕ بلخصوٗص لاگنہٕ یوان۔ بوٚنہٕ
باغ ییتھ اَکہِ طرفہٕ آبہٕ کوٚلہِ منٛز ہوس بوٹ لنگر انداز چھ آسان، چھ رٮ۪تہٕ کالہِ شالمار جنت
ہیوٗ باسان یاتہٕ آدی پوٚرنش وٮ۪تھہِ منٛز باگ سہٕ بوٚنہٕ زُو اخرا زانہٕ بوٚلی کیاز چھےٚ
بیٚپلکی یا ٹھی اَکھ پاک تہٕ پوٚرتر کُل مانہٕ آمُت۔

بوٚنہٕ ہنٛدی لنگ لنجہٕ چھ پانہٕ وٲلی بٮ۪نز تہٕ وونُن ٹینٛتھ اَکھ چھتُر بناوان تہٕ سبز
وُتھرن ہنٛد اَکھ جلوٗس چھُ لنجن اَکھ زمرُدی غلاف۔ بختان ییتھہِ پاٹھی چھےٚ بوٚنہٕ تاپہٕ
ژٕنجہٕ تہٕ رُودتُس اتھ منٛز مُسافرن بَناوِتھ منٛز بکار یوان۔ کھن کھر۔ بوٚنہٕ گوڈ چھ بعضے
رُدٕراتن منٛز چھین جایہِ تہٕ بَدس تھاوان۔ گوڈن ہنٛد دل چھ پھوہر تہٕ میٚٹھ رنٛگہٕ
آسان۔ اَما پوٚز یِہ چھےٚ وِیر یا پھرٕ لستہٕ پٔنٛکی یا ٹھی جمع گژھان تہٕ ہیچہٕ اَنٛدی اَکھ
موٹ ژرم بَناوان۔ اَتھ چھ چاکپوسینتھ رو بیٛٹھی ہوی وو تھان یِم وارہٕ وارہٕ ہُرتھ چھ
پیوان۔ پرٛتھ ہُرِ وِنی دپلہٕ گھنٛڈ چھےٚ اَکھ عارضی آرخ یِتھ کُن ترٛاوان۔

وَنٛدہٕ موٚکلتھ چھ ہٮ۪تھ نٔنہٕ بوٚنہٕ ہنجر پھیران۔ اَکہِ شوٗنگھتہِ پامَن (WINTER
BUDS) چھ کاڈ کڈان تہٕ یِمَن پیٚٹھ غلافہٕ چھےٚ چارسہتی ژھیپہٕ گژھ ہھتہٕ وٕسی پیوان۔ اَد
چھُنہٕ سونتہٕ کِہِ حسنکہِ واش کڈ نُک بِیِی لگان۔ یِتھوٗن گاٹمز غلافہٕ چھےٚ کاژر ٹیکوزی
(Tea-cosy) ہشہِ تہٕ یِمَن پیٚٹھ چھےٚ مائنز رنگہٕ جھنہٕ (Fur) پرٛہزلان آسان۔

بوٚنہٕ ہنٛدی پوش چھ سبٕز لوکٕٹی تہٕ ساد۔ یِتی لوکٕٹی زِ عام کاشرٕ چھنہٕ
بوٚنہٕ پھلیہِ منٛز احساسہٕ گژھان۔ ہیتہٕ یدی نکی پوش چھ یکوٹہٕ اَکے رِیوٗشز بناوان۔

دوٚیہ بیٚنہٕ شُن تمام ریٚشژی چھہٕ أکی ہسے زائوِ جہِ لٕنجہ پیٹھہٕ جرٕتھ آسان تہٕ اکھ گرٕمُن ہیٚوٗ
بناوان ۔ یوٚدوَے بوٗنُد جنسی چھےٚ (یانی نرٕ تہٕ مادٕ) توٚتہِ چھہٕ نرٕ تہٕ مادٕ پوشِ بیٚون
بیٚون آسان تہٕ بیٚون بیٚون ریٚشژی تہِ بناوان حالانکہ نرٕ ریٚشژن ہُنٛدی زرٕد
گرٕن چھہٕ مادٕ ریٚشژن ہِنٛدِ ین سبزٕ گرٕن ہُنٛدِ کھوٚتہٕ أدِلہِ تہٕ زأوِلی آسان ۔ یِم گرٕن چھہٕ
سوٗنٛتہٕ جلدٕے ہُرِتھ بیوان ۔ مادٕ گرٕن چھہٕ وارٕ اہس کالس کٔلِس پیٹھہٕ روٗزِتھ بیٚول تیار
کران ۔ مادٕ پوشن منٛز چھےٚ صرٕ بہِ (CARPELS) بیٚون بیٚون آسان تہٕ پرٕتھ صرٕ بہٕ منٛز چھہٕ صرف
اکھ سیٚنٛیہ دانہٕ (OVULE) اَمہِ علاوٕ چھہٕ یِمن پوشن منٛز ہسترٕ نہ ہوٚرِ (STAMI-
NODES) تہٕ آسان مگر تِہنٛدی ڈوٗکلہٕ (ANTHERS) چھِنہٕ پوشہِ لیٚدٕر (POLLEN)
بناوان ۔ مادٕ پوشن ہُنٛز (POLLINATION) چھےٚ وادٕ ہستی کرٕ ہان تہٕ بیٚانہٕ لہ
چھکرٕن (SEED DISPERSAL) تہٕ چھےٚ وادٕ ہستی انٛدٕوان ۔[1]

بوٗنۍ چھنہٕ کٔشیرِ منٛزٕ یوت کھسان یہِ چھےٚ سرد معتدِل خطس منٛز وارٕ اہس
علاقس پیٹھ چھکرِتھ ۔ کٔشیرِ پیٹھہٕ وسطِ ایشیا، افغانستان، ایران و نیٚتہٕ ملکن منٛز تہٕ
چھےٚ بوٗنہٕ ۔ کٔشیرِ نیبرٕ گرٕم معتدِل آب و ہواہس منٛز تہٕ چھےٚ بوٗنہٕ زوٗنہٕ آمٕژ ۔ پرٕژنٛترٕ ہہ
چھہٕ اکھ بوٗنہٕ باغ ییٚس وٕہلی مقأمی گورنمنٹ کالجک احاطہٕ بنیومُت چھُ ۔ اتھ چھہٕ منٛز باگ
اکھ آبشار تہٕ زٕ ترٕ ہتے بالادرِ تہٕ اَسہٕ منٛز خاص مغل باغن ہُنٛد آیہٕ ۔ نینی تال ڈلہٕ
کِس مشرقی بٔٹھِس پیٹھ چھےٚ منےٚ زٕ بجہ بوٗنہٕ وُچھمٕژ ۔ جومس ہِیوِس گرٕم شہرس منٛز تہٕ
چھےٚ پروفیسر حسن شاہن کینٛہہ بوٗنہٕ رُومٕژ ، یِمو وٕنۍ جوانی منٛز کھورتروٗمٕت چھُ ۔
بوٗنۍ چھنہٕ کتہٕ پھٔٹمٕژ ۔ باقے زُو زأژن ہُنٛدی پأٹھۍ چھےٚ اتھ تہٕ لنگ لشہٕ
بوٗنہٕ ہوٚرِ ین کُلین ہُنٛدی نشان (FOSSILS) چھہٕ امرٕ یکھس منٛز قریب شیٚتھ لچھ

ڈُری تہٕ یوٗرپس منٛز پزہ ۳۰ کرور ڈُری پرانٛی ۔ بوٗنہٕ ہنٛدی نِکہٕ اَشناو چھہ ہند چینی بیٹھ
شمالی امریکہس تام منٛز منٛز چھِکرِتھ ۔ یِمن ہنٛد تعداد چھُ داہ ۔ پانٛژھ چھہ امریکہ کِس جنوٗبی
علاقس تام محدوٗد روٗدِمتی ۔ بلکہ پانٛژھ چھہ یِم ۔

۱۔ بوٗنۍ (PLATANUS ORIENTALIS) یوٗسہٕ عام طور ہیٚتھ فٹہٕ تھزر
تہٕ تیٚیتر ۳۳ فٹہٕ پلیٚٹس تام واتان چھےٚ ۔ اَمہ کِہن گرٛن چھہ دوٚیہ پیٚٹھ شَتھ تام بُہرِ
رۄزنہٕ آسان[۱] ۔ (ii) امریکی سایکامور SYCAMORE یا وہایٹ وُڈ (WHITE WOOD)
یِمیُک نباتاتی ناو (PLATANUS OCCIDENTALIS) چھُ ۔ یہ کُل چھُ اَکھ ہیٚتھ
تہٕ شیٚیٹھ فٹہٕ تھوٚد آسان مگر بوٗنہٕ کھوتہٕ نِنیک ۔ اَمِکی نرم رۄزنہٕ چھہ لۄکٕچ پیٚٹھ اَکہٕ اَکہٕ
نیران (iii) لنٛدن پلین (LONDEN PLANE) یتھ (PLATANUS ACERIFOLIA)
ونان چھِ ۔ یہ چھےٚ بوٗنہٕ تہٕ سایکامورچ دوغلہٕ (زُلہٕ) ذات ۔ سایکامورِ کھوتہٕ ژھوٚٹ
تہٕ موٚٹ ۔ رۄزنہٕ چھِس جوڑن منٛز جریتھ آسان ۔ (iv) کیلی فورنیا سایکامور یتھ
(PLATANUS RACEMOSA) ونان چھہ تہٕ یِس شیٚٹھ فٹہٕ تھوٚد چھہ آسان ۔ اَتھ
چھہ دوٚیہ پیٚٹھ سَتن تام رۄزنہٕ اَکِس گرٛنس منٛز آسان (v) ہند چینی منٛز کھسن ول
(PLATANUS KERII) چھُ باقیو نِشہٕ زیادے بیٚون ۔ اَمِکی ڈٕہتھر
چھِنہٕ اَتھہٕ چالہِ آسان بلکہ ٹھولہٕ شکلہٕ[۲]

شہرِ چن بونِن چھُ سَتھاہ دَدارِ وٲرت ۔ یِہُند تعداد چھُ دۄہہ بیتہٕ دہہ

---

[۱] انسائکلوپیڈیا برٹانیکا ۔

[۲] اِنسائکلوپیڈیا برٹانیکا ۔ " ایڈیشن ۱۹۷۴ء ۔ چھاپ ۱۹۸۳ء

ژھوکان۔ پٮ۪ٹھ مس ڈٕہولس منز چھے درجن واد بوٚنہٕ ہوٚکھِتھ اَز جان گامتۍ۔ یمو
سڑکو سرسبز بوٚنہٕ نیوٚنشہِ اَتھ چھٕلو مِتۍ چھِہ تمن یِیہ سوٚ رعنائی ہیٚتھ وٕہرِ پوٚت پھیرِتھ
یوٚد وَے نوٕ بوٚنہِ ییٚن اَز زوٚ وہٕ۔ اَتھ ہنٛز کوٚ لے خدایس حوالہٕ! گاف کورسہ ببھٕ
ایمپوریس تام چھنے اَز کل ہوٚ چھین تہٕ بے زوٚ بوٚنٛن ہٕنز اَکھ زیٚٹھ تنٛدل وو دنہٕ
ووٚ دنہٕ رٕ ہتھ گامژ۔ تہنٛد زمرُدی پوشاک چھُ ووٚ نٕ نالوٚ دتہٕ سُرٛ رنگ کرٛ ژُ چھُ
پیٚنہِ نِس حالس تہٕ سانہِ عقلہِ پیٚٹھ ماتم کران۔ بیاکھ ہوٚمُت جموٚ ٹھ چھُ ٹوٚ گراونٛڈس
رنٛن موجود۔ بہنٛدِ ہوٚ تکی چھِہ زیٚٹھی وَجہ۔ اَکھ وُڈ بورر (WOOD BORER) یُس کُلس
اَنٛدرٕ اَنٛدرٕ سینٛدرٕ چھُ کران۔ بیاکھ گوٚ محکمۂ تعمیراتِ عامہ۔ سڑکن ڈٕڈٕ، روٚ ڈٕ یاجرٕ تہٕ
کلمٕ تراوِتھ چھِہ کلٕین ہنٛدی موٗل سرٕیہ تہٕ ہوا وٕ خاطر ترسان تہٕ یِتھو جان بحق تسلیم کران
بجن تہٕ گوٚ ہین گاڈٕ ہن تہٕ ٹرٕ کھ چھکرٕ ان ہنٛدِ بارٕ ستی تہٕ چھنے میٚٹرٕ دٕ یہ وٕ نہٕ ییتھ کنہِ ہش
ڈٕرگرٕ ھان تہٕ موٗلن چھنے تژٕ رٕ ٹ گرٕ ھان یا چھِہ تم میٚٹرِ منز دٕ ورِتھ ہہٕ کان۔ بوٚنہِ بچاونہٕ
خاطر گنٛزہہ سڑکہِ تہٕ بوٚنہِ منز خالی جاے آسٕنۍ۔

ریاستی انتظامیہ چھُ وِترِ وِزِ بوٚنہِ زٕ دٕ ناوان۔ امایوٚز زمیندار طبقہ چھُ ویرِ تہٕ
پھٕرٕ ستس تھٕنز انوائری دِوان۔ تِہندٕ ازیم زٕ کلی ذاتژ چھنے زٕ وٚد رَد تہٕ پوٚشل۔ بوٚنہِ خاطر
گرٕ ھہِ آسٕنۍ خواجہ خضر لو واَتس تہٕ حضرت ایوبٕ سُند صبر۔ تمہٕ علاوٕ سیٹھاہ بیکار زمین،
اَمایوٚ زٕ سرکٲرِ ہٕ احاطن منز، خصوٗصن تعلیمی اِدارن منز چھنے بوٚنٕ پسنٛدیدٕ کلی ذاتھ۔ سماجی
شجرکٲری منصوبس تحت تہٕ چھنے بوٚنہِ نٕ ٹراوٕ نہٕ یِوان۔

بوٚنہِ چھُ سرکٲری تحفُظ حاصِل۔ یہٕ چھنے سرکٲرِ ملکیت چاہے یہٕ اَمسوٚ نَن کٲنسہِ ہٕنٛدِس
ذاتی زمینس منز نہٕ زٕ دِتھ۔ کانٛہہ اَکھاہ تہٕ ہیکہِ نہٕ بوٚنٕ تژٕ ٹھ تھ مایوٚ ن تام یہٕ ہیٚوکھہِ تہٕ

تَوٚ یَتہٕ تہِ یٖیسلہِ سرکار اِجازَت دِلیٚ۔ بوٚنہِ ہٹ چھےٚ میز کُرسی بَناد تہٕ خاص کار آمد۔ اَتھ چھُ جان پلےٚ وُڈ (۵۰۰۰ س ۷۶م) تہٕ بَنان۔ امابوٚز لوٚکھ چھِ اَتھ زِنہِ بدلہ زالان۔ زِنیُ تہِ سہ ییٚمچہ تہٕ نہِ زھیتہٕ گرتھان چھےٚ۔

علامہ اقبالؒ چھُ وَنان۔ ع

جس خاک کے ضمیر میں ہو آتشِ چنار
ممکن نہیں کہ سرد ہو وہ خاکِ ارجمند

خبر اتھ مَنز کوتاہ پزر چھُ!



محمد یوسف ٹینگ

# ژینٕہ کُج

## کاشُرِ تواریخی کِنۍ یِس وۄنۍ نابوٗد گومٕژ چھُ

کٔشیر ہِندِ ہِن فارسی توٲریخن منز چھُ اَکھ تیٚتھٕ کُل تقریبن ڈٲیِن ہٕنٛز وَرِین سفر کران، یُس کٔشیر ہِنٛد اکھ شاندار عجوبہ اوس مانٕنہٕ یوان۔ تیوٗتاہ زِ اکھ وَقتس منز اوس یہِ تواریخ نٔویسن سیٛتی سیٛتی بادشاہن ہِنٛد توجہ تہٕ پانس کُن پھِران۔ اَز چھُ یہِ کُل کٲنٛسی تہٕ بٔلۍ کہِ کاشرِ ہن عجایباتن ہٕنٛدی پاٹھی نابوٗد گومت تہٕ شاید چھُ اَمِیُک دَوارِ دُنیاہٕکِس عالمِ نباتاتس (BOTANY) وۄتھمٕژ تہٕ یہِ خاص SPECIE چھےٚ وارِیاہن پراچین چیزن ہٕنٛدی پاٹھی ختم (EXTINCT) گامٕژ مگر کٔشیر منز چھُ اَمیُک وقوعاتی (TOPOGRAPHICAL) ثبوت اَز تہٕ موجود تہٕ اَمہِ کِنۍ گژھہ یہِ کاشرین یوت کیاز کُل عالمکین نباتات شناسن ہِنٛد توجہ حاصل کرُن

ہِل سَقل گامہٕ یینٛہ یہِ کُل موجود اوس، چھُ بقول آرل سٹاین "راج ترنگنی" ہِند شلا ٹھلا۔ سٹاین چھُ وَنان زِ اکھ شایہ پیٚنٛز مہاراجہ اننت سنٛد وقتہٕ اکھ لرٲے۔ سہٕ چھُ ابوالفضلُن حوالہٕ دِتھ وَنان زِ اَکھ شایہ اوس اکھ نٕہ نٹھ کرُن کُل سٹاین چھُ ابوالفضلٕنۍ عبارت نقل کران۔ "اگر اَمچہ کُنہ لوکچہ لنٛجہ تہٕ زیر دِمو، سوٗرُے کُل چھُ

لر زبراندام سپدان"۔ شاین چھُ ہل تھل گام پرگنہٕ یچھس منز درٕج کران۔ سہ چھُ
ونان زِ یہ گام چھُنہٕ ووہ ذ سروے آف انڈیا نقشن منز موجوٗد تہٕ مے تہٕ ہیوٚکنہٕ اَمیُک
محل وقوع لٔبتھ۔ یم تواریخ اَسہِ تام واتی منتج چھِ غالبن چھےٚ تمن منز اَمہِ کُلہ کہ گوڈنیُک
چشم دید گواہی مرزا حیدر دوغلات (وفات ۱۵۵۱ء) ہٕنزِ کتابہِ "تواریخِ رشیدی"
منز یوان۔ سہ چھُ لیکھان۔

"ناگمو سر یہ منز یُس کٔشیر ہندا کھ اہم قصبہ چھُ، چھُ اَکھ تیٚشہٕ
کُل یُس تیوٚ تاہ تھوٚد چھُ زِ ہرگاہ کانٛہہ تیرس کش کڈِ۔ سہ واتہِ نہٕ اَتھ
تھیرس پیٹھ۔ یتھے کانٛہہ اَمہِ (کُلہِ چہ) اَکس لنٛجہ تھچھہ دِوان چھُ سارِے
کُلس چھےٚ ننٛٹھ ننٛٹھ اُڈان"

اَمہِ پتہٕ چھِ مغلِ اعظم اکبرسند وزیر اعظم تہٕ درباری تواریخ نویس بیٛنین
کتابن آئینِ اکبری تہٕ اکبر نامس منز اَمہِ کُلُک تفصیلی ذکر کران۔ سہ چھُ لیکھان۔

"ہل تھل کس گامس منز یُس یچھ پرگنس منز چھُ، چھُ اکھ نٛنٛ
Quirin کُل۔ ہرگاہ اَمچہ بچہ لنجہ تہٕ اَتھہٕ سیتہ تھچھ کرو سارِے
کُلس چھےٚ ننٛٹھ اُڈان۔"

"اکبر نامس" منز چھُ تمہِ کتھہ بیٚیہ ہنٛ واش کوٚڈمت۔ "جہاں پناہن (اکبر
بادشاہن) کوٚر رخا پنور (یتھ اَز ستاین خام پور لیکھان چھُ تہٕ لکہ زبانی پیٹھ تہٕ چھُ
خام پور ناوے) ییٚنہٕ ازتہٕ مغل سرائے چھےٚ یُس سرینگرا ہٕ ژون وتہٕ ہند آخری
پڑاو چھُ، سر یہ منز قیام۔ اَتھ جایہ چھےٚ باوٕلی لایق کتھ سہ کُل یتھ "ہل تھل" ونان
چھ۔ یہ چھُ دٕ تہٕ ہندس اَکس طرفس پیٹھ موجوٗد۔ یہ چھُ ژھٕ جھن والین ہند خاطرٕ

واقعی اکھ عجوبہ۔ اتھ چھِ بڈٕ مضبوط گوڈ تہٕ منٛزیم حصہٕ۔ اتھ چھِ واریاہ لنگ لنٛجہ تہٕ بیٚشمار پیٚنہٕ وٕتھرٕ ہرگاہے اتھ کیٚنہ لنٛجہ زیٛر دِموا ساڑٕ سے کلس چھِپے نٕٹھ نٕٹھ اڑان۔ امہٕ ذاتٕ ہٕندی واریاہ کلی چھِ موجود مگر تِمن چھِنہٕ یہِ خاصیتھ۔

اتھ حوالس بوزہ کیٚنہ چھِ کتابہِ ہٕندِ انگریزی ترجمہٕ کار بیورج لیکھان۔

"خان پورک کُل چھُ ظاہرا سے ییتھ متعلق حیدر دوغلات اشارہ کران چھُ تہٕ ونان چھُ زِ یہ چھُ ناگام سرِ یہ منٛز۔" اقبال نامہ "لیکھن وول کلہِ بجایہِ چھُ کلس "ہل مل" ناو کران۔ حالانکہ ابوالفضل چھُ "ہل تھل" کلہِ بجایہ گامس یہِ ناو کران سر جارج کنگھم سُند خیال چھُ زِ کُل چھُ تِمہ ذاتٕ ہٕندٕ ییتھ — PRINEOUR (TREQULLA ونان چھِ۔ حیدر ملکِ تژوڈرچھُ پیٚنہٕ نِس تواریخس منٛز امہ کُلیک ذِکر کران تہٕ اتھ "ہل تھل" ناو کران۔

"اقبال نامہ" چھُ اتھ کلس "بید لرزان" ناو کران۔ اکبر بادشاہ سُند بیاکھ "تواریخ" نویس ملا عبدالقادر بدایونی چھُ "منتخب التواریخس" منٛز لیکھان

"ملکِ کشمیرس منٛز یم عجائبات ساہو سیاہو وُچھ تِمن منٛز چھُ خانپور نیک نٕلبہٕ کُل تہٕ یہ چھُ تیوٗتاہ SENSITIVE زِ اتھ چھِپے کانہہ سیتی نٕٹھ پادٕ گژھان امہِ کہِ گوڈک موجِر چھُ "زِ ارش" تہٕ امیُک تھر زِ گر زیادٕ بِہن۔ امچہ لنٛجہ چھِپے وُریہ بید مجنونس ہشہٕ۔ منٛز جم ڈبلیو ایرلوی چھُ اتھ WEEDING (WILLOW) سانہ تہٕ ونان۔ ہرگاہ ے کانہہ شخص تہٕ اتھ لنٛجہ اکھ لاگہٕ تہٕ زیٛر دِیس اسوڑے کُل چھُ نٹان تہٕ گژھِ گیوٚر کرُن ہیوان۔

اکبر بادشاہ سٕندِس وقتس منٛز کوٚر "راج ترنگنی" ہٕند فارسی ترجمہ مُلا

محمد شاہ آبادِ بن، یُس کینٛشرٕن رِوایت کرن والین ہنٛدی کنٛہ کاشُر اوس۔ تٕمۍ لیٖکھ

اتھ کیٛنٛہہ مُفصل حالاتھ تہٕ جاین ہٕنٛد ناوٕ کرٕن ییٚنہٕ زمانہٕ کہِ حسابہٕ دُرستی۔ سہٕ چھُ

لیکھان زِ یہِ تھل گاٹُک ذِکر چھُنہٕ کلہن ییٚنہٕ کتابہِ منٛز ناوٕ ہیتھ کران مگر راجا اجیتا

پییٖڈن یِم پانٛژھ گام ییٚنہٕ وینٛسہِ (داشنٛہ) جیا دیوی دِتۍ، تِم آسی یہِ تھل نوٕ گام

میٖتھن پرگنہٕ منٛز تہٕ ارملنو تہٕ سلنوا شہرس (سرینگرس) نزدیک۔" یہِ چھُ یہِ تھل گاٹُک

گوڈنیُک ذِکر یُس اَسہِ تام وۄتمُت چھُ۔

(بحوالہ راج ترنگنی (فارسی) مُرتبہ ڈاکٹر صابر آفاقی)

"تُزکِ جہانگیری" منٛز چھُ شہنشاہِ نورالدین جہانگیر پانہٕ لیکھان:۔

"یہِ گوس ژۄڈُر ییٚتھ یہِ اَنہِ کُکوٚ شکار کرٕ۔ یہِ چھُ حیدر مَلِکن آبائی گام۔ مےٚ کوٚر اَتھ

تورٕ پورٕ ناو۔ وٕنہِ بیٚٹھ اوس اَکھ کُل یتھ ہلٕ تھل وَنان چھِ۔ یتھ اَمِچہِ لنٛجہِ تھپھ لایہٕ

سوٗرِے کُل چھُ ووہ تل بٕجہ کران۔ عام لوٗکن ہنٛد خیال چھُ زِ یہِ خاص یتھ چھےٚ فقط

اُتھ اوت کَلِس مگر مےٚ وُچھ اَتہِ واریاہ کُل یِم اَمی رنٛگہٕ ووہ تل بٕجہ کران آسی۔"

یتھ جایہِ گژھہٕ اَکِس دوٚن دِلچسپ کتھن کُن توجہ کرٕنۍ۔ محل ژۄڈٕرُک

حیدر مَلِک اوس کشیرِ ہُنٛد اَکھ بوٚڈ رَئیس تہٕ مُغل بادشاہ جہانگیرن خاص معتبر۔

"بہارستانِ شاہی" موجب موٗر تِمۍ اَیہ جکس سیتۍ زٕلتھ نوٗرجہانہِ ہنٛد گوڈ

نیُک روٗن شیر افگن بردوان (بنگال) اَکِس گام آرامس منٛز۔ اَمہ پتہٕ کٔر جہانگیرن

مہر النسائس یِتہٕ نوٗرجہان شاہی خطاب دِتھ آوٗ پانس نیٚتھر کرتہٕ بڑوٚ ہتھ

حیدر مَلِکس حوالہٕ تہٕ سُہ رووٗدُس توٚتام راےٚ چھ کران، یوتانۍ سہ جہانگیرس

سیتۍ خاندرس پیٚٹھ تیار گیہ۔ حیدر مَلِک اوس مہر النسایہ ژۄڈری ییٚنہٕ

عالی شان زِنگہ مندور منز تھاوِتھ۔ بیلہ پتہٕ تمہ جہانگیرس سیتی نکاح کوٚر تہٕ نوٗر جہاں لقب حاصل کوٚرُن۔ اَمہِ کتھِ چھُ تصدیق جہانگیر حیدر مَلِکن شہنشاہس در خاص زِ شہ کرِ ژوڈرس پیٚٹھ تمہ ورِا اکھ کِتاب یُس اوس نوٗر پورناو۔ نوٗر جہاں اوس ژوڈرِ تہٕ حیدر مَلِکس سیتی پتہٕ ناو منسوب سپدنہٕ مِش زِ کِتھ ہیمہ صدی عیسوی ہندِس گوڈنکِس نصفس منز کشیرِ پیٚٹھ وول سیاح وِگنے (VIGNE) چھُ یتھ ژوڈرکین مَلِکن ہُنز کوٚر تہٕ "کشمیری نژاد" قرار دِوان۔

اَمہِ پتہٕ چھُ اَسی "تاریخِ واقعاتِ کشمیر" از محمد اعظم دیدہ مری پران تہٕ میانہِ مُطالعہٕ کنہِ چھُ اکھ منز اَمہِ عجائباتن کُلیک اعتری ذکر یِوان۔ اَمیک لیکھن وول گوڈ ۱۷۶۵ء منز یمہ عالمہ تہٕ ظاہر چھُ زِ اکھ وقتس تام اوس یہ کُل موجود۔ سہ چھُ کشیرِ ہندِ عجائباتن منز ذکر کران لیکھان :-

"یچھ کسِ پرگنس منز چھُ موضع ہل تھلس منز اکھ کُل یتھ عرعر سفید دنان چھِ۔ یہ چھُ تیوٗتاہ بار کُل زِ اکھ تِل چھُ کانٛسہِ لوکھ شہمن ہیکان کرِتھ۔ مگر اَمہِ بجر یاد جوڈ ہرگاہ اکھ اکِس لنجہ تھپھ کرو سارِ سے کلس تہٕ اَمہِ کسِ کوڈس تام چھُ نتھ نتھ اژان۔ توٚے چھُ شاعر وَنان۔ ع

"تنش از فاقہ لرزد چوں درختِ ہلہ تھل"

وو یِر مور خو چھُ گامس تہٕ کلس رلاوِتھ وار یاہ کھر اوٚمت مگر یہ کتھ چھےٚ تاکار زِ یہ کُل اوس اردا اَمہِ صدی تام موجود۔ اکھ کُس سائنٹفک SCIENTIFIC ناو ہیکو دِتھ تہٕ چھےٚ ماہرن ہنز کام۔ مگر یہ کتھ سَنٛن چھُ واجب زِ یہ کیا زِ گوٚڈنہ بوڈ تہٕ از کیازِ چھُنہٕ کشیر منز اَمہِ قسمک اکھ کُل تہٕ بقایا روٗدمت؟ بہر حال یہ کتھ تہٕ چھےٚ مسلّم

زِ اٚسی ہیکہٕ ہونایہٕ کٲژی ذاتھ بێنیہٕ نٚوٚ راوِتھ کینہٕ نہٕ مگر "درختِ ہل تھل"، روزِ کٔشیرِ
ہِنٛدِ اکہٕ تواریخی عجایبہٕ کہٕ حیثیتہٕ زِندٕ۔

مےٚ چھُ وِزِ وِزِ لیوٚ کھمُت زِ کاشرِ زبانہِ منٛز تواریخ کٔشیر لیکھنہٕ وٲرٕ اٚے
ہیکو نہٕ اٚسی بێنہٕ لسِ پوٚت کالس پوٚزٕ پتہٕ پوٚز زوال دِتھ۔ اٚمی کلیچ کتھ نی تو کاہہ
چھُ اتھ "ہل تھل" وَنان تہٕ کاہہ ہل تھلُک کُل۔ کاہہ بیدِ لرزان تہٕ کاہہ بیدِ
مجنون تہٕ کاہہ عرعرِ سفید تہٕ کاہہ بێیہ کینٛہہ۔ مگر کاشرِ زبانہِ منٛز چھُ اٚمیُک اصل
ناو تہٕ سائنس لکہٕ ژھٕ تہٕ وٕترِس منٛز چھُ اٚمیُک اصل نیب موجود۔ ہرگاہ ہے ناگہٕ بێیھ
ژرارِ شریف پرانِہ وہ کھلی وَنہِ نیرو۔ اَتہٕ چھُ ہابت نارس وٕسہہ وُن اکھ چھمب یوان۔

ہل تھل گام چھُنہٕ اَز موجود۔ تکیازِ باسان چھُ زِ کاہہ ناگہانی بلاے مثلن بۄنیُل
یا زبردس رۄد پیٚنہٕ کِنی چھُ یہِ چھمبو گومُت۔ یہِ علاقہٕ ییمہِ جغرافیائی بناوٹُک چھُ تمہِ کِنی
چھُنہٕ یہِ قیاسہٕ نیبر۔ بہرحال مقبوٗل کرٕالہِ وارِنہٕ "بودی مُنگکی" پاٚٹھی چھُ یہِ گام ترٕبے
چراغ گومُت۔ اَلبتہٕ چھُ اَتہٕ اکِس نبرس اَنزتہٕ "ژیٖنتہٕ کُج" وَنان تہٕ یہِ ناو چھُ پٹوارِن
ہِنٛدِس خسرہٕ گرداوری منٛز تہٕ درج۔ اٚتھی شایہِ چھُ یہِ کُل اوسمُت تہٕ اَتھ اٚسی ژیٖنتہٕ کُج
وَنان یُس اَتھ لاگنہٕ سیتو ژیٖنتہٕ اوس کران۔ اَز چھُنہٕ یہِ کُل موجود۔ مگر یہِ چھُ
سانہٕ تواریخی وراثژ ہُنٛد اکھ حِصہٕ تہٕ سانہٕ لکہٕ ژھٕ تہٕ وٕترِیک ژونگ۔

اَمہِ کِنی چھُ کاشرِ تواریخ لیکھنُک ضرورت تہٕ واضح گژھان۔ باسان چھُ زِ
پٲنٛژ وِسھ پیٚنہٕ کِنی یا بۄنیُل گژھنہٕ کِنی چھُ یہِ کُل ختم گومُت تہٕ پتہٕ رۄد صرف
اَمہِ جایہِ ہُنٛد ناو زِندٕ۔ اَمہِ عجایباتُک کُن نِشانہٕ "کُج" وَننہٕ کِنی چھُ باسان زِ
یہِ آسِہے نہٕ زیادٕ تھوٚد تہٕ توٚے چھُ عبدالقادرِ بدایونی سُنٛد بیان پیٚنہٕ زِس

نِشاط انصاری

# وازٕوان

توٲریخ چِن کتابن ہنٛدِ مُطالعہٕ بتہٕ چھےٚ یہِ کتھ صاف سپدان زِ انسانہٕ سُنٛدِ زمینس
پیٹھ قدم تھاونہٕ پتے یوسہٕ تَس اہم ضرورتھ محسوس سپز سو آس تَس پنٕنۍ نفرٕ برٲنٛخ ضرورتھ
سیٚتھ ہیوا کھ بُنیادی ضرورتھ اوس نہٕ تَس تِمہِ ورِ پانَس اَنٛدۍ ٹکھ بظاہر امکانے - اما یوٚ ز
قُدرَتن چھےٚ اِنسانس اَشرفُ المخلوقات آسنہٕ سببہٕ بێین تمام جاندارن پیٹھ یِرٕ ہتھ
زِنٛگ فوقیت عطا کرٕمٕژ - اَمہِ فطری تھزرٕ بتہٕ بجرٕ کٔنی ہیٚتز اِنسانن بتہٕ زمینس پیٹھ نموٗدار
سپدِ تھے بێنِس شعورس کاٲم تہٕ پانَس کھۆتہٕ کمزور جاندارن لوٗگ سُہ یِتھٕ وِنتھہٕ
مغلوب کرنہٕ - یوٚ دوٚے سُہ انسان پنٕنۍ نفرٕ برٕ نہٕ باپتھ جنٛگلی سبزیٚن، میوٚن تہٕ کُلۍ
دہلن گوڈٕ گوڈٕ کاٲم ہیٚنۍ لوٗگ، اَما سُہ اوس نہٕ یِمَو کٔنۍ مُطمیٔن اَتھہٕ محدوٗد قسمہٕ کِس کھینہٕ
چینہٕ کِس طریقس پیٹھ یِیمہِ کیٚنہہ سُہ اَکھ مُتبادِل وَتھ ژھانٛڈنہٕ خاطرٕ مجبوٗر اوس۔ گوڈٕ بٕہن
غارن تہٕ کُلۍ ڈدرن اَنٛدر زندگی بسر کرن وٲلِس گوڈٕ کالہٕ کِس بن مانس چالہِ اِنسانس
مُتعلق چھِ توٲریخ عالم چِن کتابن اَنٛدر اَمی انمانہٕ درٕج کرنہٕ آمٕژ زِ گِہٕ یِن جنٛگلس،
بیابانن تہٕ بالہٕ ڈرن اَنٛدر اوس اِنسان مادر زاد آیہٕ روزان تہٕ تیز نوکدار کٔنو تہٕ یِتھٕ وِ ے
ہوٗ پو اوزار وسیتی اوس پانَس کھۆتہٕ ڈسی بایہٕ کِین تہٕ تَس اِذا واتناکن والین جنٛگلی

نِہٕ اُسی ہیکہٕ ہونا یہٕ کٔلی ذاتھ بٮ۪نیہِ نوٚو راوِتھ کینہٕ نہٕ مگر "درختہِ ہل تھل" روزِ کشیرِ
ہِشندِ اکہِ تواریخی عجائیبہ کہٕ حیثیتہِ ییتہٕ زٔنلہٕ۔

مے چھُ وِزِ وِزِ لیوٗ کھمٕت زِ کأشرِ زبأنۍ منٛز تواریخ کشیر لیکھنہٕ وَرأے
ہیکَو نہٕ اُسی یِنہٕ لِس پوٚتہ کالَس پوٗرٕ پٔتہٕ بوٗز زول دِتھ۔ اَمی کُلیچ کتھ نی تو کاہہٕ
چھُ انھ "ہل تھل" وَنان تہٕ کاہہٕ ہل تھلک کُل۔ کاہہٕ بیدِ لرزان تہٕ کاہہٕ بیدِ
مجنون تہٕ کاہہٕ عرعرِ سفید تہٕ کاہہٕ بٮ۪نیہ کینہہ۔ مگر کأشرِ زبأنۍ منٛز چھُ اَمیُک اصل
ناو تہٕ سائنس لِکہٕ ژٕ یتہٕ وُترِس منٛز چھُ اَمیُک اصل نیب موجوٗد۔ ہرگاہ ہے ناگمہ بیبہٕ
ژٕرارِ شریف پرانہِ وہ کھلو وَ نہٕ نیرو۔ اَتہٕ چھُ مابیت نارس وَسہہ وُن اکھ چھمب یوان۔
ہل تھل گام چھُنہٕ اَز موجوٗد۔ تِکیازِ باسان چھُ زِ کاہہٕ ناگہٲنی بلاے مثلن بٕنیُل
یا زبردس روٗد پلینہٕ کِنی چھُ یہ چھمبی گومُت۔ یہ علاقہٕ ییمہِ جغرافیأیی بناوٹک چھُ تمہِ کِنی
چھُنہٕ یہِ قیاسہٕ نیبر۔ بہرحال مقبوٗل کرٛالہِ وارِنہِ "بودی بٕگکی" پأٹھو چھُ یہ گام تہٕ بے
چراغ گومُت۔ اَلبتہٕ چھُ اَتہٕ اَکِس لبرس اَز تہٕ "ژینٹہٕ کُج" وَنان تہٕ یہِ ناو چھُ پٹوارِن
ہِندِس خسرہ گرداوری منٛز تہٕ درج۔ اَتھی شایہِ چھُ یہِ کُل اوسمُت تہٕ اَتھ اُسی ژینٹہٕ کُج
وَنان یِس اَتھ لاگنہٕ سیتی ژینٹہٕ اوس کران۔ اَز چھُنہٕ یہ کُل موجوٗد۔ مگر یہ چھُ
سانہِ تواریخی وِراثُک ہِندا اکھ حِصہٕ تہٕ سانہِ لِکہٕ ژٕ یتہٕ وُتریک ژوٚنگ۔
اَمہِ کِنی چھُ کأشرِ تواریخ لیکھنُک ضروٗرت تہِ واضح گژھان۔ باسان چھُ زِ
پٔتی وُسِتھ یِنہٕ کِنی یا بٕنیُل گژھنہٕ کِنی چھُ یہ کُل ختم گومُت تہٕ پتہٕ روٗد صرف
اَمہِ جایہِ ہِندا ناو ژٕ یتس۔ اَمہِ عجائیباتک کُن نِشانہٕ "کُج" وَننہٕ کِنی چھُ باسان زِ
یہ آسِہے نہٕ زیادٕ تھوٚد تہٕ توٚرے چھُ عبدالقادرِ بدایونی سُند بیان پزرس
نکھہٕ باسان۔

نشاط انصاری

# وازِوان

تواریخ چِن کتابن ہِنٛدِ مُطالعہٕ پَتہٕ چھےٚ یہِ کَتھ صاف سپدان زِ انسانہٕ ہِنٛدِ زمینس پیٹھ قدم تھاوِنہٕ پتےٚ یوٗسہٕ تٔمِس اہم ضرورت محسوٗس سپز سۄ اٚس تٔمِس پنٕنۍ نفرٕ برٕنٛچ ضرورت ییتھ ہیوٗ اکھ بُنیادی ضرورت اوس نہٕ تٔمِس تِمہٕ ورِ پانس اَنٛدرٕ ڈیکھی بظاہر امکانے۔ اما یوٗت زِ قُدرتن چھےٚ اِنسانس اَشرفُ المخلوقات آسنہٕ سببہٕ بییَن تمام جانٛدارن پیٹھ پرٕ بہتہ زِنٛگہٕ فوقیت عطا کرمٕژ۔ اَمہٕ فطری تھزرٕ ہٕتہٕ بجر کنی ہیٚتٕر اِنسانن بیتہٕ زمینس پیٹھ نمودار سپدِتھے پننِس شعوٗرس کامہٕ ہتہٕ پانس کھۄتہٕ کمزور جانٛدارن لوٗگ شہ پنن و نِتھہ مغلوٗب کرنہٕ۔ یوٗت دوے شہ انسان پنٕنۍ نفرٕ برٕنہٕ باپتھ جنگلی سبزیٖن، میوٕن تہٕ کُلَن دٕلن گوڈٕ گوڈٕ کام ہیٚنہِ لوٗگ، اما شہ اوس نہٕ پننِہ کنہِ مُطمیَن اَتھ محدوٗد قسمہٕ کس کھینہٕ چینہٕ کِس طریقس پیٹھ یتھ پننہِ کنی شہ اکھ متبادل وَتھ ژھانٛڈنہٕ خاطر مجبوٗر اوس۔ گوڈنیُک غارن تہٕ کُلہٕ دٕرن اَنٛدر زندگی بسر کرن وٲلِس گوڈٕ کالہٕ کِس بن مانس حالہٕ انسانس متعلق چھِ تواریخ عالم چِن کتابن اَنٛدر اَمی انمانہٕ درٕج کرنہٕ آمٕت زِ گھوٗمن جنگلَن، بیابانن تہٕ بالہٕ دٕرن اَنٛدر اوس انسان مادرزاد آیہٕ روزان تہٕ تیز نوکدار کنہو تہٕ پیٖتھرٕ وے ہیوٗ اوزار وسیتہٕ اوس پانس کھۄتہٕ وُسی بایہٕ کین تہٕ تٔمِس اِذا واتناون والین جنگلی

جانوٕرن تہٕ وُڈوٕہن جاندارن ہٕنٛد شکار کرٕتھ پنٕن نفرت رنہٕ پاکھٕنہٕ ورآےٕ یران تہٕ
اَتھ طریقِ کارس اَنٛدر اوس تہٕ گوڈ دورکس انسانس تہٕ اَکس دٕرٕنٛدس اَنٛدر کانٛہہ
بٔڈ فرق۔ یہ غالب مغلوٗب فلسفہٕ چُھ گویا گوڈٕ دٕہہ پیٹھے اوسمت تہٕ وُنی کینٛہ تہٕ
چُھ یہ فلسفہٕ چلان تہٕ آیندٕ تہٕ روزِ چلان تہٕ اَمیُک اطلاق چُھ جمادات، نباتات
حیوانات تہٕ انسانن پیٹھ یکسان طور سپدان۔ مطلب چُھ یہ زِ یتھ دُنیہس اَنٛدر چھ
کم پایہ تہٕ ادنیٰ چیز تھدِ پایہٕ کیٛن چیزن ہٕنٛد غذا بنان۔ ڈاکٹر اقبال چُھ توے یہ حقیقت
بیان کران زِ ع

ہے جُرمِ ضعیفی کی سزا مرگِ مفاجات

مولانا رومی چُھ غالب مغلوٗب فلسفہٕ پننین یمن نزہن شعرن اَنٛدر
پیٹھے سہل طریقس اَنٛدر ظاہر کران ؎

خلق بخشد خاک را لطفِ خدا

تا خورد آب و برد بید صد گیاہ

باز خاکے را بہ بخشد خلق

تا گیاہش زِ خورد طلبے

چوں گیاہش خورد حیواں گشت رفت

گشت حیواں لقمہٕ انساں رفت

مطلب چُھ یہ زِ دٕیہ زمینس پیٹھ پیٚتیاہ تہٕ نباتات چھ نم چھ زمینکی
اَجزا تہٕ ہتھ پنٕن غذا پاٛدٕ کران۔ حیوانات چھ نباتاتو نشہٕ یا لاتراٛسہٕ کنی نباتاتن
پیٹھے پلان۔ انسان چُھ چونکہ حیوانو کھوتہٕ اشرف۔ لہٰذا چھ حیوانات انسانہٕ سٕنٛد

مرغوب خاطرِ غذا بنان۔ امہِ غالب مغلوب فلسفچ پٲرِ چھاپ چھےٚ انسانہٕ سِندِس ذہنس پیٹھ تمہِ وقتہٕ پیٹھہٕ اَسر ییٚلہِ یہٕ آدم ٹبنہٕ زمینس پیٹھ نمودار چھہٕ سپدمُت۔

وَق گُزرنَس سٟتۍ سٟتۍ ییمہِ وِزِ انسانَن زمینہِ اندر بینہٕ یِڈ ہٕنڈِ بابتھ اباضابطہٕ طور مختلف ذاژن ہٕندۍ اجناس وٕپداوٕنچ شۆدبۆد لٔب۔ تہٕ زمینہِ اندر فصل حاصل کرنُک ارادٕ کوٚرُن۔ سُہ آو جنگل ترٲوِتھ باتھلین کُن تہٕ یِتھہٕ پأٹھۍ لوٚگ سُہ ناگہِ رادن تہٕ کولہِ بٕٹھین پیٹھ اِرادتن سکونت کرنہِ تہٕ وارٕ وارٕ سپُد سُہ زمینہِ منٛز مختلف اجناس پاد کرنَس قٲبل۔ تہٕ ییمہِ وقتہٕ انسان اَکھ اہم ضرورتس اندر سیٹھاہ کٲلۍ پیٹہٕ خود کفیل سپُد سُہ لوٚگ پننس کھیٚنس چیٚنس اندر شعوری طور تبدیلیہِ اننہِ۔ تہذیب و تمدُن کہِ زیورٕ سٟتۍ پانہٕ ووکرنہٕ پیٹہٕ آدتھ رنگہٕ رنگہٕ تہٕ مزدار ضیافژ تیار کرنُک خیال تہٕ تِمن ضیافژن ہٕندِس بناوٕنَس منٛز اوس تسنٛدِ خاطرٕ بُنیادی چیز ماز۔ ییمیُک ابتدا انسانَن گوڈٕ دٕہہ پیٹھےٚ اوس کوٚرمُت۔ یوٚہَے ماز چھہ انسانہٕ سٕندِ غذایُک سُہ اہم جُزہ یُس طِبی لحاظٕ تسنٛدِ نشو و نمایہٕ تہٕ قوتِ مدافعتہٕ خاطرٕ سیٹھاہ ضروری چھُ مانہٕ یوان۔ تٕس توٚر فکرِ زِ ماز اَکی طریقہٕ کھیٚنس اندر چھُ نہٕ صحیح لذت حاصل سپدان تہِ کیازِ گوڈٕ گوڈٕ اوس ابتدائی دورُک انسان نیوٚلے ماز کھیٚنُک عادی بنیومُت۔ ییمہِ وِزِ تِمی نار ہیوٚ اہم چیز ڈٕرِیاف کوٚر، تِمی ہیوٚت بُزِتھ ماز استعمال کرُن۔ یہِ طریقہٕ ورتاوٕنہٕ پتہٕ وارِیاہ کٲلۍ آسہِ یتھ ماز کھیٚنہٕ بابتھ کانہہ متبادل طریقہٕ اختیار کرنُک ضرورتھ پیوٚمُت تہٕ پننِس ارتقایس تہِ ییمِس مرحلس پیٹھ آسہِ تِمی رٔنِتھ ماز کھیوٚن شروع کوٚرمُت۔ انسان چھُ نکہ جانٛی قدرن ہُنٛد عاشق

شیدا تہٕ یہ لطیف جذبہٕ تھاوِنہٕ کٕنۍ آسَن تمۍ لذیذ تہٕ ذایقہ دار چیزہٕ ضیافژ
بناونہٕ خاطرٕ دار یاہ کوٗشِشہٕ کرٕمژٕ۔ یہ ورتاو چھُ ڈینِہس اندر پژٕ بتھ جابہٕ
یکسان طور چلہٕ وُن روٗد مُدت۔ اَما یم مُلک تہٕ خِطہٕ تاریخی لحاظہٕ تہذیب تہٕ
تمدنہٕکۍ قدیم مرکز آسۍ ما نِنہٕ یوان۔ تمن دراے اتھ دورِ اندر برٛونہہ۔ چنانچہ وسطِ
ایشیاہکیو مُلکو منٛز روٗد زیادٕ پہن ایران اتھ اندر ییرِس تہٕ ماز وار بابہٕ طریقو تیار
کرنس اندر روٗدۍ تم جِدت تہٕ نوٕ پرٛاو کران تہٕ مازٕ بیٛنہٕ رنٛگہٕ رنٛگہٕ ذایقہٕ دار ضیافژ
بناونس منٛز یُس رول ایرانہٕ واد اکوٗرُ سہٕ چھُ ثقافتی تاریخُک اکھ اہم باب۔ یمیُک
زیادٕ اثر سپد کٔشیر پیٹھ۔ سید سیٛود بیٛوو تہٕ کٔشیر اندر اسلامُک ظہوٗر سیدنہٕ پیتہٕ
تژٕ وو ایرٲنۍ کلچرٕچ تہذیب و تمدُن تہٕ ثقافتن پننہٕ زندگی ہندِس پژٕ بتھ شوٗبس
پیٹھ پنُن پوشہٕ وُن اثر تہٕ اَتھۍ اثرٕس تحت دِتۍ ایرانَن سانِس لباسس گلوبند،
موزٕ، دستار، موزٕبند، رُمال، سینہٕ بند، ایزار، ایزاربند، کلاہ، عرق چینی،
اُچکن، شیٛروانی، چوغہ، عبا، قبا بیتر ہوی توی ناو۔ گہنہٕ پانَن اندر دِتۍ حلقہٕ بند
دسوانہٕ، پازیب، انگشتری تہٕ بازوبند۔ یتھے پاٹھۍ دِتۍ کھین چین کین ناوَن
اندر کلیچہ، باقرخانی، فرینی، شیرمال، شُتبنجن، پلاو، زردٕ تہٕ نان مازٕ بیٛنہٕ تیار سیدن
واجینن ضیافژن تہٕ سِنس اندر دِتۍ کباب، روغن جوش، طبق ماز، آب گوشت
یخنی تہٕ قورمہ تہٕ یہ سلسلہٕ روٗد بیتہٕ چلہٕ وُن تہٕ زیادٕ زیادٕ اہمیت پراوان۔

مازٕ مختلف طریقوٕ رنٛنہٕ خاطرٕ آو بیتہٕ اکھ خاص کاری گرٕ طبقہ تہٕ بارسس
تہٕ اتھ طبقس پیوو ناو ویٛش دراصل سنسکرتُک "واج" لفظُک اشتقاق ناو چھُ۔
مازٕ چہ پہٕ منٛز دار ضیافژ چھےٚ سٔتھۍ پھارژٕ تہٕ اکہٕ خاص طریقہٕ کٔنۍ تیار یوان کرنہٕ۔

یَتھ زَن وارِیاہ ہیوٗدِ ہٕرِ چھِہ پیوان تُلٕنۍ تہٕ سوٗ جاے یَتہٕ یم مخصوٗص سنٕنۍ رٔنٕنۍ
چھِ پیوان، اگرتہِ عام طور ساہنو محدوٗد بادرچی خانو نِشہٕ کُشادِ تہٕ بدٕوٗن آسنۍ تہٕ اَمہٕ خاطرٕ
چھُنہٕ ساناہ روزمرٕ زندگی اندر کائم دِنہٕ وول دابنٕر بکار یِوان۔ بلکہِ گرتھہِ اَمہٕ باپتھ
اکھ بوڈ نار الاواہ آسُن تہٕ زیٹھہِ زیٹھہِ ورٕ۔ یَتھ باپتھ بجہ دیگہ، دیگچہ
منجوٗلہٕ تہٕ بٲگرٕ قسمن ہنٛدی باہ چھِ نارس پیٹھ تھاونہٕ یِوان۔ گوبایہ جایہ ہَن
چھِنہٕ اکہِ قسمُک وان آسان۔ یعنے ہیتہٕ واو لگنٕ ہِنٛد کھینہٕ چیزٕ خاطر بَتہٕ تیار کرنٕچ
مخصوٗص جاے۔ توٚے چھُ اکھ وازٕ وان ناو تھاونہٕ آمُت۔

وازٕوان چھُ اکثر خوشی کھاندرن ہنٛدِس موقس پیٹھ بناونہٕ یِوان تہٕ اکھ
پیٹھ چھُ سیٹھاہ پونٛسہٕ ٹونک خرچ یِوان کرنہٕ تہٕ عام طور چھِ بڑی بڑی سرمایہ دار تہٕ
دھنہٕ وٲلۍ ہاو باوٕ موکھ اکھ اَکِس پیٹھ سبقت نِنہٕ خاطرٕ کھ بینٛٹھ واد ماز مارن۔ اَمہٕ
وازٕوانہٕ باپتھ چھُ ژھاولین تہٕ کٕٹُن ہُنٛد ماز لگان تہٕ اَمِکۍ سِنۍ یا پکوان چھِ کیٛٹہٕ
مازٕ کیو مختلف نانو نِشہٕ مخنہٕ سان بناونہٕ یِوان۔ وازٕ چھُ گوڈٕ کیٛتہٕ ہند بوتانو منٛزٕ
مازس تہٕ اَرکرِتھ شَرٕ اکہِ سیتی ژٹان تہٕ الگ الگ تھاوان۔ مثلن کباہ خاطرٕ گرتھہِ چربہ
ورٲے تہٕ پھُھرٕ ماز آسُن تہٕ یہ چھُ اکثر رانہٕ یا کنگوس ڈلونہٕ یِوان۔ اَمہٕ پَتہٕ چھُ پچوس
تختس پیٹھ اکھ مازس شَرٕ اکہِ سیتی ریزٕ ریزٕ یِوان کرنہٕ۔ سیتی سیتی چھُ اتھ اندر
لیدٕرِ ورٲے ساری مصالحہ یِوان تراونہٕ تہٕ اَمہٕ پَتہٕ چھُ اکھ اندرٕ ٹانٹھ بادٕ کرنہٕ
خاطرٕ ٹھوٗل یِوان تراونہٕ۔ اَمہٕ طریقہٕ چھُ یہ سیٹھس پیٹھ بانہ ڈرتھ پھکان۔ یم سیخ
چھِ پَتہٕ ووہٕ نین تیو نگٕلن پیٹھ تھاونہٕ یِوان۔ تہٕ یتھ پاٹھو چھُ کباہ تیٛزٕ نہٕ یِوان
تو پَتہٕ چھُ یہ فرٛے یِوان کرنہٕ۔ اَدٕ گوژھ اَمہٕ پیٹھ سجاوُن۔ طبق مازٕ باپتھ چھِ

کیٚڑٕ شنز لۄر کاڈ لگان۔ گوڑٕ چھُ لۄر پٔتٕل پاکس یِوان لاگنہٕ تہٕ پتہٕ چھ اتھ مستطیل شکلِہ ہنز کھنجہ تہٕ ٹھ گچھوس اَندر نیوٗ تاہ تلٕمہٕ یِوان زِ یہ گژھ پانٕنے خستہٕ سپدُن۔

رِستہٕ بناوُنہٕ باپتھ تہٕ چھُ رانہٕ تہٕ کنگوٗرک مازٕ ے لگان۔ یہٕ چھُبنہٕ تختس پیٹھ دگنہٕ یِوان۔ بلکہ چھُ یہ کنہِ پیٹھ گوشت پَرِ سِتی تیوٗ تاہ دگنہٕ یِوان زِ اَمیُک رنگ چھُ چربی رلاونہٕ سببہٕ سفیدی مائل بنان تہٕ چربی اتھ اَندر استعمال کرنہٕ سِتی چھُ رِستہٕ دیگِ اَندر پانہٕ ہُنان تہٕ لوکچہ بالہِ ہوٗت بنان۔ دگنس دوران چھ مازٕ اَندرٕ ریشہٕ تہٕ رگہٕ نیبرٕ یِوان کڈنہٕ۔ اَز دٕ ہ وٕہ ڈری بزوٗنٹھ اوس رِستہٕ مازٕ کنٹرِ اَندر دگنہٕ یِوان۔

آب گوشت بناونہٕ باپتھ چھُ لچہٕ ہُنٛدٕ تہٕ کنگوٗری مازٕ استعمال سپدان۔ یہٕ چھُ اَمِس دودٕ س اَندر پاکونہ یِوان تہٕ آبہٕ بدلہٕ چھُس مازشورٕ بہٕ رلاونہٕ پتہٕ وارٕ یاہ پاکھ یِوان دِنہٕ تہٕ تمام وازٕ وانہٕ اَندرٕ چھُ آب گوشتس یوٗت بے ضرر تہٕ مرغوب خاطرٕ بیٚنُن یِوان مانٕنہٕ۔ اَتھ تہٕ چھُنہٕ لیڈر یِوان تراوُنہٕ۔

روغن جوش چھُ خاص طور کٕٹہٕ ہنٛدِس بوکٹرس بنان۔ اَتھ چھُ مصالہٕ علاوٕ زعفران نٔتہٕ موولِہ رنگ تراونہٕ یِوان۔ باقی کٕٹہٕ تانٕ ہُنٛد مازٕ تہٕ چھُ اتھ لگان تہٕ روغن جوش چھُلی گژھن سیٚٹھے پوٗ ٹھوٗ آسنی۔ اَمیُک شورٕ بہٕ چھُ انتہٰائی لذیذٕ بنان۔ ہنٛدی روغن جوشہٕ خاطرٕ گژھ چانٛپھ ہُنٛدٕ مازٕ آسُن۔ اتھ تہٕ چھُ تمام مصالو علاوٕ رنگ کھسنہٕ خاطرٕ یاتہٕ زعفران یِوان تراونہٕ نٔتہٕ موولہِ رنگ۔

گوشتابہ چھُ رانہٕ ہنٛدِس تہٕ کنگوٗری مازٕس بنان۔ گوشتابہ مازٕ تہٕ چھُ رِستہٕ مازٕ کی پاٹھی گوشت پَرِ سِتی کنہِ پیٹھ دگنہٕ یِوان تہٕ سِتی سِتی چھُس ٹاٹھ کھسنہٕ باپتھ چربی تہٕ یِوان رلاونہٕ تہٕ لیڈرِ ورائے چھ اتھ باقی مصالہٕ دگنسے اَندر مِلاونہٕ یِوان۔



وازوان — اَکھ مَنظَر



قالینَس پیٹھ خَطاطی ہنٛدِ نموٗنہٕ

اَمہ پتہٕ چھُ زامتِس دہوَس اندر یہِ خوٗب پاکھٕ یوان ۔ اگر اتھ چربی تراوٕ نہٕ ییہِ نہٕ تیلہِ تہٕ ہیکہ یہِ ڈٕرتھ تہٕ بیٚیہٕ ہٚینہٕ یہِ دیگہِ اندر ۔ گوشتابہٕ یؠتاہ بوڑ آسہِ بنیومت تیوٗتاہ چھُ سہٕ واز فنکار یوان مانہٕ ۔ دانہِ وَل قورمہ یا پھَتہٕ گرِدھہِ سینگ ماز آسُن یہِ تہٕ چھُ زامتِس دہوَس ییلہٕ بنان ۔ البتہٕ چھہِ اتھ سبز دانِوَل تراوان ۔ توٚے چھُ اتھ دانہِ وَل قورمہٕ ناو آمُت تھاونہٕ ۔ ڈٔنی یا دٔنہِ پھوٗل بناونس تہٕ چھُ رانہِ یاکنگوٗیک ماز لگان ۔

میٚتھہِ ماز چھُ کٔٹہٕ ہٕنٛدس ڈٔمبس تہٕ میتھہِ بنان ۔ مرٕژہِ وانٛگن قورمہٕ خاطر چھُ پرٛہتھ کٔٹہٕ تانکہٕ ماز لگان تہٕ اتھ چھہِ مرٕژہِ وانٛگن ژٔری پھٔن تراوٕ نہٕ یوان ۔ تارکھ ماز چھُ کشلگوہی گوڈٕن بنان ۔ یِمَو وراینٛیو علاوٕ چھہِ بیٚیہِ تہٕ کیٚنٛژہ قسم ایجاد آمتِ کرنہٕ ۔ مثلن زرِ رشتہِ قورمہ ، کشمش قورمہٕ ، پمپوش ٹھول ، تارکھ ٹھول یِمَو علاوٕ چھےٚ مختلف قسمن ہٕنٛز زٕبٕٹنہِ تہٕ وازٕوانک اہم حصہ بنیمٕژ ۔ یِمن منٛز کاجوٗژ بٔٹنی تہٕ سبز مرزٕوانٛگن زٕبٕٹنی قابلِ ذِکر چھےٚ ۔ گاڈٕ کباب شامی کباب تہٕ ژامن تہٕ چھہِ وازٕ وانس اندر شامل ۔ اَمہِ علاوٕ گوٚڈکوٚ کرُ یس صرف فرٛشے کرِتھ تراَمہِ ییلہٕ چھُ یوان تھاونہٕ ۔ اَمہِ ورأے گوٚدبلاو تہٕ مُتنجن تہٕ ۔

وازٕوان چھُ چونکہ اسلامی کلچرٕچ ثقافتچ اکھ لوٗبہٕ وٕنی پیشکش ۔ لہٰذا چھُ امیُک زیادٕ پھَن چلیہ جاو مُسلمانن اندر رِیہ تہٕ یِمہِ ورِ محفلن اندر وازٕ وان پیشی چھُ یوان کرنہٕ ماژور ژور نفر چھہِ یکوَتہٕ اکِس تراَمہِ اندر بٔتہٕ کھیوان تہٕ وازٕ وانہِ اندر یِمہِ ضیافرٛش تراَمہِ ییلہٕ برٕ وٗنٛہٕ سجاونہٕ چھہِ یوان ، تِمن اندر گوٚڈ کباب طبق ماز ، میٚتھہِ ماز تہٕ کوکرٕ تہٕ ڈٔنی قابلِ ذِکر ۔ مابأتے قسم چھہِ ہٚنہٕ ہٚنہٕ گردِشن ہٕنٛدِس

نادس تحت ترٛامہٕ بٔیہِٹھ یِوان ترٲوِنہٕ تہٕ گوڈٕ گوٚڈ رٔسِتہٕ ترٛاوِن ناامہٕ پَتہٕ روغن جوش پَتہٕ دانہٕ وٚل قورمہٕ، پَتہٕ آب گوش، پَتہٕ مرٛزٕ وانٛگن قورمہٕ تہٕ پوٚتُس گوشتابہٕ یَتھ فُلُ سِٹاف تہِ چھِ ونان۔

وازٕوان چھُنہٕ وۄنۍ کٲشِرِ تام محدوٗد رۄدمُت۔ بلکہ چھُ یہِ کٲشِرِ نیبرِ تہِ پسند یِوان کرنہٕ تہٕ یینکِہ وازٕ چھِ مُلکس اندر تہٕ مُلکہٕ نیبرِ تہِ وازٕوان بناونہٕ باپتھ طلب یِوان کرنہٕ تہٕ یہِ چھُ یتِکِس سِیاسَتَس اندر تہِ اہم رول اداکران۔



جی۔ ایم۔ آزاد

# ہانگُل

ہانگُل چھُ اَکھ جنگلی جانوَر کٔشیر ہِندِ ین جنگلی جانوَرن منٛز چھُ یہ سارِوٕے کھوتہٕ
اہم مانہٕ یِوان۔ یکیٚباز کٔشیر نیبر چھِنہٕ یتھ ہیو ہانگُل بیٚیہِ کُنہِ جایہِ میلان۔ صرف چھُ یورپہٕ
کِس ہانگلس اَمِس سیٚتؠ ہنا ہشر ڈُنی یہکین باقؠ علاقن منٛز ییم ہانگُل موجود چھِہ تِمو لِشہٕ۔
بالکل مختلف آسنہٕ کِنی چھِنے اَمہِ شرٕ اہمیتھ جانوَرن متعلق عٔلمہ کِس تہٕ سایِنٛس کِس شوبس منٛز تہٕ
ٹاکارٕ۔ یہِ چھُ کٔشیر ہِنٛدٕ اَکھ مخصوص جانوَر تہٕ کاشرِ زبانہِ منٛز یُس لفظ " ہانگُل " اَمِس ناوٕ دِنہٕ
آمُت چھُ تس چھُ اَمہِ ہِنٛدِس سایِنٛسی ناوَس یلنے CERVUS ELAPHUS سیٚتؠ تہٕ پیوستہٕ
کرنہٕ آمُت۔ تہٕ نوے چھُ اَمہِ ہِنٛد پورٕ سایِنٛسی ناو — CERVUS ELAPHUS
( HANGLU ) مقرر کرنہٕ آمُت۔ یَتھ سارٕتہٕ یہ ناو کُنہِ جایہ تہٕ ہیٚنہٕ یِوان چھُ ہاسون توجہ
چھُ پانے کٔشیر ہِنٛدِس ہانگلس کُن گژھان مگر بدقسمتی چھِنے یہِ زِ یُتھ تاہ اہم جانوَر آسنہٕ
پتہٕ تہٕ چھُ کٔشیر ہِنٛدین باقؠ جانوَرن مقابلہ اَمہِ ہِنٛد تعداد تیتھ کِنی ژھۄکان رۄزمتؠ
زِ اگر نہٕ کیٚنہہ وَری بروٚنہہ حکومتک توجہ اَمِکُن پھیرنہٕ ییہ ہیے، شاید آسہے وُنی کھس اَمہِ ہِنٛد
کانٛہہ نِشان لبُن ناممکن تہٕ کیاز۔

۱۔ یتھے تہٕ ہوٚٹ وُچھنے ہانگُل شکار کرُن
۲۔ بلا اجازتہٕ ژٕورِ ژھیٚپہٕ ہانگُل شِکار کرُن

۳۔ جنگلن تہٕ وَنَن منٛز ہانگلہٕ سٕنٛز چھِپنَ جایہٕ ہٕنٛز تباہی دِیعنے جنگلک کٔھل ختم گرٛزھن، کُلہن کٹٕہن ہٕنٛز کٹائی، مرگن تام سڑکہٕ وانتنہٕ تہٕ جنگلو گاسس پیٹھے یوت ہانگلہٕ سٕند گزار سپدن۔

۴۔ کینٛژن وحشی جانوٕرن ہٕنٛدِ ڈسہلہٕ نگلہٕ سٕند مار گرٛزھن۔ چھ کینٛہہ تمہٕ وجوہات یِمو کِنٛو اٰہٕنٛز آبادی بے وایہ ژھوکان گےٚ۔

حیوانَن مُتعلق عٔلمہٕ کہِ تحقیقہٕ مُطابق چھ دُنیہس منٛز ہانگلن ہٕنٛدی ۳، قسم تہٕ یِموٕ ترٛ ستھو قسمو منٛز یُس اکھ کٔشیرِ منٛز چھُ سُہ چھُنہٕ کٔشیرِ نیبرِ بیٚیہ کُنہِ جایہٕ تہٕ موجود۔ اَوے چھُ یہِ دُنیہکین باقے لُوکن نِشہِ کٔشیرِ ہٕنٛدہٕ بو عجایباتو منٛز اکھ عجیب تہٕ اَہم جانوٕر مانہٕ یوان۔ ماہرن ہٕنٛدِ وَنہٕ کِنٛو چھِنے ہانگل ذاتھ بیٚنہٕ ارتقائی عملہِ دوران کانٛشرِ ہانگلہٕ سٕنٛز شکلِ منٛز بیٚنہٕ ارتقاہکس اٰخری حدس تام واتِمٕژ۔ لہٰذا چھُ کٔشیرِ ہٕنٛد ہانگل باقے تمام قسمہٕ کین ہانگلن سٕرس۔ یہِ چھُ CERVUS خاندانکس تتھ طبقس سیتی تعلق تھوان یتھ طبقکی جانوٕر بیٚنہٕ بچن دوِ دوان چھ۔ ہانگل بچہ تہٕ چھُ بیٚنہٕ ماجہ تِتھے کٔنی دوِ چوان یتھ کٔنی گاو وٕرژھ چوان چھُ۔ یوسہٕ مادٕ (ہانگل) آسان چھِنے تس چھ اٰسہِ مینہ مٕردناں۔ یہٕ چھِنے ہٕنگو رٔے آسان۔ اٰمس چھِنے پٔتہٕ مین دو نر زنگن منٛز بانگ ژوربہٕ آسان یہِ چھ دوِ یہِ ؤہرِ ہنٛزٕ لسان تہٕ اکہِ وقتہٕ چھِنے اکھ بچہ دِوان۔ ہانگل ہیکون اٰسہِ بیٚنہٕ طبقہٕ کین جانوٕرن مقابلہٕ دُورِ بیرِ زنادِ تھٕ۔ یہِ چھُ ہینگہٕ بچھ کٔرِتھ آسان۔ بُنیادی چھ اٰمس کلس پیٹھ کُنہِ دوٚ چھِہ طرفہٕ اکھ تہٕ کھوورِ طرفہٕ اکھ ہینگ آسان۔ یِم چھ اٰمس تھنہٕ پیٚنہٕ پتہٕ دوِ یہِ ؤہرِ نیران۔ یِمن ہٕنٛد زیچھر چھُ برابر برابر آسان۔ دوٚیمہِ ؤری یہِ چھ یِم دو نوٕے وٕسی ہیوان تہٕ نیران چھ ژور۔ ژورَ و منٛز چھُ نوٕہن دون ہینگن ہٕنٛد زیچھر پانہٕ وانٛنی برابر تہٕ پڑانو دوِ یو کھوتہٕ

ہُرِسمانہٕ آسان یہِ سلسِلہ چھُ برابر ژٕبن ؤری یَن تام چلہٕ وُن روزان۔ شینِہ وِہرِ چھِ ہانگ
نیرِتھ بنٛد کرتھ ھان۔ گویا اَمہِ وزِ چھِنے اٰہنٛز وٲنٛش اٰٹھ ؤری آسان تہٕ ہانگن ہُنٛد کُل تعداد
چھُ باہ ۱۲ آسان شُنے اکہِ طرفہٕ تہٕ شُنے بیٚیہِ طرفہٕ۔ دہن بڈٕ ین موٗلہٕ ہانگن ہُنٛد زیٚیچھر چھُ
سواَن ژدن فُٹن تام تہٕ لبنہٕ آمُت۔ ؤسی پیمتی ہانگ چھِ جمع کرنہٕ یوان۔ یِم چھِ یوٗناَنی
دَوہن سیٚتھ تراونہٕ یوان یا چھِ گیٚہتھ دواَکنہِ لاگنہٕ یوان یا چھِ گرن منٛز سجاونہٕ خاطر تھوونہٕ
یوان۔ یہِ چھُ جل ہانگرِ کلہٕ کرِتھ چھُ ہانگُل سیٚٹھاہ مٲری موٚند باسان۔ اٰہنٛز وٲنٛش چھِنے زیادٕ
کھوتہٕ زیادٕ پنٛدٕہ ۲۵ ؤری تام۔ وزن چھُس ۴۵۰ پونڈ (لگ بگ ۲۰۵ کلو) آسان۔ زمینہٕ پیٹھ
ہیوٗرکُن چھُ اَدٕ ہُنٛد تھزر اَلہٕ پلہٕ ژور فُٹہٕ لبنہٕ آمُت۔ رنگ چھُس کم کرٕ ہنیارٕ سان میٹرِ
رنگ ہیو آسان۔ ژھہِ پیٹھ چھُس کُنہٕ جنہٕ آسان۔ بُتھ چھُس تیتھے کُنہٕ زیوٕ ٹھ بیتھہٕ کُنہٕ گاوٕ آسان
چھُ۔ کن چھُس ٹٕڈی تہٕ کھڑا آسان۔ انسانہٕ ہُنٛز یا بدٕل کانٛہہِ جانورٕ سنٛز ژھاے گژھہِ تھے چھِنے
اٰہنٛدِ شرہِ پیٹھ مسہٕ ہنٛزٲری سیٚتی سیٚتی اٰہنٛز موٚسوٗ ہیتھ وتلتھہٕ یوان۔ لوکٹین بچن
چھِہ تھنہٕ وزِ ژھہِ پیٹھ نِکہٕ نِکہٕ داغ ہی آسان، یِمن چھُ رنگ شُنٛس آسان۔

کیٚتھہ ؤری برونٛہ اوس ہانگُل کشیرِ دٔچھنی کھووری وَنن تہٕ جنٛگلن منٛز
ژھالہٕ مارن مگر اوس بالکُل غار محفوٗظ۔ یِیٚمِس خوٗشی گیٚیو تھمی کرِتھ شکارہٕ یا نیوو
پننیوے ہم مکان جنٛگلی جانوٗرو مٲرِتھ۔ حکوٗمتن ہیٚیِہ یہِ زون زِ قدرتن چھِنے یہِ
نعمت مخصوص کٔرِتھ کشیرِ عطا کٔرمٕژ تہٕ یہُنٛد تعداد چھُ دوہہ کھوتہٕ دوہہ کم گژھان
اَمی کِنہٕ ہانگُل شکار کرنس حمایتھ۔ جنوری ۱۹۷۹ہس منٛز آو (JAMMU AND
KASHMIR WILDLIFE ACT) پاس۔ اَمہِ ایکٹہٕ مُطابق یُس
شخص ہانگلہٕ سُنٛد یا کُسی کُنہِ ہُنٛد جائز یا ناجائز پاٹھی شکار کرِتھ پیٚیِہ دہن ؤری ین

ہُنٛد قاعدِ سِخ تُلُن تہٕ اَمہِ مزید دوٚن ساسن روٗپین ہُنٛد نقار جُرمانہٕ حکومتس کُن یُرُن۔ مقصد چھُ یہِ زِ ہانٛگلہٕ سٕنٛز زُرِ یاتھ یوسہٕ بےوایہ پأٹھۍ سوران گےٚ۔ گرٛٹھہ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ ہُرٕ ونی تہٕ سیتی گوٚژھ اَمِس پٮ۪ٹھ کُنہٕ قِسمُک تحفُظ میلُن۔ اوے اَیہٕ داچھ گامہٕ رکھ بناونہٕ تہٕ ہانٛگل نوٗراونہٕ خأطرٕ آے خاص اقدام تُلنہٕ۔ دیان ۱۹۴۷ ءٕ برٛونٛہہ اوس کٔشیٖرِ منٛز ہانٛگلن ہُنٛد تعداد ترٛے ساس[۳] تام تہٕ ۱۹۷۰ءٕ ہس تام ووت یہِ تعداد سوران سوران ۱۴۰ بیٚیہٕ ۱۷۰۔ دأچھ گامہٕ علاوٕ اوس ہانٛگل کٔشیٖرِ منٛز سِندھ وادی، ترال شِکارگاہ، دِوَر، لیدٕر وادی (پہلگام) بنٛڑپور، وِسو، کِشتواڑ، دٕراس تہٕ لولاب علاقہٕ کیٚن جنگلن منٛز موجوٗد۔ تہٕ اکہِ سروے مطأبق چھُ اندازٕ کرنہٕ آمُت زِ تقریبن آسن ووٗنی کیٚس ہانٛگل نیٚبہٕ ٹھ مرٕہی یمن جاین موجوٗد۔ ریاستی حکومتن تہٕ جنگلی جانوٗرن مُتعلق محکمن یِم مختلف قدم ہانٛگل نوٗراونہٕ خأطرٕ تُلی، تِتھ تحت آو ۱۹۷۰ ءٕس منٛز (IUCNNR[۱]) تہٕ (WWF[۲]) کہِ اشتراکہٕ ہانٛگل پرٛوجیکٹ اَتھس منٛز ہینٛنہٕ۔ دأچھ گام رٔکھ، یتھ ووٗنی کینٛہہ کال برٛونٛہہ قومی پارکہٕ ہُنٛد درجہ تہٕ دِنہٕ آو، چھےٚ ہانٛگلہٕ سٕنٛد مُستقل گرٕ۔ اَتہٕ یوٚدوَے باقے جانوٗر تہٕ نوٗراونہٕ یوان چھِ، مگر ہانٛگلس چھےٚ صحی پرداخت تہٕ مکمل رٔچھراد ٹھ میلان۔ اَمہِ ہُنٛد غذا چھُ وَیسے جنگلی گاسہٕ تہٕ ہانٛڈوٗنی۔ ہانٛڈوٗنی چھِ یہِ زیادٕ پسنٛد کران۔ ریٚتہٕ کالہٕ چھِ یم دوہ نوٚوے چیٖز

---

۱۔ International Union for Conservation of Nature and Natural Resources

۲۔ World Wildlife fund

اِنتظام جنگلی جانوٕرن موٗیسر ہیکان آسنہٕ تہٕ وٕنۍ خاطرٕ چھےٚ اُہند خوراکُک متعلق محکمہٕ اَتھ پانے کران ۔ اُمِس چھےٚ وٕنٛدس وِریٚنٛہ چھ باچھ ترٛاونہٕ یِوان تہٕ اَمہٕ علاوٕ آلو گو گیٚج، گو گجِہٕ پٹر تہٕ بیٚیہ اَکہ قسمُک بنو وٕمت نوٗن ۔ یِمہٕ اُہنٛدِ صحتہٕ خاطرٕ سٔتھے موزوٗن چھےٚ روزان ۔ دۭپان ۱۹۴۷ء برونٛہہ اوس کٔشیرٕ ہٕنٛد مہراج ہانگلہٕ سٕنٛد شِکار کرٕنہٕ علاوٕ اُمِس واتان کران تہٕ ۔ سُہ اوس اُہنٛدِ خاطرٕ گو گیٚج نوٗ ر اوان ۔ دٲچھ گام واقع یِم گام رٲلۍ دِکھ بنووُ مہراجن اَکھ گام ــــ داہ گام ۔ دٲچھ ۔ لوٗکھ آیہ اَتہٕ کڈنہٕ ۔ یتھ زِیہ خوبصوٗرت جاے محض جانوٕرن تہٕ خاص کرٕتھ ہانگلہٕ سٕنٛدِ خاطرٕ مخصوص کرٕتھ روٗزِ ۔ وۄنۍ یِنہٕ یہ پیٹھہٕ یہ علاقہٕ حکوٗمتہٕ ہنٛزِس تحویلس منٛز نیوٗ، تِنہٕ پیٹھہٕ چھ اَتہٕ ہانگلن ہٕنٛد تعداد ؤری یہ پیٹھہٕ ؤری یہ ہُران ۔ اَتہٕ چھےٚ ؤری یہ ہانگل شُمارٕی کرنہٕ یِوان ۔ بوٕنہٕ کنہٕ درج چاٹھ چھ ہاوان زِ ہانگلن ہٕنٛدِس تعدادس منٛز چھ اَتہٕ وار وارٕ ہُرہ سپدان ۔

| شُمارٕ ؤری | تعداد |
|---|---|
| ۱۹۷۵ء | ۲۰۰ |
| ۱۹۷۷ء | ۲۵۰ |
| ۱۹۷۸ء | ۳۲۰ |
| ۱۹۸۲ء | ۳۴۷ |
| ۱۹۸۲ء | ۴۳۰ |
| ۱۹۸۳ء | ۴۸۲ |
| ۱۹۸۴ء | ۵۵۶ |

ہانگُل چھُ سٹھاہ خوش تمیز جانور۔ اُمِس چھےٚ صفائی لگ بگ تیٚترے
پسند یِیتراہ خود اِنسانس چھےٚ۔ یہ چھُنہٕ ہٮ۪تھ ہرگز نہٕ برداشت کران۔ یتھ جایہ گنٛدٕگی
یا کثافت آسہ یا مچھ آسن، تۄتن چھُنہٕ یہ گژھان۔ پیٚشاب چھُ بڈٕ احتیاطہ سان
کران۔ اُمِس گژھِہ ہوا تہٕ معتدِل آسُن۔ کشیٖرِ ہُنٛد مۄسم چھُ اُمِس بڈٕ راس یوان۔ کشیٖرِ
منٛز یہ جانور یونُک اَکھ وجہ ہیٚکہ یِیتھ معتدِل آب و ہوا تہٕ کثافتہٕ نِش پاک جنٛگلن ہُنٛد
ماحول آسِتھ۔ کشیٖرِ منٛز کیتراہ چھےٚ ہانگلہٕ شُرٕ نوٚا ریخ برٕ آمٕتۍ تہٕ متعلق ہیکو نہٕ پتہٕ ہاتھی کینٛہہ
تہٕ وۄنۍ تہٕ یہ کینٛہہ کُنہ وۄت کشیٖر یا کیتھ کُنہ گوٚ یِیتہ یادٕ نہٕ تتھ متعلق تہٕ کینٛہہ وَنُن چھُ مُشکِل
البتہٕ چھُ وَننہٕ یِوان زِ یہ چھُ یِیتِھکُ سٹھا پرٛوٚن جانور۔ دُنیہس منٛز یِم تِر ہانگل چھِ، کُلہم کٕرِتھ
چھِ تِمن انگریزی زبانۍ منٛز 'STAG' وَنان تہٕ اُردوٗس منٛز "بارہ سنگھا" یعنی باہ ہیٚنگہ
وول جانور۔ کاشُرِ زبانۍ منٛز ہانگُل اُمِس ناوٕ آسنُک وجہ چھُ شاید یہ زِ اکھ چھُ یہ پنٛنیو ہینٛگو کنی بٲقے
جانورن مقابلہ بِلکُل بیون تہٕ دوٚیِم چھُ جنٛگلی ہانٛڈ ونی کھینہٕ وول جانور۔ یِمن ترٛیشن لفظن
چھُ باپتھ و آنی آوازٕ ہِشر یانے۔ ہانٛڈوٗن، ہینٛگ تہٕ ہانگُل۔ کاشُرِ ڈکشنری منٛز چھُ "ہانگُل"
لفظُک ماخذ یِتھ کُنہ دِنہٕ آمُت۔ ہانگُل دس:- شار نگہ، شرٕ نگہ] تہٕ معنے چھِس یہ
لیکھنہٕ آمُت۔ "شاکھل ہینٛگ کٕرِتھ اَکھ جنٛگلی جانور" تہٕ اَہنٛدِ ہینٛگن متعلق چھُ لیکھنہٕ
آمُت زِ یِم چھِ "شمشیرِ یا تُرا کہ بیتر ہُنٛد دِ ن بنا وِنس لگان۔ یہ چھُ کیتھہ یا ژٕن کٕرِتھ دوا کِنہ تہٕ
وَرتاونہٕ یِوان۔ یمیہ چھُ اَکھ ہِنٛز آسہ کاشرٕ ن ہُنٛد یہ تصوُر تہٕ وابستہ زِ یِتھ جایہ ہانگُل ہینٛگ
تھوَنہٕ یِیہ تتھ جایہ چھینہٕ کانہہ بلاے واتان۔ لۄکٕٹ بچن تہٕ چھےٚ ماجہ ہانگل ہینٛگہ رٕژھ نامی
تراوان۔ یُتھ زِ یِم کھوٚژن نہٕ۔ ہانگلہ سُنٛد کھال تہٕ چھُ سجاوٕٹہٕ خاطرٕ اِستعمال کرنہٕ یوان۔
یہ چھُ پاک زانہٕ یوان۔ اَکثر چھِ مُسلمان اَتھ جایہ نماز کِنہ استعمال کران۔ کاشرٕ ساد بس تہٕ

خاصی کرِتھ لکہٕ ادبس منٛز چھےٚ اَہمَنٛز ذکر زِنگار نگی سان کرنہٕ آمُت۔ اَمِس سیٖتی چھُ یہِ مشہور تلمیح تہِ وابستہٕ۔ "ہانگلو کریو شُپہِ سیٖتی واو نفہٕک تسلی گاہ پاد" لکہٕ باتن منٛز چھُ اَمِس بعضے ییتھہٕ کُنی ناو دِنہٕ یوان۔ "کمیو وَنہٕ تژھ ہانٛڈ نہٕ ہانگلو۔"



---

بہٕ چھُس ریاستہٕ کِس جنگلی جانوٗرن متعلق محکمہ کِس نِگرانِ اعلیٰ جناب میر عنایت اللہ صاحبن سیٹھاہ شُکر گُزار زِ تِمو کوٚر مےٚ یہِ مضمون لیکھنَس منٛز وَژھ وانیجہ مَدَد۔ تہٕ اَمہ علاوٕ چھُس کشمیر یونیورسٹی ہِندِ زالوجی ڈیپارٹمنٹ کِس لیکچرر جناب آر۔ سی بھگت صاحبن تہِ شُکریہ اداکران زِ تِمو تہِ کوٚر مےٚ اَتھہ روٗٹ۔

(جی۔ ایم۔ آزاد)

موتی لال ساقی

# کأشرلوٗیہ مُرژٕ

لطیف فنَن برٛ وٗنہہ یِکناوِلس منٛز چھہٕ کشیٖرِ ہُند دیُت یتھ کالہ بیپھٕ تھکنُ لایق، موٗدرِ بِن تہٕ مرژٕ ہلو لین رنگارنگ فنَن ہِندِ س تِوارِیخس منٛز روزِ کاہنہ تہٕ تذکرٕ توٗ تامتھ نامکمل یوٗتامتھ تتھ اندر کٲشیٖرِ ہُند ذکر ییہ نہٕ۔ جمالیاتُک فلسفہٕ آسِہ تن یا ادٛبک، مُرژٕ گری آسِہ تَن یا سنگیت، مُصوّری آسِہ تن یا فنِ تعمیر، لطیف فنہٕ کِہن یِمن سارِنٕے شوبن منٛز چھُے کٲشیٖرِ انفرادیت حاصِل روٗزمٕژ۔

یہٕ چھُ پوٗز زِ یِمن شوبَن منٛز کوٗر کأشرٕ یو فنکارو مختلف آگرو ولِشہٕ تاثر حاصِل مگر تِم روٗدی نہٕ نقلس لأری بلکہ اُنھَو تخلیقی صلاحیتہٕ بروے کار تہٕ پزٕ ہتھ چیز سا دیُتکھ پنٕن مخصوٗص رنگ تہٕ اہار تخلیقی کوشِشہ تھہرِ کھارٕ کِس نتیجس منٛز بیٛزِ دو کأشرٕ یو یِم ہتھ شوٛبن منٛز ناوٕ۔ فنِ تعمیر، مُصوری مُرژٕ گری بیترِ شوبَن ہِندی الگ الگ سکول پیہٕ تھہنٕ۔ یِمَن ہنٛز شوہرت آز تہٕ شوقہٕ والین کُل چھُنے کڈان۔

کٲشیٖرِ اندر ییوٗ مُرژٕ گری ہِندِ فنگانِد صارمُرژٕ گری ہِندِس اثرس تَل تھہنٕ مگر وارٕ وارٕ روٗٹ اَمی فنَن اکھ الگ اہار۔ مقامی اثر رٹھہ تہٕ یوٗ یہ فن سیٹھاہ

زُو دار تہٕ وُسوار۔ کینہہ کال گژھتھ کوٚر ساسانو مُرژٕ گری ہٕنٛدی رِوایژن گانٛدھار
انٛزس لرِ لوٚر گیٚپٹ، پرتھاری تہٕ مھرا سکولن ہٕنٛد اثر تہٕ قبوٗل مگر اَپٕنِ بُنیادی انفرادیت
تھاۍو ساہنو فنکارو برٛہتھ موڈس پیٹھ قایِم۔ یِتھٕ پاٹھۍ بنیہ کاشِر مُرژٕ گری اکھ سہ سادر زوار
پوشہِ گوٚنٛد، یَتھ رنگا رنگی آسنہٕ تہٕ پنُن الگ مزاز چھُ۔

مُرژٕ گری ہنٛدِس شوبس منٛز رؠود نہٕ کاشرِ ہنٛد اثر صرف کشیرِ تام کینہہ محدود
بلکہ گنٛدھارٕ کاری ہنٛدۍ اَمو امارتن ہماچل پردیش، سوات، لداخ تہٕ تبت تام ژھٲنٛٹھ تہٕ
بعضے بعضے کوٚرُن اَمہِ اورتہٕ پلہٕ۔ مُرژٕ گری ہنٛدِ فنک اکھ رۄپ چھُ لوے مُرژن ہنٛد
گرُن تہٕ ژرُن اَتھ شوبس منٛز تہٕ اوس برٛونٛہہ کالہٕ کشیرِ امتیاز حاصل تہٕ کشیر آس لوے
مُرژٕ بناونُک اکھ الگ سکول۔ کاشرِ لوے مُرژن چھُ لطیف فنن ہنٛدِس تواریخس
منٛز اکھ الگ مرتبہ حاصِل۔ دوٚیمہ فنی شوبن ہنٛدۍ پاٹھۍ چھُ کاشرِ لوے مُرژن
پنُن مخصوص مزاز۔ یِمہ کینہہ یِمہ سہل پاٹھۍ بدِ چھےٚ نیران۔ گوڈٕ پَنٛژ کتھ چھےٚ یہ زِ کشیرِ
منٛز چھُ داتہٕ مُرژٕ بناونس منٛز لوہ یِ مقابلہٕ سرٛتلہٕ ہنٛد زیادٕ استعمال آمت کرنہٕ۔ ساریے
مُلکس انٛدر چھےٚ کشیر واحد جاے ییٚتہِ مُرژٕ بناونس منٛز لوہ یِ مقابلہٕ سرٛتلہٕ گوڈٕ انوارِ
چھےٚ دِنہٕ آمژٕ۔ کشیرِ منٛز بنیہ میٚژٕ اکثر لوے مُرژٕ چھےٚ کھوکھرِ تہٕ مُرژن پیٹھ چھُ آکار
تھُرنہٕ پتہٕ آہنی وۄتلاونہٕ۔ مُرژن چھُ تھُرنہٕ تہٕ گرنہٕ پتہٕ جلاو دِنہٕ آمُت۔ کاشرِ
لوے مُرژن ہنٛزٕ بیاکھ مخصوص خصوصیت چھےٚ منبت کاری۔ مُرژن چھےٚ اَچھ اکثر روپہٕ
ہنٛزٕ تہٕ وٕٹھ ژرامہٕ وی لاگنہٕ۔ بعضے بعضے چھکھ وۄلُت تہٕ ترامہِ چہ منبت کاری ہنٛد
فنکارانہٕ ورتاو یِتھٕ کُنی کشیرِ منٛز کرنہٕ چھُ آمُت۔ لوے مُرژٕ بناونُک دوٚیم کانٛہہ
سکول چھُنہٕ اَمہِ ہہ نز منٛدی ساں منبتا کاری ہنٛد یُتھ استعمال کرِتھ ہیوٚکمُت

بقولِ پرتاپ دتنیہ پاں چھِنہٕ یہِ کتھ ناممکن زِ مینبت کاری ہُنر ییہے ہیوٚن ز
واتہٕ پیٚتہٕ غزنی کِنہِ مشرقی ایران - یہِ کتھ چھےٚ ناہنی لایق زِ سرتلہِ پیٹھ مینہت کٲری
بنیو وکھو مہٕ ہیٚتی لہ پتہٕ ایرانی ٹھاٹھرن ہُند خاص فن - کاشرِ بن لوے مُرتّن
ہُنر بیاکھ کتھ چھےٚ یمن ہندِس پارادس منز خاص کرِتھ ٹیٚلرِ پیٹھ کنہٕ کاشرِ
ہمیوٗشکا تہٕ کاشرِ بن گٕہنت ہُند ورتاو - کلیولینڈ میوٗزیمس منز چھےٚ اٹھمہِ ہٕتی ہِچ
سری یہ شنز اکھ لوے مُرتھ - اَتھ کاشرِ لوے مُرژ اندر چھ سری یہ ہوٗل گٔنڈِتھ آمُت
ہاوِنہٕ تہٕ اَتھ چھُ پھیرن چالہِ گوڈن تام زیوٗٹھ چوغہٕ لاگتھ یتھ لبہ چاکی ژٔٹتھ چھ - میانہٕ
خیالہٕ چھُ یہ ہے ووٚلت ساہٕ پھیرنک پیٚنشر و - ہرگاہ جامس لبہ چاکی بنٛد کرو تیلہِ
چھےٚ یہِ لوے مُرتھ لوٗنگی گنٛڈِتھ کاشرِ بٹنہٕ ہُنز صوٗرت بنان - تہٕ ہرگاہ ہوٗل مُرژادتھ
جامہِ ہتھے کُنی تھاوون یہ چھُ برٛوٗن بٹہٕ پھیرن بنان - یتھ پوشاک چھُ سیٹھی یا کُشن
لباس گنٛزرنہٕ آمُت - یتھ پاٹھی چھےٚ کاشرِ پھیرنٕچ دلیل عیساے سنٛس برٛونٛہہ
تام واتان، تہٕ اوکنی زِ کشیر ہُند شمالی حِصہ اوس کنشکس برٛونٛہہ کُشن سلطنتک حِصہ
تہٕ کُشن برٛونٛہہ اوس پرٛوٚنٛژھ بیتر علاقہٕ مینانڈرسنس ماتحت - دِلہٕ ہندِس نیشنل
میوزیمس منز چھےٚ شیٚیمہٕ ہٕتی ہِچ بیاکھ سری شنز لوے مُرتھ - اَمہِ مُرژِ ہُند جامہ
چھُ ازکالہٕ کِس کاشرِس پھیرنس سیٹھاہ نکھہٕ تہٕ پھیرنک نال تہٕ چھُ ٹاکار پاٹھی بدنیران -
مُرژ چھےٚ ساگلرِ چالہ مال ناٹل یوسہٕ ڈُنہٕ تہٕ برٛانہٕ برٛنٛزھ کاشرِ زنانہٕ نالی چھےٚ ترٛاوان -
اٹھمس نوٚیمس ہٕتی ہِس درمیان بنے مژ بھگوان بُدھ سنٛز ڈوٗنزاہ سنٹی میٹر تھزا کھ
کاشرِ لوے مُرتھ چھےٚ نیویارکہِ کِس میٹرو پولیٹن میوزیمس منز - اتھ بُدھ مُرژ چھ کنن
اوٚبزان اکھ زیور یتھ لبہٕ کنہِ اکھ ڈُلوم جیر گنٛڈتھ چھُ - زیورکی اوبزان دوشوے

پوٚھرِ چھہٕ مرٛژ گرن پھیکٕن سیتۍ لاگِتھ ہی ہاوِ ہیٚتی۔ لوٚے مرٛژ پرکھاوٕن والین چھےٚ

دُنیستام اَمہٕ زیورُک دوٚن آمٕژ۔ پوٚز کٔشیر ہِندِس کلچرس واقف کانٛہہ تہٕ شخص ہیٚکہِ

یہِ وٕنِتھ زِ زیور چھُ ڈیجہ ہور یُس صرف کاشرِ بٹہٕ زنان سیتۍ مخصوص چھُ۔ ڈیجِہ ہارِس

پیٚٹھ کُن چھےٚ پرانہِ چالہِ بٹہٕ تالہِ رزٕ تہٕ تمہٕ ہیوٚر ژٕرٕژ، یوسہٕ کُنہِ سیتۍ اَویزان چھےٚ

لوٚدٕ وٕ دوٕنی اَمہٕ چالہِ تالہِ رزِ تہٕ ژٕرِ چہٕ نظر گژھان چھےٚ۔ تکیاز یمن ہنٛز جاے چھےٚ دوٕ دوٚنۍ

رٕٹھرِ۔ پوٚز اَمہٕ باوجوٗد تہٕ چھےٚ زیورِ ہِیُن نشاندہی کرٕنۍ مُشکل۔ ڈیجِہ ہور لاگِتھ مایایہٕ

ہنٛز بیا کھ کِنہِ مرٛتھ چھےٚ سرینگرکِس شری پرتاپ میوزیمس منٛز۔ بودھ دھرمس منٛز چھےٚ

زیچھ کِنہِ پھیتر گاڈہٕ جار تہٕ عقلمندی ہنٛز نشانی تہٕ اندازہٕ موجوٗب چھُ ڈیجہ ہور تہٕ

اَچھی ژٕ بیہِ وَن تہٕ یہِ چھُ بودھ دھرمُک دیُتِ بنان چھُ زِ مہایانس منٛز آسہٕ ہے اَکھ بیٚیہِ

تہٕ کینٛہہ خاص اہمیت بیٚتھ وٕن دِنٛچ ضرورت چھےٚ۔ عالمن ہُند یہِ خیال زِ اَمہٕ زیورُک تعلق

چھُ منٛز ایشیاہس سیتۍ چھُ تصدیق طلب، پوٚز کٔشیرِ منٛز اُز تام اَمیُک مرٛوج آسُن چھُ

اَکھ قدیم علامتُک زنٛدٕ وَرناو۔ یِتھہٕ پاٹھۍ کاشرِ بٹو بودھ دھرمہٕ نش وارِیاہ کینٛہہ نالہِ رٹمٕژ

تھٕتھی پاٹھۍ روٗژ تمو ڈیجہ ہور تہٕ۔ ڈیجہ ہیٚکہٕ زنانہِ سیتۍ مخصوص گژھن تہٕ چھےٚ

تاجیچ کتھ۔ ہیٚندی عقیدہٕ موجوٗب چھےٚ زنانہٕ شکتی یعنے سرسوتی لکشمی، دُرگا تہٕ کالی

بیتر، گاڈہٕ جارٕچ تہٕ عٔلمِچ علامت آسنہٕ موکھہٕ چھُ اَدٕ ہیٚندو خاص کرِتھ کاشرِ بٹو

بٹو ڈیجہ ہور زنانہٕ سیتۍ مخصوص کوٚرمُت۔

کٔشیرِ منٛز بودھ دھرمہٕ چِن خاص علامژن ہُند پھبُن بیا تھٕلن تہٕ پیٚچھد

روزُن چھُ اَکھ تواریخی تقاضہٕ تہٕ۔ اَمہٕ وقتہٕ اوس مہایانس منٛز کٔشیرِ سےٚ اعتبار

حاصل یُس اعتبار ہین یانس منٛز متھرا یہٕ اوس یہِ اعتبار رٕدٕ کٔشیرِ ژٕدہ ہمس[14]

ہیٚتھ لیس تام قٲیِم تہٕ کیاز، اَتھ دوٚرس منٛز تہٕ اٲسی غاٲر مُلکی بودھ یاتری کٔشیٖرِ بوان گرٛھان تہٕ کاشرِ بِھکشو اٲسی. بودھ دھرمُک پرچار کرنہٕ دوٗر دراز مُلکن واتان۔ بیٚیہ جبنہٕ بارمیتہٕ منٛز بیاکھ اکھ لوٚے مُرتھ چھےٚ سیموئیل ایلین برگ تہٕ سوٗبیرنہٕ منٛز بنوِ یارکہ۔ اَمہِ مُرتِہ منٛز خاص کتھ چھےٚ کُنہ بجہِ بجہِ کنہٕ واجہِ تہٕ نرٕہن کٔرِ لاگِتھ۔ یِم دوٚ شوٗرے زیوٗر چھہٕ وٕنہ تہٕ گامَن منٛز زنانَن لاگِتھ آسان۔

کٔشیٖرِ ہندِ بوٚہتن منٛد مُرتِہ گروٗچھہٕ اَمہِ چالہِ بنیٚہ ہوٚنر ہاوِتھ اکھ بیٚنہ تمدُن دوٚیہِ ہمن تام واتنوٚمُت تہٕ ییٚہ واجنِن بیٚرن ہندِ خاطرٕ زٕھرتھ تھوٚوٕمُت۔

راج ترنگنی منٛز چھہٕ تِمَن واریاہن قداور لوٚے مُرتَن ہُنٛد ذکر آمُت، ییمہٕ مختلف رازو، وزیرو، رانیو تہٕ آسَن والیو مختلف مَندرَن منٛز تہٕ اِستھاپن بیٚٹھ لاجمٕژ آسہٕ۔ یِموٚ اَندر کیٚنہہ سوٗن تہٕ سینٛز، کیٚنہہ روٗپہٕ سینٛز تہٕ کیٚنہہ سرتلہِ سینٛز آسہٕ۔ پرہاسپور تہٕ مارتنڈ اٲسہِ رازٕ للتادتَن نِہ مندرَن اندر سوٗنہٕ مُرتِہ لاجمٕژ۔ سرینگر تہٕ پرہاس پور آسہٕ وہارَن منٛز بھگوان بُدھ سینٛز سیٹھاہ تھٔژٕ ترامہِ مُرتِہ۔ مگر یِموٚ قداوار داتہٕ مُرتِو اَندرٕ چھینہٕ اکھ تہٕ بچہٕ کُنہ روٗزمٕژ ییٚتھ مخصوص تواریخی حالات ذمہ وار چھہٕ۔ سرینگر بھگوان بُدھ سینٛز ترامہِ مُرتِہ ہٕنٛز ذکر کرانَ چھہٕ کلہن لیکھان زِ ییمہ گُنیتن ییٚلہِ۔

جے پیٖڈ رو ہار زوٗل بھگوان بُدھ سینٛز قداور ترامہِ مُرتھ آٲس ساری سے شہرس اَچھ پھرِ پھرِ وُچھان۔ سرینگرے آس بانڈرٕ ییٚٹھن وہارس منٛز متھرا یِہ پیٚٹھ اَنی مٕژ بھگوان بُدھ سینٛز سوٗ قداوار داتہٕ مُرتھ یوٚسہٕ تُرک وزیر چنکُن رازٕ للتادِتَس اکھ موٗل لال دِتھ موٗلی ہیٚژمٕژ آٲس۔ یہِ قداوار داتہٕ مُرتھ آٲس کلہن سٕنٛدِ وقتہٕ تہٕ موجود۔ تواریخی حالاتن ہُنٛد شکار گژھنہٕ باوجود چھےٚ اَز تہٕ دنی ییٚہکین

عجایب گرن منز کاشرٕ بن لوٕے مٲرٕژن ہٕنٛد سیٹھاہ جان تعداد موجود۔ یِمن وۄن دِتھ کٔشیرِ منز لوٕے مٲرٕژن ہٕنٛد گاشدار پٔتھ کال اؠچھن برونٛہہ کُن یوان چھُ۔ یِمہٕ اندر مٲرٕژ گری ہٕنٛد فن ییٚتہٕ گرٕ کان تہٕ اؠنٛدرِس پکھِس گاشراوان اوس۔

کٔشیر ہُنٛز یِمہٕ لوٕے مٲرٕژ وۄلٕی یِتھ کُن بِچِھمِتۍ چھےٚ، تِموٲنٛدرٕ بہٕ چھُ ہیٚنٛدی مذہبس مُتعلق مٲرٕژن ہُنٛد تعداد بوٚزی تھٕے مگر بودھ مٲرٕژن ہٕنٛد تعداد چھُ ہن کھنڈ لوٚرت۔

مٲرٕژ گری ہٕنٛدِس شوبس منز اوس کٔشیر تِتھےٚ کٲنٛتی اکہٕ سکولُک درجہ حاصل۔ یِتھ کٔنی بہارس تہٕ بنگالس چھُ تہٕ اَتھ کُن چھُ گوڈےٚ اِشارٕ کرنہٕ آمُت مگر کاشرِ بن چھُ یہ بجرٕ تہٕ حاصل زِ تِم رٕودۍ نہٕ صرف رِوایتن لمٲری بلکہ کرٕ کھ پٔننہٕ اَنٛدٕ تہٕ مٲرٕژ گری ہٕنٛدِس فنس پُشنےٚ تہٕ بٔرٕژرٕ جیٚن پنہٕ اَمی اِنفرادی مِزازٕ کِنی چھےٚ کٔشیر ہُنٛز لوٕے مٲرٕژ پرٕ یِتھ سوٚمبرنہٕ اندر نظر بازن آسانی سان اَتھِ یوان۔ داتہٕ مٲرٕژ دوٚہرِ یمانہٕ چھےٚ کٔشیر اندر ہیٚسہٕ دِنہٕ چہ مٲرٕژ تہٕ بنان آسمٕژ۔ شتہٕ مہٕ ہتہٕ لچ کارکوٹ دوہٕ تح ہیٚسہٕ دِنہٕ تح اولو کیشور شِنز مٲرتھ چھےٚ ممبیہٕ ہٕنٛدِس پرنس آف ویلز میوزیمس اندر۔ مٲرٕژِ اندر چھُ مس لٹھرٕ بن ہٕنٛد پارٲو، زیور تہٕ پوشاکھ وُچھن لایق۔ مٲرٕژ کرن یِمہٕ ہونرمندی سان مٲرٕژِ ہُنٛز کاے شوٗبرآوِمٕژ چھےٚ تتھ کُن وُچھن چھِ تصورٕ ماتہٕ گمہٕ پھٹان۔ مٲرتھ چھےٚ کٔشیر ہُنٛز ہیٚسہٕ دِنہٕ مٲرٕژ گری ہٕنٛد اکھ شاہکار۔ پرنس آف ویلز میوزیمس منز محفوظ اکھ وِشنو شِنز لوٕے مٲرتھ وُچھنس لایق۔ پٔنٛژٕہ سنی میٹر تھزِ اَمہٕ لوٕے مٲرٕژِ ہُنٛد تعلق چھُ نوٕیمِس ہتہٕ لِس سیتی

گرڈاسن وشنوشنز یہ مُرتھ چھِ سیٹھا نفاسژ سان بناونہٕ آمژ۔ وشنو چھُ گرڈس سوارِ یس دوٚیو اندٕ ژور دیو یہ نوٚ تا چھِ کران۔ یمہٕ دیوی یژ چھِ یینہٕ ؤتھرن پیٹھ ڈٔرِتھ۔ وشنوہس چھ ژور کلہٕ یِتھ منز گوڈنیک منشہٕ شُند دوٚیم سیہہ شُند ترٚیم وراہ شُند تہٕ ژوٗرٕیم راکھسہ شُند چھُ۔ اَتھ کٲشرِ لوٚے مُرژِ چھِ ژور نزٕ۔ اَتھ چھِ پیٹھمین دوٚن اَتھن منز گداتہٕ تہٕ کر۔ اَتھ چھُ ڈٔچھنہِ طرفہ منڈلکُ اوٚڈ حصہ پُھٹمُت۔ مُرژِ چھُ بوٚنمین دوٚن اَتھن منز پمپوش تہٕ شنکھ۔ گرُڈ چھُ پمپوشس پیٹھ تہٕ اُمس تہٕ چھِ ژور نزِ یمو منزٕ اَکھ وشنوہس ڈکھ چھُ تہٕ بٲقی دوٚن اَتھن منز چھُس امرِت متھ۔ مُرژِ ہنزٕ خاص کتھ چھِ مُرتھ شنوٚ براونس منز یینہٕ ؤتھرن ہُند استعمال۔ یمہٕ سیتی اَمہ کِس نزاکتُک اثر چھُ گومُت مختلف موکھن ہنزٕ اَچھ چھِ روٗپ یہ منبت کٲری ہُند نتیجہ۔ بقولِ ڈگلس بیرٹ چھِ یہ لوٚے مُرتھ ییٚنہٕ قسمک واحد نموٗنہٕ۔ اَمہٕ قسمچہ بیٚیہ زٕ مُرژِ چھِ ویرناگہ دژامژٕ یمن اَکھ مُرژِ سیتی مُرژِگری ہُندِ اعتبارٕ سیٹھاہ کم تفاوت چھِ۔ دِوٚ سرکِس اوتارٕ ژرس منز چھُ تالہِ پیٹھ وشنوہس نرسمہا، انسان تہٕ وراہ موکھ تہٕ اَمہِ ہیٚوٗر چھُس گرٕی موکھ۔ یہ روٗپ ہیوٚنس ہے گرِو راکھیس مارنہٕ باپتھ دارُن۔

ویکنٹھ نارائن سنزٕ مُرژِ چھِ کشیرِ منز گوڈٕ انوارِ دوٚنتی پورٕ دژامژٕ۔ دوٚنتی پورٕ کھنڈرَن ہُند تعلق چھُ نوٚیمِس ہتیٚ ؤرِس سیتی تہٕ اَمے چالہِ ویکنٹھ نارائن مُرژِ چھِ جنوب مشرقی راجستھانس منز دٔہیمہِ ہتیٚ ؤرِس پیٹھ دژینٹھ یوان۔ سارِوٕے محققو چھُ مُرژِگری ہُندِس حاملس منز کشیرِ ہُندِ دیٚنک اعتراف کوٚرمُت۔ چنانچہ ہرمن گوئیٹز چھُ لیکھان:۔

تہذیبی طور سٟتھاہ ووٚتھ وٕنہٕ کٲشر ہیا ٹھیلیو ونٛن خصوصی شیوی تہٕ وشنوی عقیدٕ ہیندی مُرژٕ گری آمٮ۪تیک دیُت چھُ آترژٮ۪ے موکھ کٔرِتھ وشنو یِتھ مٲنز تٲہی موکھس لٔرِ نر سمہاتہٕ وراہ موکھ چھِ آمٕتی ہاوٕنہٕ تہٕ سِری بہِ بیِس واریاہ نرٕ تہٕ موکھ چھِ۔ امہٕ چالہٕ ہٕنز سِری بہِ مُرتھ چھےٚ ساسانی پوشاکھ لٲگِتھ مار تنٛڈٕ اَتھِ آمٕژ۔

نیو یارٕکچہٕ ڈورس وینز گیلری مٲنز چھےٚ اُش نیش وجے دیوی ہٕنز ڈٕہی مہٕ ہتی ٹلچ سداہ سنٹی میٹر تھٔزٕ اکھ لوہے مُرتھ۔ اَمہٕ مُرژٕ ہٕنز خاص کتھ چھےٚ منٛڈلک شیریُس کٲشرٕ ہنٛدٕ مخصوص فنِ تعمیرٕچ باوتھ چھُ کران۔ مُرژٕ ہٕنٛد شیر چھُ چھترٕ اولی ہٕنز ژیٖنہٕ وَن تہٕ یہِ طرز چھُ ازتہٕ کٲشرٕ شُرینش طرزِ تعمیرس مٲنز دٕرٛینٛھ یوان یِتھ اندر کمبس نہٕ ستولیس کُنےٚ چھُ آمُت کرنہٕ تہٕ بیٹھ کُن چھُس چھترٕ اولی برنگ کھارتھ۔ اَمہٕ ہٕرہیاہ چھُ دیوی مسٔرٕ ھ بند، وچھہٕ نٔرٕ ووٚٹ تہٕ بٕتھگرٕ لٲگِتھ یم ساری زیور چھِ وُنہٕ تہٕ کٲشرِ مٲنز مُروٚج۔

پان ایشین سوٚمبرنہٕ مٲنز شٲمِل پرچنہٕ پارمتایہٕ ہٕنز اکھ لوہے مُرتھ چھےٚ ترٛزھ یِتھ مٲنز دیویہِ ڈیتچہٕ ہٕری چالہٕ زیور کٔنِ چھُ۔

کٲشرٕ ہٕنزٕن لوہے مُرژن بیٹھ تفصیلہٕ سان کام کرٕنی چھےٚ وُنہٕ باقے یموٚ مُرژو مٲنز دٕرایہِ اکثر یمہٕ ہتیلِکس شتیمس ڈٕہیلس مٲنز یمہٕ ساتہٕ نٔنہٕ بیلِ تبتس مٲنز سیاسی تبدیلی آیہٕ۔ یموٚ مُرژو منز واٚژ اکثر غٲرٕ ملکی عجاٮ۪ب گرن مٲنز تہٕ واریاہ بٔنےٚ یہِ ذٲتی سوٚمبرن ہٕنٛد حصہٕ۔ اَمہٕ برٛونٛہہ دٕرایہِ کینٛہہ مُرژٕ ۱۹۴۸ء یس مٲنز یمہٕ ساتہٕ نٔنہٕ بیلِ مہاراجہ کشمیر تختہٕ نِشہٕ دٔس بردار سپد۔ تو تام اوس

دائیرٕ بیوان زِ کأشُر بۄ لوٚے مُرژو اندر چھُ آسٕتھ نا پیٚتھ کُنی بچیومُت۔

کأشُر لوٚے مُرژِ کیتھٕ پأٹھۍ واتٕ تبت اتھ متعلق چھِ کتھ صاف زِ گٔژھِر اندر سیاسی تبدیلین ہیٚتھ تظر ژٕلی کأشری بھکشو گرٕ ترأوتھ تٔے تِمن علاقن کُن ییٚتہِ بودھ دھرمس برتری حأصل أس۔ یہٕ اتھ سیٚتی واتٕ لوٚزِ، یہِ باپتھ ییمہ لوٚے مُرژٕ نہٕ توٚری۔ چناچہٕ اتھی مٔہ ہٕ توٚی مہٕ ہیٚتی لیچہ وار یاہ خوش صورت لوٚے مُرژٕ ییمن منز بودھ شنز مُرژٕ تہٕ ستوپ شأمل چھِ، چھِ اَزتہٕ لداخ چین بودھ خانقاہن منز موجود۔ یأدی دار یاتاہ دار ہیٚتس چھُ خاص کٔرِتھ کأشرِ فن تعمیر بوح باوٕتھ۔ چناچہٕ خالہ خطہ کینٕ تہٕ چھِ ییمہ مُرژٕ کأشرِ باسان۔

چناچہٕ یہٕ کتھ چھِ باوٕتی لائق تہٕ بیٚنہٕ عرفہٕ جکس زمانس منز کوٚر کأشرِ لوٚ مُرژگرو پانس أندی کھۍ سوٗرے علاقہٕ ییتھ منز سوات، لداخ، تبت تہٕ دوٚیمی علاقہٕ شأمل چھِ، ہیوٚت مُتاثر زِ کأشری فنن کرٕ یمن علاقن منز تہٕ جاے۔ چناچہ ییمو علاقو منز ییمہٕ لوٚے مُرژٕ دژامتہٕ چھِ، ییمہٕ چھِ خألص کأشر باسان۔ مشہور فن شناس کالہر شورا، موٗرتی چھُ کتھ گینی کڈان لیکھان:۔

"چمبہ کیھن بارمورتہٕ چھتراہی گامن منز ییمہٕ مہیش مرونی، پیٚتھر بیٚتھ نرسمہا کمأری تہٕ پرژھے لوٚے مُرژٕ اکہ چھِے آمژٕ تِمن چھُ تھتہ زیوٚٹھ مگر صوٗرت مأری منز۔ ییمہٕ مُرژٕ چھِے اردأ ییمہٕ صدی منز کأشر مُرژٕ گری ہنٕز نِشاند ہی کران۔"

شورا مورتی سُندیہ بیان چھُ صاف ہا دِتھ دِوان زِ لوٚے مُرژٕ بناونک کأشر سکوٗل چھُ ہماچل پردیشس منز اوترٕ تام اکھ زِندٕ روایت، اوسمت۔

کاشُر لوٗ ے مُرتہٕ ہِمَن عجاییب گرن وُنی کین شوٗ براوان چھےٚ تمَن اندر چھےٚ پان ایشیَین سوٗمبرَن سینک اینڈ سن لنڈن، برلن میوزیم، لاس اینجلز کنٹری میوزیم ہیٚے ۔ ٹارنٹو یونیورسٹی، اٹکنس میوزیم کنساس، کلیولینڈ ام میوزیم نارٹن سا ئیمَن سوٗمبرن ۔ رنِج مونڈ میوزیم آف فاین آرٹس تبت ہاوس نئی دہلی سٹیل آرٹ میوزیم، میٹرو پالٹن میوزیم نیویارک بیتر نا دہنس لایق ۔

مختلف تہذیبَن ہندس سنگمس پیٹھ آسنہٕ موکھ چھُ دُنیمین چیزَن ہندی یا یٹھو کاشرِن لوٗ ے مُرتَن پیٹھ تہٕ ہمسایہٕ مُلکن ہُنڈ ٹاکارٕ اثر مگر اَمہِ اثرَن چھُنہٕ یہِ فن داغ زد کوٗرمُت بلکہ چھُس اَتھ پرٕ ہتھ رنگہٕ بُرتھٕ کوٗرمُت ۔ میون ذاتی خیال چھُ زِ یوسہٕ فنکاری کاشرِ یو ہو ترمِتۍ وکنین تہٕ داتس مُنزٕ ہاو مُتۍ چھےٚ تمہِ تلہٕ چھُ صاف زِ امہِ برونٹھ آسہے یہِ ہو ترٕ ہیچہٕ تعمیرن بیتر مُنزٕ تہٕ ہاونہٕ آمتۍ تہٕ پتہٕ رُٹ پرائی اُمی رِوایژن نوٗی نوٗی رنگ تہٕ عالمس مشہوٗر اَتھ کامہِ آیہٕ یارسس گوٚڈٕ چھُ یہِ دائرن تہٕ مُناسب زمُرٕ گری تہٕ فن تعمیرس لرلوٗر آسہٕ ہِن سانہٕ اَتھٕ کامہِ تہٕ پیتھ کالہِ پیٹھٕ بارسس ۔ چنانچہ ویلے چھُ پننہِ چین ہان شونا وچہ کتابہ مُنزٕ لیکھان زِ کشیر چھےٚ ہوُن ہُند مُلکھ تہٕ یہِ چھےٚ اَتھٕ کامو تہٕ امبرایڈری کِنۍ مشہوٗر ۔ یہِ حقیقت نظرِ تلۍ اَنِتھ چھُنہٕ یہِ داوا ہنٕ دوٗ سن لایق زِ کشیرِ ہُنزَن اَتھٕ کامن ہُنڈ اگر چھُ مُنزٕ ایشیا تہٕ سہٕ تہٕ زدہ داہمہِ ہِنتی لہٕ پتنگ ۔



محمد شعبان نون پوری

# جالکدوٗزی تہٕ ٹوٗپہٕ کأم

جالکدوٗزی تہٕ ٹوٗپہٕ کأم چھےٚ اَکھ کامیوٗ ہُنر اَکھ سۄ حُسن کأری یوٗسہٕ پٔن چھاوٕ نہٕ سیتی کرنہٕ یِوان چھےٚ۔ موجوٗدٕ زمانس منز چھہٕ یِمَن دۄشوٕنی کامن ہِنٛد خأطرٕ اَکے ناو عام تہٕ یہِ مُشترکہٕ ناو چھُ امبرایڈری (EMBROIDERY) چوٗنکہ امبرایڈری چھُ اَکھ سُہ کسب یتھ منز کأرگردۄ ہہٕ واڈٕ تہٕ گاہے ربٕتہٕ واڈن ہُنرٕ سیتی سیتی کانٛہہ چیز بناوان چھُ۔ یہِ وُچھتھ چھُ سوال وۄتھان زِ یتھ ساینسی ترقی ہِنٛدِس زمانس منز چھا یِتھین چیزن ہُنرٕ کانٛہہ اہمیت کینٛہہ نہٕ۔ یِیٚلہٕ زٕ ن یِمے چیز چھہٕ مشینو سیتی کم کھوتہٕ کم وقتس منز تہٕ سٮ۪ٹھاہ کم لاگتہٕ سیتی بناونہٕ یِوان یِینٛتھ چھےٚ یہِ دلچسپ کتھ بوزنہٕ لایق زِ اگر مشینو سیتی تِتھی پوشاک بناونہٕ یِن، یِم خوٗبصورتی منز کُنہِ اصلی پوش ہی آسن۔ سوال چھُ زِ تیٚلہِ ہیکہٕ نا یِم مصنوعی پوش اصلی پوش ثابت سپدِتھ؟ جواب چھُ ہرگز نہٕ۔ تِکیازِ حقیقی پوشن منز چھُ اَکھ سُہ فطری عنصر شأمل یُس نہٕ مصنوعی طور بأدٕ ہیکہٕ کرنہٕ یتھ۔ یِتھے پأٹھۍ اگر کُنہِ چیزس فوٹو یِیہِ تُلنہٕ بییہ بنادِ مُصوِرأمی چیز بُرح اَکھ تصویر تہٕ یوٗدوے یِم دۄنوے چیز فوٹو تہٕ تصویر تہٕ

ماری منٛدی آسن مگر یہ کرِتھ تہٕ آسہ فوٹو کھوتہٕ زیادٕ تصویرس منٛز کشش۔ امیک
وجہ چھُ یہ زِ تصویر چھےٚ فنہٕ چہ اَڈرنہ سیتی تعلق تھاوان تہٕ یوسہٕ چیز چھُ اَتھ زیادٕ لوٗلہٕ وُن
بناوِتھ دلفریب بناوان۔ اَتھ برعکس چھےٚ فوٹو گرافس منٛز فنٛکہ کاہنہ دخل یہ چھُ چیزک
نقل آسان۔ یِیلہ زَن تصویر بذاتِ خود اکھ چیز آسان چھُ۔ امبرایڈری منٛز تہٕ چھُ
یوسہٕ عنصر شامل۔ تکیازِ یتہٕ چھُ فنے۔ فن چھُ فن یارس اکھ فطری رنٛگ بران تہٕ ییلہ
یہ انسانہٕ ہنٛدیو اَتھو بنیومت چیز فطرتک جز باسہ۔ وُچھن والین تھاوِ یہ ضرور وچھونے
پرٛتھےٚ ییکھ تہٕ زِ ییتھ ہیوٗ چیز کیا آسہ انسانہٕ ہنٛدی وۍ اَتھو تعمیر سپدمت۔ ییلہ
تہٕ بنیہ چھُ یہ وُچھن یِنہٕ دھان تہٕ پرٛہتھ ساتہ چھےٚ اَتھ منٛز برابر دلکشی آسان۔ اکھ عجیب
قِسمُک فرحت بخش واجینٛہ لذت چھےٚ محسوس سپدان۔ یہ چھُ فنٛک تاثیر۔ ایرچ ضرورت
چھےٚ فردس قدرس قدمس بیٚہتھ۔ یم چیز پیش کرِتہٕ تہٕ یمو نشہ لطف حاصل کرُن
چھےٚ انسانہٕ منٛز امتیازی خصوصیت یوسہٕ نہ صرف تس اکھ ہشینی پرُز بنِنہٕ نشہ بیوٚن
کڈان چھےٚ بلکہ تھس یاتہٕ زِ ووذ اُٹھن منٛز تہٕ اعلا شرف بخشان۔ امبرایڈری منٛز تہٕ
چھُ یوسہٕ گوٚن زِ اَتھ چھُ فنٛک مایہ پیٚدان۔ اَمہ سیتی چھُ اَتھ امبرایڈری مشینہٕ
امبرایڈری کھوتہٕ ممتاز تہٕ زرووقعت تھاوان۔ یہ چھُ اوِ موجوب زِ اَتھ سیتی کرِ تہٕ
آمژ امبرایڈری منٛز چھُ کاری گرسنز فن کاری سیتی تسندی جذبات تہٕ شامل آسان۔
یم ہتھند ٹیٚنڈرہم تہٕ ٹلنہ سیتی اَتھ منٛز ترٛان چھہ۔ یمے چھہ وُچھن والی ہنٛدین
نوٚزک ایحساسن زیر دِوان تہٕ تس بیٚہتھ اکھ نوٚتر قایم کران۔ لہاذا چھےٚ یہ کتھ
صاف زِ مشینی امبرایڈری ینہٕ سیتی پیٚنیہ نہ روایتی امبرایڈری ہنٛزا اہمیتس
کاہنہ فرق۔ بلکہ ہیٚکِہ یہ پرٛتھ زمانس منٛز پنٛنہٕ انفرادی خاصیژ کِنی زندٕ روٗزتھ۔

امبرایڈری چھےٚ باقٕے اَتھہٕ کامَن ہِندی پاٹھۍ اکھ پرٲنۍ ہُنرٕ۔ یاسان پھِہ
زٕیٖلہِ تہٕ آسہِ اِنسانہٕ سٕنٛزِ دۄہ دِشچہِ ضرورِیاژ وٕپہٕٹھے وۄتلیمژٕ زٕ اَندواتنکٕ
مسلہٕ چھُہ سیٹھاہ پرٲنُن۔ اَمی بینٛہ آسہِ پتہٕ سجاوٹُک عنصرِ تہٕ شٲمِل گومُت۔ یہ زَن
مٔنزٕ ایشیاہٕچ پرٲنۍ امبرایڈری تہٕ ہاوان چھہ۔ وۄنۍ گو ڈینہکین مُختلِف حِصَن منٛز
چھےٚ مختلف قِسمہٕ چہ امبرایڈری بارسس آمژٕ۔ یہ چھُہ یمن جاین مُختلِف قسمٕک خام
مال میسَر آسنہٕ کِنہِ تہٕ مختلف قسمکۍ مقٲمی کلچر آسنہٕ کِنہِ سپدُمُت۔ مِصری نقاشی تہٕ
مُصوری چھےٚ ہاوان زِ پلوٚ پوشاکس اوس سیٹھاہے پرٲنس وقتس منٛز امبرایڈری
کرنہٕ یِوان۔ اَتہٕ کین اَستانَن بینٛہ برٛنگٕن ہنٛز مُصوری چھہ ہاوان زِ پوشاک، کونج کوٚر
پرٛدہٕ تہٕ خیمہ آسۍ امبرایڈری کٕرِتھ آسان۔ یہ کتھ تہٕ چھےٚ ونہٕ یِوان زِ چیٖنس منٛز
چھہ میٖسحس برٛونٛہہ اکھ ساس وٕری امبرایڈری کران آسمتٕ۔ اَتِچ کینٛہہ روایتی
آرائِش وُچھِتھ چھہ خیال یِوان کرنہٕ زِ یہ چھےٚ میٖسحس برٛونٛہہ شیٚ ہتھ وٕری
بارسس آمژٕ۔ ہندوستانس منٛز تہٕ چھےٚ امبرایڈری ہنٛز پرٲنۍ تواریخ۔ مۄہنجو دارو
جلیہ یمہٕ ترٛےٚ ساس وٕری میٖسحس برٛونٛہہ یوٚ سٕنٛزہٕ چھےٚ لبنہٕ آمژٕ تمہِ چھےٚ پرٛزٕ نہٕ
پاٹھۍ دامی مقصدٕ خٲطرٕ ورتاوان آسہِ ہتہٕ۔ اَتہٕ نہٕ باقٕے وادی سِنٛدھٕچن جاین یمہٕ
زِچہٕ ترٕن ہِندی نِشانہٕ حاصِل سپدیمٕتۍ چھہ تِمن بینٛہ چھےٚ امبرایڈری کرِتھ
صاف پاٹھۍ نِشی کشیرِ منٛز تہٕ چھےٚ پرٛانہٕ وِزنہٕ پیٹھہٕ امبرایڈری کرنہٕ یِوان۔ حال حالے
یِم زٕ ہتھ وٕری میٖسحس برٛونٛہہ بلبیہ ہارو نہٕ لبنہٕ آمتۍ چھہ تہٕ یمن پیٹھ زنانہٕ شال
ڈلِتھ تصویرِ چھےٚ مُنقش چھہ امبرایڈری ہِندی تہٕ اثرات ہاوان۔ وۄنۍ گو یتھ
کتھِ ہیٚکہٕ نہٕ انکار آسِتھ زِ مختلف دورَن منٛز چھہ یہ کسب تہٕ باقٕے اَتھہٕ کامَن ہِندی

یا پٹھۍ مختلف قسمچہ قدرتی تہٕ سیاسی تبدیلیہ کنہِ بموسیتی یینہٕ سماجی، اِقتصادی تہٕ معاشی طور اَبترِی پیسنہٕ مژ آس گاش کھاتس پیومٕت۔ ژوداہیمہ صدی منز یورا سلام واتنہٕ بروٗنہہ آسہ یینہٕ واریاہ اَتھہ کامہ ختم گامژ تہٕ باقے کیٚنٛہہ آسہ ژھوکوٚنہِ حالتس منز۔ مگر ییٚنہٕ ییٚلہ میر سید علی ہمدانی رحمۃ اللہ علیہ تہٕ باقے ساداتو یور تشریف اوٚن تمو تاری ایرانہٕ پیٹھہٕ پانس سیتی کیٚنٛہہ کاسب تہٕ یمو ییٚنہٕ مورد اَتھہ کامہ نوٚ سرٕ زِنٛدٕ کرنہٕ ژھوکوٚنہٕ بوٚرکھ نوٚ وزِ وزہٕ۔ پنٛداہیمہ صدی منز لوٗگ یمن کامن زیادے پوچھر، یِتھہٕ پٹھہٕ وق ییٚلہ کشیرِ منز سونہرٕ دور اوس تہٕ زین العابدین بڈشاہ صاحبنی حکومت (۱۴۲۰ء پیٹھہٕ ۱۴۷۰ء تانی) آس۔ بڈشاہ صابن تہٕ اَنہٕ تاوی ایرانہٕ پیٹھہٕ ماہر کاریگر۔ یم ییٚتہٕ ییٚتی آباد سپدی۔ یمن وستاد کاری گرن منز آسی امبرایڈری ہِندِ ین مختلف قسمن ہِندی ماہر تہٕ شامِل۔ یمو یمہ کامہ بھا ئھلایہ تہٕ دِژ اَکھ ترقی۔ بیٚیہ کتھ چھےٚ نشان دِہ کامژ امبرایڈری پیٹھ چھہ ایرانک زبردس اثر۔

امبرایڈری چھےٚ آرایشہِ باپتھ ورتاونہٕ یوان۔ یم چھےٚ یوان پلون پیٹھ کرنہٕ۔ پلو چھہ نالی لاگنکی تہٕ تہٕ باقے ورتاونہٕ آسان۔ یم پلو چھہٕ خالص مقامی طور کشیرِ منزے یوت پسند کرنہٕ یوان بلکہ چھےٚ نیٚبہٕ شیو نِ سجاوٹہ آسنہٕ کنہِ یہنٛز منگ ڈیٚنٛہکس کوٗنس کوٗنس منز۔ اَمیک وجہ چھہٕ یہنٛز ناقابلِ فراموش ڈیزاین کاری۔ یوٚدوے یمن ڈزاینن منز جیومیٹری شکلہ تہٕ شامِل چھےٚ مگر اکثر باپتھ چھےٚ گل کاری کرنہٕ یوان۔ دوٚنوٚنی قسمہ کین ڈیزاین منز چھہٕ کشیرِ ہِنٛد مقامی رنگ نمایاں آسان یِس فطرتس واریاہ قریب چھہٕ تہٕ کاری گرد چھہٕ یِہُنٛز کِہ سان

تہٕ نفیس پأٹھۍ ووتلاوِمِت آسان۔

کُنہِ تہٕ پلوس پیٹھ امبرایڈری کرنہٕ برونٛہہ چھُ اکھ پیٹھ نمہٕ ڈزائنک نقش تراونہٕ یوان۔ یُس انتھ پیٹھ ووتلاونک غرض آسہٕ۔ یہ چھُ کاغذی سٹِن ہلکہٕ مدتہٕ سیتی کرنہٕ یوان۔ امہٕ پتہٕ چھُ کاسب سترنہٕ یا آرٕ سیتی مختلف رنگن ہندی پن چھائٕ وِتھ گُل کاری کران تہٕ آخرس چھُ یہ چھلنہٕ پتہٕ قأبلِ دید چیز بنان۔

امبرایڈری یمن پلون پیٹھ کرنہٕ یوان چھےٚ تِمن چھُ اٚ ویٹھۍ بوٚٹھۍ پأٹھۍ زٕ حصہٕ۔ اکھ حصہٕ چھُ تِمن پلون ہُند یم وتھراونس تہٕ پردن لگان چھُ۔ یمن پیٹھ امبرایڈری چھےٚ ویٹھ بوٚٹھ آسان تہٕ انتھ کامہٕ چھُ جالکدوزی ناو۔ دوٚیم حصہٕ چھُ تِمن پلون پیٹھ لبستعمل یم ناٹیلاگنس تہٕ ولنس لگان چھِ۔ ہُنر کأم چھےٚ زأوِج تہٕ نوزُک آسان تہٕ اتھ کامہٕ چھُ ٹوپہ کأم وَنان۔

## جالکدوزی:-

جالکدوزی چھِ یِرمہٕ کأم تہٕ ونان یہ چھےٚ آرٕ سیتی یوٚت کرنہٕ یوان۔ اتھ ہنر چھُ گُل کھالنہٕ خأطرٕ رنگ دار یِر پن کامہٕ لاگان۔ گُل چھُ یوان دارٕ یہن قسمن ہندی کھالنہٕ۔ کُنہِ پلوس چھُ ڈبہٕ نِین جاناوارن ہنز شکلہٕ بناونہٕ یوان۔ کُنہِ پیٹھ جنگلی جانور تہٕ اکثر پأٹھۍ چھُ کشیرِ ہِندین پوشن تہٕ پوشنہٕ گُلین، پنہٕ ڈنجرن تہٕ مختلف میون ہنز شکلہٕ بناونہٕ یوان۔ یمن ہنز چھُ بوٚنہٕ پنٕ ٹلی، بادام ہُرنہٕ عام پأٹھۍ ووتلاونہٕ یوان۔ یم گُل چھِنہٕ سرتوبوت پأٹھۍ تتھی ہیٚرِ ہنز بناونہٕ یوان یوسہٕ ہیٚتھ یمن فطری آسان چھےٚ بلکہ چھُ ڈزاین بناون وألی یمن تخلیقی رنگس منز رنگھ ہتہٕ بوٚنہٕ (STYLISTIC) تیار کران یم پتہٕ اکھ نوٚو چیز

باسان چھہ۔ یتھی نتھر دار پلوٗ چھہ زیادٕے خوشبوٗ نی باسان۔

جالکدوٗزی منٛز چھہ گُل تٕہ ژورٕ قسمکو پلوٗ بنان۔ یم چھہ نمدٕ، گبہٕ، کرول، امبرائیڈری تہٕ فرکامہٕ ہشدی چیز۔

## نمدٕ:۔

نمدٕ چھُہ اکھ ژرٹ ہش آسان۔ یہ چھُہ لگان فرشس پیٹھ وتھراونس۔ یم چھہ آسان ژوکوٗنجل تہٕ گول تہٕ، لوکٹی تہٕ بٔڑی تہٕ۔ عام طور چھہ یم ۲ × ۳، ۳ × ۴، ۴ × ۶، ۶ × ۹، تہٕ ۹ × ۱۲ سایزن ہندی آسان۔ اکہ نمدُک وَزن چھُہ اکہِ کلو پیٹھ ائٹھن کلوٗن تام آسِتھ ہیکان۔

نمدٕ چھُہ یوان ییرس تہٕ پھمبس بناونہٕ۔ اتھ منٛز چھُہ ییرُک آسُن لازمی ترکیبارِ امہِ بغار نمدُک تصوٗر چھُہ ناممکن۔ پھمب چھُہ یوان مِلاونہٕ خاطرٕ ترٛاونہٕ۔ امہ علاوٕ چھُہ پھمبہٕ سیتۍ نمدٕ پایدار بنان۔ آرائشِ بڑاونہٕ ہٕریمانہٕ چھہ نمدٕ وشنیرٕ تہٕ دِوان تہٕ توے چھہ یم وَنڈس منٛزٕ یوت یوان استعمال کرنہٕ۔ بناونہٕ وِزِ چھُہ گوڈٕ نمدٕ گوٗر ییرٕ تہٕ پھمب بیوٗن بیوٗن دونان تہٕ پتہٕ چھُہ یہِ رلاوان۔ نتہٕ چھُہ بیوٗن بیوٗنۍ وَرناوان کُنہِ پینجہ یا وگوِس پیٹھ چھُہ اَمِچ اکھ تہہ تراوان تہٕ پتہٕ صابنہِ آب چھہ کان۔ یتھ اتھہٕ سیتۍ پھش چھُہ دِوان۔ مزید پتہٕ بیاکھ تہہ ترٛاوان تہٕ یہِ عمل کران روزان۔ یوٗت تام ضرورتہٕ مطابق ژورٕ تہہ ترٛاوان چھُہ۔ پتہٕ چھُس دشنہ لأگنہٕ تھوان۔ نمدٕ گوٗر چھُہ یہِ وگو پتہٕ وٹان تہٕ چھُس رزِ سیتۍ گنڈ کران۔ گنڈ کرِتھ چھُہ وگوِس کھورَو سیتۍ لتہ دِوان دِوان اوٗرٕ یوٗرٕ ڈلوان۔ وار یاہَس کالَس یہِ عمل جأری تھوِتھ چھُہ آخرَس وگوِس رز مُترٕاوِتھ واش کڈان تہٕ امہِ منٛزٕ

نمدٕ تھوٚو تھلان ۔ امہٕ پتہٕ چھِ یہِ نمدٕ خوشکھ گژھنہٕ موکھہٕ تاپس نژاوان تہٕ
شِشٹھِنہٕ کرِتھ چھِ اَتھ پیٹھ ڈزاین یوان نژاونہٕ یتھ پتہٕ آرِ سیتۍ رنگ برنگی
اُکپوٗن بیر چھِ چھاونہٕ یوان، یمہٕ پتہٕ یہِ ٹھیک پاٹھۍ چھِ چھلنہٕ کرنہٕ یوان تہٕ آخرس
چھِ یہِ خوبصورت ڈزاین دار نمدٕ بنان ۔

نمدٕ سازی چھےٚ منٛز ایشیاہس منٛز بارسس آمٕژ ۔ اَتی پیٹھٕ واتیہٕ کشیر
وٕنہٕ ۔ منٛز ایشیا پیٹھٕ چھِ نمدٕ کارٕ بار سیٹھا برٛونٛہہ شروٗع سپدمت ۔ خیال چھِ یوان
کرنہٕ زِ یہِ ووت چھِ عیسوی سنہٕ شروٗع سپدنک ہیٚوٗ اوسمت ۔ یہِ نمدٕ کارٕ بار اوس
کشیرِ منٛزٕ باقے دُنیہس سیتۍ سپدان ۔ کنوہمہِ صدی ہندِس ابتداہس تانۍ آسی
یارقندٕ پیٹھ سیٹھاہ تعدادس منٛز یور نمدٕ اننہٕ یوان ۔ مگر پتہٕ سپز اَتھ کمی
ہش ۔ گوڈنکہِ جنگِ عظیمہ (۱۹۱۴ - ۱۹۱۸ء) پتہٕ آو منٛز ایشیا پیٹھٕ بییہ واریاہ
نمدٕ مال کشیر درآمد کرنہٕ ۔ ۱۹۲۹ء پیٹھٕ لاگۍ امریکہ ہن تہٕ کشیر پیٹھٕ نمدٕ ملی ہینٛنۍ تہٕ
جلدٕ ے بنیو وہِ ملک منٛز ایشیاکۍ نمدٕ ہند ہینٛنک بوڈ خریدار ۔ تِمن نمدن آسی
اصلی کاشری نمدٕ وَنان ۔ تکیازِ منٛز ایشیا پیٹھٕ یم نمدٕ یور درآمد کرنہٕ یوان آسی تم
آسی سادٕ آسان تہٕ تِمن پیٹھٕ آس ییتۍ جالکدوزی کرنہٕ یوان تہٕ پتہٕ آسی یوان
باقے ملکن سوزنہٕ ۔ باپار ہن ہندِ وَننہٕ مطابق چھِ ۱۹۴۰ء تام زِ لچھ نمدٕ نی وٕری یہِ
یور درآمد سپدان آسمتۍ ۔ مگر لیہہ وتھ بند گژھنہٕ پتہٕ گو منٛز ایشیا پیٹھٕ
یور کارٕ بار مکمل پاٹھۍ بند تہٕ ۴۱ - ۱۹۴۰ء منٛز چھینہٕ اَتہٕ پیٹھٕ اکھ نمدٕ تہٕ یور وومت
چونکہِ ییتہٕ آس نمدن ہنٛز منگ برابر ہران تہٕ لہٰذا آیہ مقامی طور سرینگرس منٛز
نمدٕ بناونُک صنعت قایم کرنہٕ ۔ امہ برٛونٛہہ تہٕ آسی ییتہٕ کینہہ وسی یا یہِ نمدٕ بناونہٕ

یوان۔ مگر یُہنٛد تعداد اوس منٛز ایشیا بیٚیٚہ دٕر آمد سپدن والین نمدن ہِنٛد کھوتہٕ بالکل کم۔ ۱۹۲۹ء بیٚیٚہ پھیرِ کیٚنٛہہ قالیباف تہٕ اَتھ کارس کُن تہٕ یِتھٕ کِنی ہیٚیوتُن اَتھ صنعتس پوٚچھر لگُن۔ ۱۹۳۸ء منٛز ییٚس یِیتہٕ نمدگری ہِنٛز صنعت باضابطہ پأٹھۍ وُجوٗدس آیہٕ۔ مقأمی نمدٕ سازن ییٚز حوصلہ افزأیی۔ یہٕ کسبٕ پھانٛپھلیو وتہٕ یِتھٕ کِنی سپدی کشیرِ ہِنٛدۍ بیٚنی نمدٕ مشہور۔ اَز کل چھِ یِیتہٕ لچھہٕ بدن روٗپیَن ہِنٛدِ موٚلۍ نمدٕ پرٛیتھ ؤرۍ یہٕ تیار سپدان تہٕ یِم نمدٕ چھِ ہِندوستانٕچو ریاستن وُہر ہمانٕہ باتھٕ مُلکن منٛز تہٕ کارباپٕ ڈسو واتان۔

## گبہٕ:۔

گبہٕ چھِ آرأیشہٕ ہِنٛد اَکھ بلویٚس عموٗماً کمرس منٛز فرشس پیٚٹھ وُتھراوُنس رگان چھُ۔ یہٕ چھِ کُنہ کُنہ سادٕ پرٛدن ہِنٛدِ خأطرٕ تہٕ ورتاونہٕ یِوان۔ گبہٕ چھُ کُنہ کپرس پیٚٹھ آرِ کأم کرنہٕ سیٚتی بناونہٕ یِوان۔ کیٚر چھِ ہہکان دوٚیہٕ قسمہٕ آسِتھ اَکھ کیٚر چھُ یا تہٕ مُنلی کپرٕ ٹُکرٕ وأٹِتھ بناونہٕ یِوان۔ یِم ٹُکر چھِ مختلف رنٛگن ہِنٛدۍ بناوِتھ نتھٕ کِنی واٹنہٕ یِوان زٕ وُچھن وألِس چھُنہٕ فکری ترٛان زِ گبہٕ چھُ ٹُکرن ہُنٛد بناونہٕ آمُت۔ نتہٕ چھِ یہٕ سرِ توٗلِتھ ژادرن یا کملن ہُنٛد آسان۔ گبہٕ سانہ چھِ گوڈٕ اَتھ کپرس رنٛگان پتہٕ مختلف قسمہٕ کِین رنٛگن ہِنٛدۍ بیٚیرِ پَن آرِ سیٚتی چھاپِتھ نفیس گُل کأری کران۔ یہٕ کأم کرن چھِ فیٚنٛتہٕ کأم وَنان تہٕ اَتھ منٛز چھِ گبہٕ گوٗر منشہٕ مطأبق تہٕ حسبِ ضروٗرت ڈیوٚن یا ترٛیٚوٚن بیٚیرِ پَن استیعمال کران اَمہٕ قسمکۍ گبہٕ چھِ عام تہٕ اکثر پأٹھۍ کشیرِ منٛز پسند کرنہٕ یِوان۔ تہٕ لوٗکھ چھِ یا تہٕ فرمأیشہٕ پیٚٹھ یِتھۍ گبہٕ بناونأوان نتہٕ مُلۍ ہیوان۔ دوٚیِمہٕ قسمُک گبہٕ چھُ ڈسوٗت کپرس پیٚٹھ

آرِسیتی اَکیوٚن ییٚر چھاپٕ وِتھ بناونہٕ یِوان۔ اَتھ گبس چھُ چین پیٚٹھ سٹِچ گبہٕ ناو۔ چین سٹِچ
گبس تہٕ عام گبس چھُ کیُر بیوٚن بیوٚن آسنہٕ ہُریاںہٕ یمَن پیٚٹھ سیٚداں پَن چھاوٕنۍ
کامہٕ تہٕ فرق۔ چین سٹِچ گبس چھےٚ ہیٚنز پن چھاوٕنۍ کامہٕ کرنہٕ یِوان زِ آخرس چھُنہٕ پتہٕ
دُسوٚت کیُر ہیٚتھ نوٚے روزان۔ اَتھ منٛز چھُ کُنہٕ ساتہٕ ییٚر بدلہٕ اِسٹیٖل تہٕ وَرتاونہٕ یِوان
یہٕ ہیٚکہِ فائین بدلہٕ تہٕ نکھ وُسِتھ۔ اَتھ چھےٚ فائینہٕ کھوتہٕ واریاہ کم لاگتھ لگان۔ یِم تہٕ
چھِ مختلف میٚژن ہِندی بناونہٕ یِوان تہٕ بڑِ کھوتہٕ بوڈ گبہٕ چھُ ۹ × ۱۲ آسان۔ گبس
چھِ اَسترٕ لاگتھ پھَمب تہٕ برانٕ تہٕ یِتھہٕ کٔنۍ چھُ یہٕ زیادٕے آرام دہ چیز بنان۔

گبہ سازی ہِندِس ابتدا ہَس مُتعلق چھِنہٕ کاہہ تحقیقہٕ تواریخ۔ وۄنۍ گو
کیٚنہہ رِوایژ چھےٚ۔ اَکھ رِوایت چھےٚ یہِ زِ اَز برژ وُہہ زِ ہتھ وَری چھُ اسلام آباد
اَکھ غریب سترٕ روزان اوسمُت یُس لسہٕ طوطہٕ ناو اوس۔ دَپان ناد آری ہِندِ ہتھہٕ
وآلِ اُمی واریاہَن رَنگن ہِندی ٹیٚہ ٹکرٕ وَنھرِن بناونہٕ خاطر۔ چونکہ یہٕ اوس اَکِہ
نیٚہ قسمُک وَتھرُن تہٕ لہذا یِیَس لِہِ باقیٚن اَتھ پیٚٹھ نظر پیٚیہ۔ تِمَن باسیوو
یہِ اَکھ نوٚو چیز۔ تِموتہٕ ہیٚچھی یِم بناوِنۍ تہٕ ہیٚکٔنۍ آیہٕ کٔشیر منٛز گبہ سازی بارسس۔ اَمہٕ
تلہٕ چھُ صاف پَتھٕ نَنان زِ گبہٕ چھُ دُنیہس کٔشیرِ مُتعدد دیُت۔ دۆیم روایت چھےٚ کو بلہٕ
پیٚٹھٕ آو اَکھ پناہ گزین عبدالرحمان یور۔ سُہ رُود ییٚتہٕ اَکِس گامس منز۔ اَمہٕ ہیوو
اَمی جالکد وۆزی کرِتھ اَکھ زین تہٕ ہیٚکٔنۍ سپدٕ گبہ بناوٕن شروع۔ بیاکھ واقعہٕ چھُ
یہِ زِ اَکِہ دوہہ اوس مہاراجہ گلاب سِنگھ (۱۸۵۰ - ۱۸۵۵ء) ییٚتہٕ اَکِہ گامہٕ منٛزی
پکان۔ گامکۍ زِ ٹھوکُر مہاراجَس میوٕرس تہٕ دو دبیٚش۔ اَمہٕ پتہٕ ییٚلہِ مہاراج اَنہٕ
دِرا وٕنِمی موٚنگ اَمِس مہمان نوازس سُہ گبہ یُس پیٚٹھ سُہ اَمِس نِش بہتھ اوس۔ اَمہٕ واقعہٕ

تِلہٕ چھُ بنان زِ گَبہٕ صنعت ٲس اَمہِ وِزِ کٔشیرِ منٛز جان ترقی کرٕمٕژ۔ چین ہٹیٚچ گَبہٕ چھُ یینہٕ حال حالے شروع کرنہٕ آمٕژ۔ گَبہٕ چھُ کٔشیرِ منٛز زیادٕ تر اسلام آبادٕ بناونہٕ یوان سرینگر، وَرمُل تہٕ بٲقے کیٚنٛژن جاین تہٕ چھِ اَز کل گَبہٕ بنان۔ گوڈٕ گوڈٕ ییٚم گَبہٕ بنان ٲسۍ تِم ٲسۍ ؤسی پابہٕ آسان۔ مگر پتہٕ ییٚلہِ اَتھ کارس منٛز ترقی سپٕز، تِتھی معیٲری گَبہٕ آیہِ بناونہٕ زِ امیر لوٗکو تہِ لٲگۍ ییٚم مُلی ہیٚنۍ۔ اَز کل چھِ بٲقے لوٗکو ہٕریمانہٕ یوٗرپی سٲری لٲگۍ تہِ ییٚم گَبہٕ مُلی ہیوان تہٕ یِتھٕ کٔنۍ چھِ کٔشیرِ ہنٛدی گَبہٕ وونی سٲری سے دُنیہِ ہس منٛز مشہوٗر گٔمتۍ۔ پزٕ پٕھتھ وُربہ تہٕ چھِ لیچھ ٲری رو بین ہنٛدِ موٗلکی گَبہٕ کٔشیرِ نیبر برآمد سیدان یِموٗ منٛز عام گَبہٕ ہٕریمانہٕ چین ہٹیٚچ گَبہٕ تہٕ شٲمِل چھِ۔

## کرٛول امیرائڈری:-

یِتھ کامہِ منٛز چھُ دُسوٗتہٕ کپرس آرِ کٲم کرِتھ واریاہ چیز بناونہٕ یوان۔ مثلن پَردٕ، بیگ، میز پوش، کُشن کور، بیڈ شیٖٹ بیتر اَتھ منٛز چھُ اَکیوٗن ییٚر چھاونہٕ خاطرٕ ورتاونہٕ یوان۔ یہ کارٕ دۄے کٔشیرِ منٛز نو آموز چھُ مگر تہِ کرِتھ تہِ چھِ ییٚم چیز ییٚلہٕ پٲٹھی پسند کرنہٕ یوان۔ تہٕ ییٚم چیز چھِ عام پٲٹھی پزٕ پٕھتھ ضرورتہٕ منٛز جایہ وَرتاونہٕ یوان تہٕ اَتھ کامہِ چھِ وونی کٔشیرِ نیبر نٲرِ مُلکن منٛز تہٕ کٲتی پسند کران۔

## فرکٲم :-

فرکٲم چھِ پرانہِ کھوتہٕ پرٲنی کٲم۔ ییٚلہِ انسان گوہُن تہٕ نمارن منٛز روزان اوس۔ شہ اوس جانوٗرن ہنٛد شکار کران۔ اَمہِ سیٖتی اوس شہ اَکھ پننی یڈ پالان تہٕ بییہ اوس یِہنٛدِ مسلہٕ سیٖتی پننی تَن وَلان یِتھٕ زِ تیم پننہِ

بچھ ہیکہ ہیے۔ ازکل ییتھ ترقی ہیئدِس زمانس منز ته چھُ اِنسان جانوَرن ہُند شکارکران ته یہندِس مسلس لاگنہٕ خاطرٕ پلو بناوان۔ چونکہ کشیر چھِ واریاہ جنگل باگہٕ آمتی یمن منز قسمہٕ قسمکی جنگلی جانور چھِ۔ یمن منز چھِ سہہ، ہپہ، خرگوش ہاپُت بییتر قابلِ ذکر۔ یہندِس مسلس چھُ فر وننہٕ یوان۔ یمو علاو چھِ برابر ستال ته لاشہٕ مسلہ ته فر کامہٕ خاطرٕ ورتاونہٕ یوان۔ پالتو جانورو منز چھِ چھر مسلہ اکھ کامہٕ لگان ته اکھ مسلس چھِ ٹمبر ونان۔ کنو ہمہٕ ضدی ہندِس خرس منز آو امہ کامہٕ خاطرٕ اکہٕ نیہٕ قسمک مسالہ بناونہٕ۔ یتھ ریگزین ونان چھِ۔ یہ مسالہٕ آو مسلس پیٹھ کرٕ ڈم کیمیائی مرکبا تو ہنٛدٕ عملہٕ سیتی تیار کرنہٕ۔ یہ نوٕو مسالہٕ چھُ چمکیلہٕ ته نرم آسان۔ یہ مسالہٕ بارسس ینہٕ سیتی آو اکھ کسبس نو سر ته یہ کام پھئلے یہ دُرستس دُنیہس منز۔ کشیر منز یہ کام کرنہٕ خاطرٕ چھُ ریگزین نیئبر پیٹھٕ تارنہٕ یوان۔ یمن سارنٕے قسمہٕ کین مسالن چھِ واریاہ ہے قسمکی پلو سونہٕ یوان۔ مثالے کوٹ، جاکیٹ اکھ، پنجہ، بیگ، پرس، ٹوپہ، بیڈ، روم چپنہ، بیڈروم سلیپر، بوٹ، کمربند ته کشن کور بییتر۔ یمن فر بلون پیٹھ چھِ پتہ سٹیل پتہ سیتی جالکدوزی کرنہٕ یوان ییمہٕ سیتی یم زیادٕ خوشنُمی ته سجونی لگان چھِ۔ امہٕ قسمکی چیز چھِ دُنیہس منز پرٕ ہیتھ جایہ پسند کرنہٕ یوان۔ پرٕ ہیتھ وریہ چھِ پیتہ کرور روپیہ پیٹھی موکلی فرس مختلف چیز بناونہٕ یوان۔ یم دُنیہکس کونس کونس منز چھِ کاربار ڈسی واتان۔

## ۶۔ ٹوپہ کام

یہ کام چھِ اکثر ہسترٕ سیتی ته کینہٕ کینہٕ آرہٕ سیتی ته کرنہٕ یوان

اَتھ منٛز چھہٕ یِوان یَسلہٕ پاٹھۍ سٹیپل پَن چھاونہٕ تہٕ یِیلہٕ پشمینہٕ کأم آسہٕ تیٚلہٕ چھہٕ
پاٹھۍ پَن ورتاونہٕ یِوان۔ زردوزی منٛز چھہٕ تِلہٕ پَن لَگان۔ ٹھ یہ کامہٕ منٛز چھےٚ تِمے تھٔر
ترٛاونہٕ یِوان یِم جالکدوزی منٛز بناونہٕ یِوان چھےٚ۔ دوٚن گوٚڈنٮ۪ن یہ کأم چھےٚ اَکِوچ
زأوِج کأم۔ اِموٚ جوٚب چھےٚ اَمِچہٕ تھٔر نفاستا تہٕ زأوِجارٕ سان آسان۔ یہ چھےٚ
وَلنہٕ کِہن شالَن تہٕ نالی لاگنہٕ کِہن پلوٚن پیٹھ کرنہٕ یِوان۔ یِوسہٕ ٹھ یہ کأم ہشر نہٕ
سیٚتی چھےٚ کرنہٕ یِوان تَتھ چھہٕ سوزنی کأم یا سوزن کأری وَننہٕ یِوان تہٕ یوسہٕ
کأم آرِ سیٚتی یِیہ کرنہٕ تَتھ چھہٕ آرِ کأم ناو۔

## سوزن کأری:۔

سوزنی کأم چھہٕ آرِ کامہٕ کھوتہٕ زیادٕ زأوِج کأم۔
اَتھ منٛز چھہٕ آرِ کامہٕ کھوتہٕ پَن تہٕ زأوِلۍ لگان تہٕ وَق تہٕ چھہٕ یہ کرِتھ منٛز زیادٕ صرف
گژھان لہٰذا چھہٕ یِم پلوٚ نفیس تہٕ زیادٕ آسان۔ سوزن کأری چھہٕ زِ حِصہٕ۔ اَکھ گَیہٕ
رنٛگہٕ کأم تہٕ دوٚیِم زردوزی۔

## رنٛگہٕ کأم:۔

یہ کأم چھےٚ رفلہٕ یا پشمینہٕ شالَن تہٕ پلوَن پیٹھ گُل کأری۔
پلوٚ چھہٕ مَردانہٕ تہٕ تہٕ زنانہٕ تہٕ آسان تہٕ رفگری چھےٚ یِمَن دوٚنوٚنی قسمَن پیٹھ کرنہٕ یِوان
اَتھ کامہٕ چھہٕ دوو ترٛاوِن وناں۔ مردانہٕ پلوٚ ونٛز چھہٕ کُرتہٕ، کوٹ، چوغہٕ (گوٚن) تہٕ مفلرس
پیٹھ یہ کأم سَپدان۔ یِمَن پلوٚن چھہٕ سٹیپل کُرتَس نالَس تہٕ ترِن تہٕ دامنَس، کوٹھَس
تہٕ چوغس نالَس، ترِن، دامنَس تہٕ پیشہٕ کِہن رَلہٕ وِہن اَنٛدَن دوٚن تہٕ مُفلرَس
دوٚن اَنٛدَن تہٕ کُنہٕ منٛز منٛز تہٕ چھاونہٕ یِوان۔ زنانہٕ پلوٚ ونٛز چھےٚ یہ کأم فراک، فیرن

چوغہ، رُمال تہٕ ساڑی (ریشمہٕ تہٕ بائٕ قے مبأری صاف ڈُپٹن) ہیوٚن پلوٚن پیٹھ
سیپدان۔ یِمَن پلوٚن چھِ یہ کأم فراکس تہٕ فیرنس نالس تہٕ نرٕ ہن تہٕ دامنس تہٕ ساڑ ہن
رُمالن منٛز منٛز کرٕنۍ آسان۔ اَمہِ علاوٕ چھِ یہ کأم غلاف، بیگن تہٕ تکیَن پیٹھ تہٕ کرنہٕ
یِوان۔ پیرٕ تہٕ پأٹھے وُچھوٚر رفگری چھِ شالن پیٹھ کرنہٕ یِنہٕ کِنۍ مقبول۔ اکثر چھِ یہ
شالن پیٹھے کرنہٕ یِوان۔ تہٕ اَمی کِنۍ چھِ یہ اَکھ اَکھ کأم زنانہٕ یِوان۔

شال چھُ وٕلنگس مارٕ موٚنر سجاوٹی پلو۔ یہ چھُ شوب دِنہٕ ہیرِیاہ وُشنیر تہٕ
دِوان۔ اَمِکِنۍ چھُ یہ تیر منٛز وٕلنہٕ یِوان۔ عام طور چھ شال دوٚن میٹرن ہنٛدی۔ مرداہ
شال چھُ ترٕ نیٚپ گز۔ ڈوڈ گز تہٕ زنانہٕ شال زٕ گز اَکھ گز آسان۔ یِمَن شالن چھِ رفگری کم
تہٕ کرنہٕ یِوان تہٕ زیادٕ تہٕ کرٕتھ ہیکان۔ یِتھ شالس صرف دوٚن اَنٛدن کأم کرنہٕ یِیہ تتھ
چھِ پلہٕ دار شال وَنان۔ یہ چھُ لوکٹ دور نہٕ آسِتھ ہیکان تہٕ بوڈ دور تہٕ۔ عام طور چھ بادام
دورٕ تہٕ چسار دور ترٛاوان۔ کُنہِ شالس چھِ میم دور دار یا کوٗنج دور دار شال تہٕ وَنان
یِتھی شال چھِ تم تہٕ بنان۔ یِمَن ساری سے کیرس پیٹھ چھِ مَنٛزی بوٗٹہٕ بنادنہٕ یِوان۔ یِمَن
شالن چھُ بوٗٹہٕ دار شال ناو۔ بوٗٹہٕ چھِ لوکچہٕ تہٕ تہٕ بجہ نہٕ آسِتھ ہیکان۔ یہ کچھ بوٗٹہٕ ترٛاوِنس
چھِ فسلی کار وَنان۔ وار یِہن شالن چھِ یِوان ساری سے کیرس گنٛتی پأٹھی گُل کاری کرنہٕ۔

یِتھس ہیس شالس چھُ جامہٕ یا جامہ وار وَننہٕ یِوان۔ یِتھ جامس تہٕ زیادٕ سنگین کأم
آسہِ تتھ چھ جأل جامہٕ ناو۔ یہ ساری کأم چھِ دوہ بیہٕ قِسمہٕ آسِتھ ہیکان۔ وِیتھی بوٗٹھ
کامہٕ چھُ وٕٹہ چکن ناو تہٕ بییہ چھِ عام پأٹھی رفلہٕ شالن پیٹھ کرنہٕ یِوان دوٚیم قِسم چھُ زیادٕ
زاوج تہٕ سنگین کأم یِتھ ریزٕ کاری تہٕ وَنان چھ یہ چھ اکثر پأٹھی پشمینہٕ شالن پیٹھ کرنہٕ
یِوان۔ یہ کأم چھِ سٹیپس بدلہٕ پأٹھی بنہٕ سِتی کرنہٕ یِوان۔ کُنہٕ کُنہٕ چھ یہ سٹیپس چھاپِتھ تہٕ کرنہٕ یِوان

اَمہِ قسمٕک شال چھُ بُتھ تھٲرٕ آسنہٕ بغأر دۄنوٲنی طرفن ہِیُوے آسان۔ یِہٕندِ کینہہ اَکھ دُروٗ رخ شال تہٕ وَنہٕ یِوان چھُ۔ رفگری سٕتی چھُ اکِہ قسمٕک کانٛی شال ہیُوٗ تہٕ بناونہٕ یِوان۔ یہ چھُ وارِیاہ پشمینہ ٹُکرٕ بایہٕ وٲنی وٲٹھتھ تیار کرتہٕ یِوان۔ یِمہٕ لوکٕچہ لوکٕچہ پشمینہٕ ٹُکرٕ چھےٚ تھہٕ پٲٹھی جوڑنہٕ یِوان تہٕ وُچھن وٲلِس چھُنہٕ فکرِی تُران زِ شال کیٛاہ چھُ تُرن ہٕنٛد بناونہٕ آمُت۔

کٲشِرِ منٛز املہٕ کار یا امبرایڈری شال بارسس یِنَس مُتعلق چھےٚ وارِیاہ رایہ۔ اَکھ رایہ چھےٚ یہ زِ املہٕ کار شال آو یِنہٕ ارداہمہِ صدی ہٕندِس اَنٛدس پیٹھ بارسس دِیان افغان دورس منٛز یِمٕلِہ یِنہٕ آزاد خان گورنر (۱۷۸۳ء- ۱۷۸۵ء) اوس وُچھ اکِہ دۄہہ اَکی کاشرِ شالباف علی بابا ہَن اَکھ جانوٕر اَکِس سفید کپرٕ ٹُکرس پیٹھ پکان۔ یتھ پیٹھ پیِٛنہٕ اَہنٛدرِ پنجن ہنٛدی نشانہٕ موجوٗد دٕرٲد۔ یہ وُچھتھ آو اَمِس ووستاد شالبافس یہ نَقش رنگ دار پَنِو سٕتی بناوُنک خیال۔ یتھکٕنی بنیوو اَمی سترٕ سٕتی گوڈنیُک سوزٕنی شال۔ کانٛشرٕ شالباف چھِ اَمِس ووستاد شالبافس سٲدبابہٕ وَنان تہٕ یہ اوس سرینگرس منٛز سوکالی پورِ روزان۔ شال بناوُنک یہ طریقہٕ سُپُد یتہٕ مقبولِ عام تہٕ شال ووٗن والیو لٲگی یتھی ہی شال بناوٕنی۔ اَمہٕ قسمٕکِس شالس اوس اَمہِ وقتہٕ کانٛی شالکُ ترٕیُم حِصہ خرچہِ لگان تہٕ بیٛیہ آس اَتھ کانٛی شالہٕ کھوتہٕ کم مہارتُک ضرورت آسان۔ بیٛاکھ رِوایت چھےٚ یہ زِ شُرأہمہِ صدی مِرزا حیدرٕ سٕنٛدِس وَقتس منٛز چھُ کھوقند روسی تُرکستانُک اَکھ ماہِر شالباف ناٲدِر بیگ کٲشِرِ منٛز اوسمُت یِیمی یِنہٕ رنگ دار شال بناونٕکی وارِیاہ ڈِزاین چھِ ہاوِمٕتی۔ اَمہٕ تلہٕ چھُ نَنان زِ شال امبرایڈری چھےٚ یِنہٕ وارِیاہ بڑ نہٕ شروٗع سپٕزمٕژ۔ ۱۸۰۳ء منٛز آو آرمینا پیٹھٕ اَکھ تاجِر خوجہ یوٗسف کٲشِر۔ اَمی ہاوٕ یِنہٕ املہٕ کار شالَن ہٕنٛدی بیٛیہ تہٕ وارِیاہ ڈِزاین۔ یِیمہٕ سٕتی

اُتھ بلیِہ ہن پوٚچھر لوٚگ سکھ دورس (۱۸۱۹ء-۱۸۴۶ء) منٛز اَمِس شالِ امبرایڈری
بِلیس بیٚیٹھ۔ سارِوے کھوٚتہٕ ژٕتہٕ تہٕ ٹھٔدی شال آسی مہاراجہ رنجیت سِنگھنہِ وقتہٕ بنان۔ اِمی
بناوِنو وینِنہٕ خاطرٕ اَکھ سہ شال یتھ بیٚیٹھ آہنرٕ کامیابیہِ نقش آسہٕ تہٕ یہ شال بناوٕنس
دِتی آمی کارٕیگرس پانٛژہ ساس روپیہ۔ گوڈٕ گوڈٕ آسی صرف ایک رٕخہٕ شال بناونہٕ
یِوان۔ یِمن صرف اَکی طرفہٕ چھُہ وٕلنہٕ یِتھ ہیکان۔ ژکیانٕ اُتھ چھِہ بُتھہ تہٕ تھٔر بیٚیوٚن آسان
تھٔر اَندٕ چھیس بیٚ سوٚم گُل کارٕی آسان تہٕ اَمہ طرفٕ چھینہٕ گُل ٹاکارٕ پاٹھٕ آسان
۱۸۶۴ء منٛز مہاراجہ گلاب سِنگھنہ وقتہٕ آو دوٚرٕخہٕ شال بناونہٕ۔ یہ شال کوٚر مصطفےٰ
پنڈِتن تہٕ عزیز پنڈتن ناوِکی دوٚن یوٚ کارٕیگرو مُشترکہٕ پاٹھٕ ایجاد۔ اتھ شالس چھُہ
دوٚشوِنی طرفن گُل کارٕی آسان۔ لہٰذا چھُہ یہ دوٚنوٚے طرفو وٕلنہٕ یِتھ ہیکان۔

## زرٕ دوزی۔

اُتھ چھِہ تِلہٕ کرُن تہٕ وَنان۔ تِلہٕ چھُہ زنانہٕ شالن تہٕ پھیرَنن چھاونہٕ
یِوان۔ یہ کرنہٕ وِزِ چھُہ گوڈٕ کاغذی سٹینسلہ سیٚتی نقش ترٛاونہٕ یِوان۔ نقش چھِہ آسان
مختلف قسمن ہٕندی۔ لوٚکٕٹی تہٕ چھِہ آسان تہٕ بٔڈی تہٕ۔ اَمہ وِزِ چھُہ یِیمہ کتھہٕ ہُند
خیال تھاوُن پیوان زِ کُنہ پلوٚس کُٹھ تولہٕ چھِہ تِلہٕ چھاوُن تہٕ اَمی مُطابق چھُہ لوٚکٕٹ
یا بوٚڈ ڈزاین ترٛاونہٕ یِوان۔ یہ کام کرنس چھِہ دوٚن قسمک پَن لگان۔ اَکھ گوٚ
اصلی تِلہٕ پَن روپہ خاطرٕ۔ یہ چھُہ سفید یا زرد رنگہٕ آسان۔ بُنیادی چھُہ یہ تِلہٕ پَن ریشمہٕ
پَنَس پیٚیٹھ اَکھ روپہ تہٕ آسان تُوے چھُہ اُتھ چانٛدرٕ تِلہٕ ناو۔ دوٚیم پَن چھُہ تِلہٕ پَن
بند کرنس لگان۔ تہٕ یہ چھُہ اُتھ پلوٚس تھٔر اَندٕ توٚن آسان۔ یہ پَن چھُہ یا تہٕ ریشمہٕ ہُند
آسان تہٕ نَتہٕ سوٗتی۔ ریشمی پَنَس چھِہ کوٚرٕ تہٕ سوٗتی پَنَس ریل وَنان۔

## آرِ کأم :-

یہ کأم چھِنے رَفلہٕ شالن تہٕ پلون پیٹھ کرنہٕ یِنہٖ ہیکان بیینہٕ قسمہٕ چ زأوج یا دیٖنہٕ کأم آسہٕ تمی قسمہٕ چھِنے لوکٹ آر ورتاونہٕ یِوان ۔ آرِ کلہٕ منز تہٕ چھِ تِمے ڈِزاین بناونہٕ یِوان یِم سوزن کأری ہٕتی وو تلادہٕ یِوان چھِ ۔ یہٕ کأم چھِنے سِلپِل پٮ۪نہٕ ہرِیاہ کُنہٕ کُنہٕ ساتہٕ یِیر پٮ۪نہٕ ہٕتی تہٕ کرنہٕ یِنہٖ ہیکان ۔ آرِ کأم چھِنے شالو ہٕر بیماہٕ فیرن، فِراکن، کُرتن، کوٹھن، چوغن، ساڑین تہٕ باقے کیتین چیزن پیٹھ تہٕ کرنہٕ یِوان ۔



بشر بشیر

# کٔشیرِ منز قالین بأفی تہٕ نمدٕ سأزی

کأشرِ ہَن اَتھٕ کامہِ منز چھِ قالین بأفی سٕرس ہیٚمہِ کٔشیرِ ہُنٛزِ معیشتَس
منز پَنُن کالہٕ پیٚٹھٕ منفرد رول ادا چھُ کوٚرمُت تہٕ وُنی کیٛس تہٕ چھُہ لچھہ واد کأشرۍ اَتھ
صنعژ سیٚتی بلواسطہ یا بلاواسطہ سیٚتھ وابستہٕ۔ چنانچہ ٹائمز آف انڈیا ۲۵ ستمبر ۱۹۷۹ء اخبارس
منز چھُ کأشرِ ہَن وونُن والین ہُنٛزِ ایسوسی ایشنہٕ ہنٛدِس صدرا ہم وایہ شیخنہٕ وَننہٕ
مطأبق تمہِ وقتہٕ وادی منز قالین وانُن ہنٛد تعداد داہ ساس ییٚمہٕ زَن کینٛژن ہنٛد
ییتہٕ وَنُن چھُ زٕ اَتھ وقتَس دوران آسی کٔشیرِ منز شرہہ ساس قالین وان۔ ہینڈی
کرافٹس محکمہ کہ رِ کاڈٕ کنہِ آے ۱۹۸۰-۷۹ ہٕس دوران ہہ عشارٕ بہ داہ کروڑ روپین ہٕنٛزٕ
مأریژ ہنٛدی قالین مُلکہ نیبرٕ سوزنہٕ۔

قالینہٕ تہٕ نمدٕ دوشوے چھِ بنیأدی آرائیشی چیز لہٰذا چھِ یم فن کأری
ہنٛد تہٕ نمونہٕ تہٕ مشرقس منز چھُ اَمہ کامہِ تھتی ہوی فنی اظہارس اہمیت ییٚراوِنژ
یُس اظہارس اہمیت مغربس منز مصوری ہنٛدِس فنَس چھےٚ۔ اَمہ برٛونٛہہ زٕ آسہِ کرٕو
کٔشیرِ منز قالین بأفی تہٕ نمد سأزی متعلق کینٛہہ مناسب چھُ یہ زٕ اَتھ کارس متعلق سپدن

عالمی پسِ منظرس منٛز کینٛہہ کتھہٕ۔

قالینَن ہنٛدی یوٚدوَے بے شُمار ڈزاین وَنہٕ چھ یوان ووں گوٚ
عام پاٹھۍ چھِ قالینَس تہٕ نمدَس زٕ حصہٕ آسان۔ اکھ گوٚس دوٚنٛد یا حاشیہٕ تہٕ دوٚیُم مَتن
یا اٚنٛدرٕیُم حِصہٕ۔ گویا حاشیہٕ چھُ اٚنٛدرِمِس حِصس اکھ فریم آسان۔

کُنوُہمہِ صدی تام آسی قالینَن تہٕ نمدَن ہنٛدِ خاطرٕ تمے رنٛگ استعمال
سَپدان یِم سبزِ یوَ تہٕ کیمی کرٕ ہیلوٚ نٕشہِ حاصِل آسی سَپدان یا آسی کینٛہہ رنٛگ یِمَنے بُنیادی رنٛگَن
ہنٛزِ مِلہٕ مِشہِ تیار کرنہٕ یوان۔ چنانچہ یوٗرپس منٛز ییلہِ رنٛگ سازی یہٕ ہیٚنٛدی مُختلف رنٛگ
نوٚی اَہار وٕتلے یہٕ آدٕ آیہٕ ۱۸۶۰ءَ پتہٕ مشرقَس منٛز یِم رنٛگ قالین ییٚرس تہٕ وِنہٕ تہٕ
اَتہٕ پیٹھٕ سَپدا اَتھ منٛز شوخ رنٛگَن ہنٛدا استعمال۔

نمدَن تہٕ قالینَن ہنٛد خام سواد چھُ ییٚر تہٕ قالینَس منٛز چھےٚ ییٚنہٕ سترٕ پنٛچ
تہٕ آسان تہٕ نمدَس منٛز چھُ اَنٛد ہیٚنتھ ییٚرے استعمال کرنہٕ یوان، حالانکہ ریشم تہٕ چھُ ییٚنہٕ
بدلہٕ قالینَس منٛز استعمال کرنہٕ یوان تہٕ مُترٕ آہمہِ تہٕ سدا آہمہِ صدی منٛز آسی ایرانَس منٛز اَنٛد
ہیٚنتھ پاٹھۍ قالینہٕ تہٕ وونہٕ یوان۔ وونی چھِ کشیر منٛز تہٕ پاٹھۍ قالینہٕ بناونہٕ یوان۔ ووں گوٚ
یِمَن منٛز تہٕ چھےٚ عام پاٹھۍ سُتھ تہٕ ییٚنہٕ آسان۔ مِصری قالینَن منٛز اوس لِنن تہٕ استعمال سَپدان
یہٕ چھےٚ الگ کتھ زٕ دارٕ ہیٚن قیمتی قالینَن منٛز چھےٚ سونہٕ تہٕ روٚپہٕ سنٛز تارٕ تہٕ استعمال سپزٕ
کُنوُہمہِ صدی منٛز آو جوٗٹ تہٕ مشینی قالینَن منٛز پیترِس منٛز اَننہٕ۔

قالینَن تہٕ نمدَن چھِ تِنٛہ بٕڈی گرٕپ۔

ترکی، کاکای، ایرانی، وسط ایشیائی، ہندوستانی تہٕ چینی تہٕ یِمَن بٕڈن گرٕپَن
منٛز چھِ کینٛہہ لوکٕٹۍ لوکٕٹۍ قسم یوٚدوَے زَن قالینَن ہنٛد رواج سیٹھاہ پرٛوٚن چھُ۔

وون گو کینژو تواریخی دستاویزو کینہہ چھُ اَتھ شیٖیمہِ صدی عیسوی منز سالیرس پٔتۍ
وقتہٕ قالیٖن بافنہٕ ہُنٛد پے میلان۔ کمیے کال بڑٕ وٕشہ یعنی ١٩٤٩ء ہس منز کوڈ اکہ رؤسی
آرکیالوجسٹ روڈنکی ین (RODENKE) منگولیاکین سرحدن نکھہ سایبیریاکین الطائی
(ALTAI) پہاڑن منز پیزیرکہ (PAZYRYK) کینژن قالیٖن کھنجن ہُنٛد پے
یمن متعلق اندازٕ چھُ کرنہٕ یوان زِ یم آسن ژٕ ساس ترٛور ہتھ ؤری پرانہٕ تہٕ یمہ چھے
شیٖنس منز روزنہٕ کنہِ موجود روزمٕژٕ۔ تہِ اَسہِ نِہ چھِے یہ کتھ صاف زِ شیٖیمہِ صدی عیسوی
منز چھِ قالیٖنن ہنٛدی کیٖنہہ شاہکار بناونہٕ آمتی۔ یمو منز ساسانی شہنشاہ خسرو سنٛدِ
وقتُک اکھ بوڈ قالیٖنہٕ چھُ یتھ منز سون، روپھ تہٕ قیمتی کنین ہُنٛد استعمال چھُ سپدمت
تہٕ اَکھ بیٖٹھ چھُ اکِہ باغُک یتھ نقشہٕ وونہٕ لادنہٕ آمُت یتھ زٕ بادشاہس یہ وَندٕ کالس
منز تہٕ سونتُک حظ دِتھ ہیکہٕ ہے۔

ایرانی قالیٖنہٕ چھِ اَندرونی نقش کاری ترتیب تہٕ ڈزایِنہٕ کنہِ مشہور
میخانہٕ تہٕ میخانکی مختلف اظہار تہٕ آداب چھِ شُراہمہِ تہٕ سداہمہِ صدی ہنٛدین ایرانی
تمدن تہٕ قالیٖنن ہنٛزِ نقش ونگاری پیٹھ وونہٕ لادنہٕ آمتی۔ یتھین ڈزاینن ہُنٛد ورتاو
سپُد ابتدائی طور شییمہِ صدی قبل مسیح منز چاو دورِ حکومتس منز چینس منز شروع
تہٕ ہان خاندانچہِ حکومتس (٢٢٠ م ب - ٢٢٠ م پ) منز ووت کمالس۔ ژٔہمہ صدی
منز سپد یمن ہُنٛد ورتاو ایرانی باغن تہٕ فنِ تعمیرس منز یتھ شاید چیٖنی اثر کنہِ
سپُد۔ اَرداہمہِ صدی ہنٛدِس آخرس منز پیز اَمہِ قسمچہِ ڈزاین کاری منز بیٚیہ ہن
پیش رفت۔ یتھ زن شاہ عباس تہٕ وَقتہٕ اَکھ فنس کُن زیادٕ توجہ دِنہٕ آو۔ چنانچہ
ترکی قالیٖنچ ساخت چھِے وارِیاہس حدس تانی ایرانی نقش ونگاری نِشہِ متاثر

باسان۔ مگر رنگن ہنٛز سادگیہ منز چھہ تُرکی نمدن تہٕ قالینہٕ خاص کرِتھ اُساک تہٕ مغربی
انٹولیہکی سیٹھا مشہور تہٕ خوش بوٗنہٕ۔ برصغیر خاص کرِتھ ہندوستانس منز یم نقش و
نگار نمدن تہٕ قالینن پیٹھ وتلاونہٕ چھہ آمتی۔ تمن منز چھہ زوٗن تہٕ آفتابکی مختلف
اَنہار تہٕ دِنہٕ یوان۔

قدرتی منظر خاص پاٹھی باغ تہٕ بہار، سرو، میوٕ کُلی، پوشہٕ چمن وغارٕ چھہ اَلہٕ پلہٕ
پرٛتھ جایہ یِتھین آرائشی چیزن پیٹھ نظرِ گژھان۔ ویرِ ہن تہٕ بوسمن پوشن ہنٛدی نقش
چھہ شاہ عباس دورٕکین نمدن تہٕ قالینن پیٹھ ژیٹھ پاٹھی لبنہٕ یوان۔ وول گوٚیتہ
یِتھ ہو اُسی یِتہٕ وُچھن زِ گلاب تہٕ وٕ زِلی گلاب اُسی تہٕ تقریبن گنٛوہِمہ صدی تام قالینن
تہٕ نمدن ہنٛدین نقشن منز ییٚتہ پاٹھی وَتہٕ یِوان۔ یِم بوٚ واہہ کینی وُچھن زِ قدرتی منظرن
منز چھےٚ امہٕ پوشس سیٹھاہ اہمیت تہٕ یِہ سپٛد شُراہمہ صدی منز اَمہٕ پوشکی اَنہار
آے یورپس منز نمدن تہٕ قالینن پیٹھ وتلاونہٕ تہٕ اٰخری گنٛوہمہ صدی منز سپٛد
یہ ایرانی نقش کاری پیٹھ نہٕ حاوی۔ باغن تہٕ شکارس متعلق مختلف اَنہارن ہنٛدی نقشہٕ
تہٕ چھہ قالینن تہٕ نمدن پیٹھ وَنہٕ یوان۔ یمن منز اَکہٕ اَنٛد بُلبُل، مور، سہہ، ہاپت
روٗسی، ہرنہٕ تہٕ گاڑ بیتر چھےٚ تہٕ دوٚیمہ اَنٛد شکارکی تہٕ تیر کمان۔ یِتھے پاٹھی چھہ موسیقار
تہٕ پیمانہٕ ہیتھ شوخ طبیعت والی انسان تہٕ یمن نقشن منز وتلاونہٕ آمتی۔ عام پاٹھی
چھہ یِتھی نقشہٕ علامتی ماننہٕ تہٕ اَنہار پراوان تہٕ یِتھہٕ کٕنی چھہ قالینن تہٕ نمدن ہنٛز فنی
اہمیت تہٕ ماٰدی راوان۔ چنانچہ سارِوے کھوتہٕ رتہٕ قالینہٕ نموٗنہٕ چھہ اردابیل (۱۵۳۹-۴۰)
مانہٕ یوان یُس وُنی کین وکٹوریا اینڈ البرٹ میوزیمس منز موجود چھہ۔ اَتھ پیٹھ
یِم ژور تہٕ میولوش تہٕ تمن اَنٛدی ٹیکہٕ آتہٕ تلاوتہٕ یِتھے کٕنی دِنٛدِ ہن کنٕ گلابی انہار چھہ

رتم چھ نقادن ہہنز ونہٕ کینٛہ آفتاب ہٕ رود چھ علامت۔ اُتھ قالینس منز چھ
ییہر تہٕ پوٹ استعمال کرنہٕ آمت۔ ۳۴،۰۳ فٹہٕ زیٖٹھس تہٕ ۱۷ ۱/۲ فٹہٕ کھلس اَکھ قالینس
چھ اکس مربع انچس منز ۳۸۰۰ پھر بٔرتھ یم کُل ۳ کرور ۲۵ لچھ ۵۸ ساس ییٖٹھی پھر
واتان چھ۔ یہ قالین اوس اردابیل ناوچہ مسجد خاطر مقصودی کاشانی ین بنوومت
اردابیل مسجد چھے ایرانہٕ کس آذربایجانس منز۔ یہ چھ وکٹوریا اینڈ ایلبرٹ
میوزیمہٕ خاطر دون ساسن پونڈن مُلی ہیٖنہٕ آمت۔ دُنی ہیکن کینٛشن منز قالین
منز چھ یم کینٛہہ زیادٕ مشہور۔

ایرانکس قالینہٕ ییمیٚک ہنصف پولینڈکس کراکاوگرجس
(KRAKOW CATHEDRAL POLAND) تہٕ ہنصف میدس آرٹس ڈیکوریتفس
(MUSEEDS. ARTS DECORATIFS) منز چھ۔ یتھے کینٛہ چھُ کُنہٕ ہمہ صدی
ہنزِ اہنالت قالینہٕ بیٚن وہ دٕنی نیویارکہٕ کس میٹرو پالٹن میوزیمس منز چھ تہٕ برائنس
مائکہ سنٛد ناو مشہور چھ یُس زٕن اہنالتک شہزاد اوس۔

یہ زٕن بروٚنٛہہ ہے ونہٕ آو زِ نمدہٕ تہٕ قالینہٕ چھ بیٚنہٕ بیٚٹھ آرائیشی چیز مانہٕ
آمتی۔ یہمہ کینٛہہ یم زیادٕ بہن مسجدن تہٕ شاہی محلن ہنٛدِ خاطر بناونہٕ آسی یوان۔
چنانچہ کاشانس منز چھ شاہی محلن ہنٛدِ خاطر سیٹھاہ رٕتی قالینہٕ وونہٕ آمتی۔ ۱۸۷۸ء
یس منز پیرسہٕ قالینن تہٕ نمدن ہنٛز اکھ نمائیش ییتھ منز کینٛہہ نمدہٕ تہٕ قالینہٕ تتھی
آسی یمن منز سوہٕ تہٕ رو ہیچ تار آسہ تہٕ یمن متعلق یہ اوس ونہٕ آمت زِ یم چھ
پولینڈ بنیمتی تکیازِ اردٕ ہمہ صدی منز آسی یم تمے بیٚٹھ فرانس برآمد کرنہٕ
آمتی تہٕ اوت ناکٕ آسی یہ ایرانہٕ پتھی نموٗنہٕ دراہتی۔ بیٚتہٕ پیلِ ایرانی قالینن

ہٕنٛدی یِتھی نموٗنہٕ بدٕس سیدی۔ ماہر وٲتی یتھ نتیجس پیٹھ زِ یِم چھِ کاشانکوٕ تہٕ
اَمہِ علاوٕ اَصفہانکی کینٛہہ سیٹھاہ رٕتی نموٗنہٕ۔ ہراتکی قالیٖنہٕ ٲسی سیٹھا مشہوٗر تہٕ
ہِندوستانَس منٛز تہٕ ٲسکھ زبردَس منٛگ۔ تکیازِ یتیکی شہزادٕ ٲسی یِمَن سخ پَسنٛد کران
مختلف خطَن ہٕنٛدِین قالیٖنَن منٛز ڈِزاینَن ہٕنٛدِ میلہٕ تہٕ اثر قبوٗل کرنہٕ کِنی چھُ
یہِ مُشکِل — باسان زِ کُنہِ خاص خطٕکی قالیٖنہٕ یا نمنٛدٕ کیاہ ہیکو کھ ٲسی بیٛوٗن گٔنڑتھ۔ چنانچہ
اَتھ کتھِ کُن چھُ گایڈ ٹوٗ وکٹوریہ اینڈ ایلبرٹ میوٗزیم لنڈن - (GUIDE
(TO VICTORIA AND ALBERT MUSEUM LONDEN) منٛزِ تہٕ واضح اِشارٕ میلان۔
سپین، انگلستان تہٕ فرانٛس تہٕ چھِ قالیٖنہٕ وونٕنکی مرکز رٕوٗدی متی۔ شمالی امریکہ ہَس منٛز
ٲسی گوڈٕ سِتھرِس قالیٖنہٕ وونٕنہٕ یوان۔ ۱۸۰۰ ہَس ٲنٛدی پٔکھی یوٗرپَس منٛز
مشینو سِتی قالیٖنہٕ وونٕنۍ شرُوع۔

یتھ کِنی ایرٲنی قالیٖنہٕ اندرٕمی نقش کٲری، ترتیب تہٕ ڈِزاینہٕ کِنی مشہوٗر
چھِ تِتھے کِنی چھِ ترکی قالیٖنہٕ خاص کٔرِتھ اُساک تہٕ مغربی اناطولیہکی رنٛگن ہٕنٛز لوٗبہٕ وِنہٕ
سادگی تہٕ کاکٲسی رنٛگہٕ بستہٕ تہٕ بیٛیر کِنی مشہوٗر۔

ایشیاکین باقٕے ملکن نِسبت چھِ قالیٖنَن تہٕ نمدَن ہِندُستانَس منٛز کمے
اہمیت۔ شاید اَوکِنی زِ یہِ چھُنہٕ ہِندُستانٕکین موسمی حالاتَن سِتی زیادٕ قریبی واٹھ
تھاوان۔ وۄں گو یہِ وَنُن چھُ بجایہِ خوٗد صحیح زِ مغل بادشٲہن ہٕنٛز جمال پسنٛدی کِنی سپُد
اَمہِ فنک رِواج شُرا ہِمہ تہٕ سدا ہِمہ صدی منٛز ہِندُستانَس منٛز۔ شاہجہان سٕندِ وقتہٕ
آے محلہٕ خاطرٕ تہٕ نادار قالیٖنہٕ وونناونہٕ یِمَن ہٕنٛدِ خاطرٕ کٔشیر پیٹھ بیٛیراَ نناونہٕ آیہِ دۄیہِ
زَن ہِندُستٲنی قالیٖنَن پیٹھ مشرقی ایرٲنی قالیٖنَن ہٕنٛدِ ماکارِ اَثر وُنہِ چھُ یوان۔ تہٕ

کرِتھ تہٕ چھےٚ اُتھ پٔنٕنۍ کیٚنہہ انفرٲدی خٲصیژ۔ تِترٕ اہمہ تہٕ سدٲہمہٕ صٔدی منٛز چھ لاہور
آگرہ، مرزاپور، امرتسر، مُراد آباد، بیکانیر، فتح پُوری، مسولی پٹانم تہٕ وارانگل قالیٖنہٕ
وونٛنکۍ اَہم مرکز رٔوٗدِ مِتۍ۔ ایرٲنی اثرٕ تہٕ پیٚٹھ ہنو خاصیژ وِکنوۍ یِم ڈُرایٖن بارسس آے
تِمن ہیکو اسۍ ہِند ایرٲنی تہٕ ناو کرِتھ۔ توٚرے چھےٚ کمل دیوی چِٹوپادیاے ہِندستٲنی
قالیٖنن مُتلق پٔنٕنۍ مشہوٗر کتابہ منٛز ہِند اصفہانی، ہِند فراغٲنی، ہِند کرامٲنی، ہِند
تبریزی تہٕ ہِند سروکی اَہارن ہُنٛد ذِکر کران۔

کٔشیرِ منٛز چھُ قالیٖن باٚفی تہٕ نمدہ سازی سُلطان زین العابدین نہٕ حکوٗمتہ ہِندِس
دورس منٛز دٔس ووتھان۔ اَمی پادشاہن کٔر ۱۴۲۰ عیسوی پیٹھہٕ ۱۴۷۰ عیسوی تانۍ کٔشیر
پیٹھ حکوٗمت۔ ڈیان ۱۳۹۱ عیسوی منٛز آو تیموٗرناوک پادشاہ ایران تہٕ ترکستان فتح
کرٕ نہٕ پتہٕ ہندوستان کُن۔ تِمہ وقتہٕ اوس کٔشیرِ پیٹھ سُلطان سِکندر حکوٗمت کران۔
یِمو پننہٕ طرفہٕ تس بٕتھ پننہ طرفہٕ اکھ وفد اَمنک پٲغام ہیتھ سوٗز۔ تیموٗر گوو اَتھ
وفدٕ وَتھرس پیٹھ سُلطان سِکندرس خوش تہٕ تورٕ سوٗزُن تحفہ۔ اَمہ سیتۍ سیٚز
سُلطان سِکندرس وارِیاہ خوشی۔ لہٰذا ہِندُستانہٕ پیٹھ تیموٗر
سِنٛز واپسی پیٹھ دراو سُلطان سِکندر پانے بٕتھ مگر
تیموٗر اوس تس بروٚنہہ وارِیاہ برٛونٛہ درامُت۔ لہذا آو سُلطان سِکندر
واپس تہٕ یِتہٕ پیٹھہٕ سوٗزُن پنُن شاہی خان، یُس پتہٕ زین العابدین بڈشاہ ناوِ پیوٚو
سمرقند، تتہٕ سپُز تس کانٛہہ قدر، یوٚنا تہٕ زٕ سہ ہیوٚک کتہٕ کیٚنژن وٕرین بادشاہس
واپس پانے ۱۴۰۵ ستہٕ عیسوی تانۍ کٔشیرِ ینہٕ خاطرٕ اجازت تانہٕ منٛگِتھ۔ اَکھ وقتس منٛز
اوس سمرقند فن تہٕ بُخارہ تک کانٛہہ اہم مرکز۔ شاہی خان اوس پانہٕ تہٕ فنک سیٚنہ دِلداد

چنانچہ ۱۴۲۰ء منز ییلہِ شہ تخنس بیوٗٹھ تمہِ اَنناوی سمرقندٕ کی واریاہ کاریگر کشیرِ یمن منز زین گر، بندوق کھار، گیوٗن وألی، سنگتراش، جلد ساز، پیپر ماشی ہٕشی ماہر۔ کاغذ ساز تہٕ قالین وونن وألی شأمِل آسی۔ یِتھہٕ پأٹھی ووتھ قالینہٕ کارس تَتہٕ وقتہٕ کشیرِ منز دَس۔ یوٗدوے زَن بڈشاہس پتہٕ تہٕ واریاہ کأشری اَتھ کارس سیتی وابستہٕ روٗد مگر بادشاہن ہنٛد کم دِلچسپی کِنی سپدٕ واریاہ پتھ تہٕ اَکھ وقت ووت شہ تہٕ ییلہِ قالین بأفی کشیرِ منز بنیہ اَکہِ پھِرِ نابوٗد سپنٕز۔

۱۶۱۴ء عیسوی منز سپنٕز کشیرِ منز نوسرِ اَتھ کارس دَس ترقی ہنٛز کوشش تہٕ یہٕ قأبلِ تعریف کوشش کرٕ آخون رہنما ناوِکی اَکی شخصن۔ یہٕ چھُ سہ وَق ییلہِ احمد بیگ خان کشیرِ ہنٛد گورنر اوس، یُس زَن مغل بادشاہ جہانگیرن مقرر اوس کوٗرمُت آخون رہنما اوس اَتھ وَقتس منز حجس گومُت تہٕ ایرانچہ وَتہٕ آو تورٕ واپس۔ ایرانہٕ پیٹھہٕ اَنی تمی پانس سیتی کینٛہہ قالین وونن وألی تہٕ۔ یمو زن کشیرِ منز تہٕ کینٛہہ نفر قالینہٕ وونٕنی ہیٛچھناوی۔ آخون رہنما چھہٕ مرنہٕ پتہٕ سرینگرکس گوجور محلس منز دفن کرنہٕ آمُت۔ قالینہٕ کارس سیتی وابستہٕ واریاہ کأشری چھہٕ برابر اَز تانی تمن احترام چہ نظرو وُچھان۔

کشیرِ منز ووت قالینہٕ وونٕنک فن مہاراجہ رنجیت سِنگھنہٕ وَقتہٕ کمالس۔ چنانچہ تس متعلق چھُ وَننہٕ یِوان زِ سہ ہیوکینہٕ پانہٕ زانٛہہ کشیر یِتھ حالانکہ تس اوس یورٕ ہینک زبردس طمع خاص کرِتھ یہنٛزِ بادم پھلے چھاوٕنک۔ تمی سٔندی گورنر کرنل میاں سنگھن (۱۸۳۴-۴۱ء) سوز تس سٕنٛز زمینہٕ پیٹھہٕ اَکھ قالینہٕ یتھ منز گولأبی ٹیٛچہ آسہٕ یِمہٕ زن بادم پھلیہ ہنٛد ہیو نظارٕ آسہٕ پیش کران۔ ڈیپان مُچھتے یہٕ قالینہٕ

مہاراجہ رنجیت سنگھن لاہورِ وُچھ یتھ پیٹھ اِنتہائی خوشی۔ یُتھ زِ تِمو وٕل سہ قالینہٕ

پانس تہٕ دِتن تمہٕ منز ڈٕولِنو۔ چنانچہ اَمہِ قالینہٕ کِہن وۄستہٕ کار وونن والین فضل جان

جبار خان تہٕ کمال جُوس آسے ینامہٕ کِہنی سونہٕ سیر دِنہٕ۔

قالینہٕ چھِ بذاتِ خود اَکھ وَقتہٕ کینژ دِلکھو کار آمد چیز۔ یہِ چھِ آرائیشہِ

ہُنٛد چیز تہٕ سیتی وۄتھر نہ خاطرٕ تہٕ گرمی واتناوُنک اَکھ رٕٹ وسیلہٕ تہٕ اَمہِ علاوٕ ذاتی

تخیلس تہٕ فنکارانہٕ صلاحیژن باوتھ کرُنک تہٕ جان ذریعہ۔ قالینہٕ چھِ سانہِ اقتصادی تہٕ

معاشی زندگیہِ ہنٛزِ پایہِ پرٕ جائی ہُنٛد تہٕ باگہِ بوٚرُت وسیلہٕ روٗدمُت۔ اَماپوٚز وارِہس کالس

روٗدی نہٕ سانی فن کار اَتھ معاشی وسیلہٕ زٕنگی پانہٕ ناوِنس لاری۔

لوٗکو کوٚر قالینہٕ وونُنک کار نمہِ وقتہٕ معاشی وسیلہٕ

زٕنگی اختیار، ییٚلہِ مہاراجہ رنبیر سنگھن تِم اَمہِ باپتھ مجبوٗری

کٔری۔ تِتھاوس شاید یتہِ اَکھ وجہ زِ شالن ہُنٛد کاروبار اوس اَوتنانی کاشرن

زیادٕ نفع بخش باسان۔ ہندُستانی قالینس آس عالمی بازرس منز زبردس منگ

یتھ کُن وُچھتھ ییٚتہِ کِس مہاراجس تہٕ اورکُن زبردس ظوٗن بیوٚو۔ ہیارِی ییٚلہِ شالن

ہِنٛدِس کاروبارس تہٕ ہنا پھُٹر سپُد، لوٗکو پانہٕ نوو قالینہٕ وونُنک کار۔

کاشرِ قالینچ اَکھ اہم خاصیت چھے تعلیم۔ چنانچہِ اَکِس عام قالینہٕ وونَن

دائِلس چھِنہٕ پانس تہٕ توٚتہ تام تمہٕ نقشس متعلق پتاہ آسان، یُس سہ قالینس پیٹھ

کھالان چھُ۔ تمہِ قالینہٕ والنی پیٹھ چھِ ستھر بیٚینہٕ ہنٛدی پن سپدِ شیوٚد متوازی آسان

یمن منز قالین وونن وول مختلف زنگن ہنٛدی پن یاو لوٚ بھرِی بران چھُ۔ یم پھرِی

چھِ سہ تمی حسابہٕ بران۔ یہِ زَن تعلیمہ کاغذس پیٹھ لیکھتھ چھِ آسان۔ گویا تعلیم

چھنے رنگن تہٕ پھرن ہٕنٛدِس تیداد س متعلق اَسان تہٕ اکھ چھُ لیکھنک بیٚنٛ الگ طریقہ۔ کوٚڈ کوٚڈ اٲسی قالیباف ڈِزاین برٛونٛہہ کنہِ رٹِتھ مختلف رنگن ہٕنٛدی بیٚن قالینس بران مگر مہاراجہ رنبیر سنگھنِہ وقتہٕ پیٹھہٕ گوٚو تعلیمہ ہُنٛد رِواج شروع۔ وَپان تمی سنٛدِ وقتہٕ اوس ۱۸۷۵ اَتھ منٛز ایڈوارٛڈ ستھ (Edward VII) شہزادٕ ویلز (PRINCE WALES) جوٚم یُن۔ مہاراجن وُٹھ امر جوگنگو ہس حکم زِ تس سنٛدِ خاطرٕ گژھن عجائیب گرکہِ حالہٕ خاطرٕ زیو کٹھ قالینہٕ وونہٕ یُن۔ یہ اوسہٕ سیٹھاہ کم وقتس منٛز ممکن تِکیازِ تمہِ وقتہٕ اٲسی کشیرِ منٛز صرف ۱۳ قالینہٕ ووَن وٲلۍ لہٰذا اوس ضروری زِ کینٛہہ اَن ہیٚچھر تہٕ یِہُن کامہِ لاگنہٕ۔ عبلی میر اوس تِمَن دوٚہن اکھ ووستاد قالین باف۔ تمی کرٕ یِتھہ ہِش تعلیم ایجاد۔ یمہِ سیتۍ اَن ہیٚچھر تہٕ کامہِ لاگنہٕ آے۔ تِمَن اوس تہٕ ڈِزاینک کہنٛس پتاہ صرف اٲسی تعلیمہ پیٹھ وچھتھ رنگ بران۔ اَمہِ سیتۍ روٗد غلطین ہُنٛد کم اِمکان تہٕ قالین تہٕ سپُد وقتس پیٹھ تیار تہٕ برونٛہہ کُن بنیو کاشُر قالینچہ خوبصورتیہ تہٕ ڈِزاینَن ہُنٛدِ پرزرُک وجہ۔

ایسٹ انڈیا کمپنی تہٕ گَر کاشرِ قالینَن تہٕ نمدن ہٕنٛدِس تکنیکس منٛز نوٚو آنہٕ ہنچہ کوشش۔ ۱۸۵۱ء ہس منٛز پیرس لنڈنہٕ قالینَن ہنٛزٕ اکھ نمائیش یتھ منٛز اکھ کاشُر ریشمی قالینہٕ تہٕ تھاونہٕ اوس آمُت۔ یتھ فی مربع انچہ ستھ ہتھ پھرہ برِتھ اٲسی۔ اَمہِ پتہٕ بیٚچ کاشرِ قالینَن یوٗرپس منٛز زبردس مَنٛگ تہٕ برطانوی کھو فرانسیسی فرمَن ہٕنٛدِ کینٛہہ لوگ اَتھ کارس ییتہٕ سٕتۍ چلنے جاو۔ ۱۸۷۶ء یس منٛز آو اکھ یورپی مسٹر چاپ مین کشیرِ قالینہٕ بناونہٕ تہٕ یوٗرپ برآمد کرنہٕ۔ سٹیٹ ورکشاپک اکھ افسر میاں لال دین آو تس حکومتٕ طرفہٕ مدتس تھاونہٕ۔ تمی بناوِ کینٛہہ نوٚوۍ ڈِزاین مگر تِمَن روزنہٕ شاید

زیادٕ مننگ ۔ یِمہٕ کمپنی سٕہ پتہٕ واپس ژوٗل۔ تمہٕ پتہٕ آو ایم بِگکس (M. BIGEX)
ناوٕک اکھ فرانسیسی شخص، تَتہٕ چہٕ اکھ کمپنی بون مارشی ( Bon . marche )
خائلٕ قالینہٕ بناونہٕ یور۔ کمپنی ہِندِ طرفہٕ آو تٔس سیتی اکھ اجنٹ ایم، اگارڈ (M. AGARD)
سوزنہٕ یُس ڈِزاینن ہُند واقف اوس۔ اَلبتہٕ یہ اوس نہٕ پتاہ زِ ڈزاین کِتھ ہیٚکہ
بٔنتھ، لہٰذا ارٕوٗدی مختلف ڈِزاینن ہِندی قالینہٕ بنان مگر آخرس پیٹھ آسی نہٕ تمَ تَس
ٹارِ کھسان۔ یتھ کنی آو مسٹر بگکس خسارٕ تہٕ ژٕھوٗن یہ کارٕ ہے۔ تَس پتہٕ ہیٚتُن یہ کام ڈاورن
( H. DAUVERGNE ) ناوکی اکی شخصن منٛز۔ یُس اوٚنتُ نادٕ کشیر پیٹھ شال نیبر اوس
سوزان۔ شالہٕ کامہٕ ہُند تجربہٕ آسنہٕ کنی بناوی تمی قالینن ہِندی تِتھی ڈِزاین یِمن نیبر
ئِہ مشہوٗری سپزٕ تہٕ تَس آو جان فایدٕ۔ تَس پتہٕ ہیٚتُر میسرز مایکل اینڈ کمپنی یہ
( MESSERS H. MITCHEL AND CO ) تِہٕنٛز فیکٹری مٔلی تہٕ میسرز سی، ایم ہاڈو
اینڈ کمپنی (MESSERS - M - HADOW & CO) ناوٕچ بیاکھ فیکٹری تہٕ آیہ یتیٚتہٕ قایم
کرنہٕ۔ یِمو کمپنی یو ہُرِ آو عالمی بازرس منٛز کاشرین قالینن ہنٛز منگ تہٕ کینڈا، فرانس
برطانیہ وغارٕ جاپان آو کاشرِ قالینہٕ کأنی پسند کرنہٕ۔ سنہٕ ۱۹۱۱ء ہنٛزِ مردم شماری مُطابق آسی
یِمن دون کمپنی ین منٛز ۲۲۰۳ قالینہٕ وونٕ وٲلی۔ یِمن کمپنی ین ہیٚنز سٟتی مشہوٗری تہٕ واریاہ
ینامہٕ تہٕ میلکھ۔ کاشرین قالینن ہنٛز مشہوٗری ہیٚنز خاص پاٹھو ہارڈ اینڈ کمپنی
ہنٛدی کمپنی یِمہٕ سنہٕ ۱۸۹۰ء ہس منٛز چکاگو کس عالمی مالس منٛز کاشرین قالینن ہنٛز
نمائیش کٔر۔ امی کمپنی کوٗر سنہٕ ۱۹۰۲ء ہس منٛز اردابیل مسجدِ ہِنٛدِ قالینک (امِچ ذکر
آیہ برٛونٛہہ ) نقل تیار یُس لارڈ کرزن اکِس ہتس ڈالرن مٔلی ہیوٗت۔ یِمو وجہو کنی
کٔر امی کارن یتیٚتہٕ زبردس ترقی تہٕ وُژھ سان ہیوٗتُن برٛونٛہہ پکُن۔

گوڈٕ گوڈٕ آسۍ کٲشِرِ ہِنٛدٮ۪ن قالیٖنَن تہٕ نمدَن پیٹھ قدرتی مناظرن ہٕنٛدۍ نقش وۄتلاونہٕ یوان۔ مگر ایرٲنی اثر تہٕ ییٚتہِ کین فنکارَن ہٕنٛدِ تخیلہٕ کِنۍ آے کٲشِرِ منٛز مختلف قسمن ہٕنٛدۍ قالیٖنہٕ تہٕ نمدٕ بناونہٕ۔ برجستہ چھُ کٲشِرِ ہُنٛد اکھ خاص قالیٖنہٕ اِنہار یُس خوبصورتی کِنۍ سخ مشہوٗر چھُ۔ وسط ایشیائی ڈِزاینو منٛز چھُ بُخارإ ڈِزاینکۍ قالیٖنہٕ ییٚتہِ پسند آمتۍ کرنہٕ تہٕ اَمہِ تراوِ نہٕ چھِ قالیٖنہٕ بناونہٕ آمتۍ۔ شٲپی ٹینک تہٕ گریزک ییٚر چھُ معیارٕکین کافی رُت۔ ییٚمہِ کِنۍ قالیٖنن تہٕ نمدَن ہُنٛد شوق تھاوَن والۍ ییٚتہِ کِس قالیٖنس پسند چھِ کران تہٕ یتہ چھُ اکھ وجہ زِ کٲشرٮ۪ن قالیٖنَن تہٕ نمدَن چھِ عالمی بازرَس منٛز جاے متھٕ۔ حالانکہ وۄنہِ ہمہ صدی ہِنٛدس ترٕیمِس دٔہِلس منٛز بِسترٕ یِمَن ہُنرٕ منگہ منٛز فرق تیار مشینی قالیٖنو پٲٹھۍ آو یوٗرپس منٛز کانٛہہ اہمیت ۱۹۴۷ء پتہٕ آو اور کُن خاص توجہ دِنہٕ تہٕ گوڈٕ نِکس پانٛژ وَہرِس منصوبس منٛز آو سرینگر آرٹس ایمپوریم قائم کرنہٕ ییٚمہِ سۭتۍ اتھٕ کارَس سۭتۍ وابستہ لُکن فایدٕ ووت۔ درمیانہٕ دارَن ہُنرٕ بالادستی ختم کرنہٕ سۭتۍ ووت اتھٕ کارَس سۭتۍ وابستہ لُکن فایدٕ تہٕ لُکھ چھِ وونۍ اتھ منٛز سخ دلچسپی ہیوان۔ سنہٕ ۱۹۷۴ء ہس تانۍ اوس قالیٖن وونُک کار زیادٕ پہن شہر سرینگرس تانۍ محدوٗد تہٕ لُکھ آسۍ اِنفرادی طور کانٛہہ وۄستس تِمہِ یہ کام ہیٚچھان تہٕ اکہ سروے مطابق اوس سنہٕ ۱۹۷۳ء ہس منٛز قالیٖنہٕ وونن والین ہُنٛد تعداد ییٚتھ پٲٹھۍ:-

| | مرد | زنانہٕ | کُل |
|---|---|---|---|
| سرینگر شہر | ۲۸۵۴ | ۷۷ | ۲۹۳۱ |
| کُل سرینگر تحصیل | ۳۱۲۱ | ۹۲ | ۳۲۱۳ |

| | مرد | زنانہٕ | کُل |
|---|---|---|---|
| بڈگام | ۱۸۶ | ۱ | ۱۸۷ |
| بیرو | ۵ | × | ۵ |
| گاندربل | ۸ | × | ۸ |
| اسلام آباد | ۱۱ | ۶ | ۱۷ |
| ورٕمل | ۱۳ | × | ۱۳ |
| کُل | ۳۳۴۴ | ۹۹ | ۳۴۴۳ |

۱۹۷۵-۸۶ہٕ منز آو حکومتٕ طرفہٕ قالینہٕ وونٕنیچ تربیتٕ متعلق اکھ پروگرام شروع کرنہٕ۔ یمہٕ کِنی ۱۹۸۴ہٕ تام ۴۸ ساس نفرن قالینہٕ وونٕنیچ تربیت دِنہٕ آیہ۔ تربیت پرٲوتین نفرن چھے حکومت پننی قالینہٕ وان قایم کرنہٕ خاطرٕ مٲلی اَتھٕ روٹ تہٕ کران۔ یتھے کٕنی چھے وٲتی نمدٕ وونٕنیچ تہٕ نمدن کام کرنس متعلق تربیت دِنہٕ خاطرٕ سرکٲری سوٗتھرس پیٹھ مرکز قایم کرنچ کوشش کرنہٕ یوان۔ کٲشُر نمدٕ چھُ ییرٕ تہٕ کامہٕ کِنی مشہور۔ ہندوستانس منز چھُ سرینگر، امرتسر جے پور تہٕ جودھپور نمدٕ کامہٕ ہندی مرکز مانہٕ یوان یودوے زَن نمدٕ کٲم وارِہس حدس تام قالینہٕ نِشہٕ مختلف چھے مگر نقش کٲری تہٕ کامہٕ تہٕ استعمالہٕ کِنی چھہٕ رٕلہٕ وٕلنہٕ تہٕ آوے اکی سے خاندانس منز یوان۔ نمدٕ ییرٕ چھُ عام پأٹھی اکِس بلوس یا عام پأٹھی دَگوس پیٹھ وہراونہٕ یوان تہٕ اَتھ چھُ مایہ دِنہٕ یوان۔ یتھ زَن ییرٕ وال اکھ اکِس سیتی واٹھ کھیٚن۔ بلو یا دَگوٗ وَلنہٕ پتہٕ چھُ اتھ دباو تراونہٕ یوان تہٕ یتھہٕ کٕنی یُس ییرٕ پوٹ پتہٕ تیار گژھان چھُ تتھ چھُ مختلف

رنگن ہنٛدِ یِر ستی آرٕ ستی نقشہٕ کھالنہٕ یوان۔

کٔشیرِ منٛز یوٚ دوے مختلف سایزٕ ن ہنٛدی نمدٕ تہٕ قالینہٕ بناونہٕ چھہٕ یوان تہٕ نمدٕ گوٗ لایہٕ ہنٛزٕ ن شکلن منٛز تہٕ میلان چھہٕ امہ یوٚتہٕ عام پاٹھۍ چھہٕ کٔشیرِ منٛز یمن سایزٕ ن ہنٛدی قالینہٕ تہٕ نمدٕ بنان۔

نمدٕ:- ۳×۲ + ۴×۳ + ۶×۴ + ۹×۶ تہٕ ۱۲×۹

قالینہٕ:- ۳×۲ + ۲½×۴ + ۵×۳ + ۹×۶×۴×۶ تہٕ
۱۲×۹

اَتھہٕ کامِہ ہنٛدِس بازارس منٛز یوٚسہٕ درمیانہٕ دارٕ ی یِتھ کالہٕ بیٚیٹھٕ سیدان روزٕ، تِمہٕ ستی اوس کارِ یگرن ہیٚچ نقصان واتان۔ چنانچہ یِتھی مسو کٔنشٕ ووٕ ری یوٚ بیٚیٹھٕ آیہٕ کٔشیرِ منٛز ترٛٹھہ سوسایٹیہٕ قایم کرنہٕ، یمو کِنی حکومَت سیدِ سیٛود کارِ یگرن مُنشہ یم چیزٕ مُلی ہیوان چھے۔ گویا تتھی چھہٕ وارِیاہ قدم تُلنہٕ یوان۔ یمو کِنی کاشُرٕ ن اَتھہٕ کامِہ ہنٛدٕ ن چیزٕ ن عالمی بازرس منٛز دوٚہہ دوٚہہ کھوتہٕ دوٚہہ اہمیت چھے لگان تہٕ یمن اَتھہٕ کامِہ فنٕ چھے قایِنس گوڈٕ النوارٕ ی دِنہٕ یوان۔ تکیازِ یوٚہے چھہٕ وٗنی کین کٔشیرِ ہنٛزٕ ن دستکارن منٛز سَرِس۔



سلطان الحق شہیدی

# پیپر ماشی

پاپیامیچی، پاپیر میچی یا پیپر ماشی آسہٕ کارِ منقش، کارِ قلمدان، کارِ قلمکٲری یا کارِ قلمدٲنی تہٕ وَنان۔ یہ ہوٗنر چھُہ دستکٲری تہٕ کسب تہٕ وَنان چھِہ، چھُہ تیٚوٗنے پرٲن یُوتاہ کاغذ بناوُن چھُہ، بلکہ مبالنہٕ انداز تِمہٕ تہٕ پرٲنے۔ نِکیشازِ سجاوٹ، رنگ روغن، نزاکت تہٕ اَمیُک اِظہار چھُہ انسٲنی خمیرس منٛز۔ یتھ کالہِ چھُہ انسانن زینہٕ سٟتی کینٛہہ یا کاسہٕ تیٚتھیہ رلٲوِتھ یا نچہٕ پچہٕ دَجہٕ، زِچہٕ، سٟتھر یا پیر لِہٕ ناوِتھ مختلف تماشہٕ قسمکی چیز بناوِتھ تِمن تِمہٕ وَقتہٕ کیو رنگو سٟتی سجاوُن ہیوٚتمُت، یمیُک گوٚڈ کاغذ ایجاد گژھنہٕ سٟتی لوٗزرس منٛز تبدیل چھُہ ہیوٚتمُت گژھُن۔ وٚنیُس تام ڈریافت حالات چھِہ وَنان زِ کاغذ چھُہ ریشمکی پاٹھ ۱۵۰ عیسوی یَس منٛز گوڈٕ چیٖنن بناوُن ہیوٚتمُت، اَمہِ پتہٕ ووت یہ کسب وسطِ ایشیاہَس منٛز۔ یِتیٚتہٕ پیٹھ یہ عرب تہٕ عربہٕ پیٹھ سپین، اطالیہ تہٕ فرانس ووت تہٕ یتھے گٔیہ آو ایران تہٕ۔ خود عربس منٛز چھُہ کلامِ پاک اوسمُت گوڈٕ گوڈٕ ہانگل مِلس تہٕ اَڈی جن ہِوِن چیٖنَن پیٹھ لیکھنہٕ آمٕت۔ یِلہ اِسلام وسطِ ایشیاہَس تام ووت، دپان

۷۵۱ء یَس مَنز آیہِ اَتھی کاڑہی گرتہِ عرب نِنہٕ. یِمو کاغذ صنعژ ووتھ لوٗدِ ثِت.

غرض کاغذ صنعت گیہِ اَکِہ انٛدٕ شمال مغربَس کُن پکان تہٕ بییہِ انٛدٕ جنوب مشرقَس کُن۔ نقش کاڑہی یا نقاشی یِمشیکُ دوٚیُم ہُتھ مُصوری چھُ سوتہِ چھپے پٔتھ کالہِ چینسِے مَنز کمالَس واتمُت۔ اُدٕکِنی چھُ کاغذٕ دریافت سپدِتھ اَتھ پیٹھ نقش کاڑہی کرٕنی تہٕ یادگاری چیزَن پیٹھ مُرِتھ تھوٗن ہیٚج بِنَس لایق.

پیپر چھُ انگریزی لفظ یُس اطالوی زبانی مَنز نِنہٕ چھُ آمُت۔ زِچَن ہتھرس تہٕ گاسَس تہٕ کلین مَنز نرم گوٗج ڈُگہٕ ڈگی اَڈی میٚچہِ ہشہِ بناونہِ یا تِمہِ ستی کانہہ چیز بنادِلَس چھُ دراصل پاپیر میچی وَنان اَسی میٚتی ییٚمچہِ صاف تہٕ تنہِ ژادرِ چھُ پتہٕ پیپر وَنہٕ آمُت۔ لوٗتام دجہِ مُراتھ اَنجہِ یا ٹلی دس گتہِ قالبَس پیٹھ کھالِتھ بکارِنہٕ وول چیز بناوُن تہٕ تتھ پتہٕ صاف کٔرِتھ رنگدار پوشہِ کاڑہی ستی سجاوُنگ تعلق چھُ، تتھی چھِ اَسی عام پاٹھی پیپر ماشی وَنان۔ کارِ قلمدان، کارِ قلمدانی یا قلمکاڑہی ناو آسُن ما آسہِ ہیے یِمہِ موجوب زِ گِنہِ تہٕ چیزس پیٹھ رنگو ستی نقش کاڑہی آس والہِ قلمو یا زٲدلیو بُرشو ستی لوان کرنہٕ ۔ اَما کارِ قلمدان چھُ اَتھ اَمہِ لِشہِ ثیٚون کڈان تِکیاز یِہ گو قلمدان بناونُچ کام۔ کیٛاہ تہٕ اَسی تَن یِم دوشوے ناو چھُ فارسی یعنے ایرانکی۔

لوٚ دِے سانہِ کشیرِ ہُنٛد تجارتی تہٕ تمدنی میٚثل چھُ پتھ کالہ پیٹھہٕ سمرقند تاشقند تہٕ بخاراہَس ستی اُدٕ سُمت مگر کارِ قلمدانی چھُ اَسہِ نِش ایرانہٕ پیٹھ ووتمُت۔ وٕنہٕ چھُ لوٗان زِیہ کِیسب چھُ سلطان زین العابدنٕن ییٚتہِ چہِ Home /
Industry ! دٕ ووتھ لوٗدِ نہٕ یا پتھ لوٗر اُدٕ نُمت مگر یِیا کتھ رِوایت

چھےٚ یہ زِ حضرت میر سید علی ہمدانی صابٕن رضؓ لۄسہٕ جماعتٕ دار رفیقن تہٕ تبلیغ کرٕن والین ہُنٛز اہ پانس سیتی کشیرِ اَنی مژ اَس تِمہٕ کۄر نہٕ صرف دینک تبلیغ بلکہ لُوکن بہتر زندگی بسر کرنہٕ خاطرٕ کٔرِکھ لۆوی لۆوی ہونر تہٕ جأری۔ لُوکھ ہیچھنأوِکھ مختلف ہونر۔ حضرت میر سید علی ہمدانی صابٕن لیٛوکھ مفصل مضمون ذخیرۃ الملوک تاکہ تِمہٕ وقتک سلطان تہٕ پکہِ ہے یِمن اصوٗلن پیٹھ تہٕ یِنہٕ والین بادشاہن پانٕنہٕ روزٕنہِ ہے اکھ وَتہٕ ہاوٕکھ۔ ڈٲکٹر صدی ہٕنٛد سارِوٕے کھۄتہٕ بوڈ گاٹل چھ تِمن متعلق ییتھ کٔنی ونان ؎

مرشدِ آں کشور مینو نظیر
میر و درویش و سلاطیں را وزیر
خط را آں شاہ دریا آستیں
داد علم و صنعت و تہذیب و دیں
آفرید آں مرد ایرانِ صغیر
با ہنرہائے غریب و دل پذیر

چنانچہ یہ کتھ چھےٚ صحیح زِ پیپر ماشی ہٕنٛد کسب تہٕ چھ یِہنٛدِ دۄے ساتھیو ییٚتھ لُوکھ ہیچھ نأوی متی۔

دپان ییلہِ امیر تیمور اَندی کِنی مُلکن گو حملہٕ کٔرِتھ قبضہٕ کران، کشیرِ ہِنٛدی شاہمیری بادشاہ سلطان سکندرن سوٗز شأہی خان (زین العابدین) وار یاہ موٗلی تحفہ تحایف ہیتھ تیموٗرس نِش۔ تیموٗرس پٮ۪ین شأہی خان سٕنٛد حوصلہ تہٕ لیاقت وُچھتھ متأثر تہٕ روٗدٕن پانہٕ سیتی۔ سمرقندٕ لیٚس تِمہٕ وِز

تیمور صنعت کاری ہُنٛد مرکز بناوان اوس، تَتہٕ وُچھ زین العابدینن پننِس قیامس دوران یِمن ہونرن بڑٕ شَنِتھ تہٕ زبر پاٹھۍ ہیتُن تھ سام۔ اوسہٕ کنی یِیلہِ شاہی خان سلطان زین العابدین سِنٛدِ ناوٕ کشیرِ ہُنٛد بادشاہ بنیوو اُمی دیُت باضابط کشیر ترقی کرناوِنس کُن توجہ۔

ہیون سانگ سِنٛدِ سفرنامہٕ تہٕ راج ترنگنی ہندِ حوالو سِتی چھےٚ یہِ کتھ صاف پاٹھۍ ننان زِ یِتِھ کرِ لوکھ اُسی تِمتِس سِتی کاہِ بارکران تہٕ وارِیاہ کیہِ صنعتن منز اوس یِتہٕ کینہِ لوکن وَق گُذران، مگر لیوسہٕ فراغت تہٕ امن امان بڈشاہ صابنِس وقتس منز کاشرِ ہن حاصِل سپدِ سہٕ چھُ اکھ مثالی دور۔ اُمِس دپد منٛد بادشاہ سِنٛدی کارنامہٕ وُچھِتھے چھُ بُڈِ ہتہٕ "بڈشاہ" نبرِتھ گرِ ژھان تہٕ لیوٚ ہے ناو روزِ تِس آینٛدِ تہٕ زِنٛدہ تھاوان۔ ہرِ سہٕ حکمران یِتھۍ عوامی کامن کُن توجہ دِیُت بادِ یہٕ تِس بایتھ چھُ بڈشاہ ثانی لقب عزت تہٕ وِلقار بخشان۔

ونہٕ چھُ لیوان زِ بادشاہ صابنہٕ ماجہ ہِنٛدِس ڈُمہٕ مقبرس آسہٕ بنیرِ کنیہ دُگِ منٛتہٕ کاغذ تہٕ مایہ سِتی نقش دار ٹاٹالہ لاگنہٕ آمتۍ۔ ہُنر مردم (تہران جلد ۳ ۷) مطابق چھُ ماہرکارن تفصیلہٕ سان لیوُکھمُت زِ سلجوقی عہدس منز چھُ پیپر ماشی ہُنٛد کسب ایرانس منز جاری سپدمُت تُس ہُمہِ صدی عیسوی یکُ زمانہ چھُ۔ یہ کام چھےٚ قلمدانی (Pen holder) بیٹھہٕ شروع گامتۍ۔ صفوی دورس منز چھُ ایرانی کاری گرو قلمدان کامہِ برتنہٕ کرِتھ لو پراونمُت۔ قلمدان اوس بڈین لوکن ہُنٛد امتیازی نشان

بنیومٕت تکھٕ ژزیہِ اوس نہٕ صرف بِلہِ اوٚنڈرنہٕ قلم ٹھوٗنکُھ ڈبے لیوٚتائی بلکہِ
اوس اکھ موٗلُل چیز تہٕ۔ ہینہٕ ہینہٕ گیہِ قلمدانَس سیتی واریاہ چیز والبتہٕ یعنے لوبلہِ
روٗمالہٕ ادوِیات واجہٕ، ٹِکٹھ تہٕ موہرہٕ (Stamps) بیترِ تہٕ۔ چونکہ قلمدان
اوس تھدِ مرتبہٕ کِین لوکن ہِنٛد اکھ نِشانہٕ لیوان مانہٕ، اوکِنہٕ اَسی بٔڈی لوکھ
اکھ اکِس ڈالِ کنہٕ تہٕ سوزان۔ کارِگرو تہٕ لوگ پننہٕ طرفہٕ اتھ رنگہٕ رنگہٕ
ننگ کھالن۔ تہٕ یہ گو (Brief Case) ساز صوٚندوٗق حجمہٕ تہٕ باقیو
چیزَو اندٕ واش نہٕ کاڑکڈان۔

شروعَس منٛز یِم فن کار شاہ ہمدان صابَن ایران تہٕ ترکستانہٕ پیٹھٕ کشیر
اَسی اٰنی منٛزٕ ہِہنز کامہِ سیٚٹھ دوٗیمہِ لٹہٕ بڈشاہ لَس دورس منٛز ہُرہٕ تہٕ ترٛیمہِ لٹہٕ
چک دورس منٛز پینہٕ حکومتکہٕ طرفہٕ امہِ کِین کارگرن سرپرستی تہٕ حاصِل۔ یِمَن
آیہِ باضابطِ خصوٗصی مراعات دِنہٕ۔ یِہُنٛد گرٛھ اوس زڈی بَل، مدین صابن،
حسن آباد تہٕ کمانگر پوٗر بیترِ۔ چک دورٕ پتہٕ ییٚلہِ کشیرِ مغل دربارس تَل اٰیہِ۔
مغلوٚنی بیٚتِکی واریاہ کارِیگر لاہور، آگرہ تہٕ دِلہِ۔ پیپرماشی ہِنٛدین
کارِیگرن کھوٚت دوٗن کامن بھاو۔ اکھ یہ زِ مغل محلہ تہٕ انَن تہٕ بالا دَرِین
ہِنٛدِ تالو تہٕ دروٗسی آیہِ نقاشی کامہِ سیتی سجاونہٕ تہٕ۔ بیٚیہٕ آیہِ تِہنٛدی نیاد
کٔرِتھ چیز نہٕ جان موٗلہٕ ئلی ہینہٕ۔ امہِ برونٛہہ اوس تِمو کشیر منٛز مانم سرایَن
تہٕ استانن ہِنٛدی تالو تہٕ دروٗسی پیٚٹھٕ بناوِنکھ پننہِ لافانی کارِیگری ہِنٛد
گلہِ میوٗٹھ کوٚرمٕت، یِس از تہٕ ناپاں چھُ۔

پٹھان دورس منٛز گو پیپرماشی ہُنٛد فن تہٕ باقے فنن ہِنٛدی پأٹھی یہ اٰپزرِ نہٕ

وۄلسی۔ سِکھو تہٕ اگرٕ کانٛہہ جان حکومت کرٕ نہٕ اماکاٗرِ گری سپتی تھوٚوٕ کھ نہٕ زیادٕ
دُشمنٔت ئلمِ کہِ دوستانہٕ رٕوی یہِ سان رٕودی یکان۔ تہٕ وونی چھےٚ اپیٚ ہیٚشا کھےٚ
نٕویٖت۔

موٗرکرافٹن چھِ کاشرِ کارِ قلمدآری ہندی نمونہٕ دِلہِ دربارس منٛز وُچھِتھ
سیٹھاہ تاریف کرٕ مٕتی، سہٕ چھُ ونان زِ نقش وِلگتار کرنس منٛز استعمال سپدن والی
رنگ تہٕ برُش بیترِ چھِہ مقاٗمی طور بناونہٕ یوان۔ البتہٕ کُنہٕ کُنہٕ چھِ باقیوٚ جاۓیوٚ ہیٚتھ تہٕ منگناونہٕ
یوان۔ پیپرماشی یوسہٕ بٔڈ ہ میحنتھ تہٕ نزاکتچ کاٗم چھےٚ یوٚدوٕ شیعہ مسلمانٕو یاتی آیہٕ
کران، مگر تاریخ چھُ ونان زِ اکِس مشہوٗر نقاش ستار ناواوس نۄن موٗرت ساگر تہٕ۔
۱۸۷۵ عیسوِیس منٛز اوس یاکھ ہیٚل پایہٕ نقاش سید تُراب تہٕ اوسمت علی مغل تہٕ
عباس مغل چھِ میاٗنس مالی سنٛدس وقتس منٛز نامادار نقاش آسی متی تہٕ میاٗنس
لوکچارس انٛدر اوس اکھ بانکہٕ اکھ نامی پیپرماشی زانن وول۔

اتھ منٛز چھُنہٕ کانٛہہ شک زِ پیپرماشی زانن وول طبقہٕ چھُ اکھ اقلیتی طبقہٕ
تہٕ اتھی ہیٚچھناوی امی طبقٕکی نفر یہ کاٗم یتھ کنی یہ محدوٗد روٗز۔ کاٗرِ گرن منٛزِ کوتاہ
اندیشی تہٕ خودغرضی ہنٛزِ ذکر کران چھُ پنڈت آنند کول پنٛنہٕ کتابہٕ "Jammu
and Kashmir State" منٛز لیکھان:

"کاشرِن پیپرماشی کرن والین ہنٛز آمدنی چھےٚ زبر۔ مگر تم چھِ یکھ کانٛہہ
خیال تھوٚیے ینٛن زِ یوٚ تمسُت پولنسہٕ یکوٹہٕ لوان خرچ کرٕ تھ۔ اکثر گرن چھُنہٕ
شامن زالُن تہٕ آسان۔ تم چھِ پنٛنہٕ آیچ یچہ بٔرن یرٕ تتھ چولہٕ تپاوان
تہٕ بیٚیہٕ دۄہہ بناوی متی چیز کنتھ ییٚیہ یچہ بٔرن دِوان"۔

اَتھ کتابہ مَنٛز چھُ سُہ لیکھان زِ:

"کاشِرِ شال چھِ پیپر ماشی ہنٛدِ ین ڈبن مَنٛز تہٕ بکسن اندر تھوٗنتھ فرانس

لٕوان سوزنہٕ، یم تتہٕ الگ پأٹھی کِننہٕ یوان چھِ"۔

مشہور انگریز موٗرخ برنیر لیٚس اورنگ زیبس سیتی کشیر اوس آمت چھُ یتہٕ

پیٹھ پننس دوس مالینوزی مرالیین سٕنٛدِ نأو لیکھان زِ "خوبصورت چیز بناونس

مَنٛز ہیکنہٕ کأشرِ ین کانٛہہ وٕٹہٕ دِتھ۔ قلمدان، صندوقچہ پالکہ بتیر بیٚتِ کی

بناوی متی چیز چھِ یِمَن علاقن لوان سوزنہٕ، یِمن یمِن یُہٕ قدرٕ چھُ لیوان کرنہٕ۔ یمِن

مَنٛز چھِ اکثر چیز ڈگی مَتہٕ کاغذٕ سیتی لوان بناونہٕ"۔

ڈگی ہیتس کاغذس بناونہٕ یِنہٕ والین چیزن چھ خریدارن ہُنٛز فرمایشہ بدل بدل

قسمن ہنٛد وسعت دیتمت۔ یتھے کٕنی چھُ کُھ طرح بناونس مَنٛز تہٕ ہُرٕ کوٚرمت.

سُلطانن ہنٛد لپند۔ مغلن ہنٛد لپند۔ ایرأنی روایت، افغانن ہنٛد شوق۔ سِکھن

ہیٚنٛدِ ین تہٕ پتہٕ انگریزن ہنٛز فرمائش گیہٕ اَتھ مَنٛز ہُرٕ کران۔ یتھے کٕنی چھ طرح تہٕ

مختلف مُلکن ہیٚنٛدِ قومی لپندک باس دوان۔ چیزن ہنٛد گرٹ تہٕ طرحن ہنٛد

آسے چھُ تھوپہ پأٹھی یِنہٕ وجوٗد لیچ اکھ تأریخ و بٕرہ نادان۔ مثلن قلمدان، پھولدان

شمع دان، اگردان، عطردان، کتاب دان، رحِل، زیورات تہٕ جیولری بکس، نمکدانہ

شطرنج ڈبہٕ تہٕ تالوپٹی، پوڈر سیٹ، ہینگر بکس، روٗمال بکس، ٹائی بکس، ایش ٹرے

تاس بکس، ڈنر ٹیبل سیٹس ٹکٹ دان، بسکٹ بکس، بجلی زور Lamp

Stand، راٹینگ سیٹ، فنگر بادل بٕنہٕ چیزن مَنٛز تہٕ لأسی، لولو، شکارگاہ

گل ولایت، شال طرح، چنار طرح، دربار، جنگ تہٕ خیام طرح چھ پانے بننہٕ

پۆت منظرچ وُکھنے کران۔ لداخ گیٔہ پیپر ماشی ہٕنٛدی سوٚت یا نہٕ، پنجاب تہٕ جموٚم سلمیہ ناآری نہٕ بیٚنٛگہِ بکس۔ بیٚچھے کیٚنی ہیٚکہِ یا قیس تہٕ اندازٕ کرنہٕ بیٚتھ۔

پیپر ماشی اندر کم کم چیز چھِ اِز کل کُلھم یاٹھے تیار سپدان، تمیک فہرست دموٚسی الگ، طرحن ہٕنٛد شمار تہٕ کرو بیٚون۔ یہِ کیٚتھ چھِ یاد تھونٛ ضروری زِ پیپر ماشی منٛز چھِ کار آمار تہٕ سجاوٹی دوشوٕے چیز لیوان بناونہٕ، یعنے کیٚہنہٕ چھِ استعمال سپدان تہٕ کیٚہنہٕ شوٗب ہُرراونس لگان۔

## ساخنہٕ بناوُن

پیٚتھ کالہِ اوس بادشاہن راجن لوابن تہٕ امیرن وزیرن ہٕنٛز فرمائشہِ پیٹھ پیپر ماشی ہٕنٛد ساختہِ تہٕ اچ کام لیوان بناونہٕ۔ ثروٗشہہ اُسی گوڈٕ قالبس پیٹھ کاغذ ورق لیوان مرنہٕ، تتھ پیٹھ اُسی کھالان ڈگی متہٕ کاغذکہ اکھ وار۔ سہٕ ہوٚکھتھ اُسی دوٚیُم تہٕ تمہِ پتہٕ ترٛیُم وار کھالان۔ لیٚتام پانٛژھ ستھ وار اُسی یتھے کیٚنی کھارِتھ ٹھاپ کرِتھ نہٕ ہیٚوکھتے وِتھ ضرور تہٕ کِس موچرس تام واتناوان۔ امہِ پتہٕ اوس اتھ عاجہ دٔلنہٕ یا امکی ٹکر یا رٕلہ لاگنہٕ یوان۔ قالبہ منٛز چیز گڈٕ تھ اُسی اَتھ پرٕ انین دلِوارن ہٕنٛد گرٛ پیٚنتھہِ یا دٕگیتھ مالیس ستی رلاوِتھ متھان۔

بڈشاہ صابنہِ وِزِ اوس کاغذ بناونہٕ یا پیٚتھ گاندرٕلہ لیوان آبہٕ گرٕ ٹن ہٕنٛدِ ذری یہِ کنٛزن منٛز وار یاہ مقدارس منٛز مصالہٕ دگنہٕ تہٕ تمیچ اُٹھچ اُس صاف کاغذ تیار کرنہٕ خاطر لوشھر لیوان سوزنہٕ، یتیہِ امکی گرٛہ گرٛ کارخانہٕ اُسی۔ اُٹھچ اُس زیادٕ مہین لیوان بناونہٕ۔ خاص مقدارس منٛز اوس تتھ مایہ لیوان رلاونہٕ۔ تہٕ بجن بجن کنٛین پیٹھ اُس لیوان وہراونہٕ۔ تہٕ موہرِ دِتھ لیوان لیکھنس لایق بنٲوِتھ تلنہٕ۔ مہاراجہ

رنجیت سنگھ سُند دورِ حکومتس منز اوس ویرناگ ڈوٗرِ بڈِس مقدارس منز کاغذ
لیوان بناونہٕ۔

پیپر ماشی چھے ساختس پیٹھ منحصر۔ یہ ساختہٕ یا چھوٗت چھُ کاغذ چھٹ تہٕ
رلِتھ ڈگِتھ لیوان بناونہٕ۔ اتھ تیار کرنس چھُ کم سے کم یِم چیز درکار آسان۔ (۱) اکھ
ٹب یا ڈرم یتھ اندر ژور یا پانژھ ترکھ آب واتہِ۔ (۲) کاغذ چھٹ لیوسہٕ اتھ
اندر وزٕنی چھے لیوان تراونہٕ (۳) زِ یا ترٛے تگارِ یا ٹین (کنستر) (۴) مختلف
قسمٕکی قالبہٕ یِم کتھرِ ڈٔبنہٕ ژادرِ ہشٕدی یا ہچِوی آسان چھِ۔ اکِہ اکِہ قسمکی قالبہٕ
چھِ وار یاہ وار یاہ تیدادس منز لیوان بناونہٕ۔ یہ چھے ضرورتس یا کارخانس
نتہٕ فرمائشہِ پیٹھ بناوِتھ لیوان تھوونہٕ۔ (۵) گرِزٕ (۶) ٹھاپٕی اَزٕ یا ترٛسے (۷)
لٔبترِ اکھ زٕ (۸) کاٹھ واو اکھ زٕ تہٕ پھہرِ واو (۹) کنژ تہٕ مُہل (۱۰) تیز جاے یتنہٕ
یِم ساختہٕ چیز تالس ینِ ہوکھناونہٕ (۱۱) ونٔدس گرٕہس آسُن تجارہی تہ گُٹھ نہٕ۔
تجار لو ترونٹھ اسی ساختہٕ اڈٕ ہوکھی گرِہنتھ داتہٕ گجن منز لیوان ہوکھناونہٕ۔

کاغذ چھٹ چھے گوڈٕ آیہٕ ڈرمس یا ٹبس منز دوہن دوہن وزٕنی
لیوان تراونہٕ۔ یہ چھے سینان۔ اتھ چھِ لولِ کٔڈان تہٕ کنژس منز مُہلہِ سِتی دوگ
ٹلان۔ ڈگِتھ چھِ تھوان تگارِن منز۔ پتہٕ چھس توٗبلہٕ اوٹ با مائدِ ضرورتہٕ مطابق
رلاون۔ اتھ چھُ ارمہٕ تہٕ لگان۔ اکِس دوہن دوہن چھُ اتھ قوام کھسان تہٕ امہِ
پتہٕ چھِ اتھ قالبس پیٹھ لاگِمتس کاغذس پیٹھ وارٕ پتہٕ وارِ کھالان۔ وارِ چھِ اتھ
سینی تہٕ کٔری نہٕ سِتی لیوان لاگنہٕ۔ اڈٕ ہوکھ گژھنہٕ چھس ٹھاپٕی کران تہٕ ہوکھِتھ
کاٹھ واوٕ تہٕ پھہرِ واوٕ سِتی سزر تہٕ ہشر کران۔ پتہٕ چھُ اتھ ٹھو وارلاگان تہٕ اڈ

لٮ۪ٹرِ سٟتؠ زٕٹھ قالبس لٔش جدا کران۔ ژھیوٚنمُت ساختہٕ چھُ لوان زور واد مایہ
سٟتؠ واٹنہٕ۔ اَمہِ پتہٕ چھُ اتھ گچھ یا چاک مٔنز لوان کھالنہٕ (سرلیشس سٟتؠ رلاوِتھ)
یہٕ گچھ یا چاک مٔنز چھےٚ دجہ یا والہٕ بُرشہٕ سٟتؠ لوان لونہٕ۔ لوٚن ہوٚکھتھ چھُ کرُ گوٹ
یا پھہر کنہ یا سیرٕ سٟتؠ اَتھ لشلاوان۔ لشلاوِتھ چھس رٮ۪گ مال دِوان تہٕ پتہٕ تتہٕ مایہ
سٟتؠ حریرٕ لاگان۔ شیٹھنہٕ گچھ یا چاک مٔنز پھٹنک امکان روزِ۔ حریرس تہٕ چھِ زاوج
رٮ۪گ مال کران۔ ووٗنی چھِ چیز آسان زمینہٕ ہٕنٛد رنگہٕ یا پٕنٛتھ تیار۔ یہٕ رنگ چھِ
بُرشہٕ سٟتؠ کران۔ بُرشس چھِ کوٗچہ تہٕ ونان۔ یہٕ بُرش یا کوٗچہٕ چھُ گُری یالس بنان۔
یال گوگرد نہٕ ہٕنٛدی زیٹھی وال۔ زمینہٕ ہٕنٛدِ رنگٕکی چھِ اکھ یا زٕ کوٹ (coat)
لوان کرنہٕ۔ زمین کھالنہٕ پتہٕ چھُ چیزس کامہِ ہٕنٛد حد مقرر کرنہٕ یا پٕنٛتھ خط لوان
نزاونہٕ یا کڈنہٕ تہٕ تمنٮ۪ خطن اَندر اَندر چھےٚ کامہِ ہُنر یا گنے سپدان۔ یعنے لسی تہٕ
ڈِزاین یا طرح آسہِ بناوٕن سُہ چھُ اَتھی اَندر لوان کرنہٕ۔ گوڈٕ گوڈٕ آسی دٕگی متہ کاغذٕ کٕ
چیزٕ ساختہ یا چھوٚٹ لیوان مانٛنہٕ۔ پتہٕ پتہٕ گو اَتھ مٔنز ہیر پھیر گژھان۔ کنیٛژھاہ
دقت بچنہٕ یا پٕنٛتھ تہٕ کنیٛژھاہ سہولت سپدنہٕ خاطرٕ۔ مثلن گوڈٕ آیہ ڈبن گتوی زٕ کی
لاگنہٕ تہٕ اَتھی سٟتؠ گتہٕ وی ڈبہٕ تہٕ بناونہٕ۔ مگر یمٕ آسی نہٕ کُنہ خاص سایزٕ علاوہ ہٕکان
بناونہٕ یتھ۔ خصوصن یتھ چیزس مٔنز زیادٕ خم یا گولٲیی آسہِ ہا۔ اَمہِ پتہٕ پٔیہ مختلف
قسمٕہ کٕین چیزن مثلن مجمن زیٹھین ٹالی بکسن ٹولن میزن گٲفی سٹن یا سکرین
(Screen) ہٕنٛد تصور۔ ہیوٚتن پیپرماشی مٔنز یا مل ین، تمہِ یا پٕنٛتھ آیہِ سوٗلکر استعمال
کرنہٕ یتھ نہٕ وریہِ ہے۔ ہیچہٕ ہٕنٛدٕ ین یمین چیزن اوس بناونہٕ پتہٕ گوڈٕ خاصیہٕ لوان
لاگنہٕ یا کاغذ مرنہٕ یتھ نہٕ کام کرنہٕ پتہٕ کُنہٕ جایہ پھچر یا رم گژھنک امکان روزِ ہے۔

یوٚدوٕے نٔنہٕ تہٕ بٔڈی چیز گژھن ساتہٕ ژھکہٕ وُدکی شِکار آسن سپدان۔ تمہِ بدلہٕ چھِ ووٚنی
ہارڈبورڈ (Hard Board) لاگنہٕ یِوان۔ چنانچہِ بٔڈۍ بٔڈۍ Pannel فریم
تہٕ مجمہ چھِ ہارڈبورڈکی لِوان بناونہٕ۔ کیٚنہہ کُنہ ساختس چھِ ہٹ تہٕ ہارڈبورڈ
دوشوَے چیز لِوان استعمال کرنہٕ۔ اَمہِ علاوٕ چھُ چینۍ، ٹین، شیشہِ یا سرٕنٛل تہٕ
پیپر ماشی ساختس منٛز استعمال سپدان۔ مثلن چایہِ ڈبَن تہٕ سلیہ نارین چجرین
یا صُرین چھُ ٹین یا سرٕتل استعمال سپدان۔ یعنے گوڈٕ چھِ یم چیز اَمہِ کی لِوان بناونہٕ تہٕ
پتہٕ چھِ یمن پیٹھ ڈگمتہِ کاغذٕچ زین لِوان وارٕ پتہٕ وارٕ لاگنہٕ تہٕ تتھ تیار چیزس لیس
ووٚنی ساختہٕ چھُ آسان بنیومُت، چھِنے پتہٕ نقٲشی لِوان کرنہٕ۔ سرٕتل یا ٹینہٕ استرٕ چھُنہٕ
چیزن اَندرٕ کِنہِ خراب دِوان گژھنہٕ۔ فِنگر بول (Finger Bowl) تہٕ بول
سٹین چھُ کُنہِ کُنہِ آب پیوان تراوُن، اَوٕکنہِ چھُ تمن سرتکہِ شیشہٕ یا چینۍ Lining
اَندرٕ تھَوان۔ کاغذٕ زین لاگنس چھِ مخصوص زبانی منٛز برہٕ لاگُن وَنان۔ یعنے
PLUP ساختس چھُ برہٕ چھوٚت لِوان دِنہٕ۔ یتھے کٕنۍ چھُ Lining وٲلِس
چیزس ستر وول وَنان۔

پیپر ماشی روٗزنہٕ برونٛہہ نہٕ اَز مُفرہ چیز بناونَس تام تھ محدوٗد۔ دارِ پٔٹۍ
دروازٕ پٔٹۍ السمارِ دلہٕ تہٕ تالو دلہٕ تہِ چھِ لِوان پیپر ماشی ہنٛدۍ بناونہٕ۔ خبر چھا
برونٛٹھُس کم کم چیز ہُرن پیپر ماشی منٛز۔

## رنٛگ

نقٲشی کرنہٕ باپتھ یم رنٛگ استعمال لِوان چھِ کرنہٕ، تِم آسی گوڈٕ گوڈٕ ہمارۍ
مقٲمی طور گنبو لِوشوَتہٕ کاسوٚمنٛز لِوان حٲصل کرنہٕ۔ رنٛگہٕ کِنہِ آسہٕ ژارِتھ لِوان

ائنہٕ۔ اَکِس بجہٕ کنہٕ پیٹھ تھووِتھ اُس رنگہٕ کنہٕ آبہٕ رٔژھہٕ رٔژھہٕ دِتھ گسُس لاگنہٕ یِوان
یُس نام یہٕ موکلان اُس۔ کنہٕ ہتھارہٕ گہٕن اوس کھاسس منٛز ژھٹھ ہو کھناونہٕ امہٕ پتہٕ
اوس رٔژھہٕ رٔژھہٕ بوان لاگنہٕ۔ کونگہٕ پوش، نیلہٕ پوش، دٲن پوش، گُل کسوبنیر آسی
گٔہنہٕ یوان یِہند رنگ اوس پوشن تحریر (دِکھ) دِنس یوان لاگنہٕ۔ ڈونی کنٛجن دٲن
کنٛجن تہٕ لِنہٕ کلہن تہٕ آسی رنگ لگان۔ کرٛہُن رنگ اُسی ڈہی کرنہٕ لِس یا لو برن زالِتھ
بناوان۔ کُتنہٕ پوشہٕ یا کامہٕ طرح بناولس چھ گوڈٕ اسنز یِوان دِنہٕ، سہٕ گو پوشن ہنز
زمین، اَدٕ چھہٕ ہمیٚن ولٕٹالیونہٕ پترنازٕ وٕسنی شِکل یوان کڑنہٕ۔ استرٕ تہٕ دِکھ چھپے والہٕ قلمو
اموقلمہٕ استنی یوان دِنہٕ۔ وہ ستادٕ سٕنز وہ ستادی چھپے پوش نٔی راونہٕ وزی
نتان۔ رنگن منٛز اسی وارِیاہ رنگ ولایتہٕ، سنکیانگ، آرمینیا، روسہٕ تہٕ منٛز ایشیا
پیٹھہٕ تہٕ منگناونہٕ یوان مگر سِبا اَسی اِنقلابو کوٚر بیٚین چیزن ہنٛدی پاٹھی رنگن
ہنہٕ تھوٚر۔ ووٚنی چھ پنہٕ نی مُلکی تیار کری مٕتی رنگ لاگنہٕ یوان۔

رنگہٕ پیالہٕ

کاہنہٕ تہٕ رنگ چھ یوان پیالن منٛز تیار کرنہٕ۔ پیالہٕ چھِ آسان کتروی۔
روغنی تہٕ چینوی۔ یم چھِ لوکٕٹی تہٕ آسان تہٕ بٔڈی تہٕ۔ لیعنی ڈوڈ آنچہٕ پیٹھہٕ آنچہٕ
تامت کھُلی تہٕ سٕرنی۔ روغنی رِکابہٕ تہٕ چھِ کامہٕ لاگان۔ گویا رنگن ہنٛد مِقدارِ
تہٕ نوعیتہٕ موجوب چھ بانہٕ یوان لاگنہٕ۔ کچہٕ بانہٕ چھ عموماً آسان۔ ۹ یا ۱۰ آنچہٕ
کھول۔ مطلب چھ زِ پیالن ہُند بجر تہٕ رنگن ہُند مِقدار چھ آسان تیار کرنہٕ
ینہٕ والین چیزن ہنٛدس تیدادس پیٹھ موقوف۔ رنگہٕ پیالن ہُند گروت چھ عام
پیالن نِشہٕ وکھر۔ یم پیالہٕ چھ بر چھتکی قالبہٕ بناون وٲلی کرٛال بناوان۔ تہٕ تمہٕ کرال

چھِ زیادٕ ترٕ حول تہٕ کٔرٕالہٕ بابٕرکی۔ اکثر چھِ گِچہٕ یا نہٕ چاک میٚٹرِ یا نہٕ رنگہٕ پیالہٕ استٕ پیالہٕ تٔہند تحریٕر پیالہٕ لیوان استعمال کرنہٕ۔ نہٕ اُتھی عہٕ ستی دٲرِی پیالہٕ نہٕ سونہٕ پلیٹ (روغنی) تہٕ۔ پیالَن چھ پتہٕ رنگن ہٕشدی ناد پیوان۔ مثلَن شِرکھی پیالہٕ، سیٚنڈر پیالہٕ دٲنتی پیالہٕ بیترِ۔

رنگ چھ عموٗمَن بنیٲدی تہٕ ثانوی آسان۔ اَمہِ علاوٕ چھ سونہٕ ورقن ہٕشد آب لیوان بنادنہٕ۔ یا خٲلِص سونہٕ ورق تہِ چھِ زمینہِ یا پوشَن ہٕشنرِ جایہِ لاگنہٕ لیوان۔ یِم ورق چھِ اَکِس خاص قِسمہٕ کِس مالیٖس پیٹھ لیوان لاگنہٕ، اَتھ مالیٖس چھِ دور وَنان۔ دور چھ اکھ خاص مرکب آسان، یُس نابدس نولَس تہٕ مایکٕ خاص مِقدار آبس منز رلاوِتھ تہٕ قوام کھالنہٕ پتہٕ چھِ لگہ ہار بنان۔ سونہٕ ورق تہٕ روپہٕ ورق لاگنَس گژھِ آسُن مہارت نَتہٕ گژھِ نوقصان تہِ تہٕ چیز تہِ گژھن خراب۔ سونہٕ ورقَن تہٕ روپہٕ ورقَن چھ حریرٕ وٕہن ورقَن منز تھٲوِتھ لوکچہِ لوکچہِ کِتابہٕ ہِشہِ لیوان بناونہٕ۔ یِتھ کِتابہِ منز چھِ پانٛژھ پنداہ یا پنٛژہ یا پنٛژاہ تہٕ ہتھ ورق آسان۔ اَتھ کِتابہِ چھِ دفتر تہِ وَنان۔ سرینگرس منز چھِ یِم دفتر صراف کدلہٕ زرکوب بناوان۔

پیپرماشی منز یِم رنگ استعمال سپدان چھِ تِم گژھن مہین تہٕ گُنہٕ پھیریٕ وَرٲے آسنہٕ۔ یِتھ رنگ چھ لیوان مالیٖس تہٕ آبَس پیٹھ تیار کرنہٕ۔ یِم ساری رنگ چھ واٹر کلر (Water Colour) آسان۔ یِہندی ناو چھِ یِتھ کُنہٕ مخصوٗص آسان۔ مثلاً، شنگرفی، قرمزی، دٲنتی شِرکھی گاسی، وانگنی، زرنکھ، گیٖر، پوپُر بیترِ آسان۔ پھیکہِ رنگ چھِ تحریرَن لگان۔ اگر یِم موٚٹ رلاوِتھ آسن یِمن سٕتی چھِ سفیدہٕ رلاونہٕ لیوان (White Lead)۔ وہٕ تلاوِتھ پوشَن یا طرحن چھُ

استرٕ گچھ سنتی لیوان تھؤو نہٕ ۔ کاہن تہٕ رنگن لوشن تہٕ تمہ کہن حِصن ہنٛدی ناوٕ اُسی گوڑٕ فارسی تہٕ ووٕنی کاشری بنیمتی۔ یہٕ قاز گو پرگرٕ کاہ ریٚزی کھرٕ ریزٕ یا لِشہٕ تہٕ ۔ کاہ ربا گوسیٚنڈ وٗرٕ تہٕ روغن گو وارنِش تہٕ جلاو سپرٹ تہٕ وارنِش تہٕ ۔ یہٕ قازن چھِ ونان رِکھٕ تہٕ شیڈ تہٕ ۔ ولٹا یہٕ چھِ ووٕنی غالے کاہنہٕ ونان ۔

## موٗ قلم تہٕ بُرُش

بُرُش تہٕ قلم یِمو سیتی ییٚیرِ اُشی چھیٚے لیوان کرنہٕ چھِ مختلف والن بنان ۔ گچھ لوٗنس زیٖن کرنس تہٕ وارنِش دِنس باپتھ چھِ مختلف والن ہنٛدی بُرُش بنان ۔ مثلن گُری دُمس بالس رگرٕ بن تہٕ خرن ہُنٛز گرد نہٕ ہنٛدی زیٖٹھ وال) ژھاولی والن تہٕ یِکھِ کرس (الیچھ کر گوپٹس ن ۔ اتھ چھِ بھنگہ تہٕ دنان) موٗقلم چھِ بیری (براُری الیچہ) تہٕ بدٕ لوٗج (گلہری) ہُنٛز لیچہٕ والن بنان ۔ مختلف قسمکی بُرُش تہٕ قلم لۄدوے ووٕنی تیار سے چھِ میلان ۔ اما قلم چھِ کاری گرا کثر پانے بناوان ۔ اسمانی بطنن ہنٛزن تیرن گوڈ لیوان ژٹنہٕ تہٕ کھلہ طرفہ چھِ اتھ لیوان لیچہ وا ئیح گچھ البوٗ یہٕ زاوی لہ پنہٕ سیتی چھِ لیوان گنٛڈنہٕ ابرنہٕ ۔ زٕ اولہ طرفہ چھِ اتھ تیر دُیس ووٕنی بیرگرٕ چھِ آسان اُتیتے نٕ دِ تھؤو نہٕ ییپاری والہ گچھ تیر نوٗت تھیٚے تامتھ لوٗ نام تتھ گوڈس پن چھِ آسان گنڈ تتھ ۔ اِدٕ چھِ لیوان یہٕ قلم شیرِ تتھ کامہ لاگنہٕ ۔ کوٗلہٕ بطنن ہُنٛز تیر تہٕ چھیٚے بیرگرٕ کنہ استعمال سپدان ۔ استرس ولٕ ٹاہن تہٕ یِرنازن چھِ سیٚمبے قلم لگان

## وارنِش

جلاو گو چمک ۔ بیٚلہٕ آبہٕ رنگن ہُنٛز کام چھیٚے انٛدوٕ تان تتھ چھِ پتہٕ لیوان ،

جلاوکھالنہٕ ۔ اَمِیُک مطلب گوٚزِ اکھ گرٛٮ۪ھ کام لوٚچھتہٕ گژھِنۍ، بلکہ گرٛٮ۪ھ نیرٕنۍ پَزۍ
کرٕنۍ ۔ پتھ کالہِ اوس اَلسہٕ تیل تہٕ ماےَ اَمہِ باپتھ لیوان استعمال کرنہٕ ۔ بلکہ سپِنڈور
تہٕ سپرٹ ۔ وۄنۍ چھ بازرس منٛز تیار وارنش دستیاب ۔ تہٕ سُے چھُ لیوان استعمال
کرنہٕ ۔ وارنِش چھےٚ لیوان اَتھ سیتۍ مُتھنہٕ ۔ اگر نہٕ پیپر ماشی پیٹھ وارنش ییہِ کرنہٕ
تیلہِ چھےٚ یہِ کام یہِ ڈیٛرٕ زِ نہٕ آمہِ کھاسکی پاٹھی لیس آب وچھتھے ہیوٚن ہیوٚن چھُ
گژھان ۔

## طرح

پیپر ماشی چھےٚ وارِہِن طرحن (Designs) منٛز کرنہٕ یوان ۔ پرتھ ڈزاین
چھُ اکھ خاص ماحول تہٕ تواریخ لولہِ للہٕ نادِتھ اَسہٕ تام وۄتمُت ۔ ہتہٕ بدلو طرحو منٛز
چھِ کیٚنہہ مشہور طرح لوم ۔

گُل ولایت ۔ اَتھ منٛز چھِ گولاب، ژونٹھۍ پوش، رعنا، وِرنہٕ گوژ، سُنبل بیتر
پوش لیوان بناونہٕ ۔

گُل اندر گُل ۔ اَتھ اندر چھِ مختلف پوشہٕ قسمن ہنٛد گوٚنڈ بناونہٕ یوان ۔
خصوصاً گولابن ہنٛدۍ ۔

ہزارہ ۔ ساسہٕ قسمہٕ کٮ۪ن پوشن ہنٛز کام بغرض اَتھ کامہِ چھتہٕ پوشن گنڈ ۔

چھلے ۔ ژونٹھۍ، بم ژونٹھۍ، ژینۍ، ژیر، ٹنگہٕ تہٕ گلاسہٕ چھلے ۔

چنار ۔ اَتھ منٛز چھِ بوٗنۍ پابوٕنہٕ وتھرن ہنٛدۍ ڈزاین یوان بناونہٕ ۔ ردہٕ
چنار، سوٚنہٕ چنار نہٕ رنگہٕ چنار بیتر ۔

ڈل ۔ آب، ہمپوش، کھل وتھر، گاڑ گرن، ہل، زبہ کُک نہٕ کولہٕ ٹوچ

چھ لِوان اَتھ طرحس مَنز بنٛاونہٕ۔

پولو۔ (ہالہِ گِنٛدُن) یعنے گُرِن پیٹھ ژھۄکھ ہاکیو سٟتۍ بٕرس گِنٛدُن ہاوُن۔

شِکار گاہ۔ جنگلس مَنز خیمہٕ دِتھ جانوَر مارنہٕ نیرُن، گُرِن تہٕ ہَستِن کیتھ، بندوق

تہٕ تیر کمان ہیتھ دہر باجن سٟتۍ۔

---

جنگلی۔ کوہ، یارِ تہٕ جنگلی جانوَرن ہندِ قسمَن ہنٛدۍ علاقہٕ تہٕ تِہنٛدۍ

عادات ہاوٕنۍ۔

شال۔ زیٹھۍ زیٹھۍ بادام تہٕ مِحراب اَکھ اَکِس مقابلہٕ برابر برابر جایہِ تھٲوِتھ

سجاوٕنۍ تہٕ خٲلی جاین سوٗزٕ کھریٚز یا رنگہٕ کھریٚزٕ گرٕنۍ۔

دربار۔ مغلن یا بیَین بادشٲہن ہنٛدِ دربارٕچ تصویر کشی۔ تِمنٛزِ منظوم

بیان۔

خیام۔ عُمر خیام سٕندِ رباعین ہنٛدۍ خیال شکلاوٕنۍ ییٚمہ سٕہ کلامہٕ لیکھُن۔

لٲسی۔ سَرپھ۔ اَژدھا۔ مار۔ گلماہ بناوٕنۍ۔ اَمیک آگر چھُ لہاسہ۔

جنگ۔ دۄن دَرِن ہنٛد جنگ کرُن تہٕ تَتھ مَنز انسانَن ہنٛدۍ دستخان

ژھینٕنۍ تہٕ سامانس اَدرٕ کھل گژھنۍ ہاوُن۔

بیٚیہ کٔنۍ چھِ باقے یِم طرح تہٕ۔ سوسَن طرح، گاسہٕ طرح، گونٛدر، گوژر، حاشیہ دار

دُسپہ دار (اژھور تہٕ لوٗرٕت) دچھ لیف، بغل دار، رنگ لَستہٕ، بیٚنبرزل، گُل افتابہٕ

چین، پوٗشہِ کاروان، جانا وار طرح (اسمٲنۍ اَبی تہٕ جنگلی) گلی دار ونلاوِتھ۔ سبز

پوش، شرکھی پوش، سینٛدرپوش، روٗپہِ پوش تہٕ سوٗنہٕ پوش ڈزاین۔ یِم ساری

طرح چھِ رنگو سٟتۍ لِوان بناونہٕ۔ اَلبتہٕ چھِ کُنہ کُنہ روٗپہٕ ورق تہٕ سوٗنہٕ ورق تہٕ لِوان

لاگنہٕ۔

## چیزن ہنٛدۍ قسم :

پیپر ماشی یوسہٕ قلمدانہٕ بیٛتھ شروع یِنہٕ تتھ منٛز چھِ دوٕنۍ ہتہٕ بٲرۍ چیز لوان تیار کرنہٕ تہٕ کینٛہہ چھِ بیتہٕ کٔنۍ۔

فِنگر بول تہٕ اَمِکۍ سیٹ (سیٹ چھِ ستن بانن ہنٛدۍ آسان۔ شٔے شٔے اَچل تہٕ اکھ باہ آنٛچل شروٗن چھِ لو آنچہٕ آسان۔ لٹّہٕ بٔرۍ بوٗر ہ بتہٕ کٔنز (مختلف شکلن تہٕ سایزن منٛز) رایٹِنگ سیٹ (اَتھ منٛز چھِ آسان فایل کوَر یعنے جِلد، بلاٹنِگ ہولڈر، ٹکٹ دانہٕ، کاغذ ژٕھنہٕ شرٛ اکھ تہٕ پِن تہٕ پِنسِل بیترِ) سٹینڈ اَرڈ لیمپ سٹینڈ (یانٛژ فِٹہٕ تھٔر خراد پیٹھ بناونہٕ آمٕژ تٔرۍ باژور آنچہٕ مٔرٹ۔ بجلی زوٗر لوسہٕ موٗٹس تہٕ گوٗلِس پٲدِس پیٹھ جوٗرِ کٔستھ دوٕ دنہٕ روزان چھےٚ۔ اَتھ چھِ عموماً ژور حِصہٕ آسان۔ پوٗد، گوڈ، لنڈ تہٕ جلم) تہٕ لیمپ سٹینڈ چھِ عموماً بیڈس نکھہٕ لوان تھاوِنہٕ۔ اتھ اندر چھِ تٔرۍ فِٹہٕ ڈابہٕ فِٹۍ تہٕ ڈوٗڈ فٔٹہٕ ڈصریہٕ دار تہٕ بندوار لیمپ سٹینڈ لوان بناونہٕ یِم چھِ نٔرکوٗنجل تہٕ بٔنگرِ دار تہٕ آسان (شمع دان، مشکہ تجہٕ زوٗر۔ بٔنگرہٕ ڈبہٕ، پوڈر بکس (مختلف سایزن تہٕ شکلن ہنٛدۍ۔ گول فاردار بیترِ) پوڈر سیٹ (اتھ منٛز چھےٚ رِکٲبۍ، صابنہٕ ڈبہٕ، سینٛدرہٕ ڈبہٕ تہٕ پوڈرہٕ ڈبہٕ آسان) جیول بکس یا ساز صندوٗق (یِمن چھےٚ اَندر کِنۍ چیز تھوٗنچ باگنے تہٕ آسان کٔرِتھ یعنے خانہ بندۍ، بیٚیہٕ چھکھ مخمل آسان لاگِتھ) شیونگ بکس، سگریٹ بکس تہٕ سیٹ (سیٹس منٛز چھےٚ ایش ٹرے، گندک ڈبۍ، گرٕ تہٕ سگریٹ ڈبہٕ آسان۔ ٹکٹ دان، کارڈ بکس، پنسل بکس، پھوٗلدان امیرِس پیٹھ تہٕ لٔبن پیٹھ لاگنہٕ باپتھ مختلف شکلن منٛز مشلن

گوٗل، خربزٕ آبہٕ تہٕ صُربہٕ شکلہٕ ادلوان ہنٛدِ خاطرٕ بجلی ژانگی تار، پلیٹہٕ Wall
Plaques، سپر Shields، پینل pannals، یمن پیٹھ فریم
تہٕ پُراسرار تواریخی واقعات یا افسانہٕ چھہٕ شکلاونہٕ یوان۔ سلیہ کیس تہٕ پٔشرٕ نہٕ
ڈبہٕ، مختلف شکلن ہنٛدی پیپر ویٹ (شُلن ٹنگ، ژونٹھ یا بیٛیہٕ کینہٕ) آبہٕ الفاف
دان، قلم دان، آرٹسٹ ہنٛد یا پیٛنٹ برش ہولڈر، عطر دان، لپ اسٹک اسٹینڈ،
رُمال بنگر Napkinrings، بنگرٕ ٹے بکس، رُمال بکس، مختلف
سایزن ہنٛدی ٹرٕے تہٕ مجمہٕ، چایہٕ ڈبہٕ، پیپہٕ، ٹیشو بکس، کمر بنار کانٛٹہٕ، ٹالیس
ڈِنر ٹیبل میٹس ۱۸، ۲۴ یا ۲۵ ہن ہنٛدِس تعدادس منٛز، گلاس میٹس، بڑی
پھوٗلدان یمن منٛز وُنان چھہ۔ دارِ دلہٕ، تالو دلہٕ، تالوس اویزان تراوُن وٲلی
ٹھول، ٹنگ ژونٹھی بتیر۔ ایش ٹرٕے۔ ویسٹ پیپر باسکٹ، پایپ اسٹینڈ،
جیجرٕ، صُربہٕ، طشت ناری، گلاسہٕ تہٕ پیالہٕ۔ بیٛیہٕ تہٕ کیٛنہٕ مختلف چیز۔

## مہارت۔

پیپر ماشی ہُنرٕ کام وُچھتھ چھہٕ انسان کٲری گرن بے ساختہٕ داد دِوان۔
تہنٛز اوج تہٕ زاوِج کام چھے دوکھ دِوان زِ خبر یم پوشہٕ ماچھہِ ٹرِ یا ٹھی پھولتھ
اسہِ بروٗنٹھ کنہٕ تہٕ بُلبُل مادِیہٕ اسہٕ دِگ نتہٕ ماتلہٕ وُسھ۔ رنگہٕ ستی بناونہٕ متین
پوشن چھہٕ قدرتس سٟتی لیٛوت، ہُنرٕ زِ دبہ مانس چھے مُشکہٕ رُو ستےٗ طراوت سپدان۔
دوسنا دو چھہٕ پننہٕ کٲری گری ستی از شٔتہٕ ہتھ ؤری برونٹھہ مدین صابنس استانس
خانقاہ معلی فتح کدل تہٕ ژور ہتھ ؤری برونٹھہ حسن آباد چہ ماتم سرایہ لول
پوٗرٕ سُتہٕ روزگار کماونہٕ یا پتھ شیر گڑھی اپھان پیلس تہٕ عجایب گرٕ سجوومنٕ۔

وٚنِٹھی پوٚٹھی نموٗنہٕ چھہِ شالہٕ مٲر بالادرِ تہِ درٕ پٔنٛٹھی گرٕ ھان .

## کارخانہٕ

یتھ کالہِ اوس نہٕ کارخانن ہُنٛد کانٛہہ منظم وجوٗد۔ ووستہٕ کار اُسی پننین شُرٕ ین حسب قاعدٕ بیہِ کسب ہیٚچھناوان ۔ یوٚدوے کالنٛہِ ژاٹہٕ باج شُرٕ تہٕ ضرورت آسِہیکھ، تسَ تہِ اُسی بینہٕ نی اُستٲدی منٛز انان ۔ یوٚتام سُہ مٲہر سپدان. اوس تہٕ پتہٕ اوس پتہٕ نی گرِ ژاٹہٕ ہال ژٕادان ۔

ہیپرمٲشی ہنٛدٕ مرکز روٗدی ہمیشہ اکھ حسن آباد بیٚیا کھ زٕڈی بل تہٕ بیٚنیہِ مدین صاب تہٕ کمانگر پوٗرہِ ممُنٛزِس تام چلان روٗدی ۔ البتہٕ ۱۹۵۸ ءَ نہٕ خاص طور ۱۹۷۵ ءَ پتہٕ روٗدنہٕ یہِ کار موروٗثی، تکیازِ دستکاری ہنٛز آیہِ اکھ ڈائریکٹری قٲیِم کرنہٕ ۔ یٚمہ ذٔریہِ مختلف کسبن ہنٛدی تربیتی سنٛٹر آیہِ ژٕاونہٕ ۔ یِمن سنٛٹرس آوا کھ اکھ ووستاد تہٕ مددگار ہیٚچھناونہٕ باپتھ مقرر کرنہٕ تہٕ تِمن آو معقول تنخاہ دِنہٕ ۔ یِتھ سہ لڑکہٕ یا لڑکی یوٚسہٕ اَتھ مرکزس باژاٹہٕ ہالَس منٛز یہِ کسب ہیٚچھناو، تسَ تہِ دِتکھ وظیفہ ۔ گویا حکومتکہِ طرفہٕ لوٗگ اَتھ کامس ووتھ لو ۔ تربیتکہِ دٔری پوٗرٕ کرنہٕ پتہٕ آیہِ باہمی امدادچہِ انجمنہٕ قٲیِم کرنہٕ ۔ یٚیتہٕ تیار کوٚرمت سامانہٕ ہُشوٚت گورنمنٹ ایمپوریمَن ۔ گویا ہیپرمٲشی یوٚسہٕ اکِس خاص کوٗنکِس منٛز محدوٗد اُس دٔرایہِ امہِ منٛز تہٕ لوٗبن وُسعت ۔

## تجارت

گوڈٕ گوڈٕ اُس ہیپرمٲشی راجن نوابن تہٕ اَمیرن ہُنٛد سامانہٕ ۔ تِمے اُسی یہِ مُلہِ ہیوان ۔ امہِ پتہٕ آیہِ امکہِ دُکانہٕ ژٕاونہٕ یٚیتہٕ ساٲلانی لوٗکھ یہِ مال اُسی

ٲکی ہیتھ پنہٕ نین مُلکن نوان ۔ وَنٛارس اَسی کٲری گَر لاہور تہٕ بیٚین جاین گٔژھتھ کٕنان تہٕ اَسہِ لۄرِپی مُلکن ہنٛدی باپٲری ۔ یہٕ سامان پنہٕ نین علاقن کِنہٕ باپتھ سوزان ۔ خصوصَن اوس یہِ مال فرانس ولایت تہٕ اِٹلی گژھان ۔

اَز چھُ پیپر ماشی ہنٛد باپار سیٹھاہ زیادٕ ۔ تقریبن دون کرورن رۄپین ہنٛدِ مۄلُک پیپر ماشی ہنٛد سامانہٕ چھُ سالانہٕ نیبر گژھان ۔ یمہِ علاوٕ چھِ لۄرِ دُنیاہس تہٕ ہندُستانس اَندر اَمِکی دُکانہٕ آمتیٛ تراونہٕ ۔ پرائیویٹ تہٕ سرکٲری تہٕ ۔ سرکٲری دُکانن چھِ ایمپوریم وَنان ۔

## مستقبل

پیپر ماشی ہنٛد مستقبل چھُ سیٹھاہ روشن ۔ مگر اَکھ لۄڈ روٗٹ چھُ اتھ یہٕ زِ بیٚیلہِ نہٕ وارِ یاہ تیٚلہِ ادَس تنٛز امکہِ ساماننُک آرڈر یا فرمائش لیوان چھے سو چھنہٕ نمونہٕ مطابق تہٕ وقتس پیٹھ ہیکان لۄرِ سپدِتھ ۔ یمیُک نتیجہ بیٚ نیران چھُ اتھ چھےٚ کارکَڈٲنس ٹھوٚنٛٹھ لیوان ۔ یہ ذمہ دٲری چھےٚ آرڈر رٹن والین تہٕ تیار کرن والین دۄشوٕنی دٕرن پیٹھ ۔



سوہن لال آتش

# ویتھ

کٲشِرِ ہِنٛد سماجی، رۄحٲنی، فلسفی، معاشرتی تہٕ تمدنی وُرثہٕ جار چھُ ویتھہٕ وٲژِ پھٲشہِ پھلوومُت۔ ویتھ چھےٚ نہٕ محض اکھ دٔرِیاو بلکہِ کٲشُرِ نیٚشرِ ہُنرِ سو بوے یوسہٕ کٲشِرِ ہِنٛز مُنفرِد مقام عطا چھےٚ کران۔ ویتھِ ہِنٛد اصلی ناو چھُ ویتستا، یُس زبٲنی پھیرس منٛز ویتھ بنیوو۔ ویتھِ ہُنٛد تذکرٕ چھُ ویدن منٛز میلان تہٕ ویتھ چھےٚ ہِنٛدستانکین مقدس دٔرِیاوَن منٛز تصور یوان کرنہٕ۔

ماہرِ ارضیاتَن ہِنٛد دپُن چھُ زِ ویتھ آس ابتدٲیی ایامَن منٛز جنوبَس کُن وسان۔ یتہٕ چھُ اکھ زبردس بینٛژ آمُت، ییٚمہٕ سٟتی پیرپنٛژال تۄن گو۔ اَمی بالن کۄر ویتھِ ہُنٛد رفتار نرمہٕ، تہٕ آبن ہیوٚت جنوبہٕ بجایہ شمالہٕ مغربس کُن پکُن۔ چونکہِ آلبس آس نہٕ کانہہ نیرن وَتھ، اَمہِ کِنی گو آبک ذخیرٕ جمع۔ اَتھ پیو "ستی سر" ناو۔ اَمہِ ستی سرک آب گو کھادنی یارِ لِشہ کھَن لگنہٕ کِنی ژرٕ نہکن جٲری تہٕ زمین ژرایہ بنیہِ ننی۔ اَتھ عملہِ چھُ لچھِ واد وُری لۄگمُت۔ جغرافی ہِندی ماہر چھِ اَمہِ کتھِ ہِنٛدس ثبوتَس منٛز ناں زِ ہِمالہٕ پربت تہٕ اَمچہِ لنجہِ چھےٚ دِنہکین بالَن

ثر ساروے کھوتہ کم وأنُس تہٕ ہمالہ پرتَس پیٹھ چھِ تیتھی چیز لبنہٕ آمتی، یم یِمہ
کتھہٕ ہُند باس چھِ دِوان زِ ہمالیہ پہاڑ چھُ اکہِ وقتہٕ سمندرس تل اوسمت۔ یہِ
اُس ویتھہِ متعلق ماہرارضیاتن ہُنز راے۔

دوٚیمہ طرفہ چھِ ویتھہِ متعلق بے شُمار تاریخی تہٕ نیم تاریخی، لِکہٕ کتھہٕ تہٕ دھارمِک
حوالہٕ میلان۔ یِمہ تِلہٕ یہ نَنان چھُ زِ اَنہٕ "وہتستا زَمس" سِتی چھِ وارِاہ تاریخی
تہٕ نیم تاریخی واقعات وأٹھِتھ یِمو سائِنس کلچرس اکھ وہتستار تہٕ باگہِ بوٚرُت
اِنہار دیُت۔

وہتستا مہاتم چھِ ویتھہِ ہُندِس بجرس تہٕ اَمہِ کِس جغرافیاہس متعلق
ساروے کھوتہٕ پرأنی کِتاب۔ اَمہِ کتابہٕ ہُند باب اکھ چھُ صرف ویتھہِ ہُند
زایِن وۄتھا وان۔ مثلن:

"یِیلہِ کشپ رێشی سِتی سُرک آب خوشک کوٚر، یِیتہِ گیہ آبہٕ کامِن۔ ساری
لُکھ تہٕ دیوتا، رێشی گیہ پریشان۔ آخر وأتی یم رێشی تہٕ دِوتا کشپ رێشِس سِتی
"شیت سوم" نادِکس شیپہٕ کوہس نکھہ۔ اَتہِ وۄچھ یِمو اَکِس ژُندرن کُلس نکھہِ
شنکر مہادیو دھیانس مَنز مگن۔ یِمو رێشیو لأج مہادیوس ہنز (استوتی الوٚزا سیٹھاہ
عاجزی تہٕ انکساری سان کرِنی۔ مہادیون ثر رادِ أچھ تہٕ پانس برٛونہہ کنہِ وۄچھِن
دِوتا تہٕ رێشی ژالوٗ ژالوٗ اوش ہاران۔ شنکر وۄتھکھ لاے نیکو کارو کیاہ دلیل
چھےٚ۔ توٚہی کیازِ لوٗت دُکھی۔ کشپ رێشی الیُس دِوتھہن سرداراوس) لوٗ دسوٗرے
حال مہادیوس۔ شنکر وۄتھکھ۔ "اے نیک انتہٕ رێشیو۔ تُہُند یوٗرین گژھِنہٕ
خالی۔ شنکرن کوٚر اَمی ساتہٕ پاروتی حُکم۔ اگر ژٕ میانی تاٹھ چھکھ۔ تیلہ چھےٚ ژےٚ

ہُنز اَنہٕ شِنز ۔ پاپر جائی باپتھ کولہِ ہٕنز شکلِہ منز اظہار گژھن ۔ چنانچہ لوے شنگرن
ہُنز شول زمینس ۔ امہِ سٟتی گوٚ اتہٕ چاہ پاد ۔ یمہِ منز پاروٗتی کولہِ ہٕنز شکلِہ منز اظہار
سپُز ۔ مہادیون کوٚر اَتھ پانہٕ وہتستا ناو ۔"

دپان جہلم شہرس (پاکستانس منز) واتنہٕ پتہٕ پیو اَتھ ویتھِ "جہلم" ناو ۔
مگر یہِ کتھ چھےٚ تحقیقہٕ پتہٕ صحی دِرامژ ۔ تکیازِ پرانی مورخ مثلن شری ورنہ
جونراج تہٕ چھِ اَتھ ڈری یاوس سٟتی جہلم لفظ استعمال کران ۔

ویتھِ ہٕنز زینہٕ جاے چھےٚ ویتھِ ووترٕ ۔ یُس ییر پانژالس نکھہٕ اکھ پُرفضا
ناگ چھُ تہٕ ویتھِ ہُنز مالِنۍ گرزن گوٚ ویرناگ یتھ "وِرہ ناگ" چھُ ونہٕ آمت ۔
اَتہِ پیٹھ چھےٚ ویتھ اکہِ تیز رو آبرچہ شکلِہ منز کھنہ بل یتھ "کھنی تیر تھ" چھِ لیکھتھ واتان ۔
کھنہ بلس منز چھِ شوٗر نالہِ یا آبرِ یکہِ وٕ ٹہٕ دلتھ "ویتھِ" ینِن یاڑ وٕ تہٕ شکل بخشان ۔
یمن منز چھِ ساندرن ۔ برنگی آبہٕ پتھ تہٕ لِدر مشہور ۔ کھنہ بلہ پیٹھ کھادنی یا رتانی
چھےٚ ویتھ پرسکوٗن حالتس منز وسان ۔ تہٕ تجارتی لحاظہٕ چھےٚ اَمِچ اہمیت بڑان ۔
یتھ کالس منز ییلہِ نہٕ پتہٕ گژھنک کانہہ وسیلہِ اوس ۔ ساری تجارتی تہٕ فوجی
سرگرمی اوس ویتھِ منزے جاری آسان ۔ جنگی لحاظہٕ تہٕ فوجی اہمیت آسنہٕ سببہٕ
روٗز ویتھ ہمیشہ رازِ محقلن منز موضوعِ بحث ۔ یوٗنانی عالمو وون اَتھ وینتا یا دلہٕ
ہیڈسپس (Hydespes) تہٕ چینی تحریرن منز آو "ودستا" ناوٕ سٟتی امیک
ذکر کرنہٕ ۔

کلہنن چھُ جاےِ جاےِ ویتھِ ہُنز تذکرٕ کوٚرمت ۔ یہِ چھُ سبتھاہ خوبصورت
اندرٕ ٲسِس منز ویتھِ ووترٕ نیک ذکر کران ۔ "ویتھِ ووترٕ نیک" تاریخی ناو چھُ "وتستر"

راج ترنگنی منز چھ تحقیقن بے شمار راژن ہند ذِکر کرنہٕ آمُت، یِمو وِستھ بُتھن پیٹھ خانقاہ، مٹھ، مندر، دھرم سالہٕ، تارِیخی عمارژ، یاربل، بودھ، خانقاہ، بِکھشوٗ ین ہِنٛدِ روزنہٕ یا پتھ بودھ خانقاہ یا آشرم تعمیر کرِی. کشیرِ ہِنٛد سارِوٕے کھوتہٕ پرون تہٕ تارِیخی مندر یُس راژٕ ونہ یا نندن ۳۲۶ قبل مسیح منز تعمیر اوس کورمُت۔ تہٕ یُس کاہ پور تھوٗد اوس۔ یتھ منز یا ترٕ ھتھ "دیوداسی" تہٕ کم از کم اکھ ساس برہمن کامہٕ اَسی کران، اوس اَتھی وِیتھہِ بُٹھس پیٹھ وجیشور مندر ناوٕ مشہور. کشیرِ منز گوڈنیچ یونیورسٹی" وجیشور وشو ودھیالیہ"۔ باغ دارا شکوہ آگرہ کِس طرزس پیٹھ تعمیر شدہ باغ یُس شاہجہان ہِنٛدی نیچوِ وِنٛجہِ بیاٗرس منز تعمیر کور۔ راجا اونتی سوامن ہُنٛد اونتی شور مندر۔ زیارت شاہ ہمدان رحؒ۔ سعید حسن شاہ منطقی رحؒ۔ زیارت دستگیر۔ استھاپن رٕشی پیر۔ سرینگر یا کوٹی تیرتھ بارہمولہ. غرض وِیتھہِ بُٹھس نزدیک چھےٚ ساٗنِس روحانی زندگی کا ڈکڈران۔ وِنٛجہِ بیادِ کی ہرلشچندر گاٹ تہٕ دِوِکی یاربل چھہ تِمہٕ نہٕ جاییہٕ یتیہٕ لَس پرٕ تھہ گالنہِ تَس یاترِس سڑان دھیان کرُن ضروری چھہ. یُس امر ناتھ یاترا کرنہٕ ذٕ امت آسہٕ۔

پریٚہاس پورِچ تاریخی اہمیت سپدٕے یہ تِمہِ سات ختم، ییلہِ وِیتھہِ پنُن روخ بدلوو۔ تہٕ اکھ بارٕ تاریخی شہر گور اَدِس تَل۔

دِیان کشیرِ منز گوڈنیچ نیم تاریخی کتاب "نیل مت پوران" چھےٚ وِیتھہِ آگرس یعنی ویرناگس منز تخلیق سپزٕمژ۔ نیل مت پوران چھہ کاشرِ ن بُڈٕ ین دوہن رسمن رلواجن تہٕ سماجی تقریبن ہُنٛد اکھ کیلنڈر۔ دیتھہِ ہُنٛد بجر نہٕ یِمہٕ کتھہٕ سِتیٚ نہٕ اکھ منز چھہ ژدن اُنسوٗن (بٕڑہن دوہن) ہُنٛد ذِکر تفصیلہٕ سان میلان. یِمن منز

چھُ ترٛیٚن منٛز وێتھِ ہُنٛد ذِکر کرنہٕ آمُت۔ مَثلَن اکھ دۄہ گوٚو "نوٚہم وِتَسرا" یعنی نوٚو
شیٚن پیٚپنکھ دۄہ۔ دوٚیِم گو "نوٚ سمو تسرا" ژِترٕ زوٗنہٕ پچھُک ژۄداہ اَتھ داہِم تارٟخ۔
اَمہِ دۄہ چھُ دَپان "آدم" یعنی "برٛہما" سٕنٛد زاد دۄہ۔ اَمہِ دۄہہٕ گژھِ برٛہما وشنوٗ
مہیش۔ تارکھ۔ خلا۔ وقت۔ سَتھ عالم۔ سَتھ پاتال۔ عقل و عرفانکی پانٛژ رموز
رُح۔ پُرُش۔ پہاڑ۔ وێتستا (وێتھ) ویناےک۔ پَرِی۔ اِشٹ۔ دیوٕ ہنٛز پوزا
کرٕنۍ۔ رِشتہ دار گژھن سالہِ اَنٕنۍ۔ زنانَن گژھَن وۄزلہِ رنٛگٕکہِ پلو ڈالہِ رنٛگٕ
دِنٕۍ۔ ترٛیِیُم گو وێتستا زَنٛم۔ یعنی وێتھِ ہُنٛد زاد دۄہ۔ یادِ زوٗنہٕ پچھٕچ ترٛوداہ[۱۳]۔
وَنہٕ چھُ آمُت زِ اَمہِ دۄہہٕ گژھن سارٕی وێتستایہِ منٛز شران کرٕنۍ۔ پتہٕ اَپُچ پوزا
کرٕنۍ۔ بیٚیہِ پوزا کرِتھ واپس یِمہِ۔ پتہٕ گژھَن ادا کارَن۔ تِژن واپَس امردتہٕ
زنانہٕ دۄ شوٚے امنٛز یِنا میہٕ باگرانۍ۔ یِمن فن کارَن گژھن پوشہِ مالہٕ نالی ترٛاونہٕ
تہٕ عطر گژھ ہیکھ مَلنۍ۔

شراونی۔ وَنہٕ چھُ آمُت زِ اَمہِ دۄہہٕ گژھَن اہنٛدی شن کورِن آبہٕ کھیلہٕ
ہیٚچھناونہِ۔ وێتھِ منٛز گژھِ شران کرُن۔ پتہٕ گژھ گیوٚن۔ گِنٛدُن تہٕ نژُن۔

وێتھِ ہنٛز تٲرٟخی اہمیت کیاہ چھےٚ۔ امہٕ متعلق چھُ کلہن پنٛڈت لیکھان۔
"وێتھ چھےٚ کٲشرِ راژن سوکھس (آرام کہِ وقتہٕ) شیٚہجار، جنگس منٛز لاوِ لشکر
سارنس تہٕ دۄکھس (مصیبتس منٛز) صبر و سکوٗن ہیٚچھناوان۔"

برٛونہہ کُن چھُ لیکھان "بیٚیہِ راجہٕ اننت راج کُمار کلشس تاج و تخت
حوالہٕ کٔرِتھ وِنواس کرنہِ دراو۔ ناوَن ہنٛد اکھ کاروان آو تیار کرنہٕ۔ یتھ منٛز
راجہٕ رانہِ۔ خزانہٕ بیتر لشکر تہٕ کیٚنہہ وفادار وزیر سوار سیدھٕی۔ راژن کٔر گوڈٕ

ویتھِ ہنزِ لوُزا۔ اَدِ دراو یہ طاقتوُر، عقلمند تہٕ لوٚہر رازٕ وجیشورس کُن۔"

بادشاہ اوس ویتھٕ تروٲہ لٔس وٕ یتھِ ہُنٛد زاد وہ چھ سیٹھاہ چاوٕ سان مناوان۔

اَمہِ دوہ یہ آسہٕ ژانٛگی تیٚجہ ویتھِ پیٚٹھ تراونہٕ یِوان۔ بادشاہ اوس لبقول شری ور

اَمہِ دوہ یہ محل خانہٕ تیٚر نِتھ شہرس منٛز ژان۔ سُہ اوس ناوِ کھسنہٕ برٛونہہ لوٚکن

ہُنٛد دعا یہ خاطر رُٹان۔ ویتھِ بٹھِن پیٚٹھ اوس تِتھ ژانٛگی گاہ آسان باسان

اوس زَن تہٕ دِوہِن ہنزِ لوٗز ایہ بابتھ سونہٕ ہِنٛدی لوش چھ بٹھِن پیٚٹھ

ژاٰرِ ہتھ کھفا دِی متی۔

یہ لوٚڑ دوہ اوس لارن صابنس وقتس (۱۸۵۵۔۱۹۰۵ء) تام مناونہٕ

یِوان۔ لارنس چھ لیکھان زِ " اَمہِ دوہ یہ چھِ مالی کورِن ہنٛدِ مامہٕ تہٕ تحفہ پیش کران۔

یہ دوہ چھِ کشیرِ منٛز مشترکہٕ پاٹھی ساری مذہب وٲلی کُنہ امتیازٕ بغار مناوان۔

ویتھِ ہنٛدِس بجرس تہٕ امچہ جغرافیٲیی اہمیتس متعلق چھےٚ برٛنگیش رینیٖ اکھ

کتاب لیٖچھمٕژ یتھ " ویتستا مہاتم " ناو چھُ۔ اَتھ کتابہِ منٛز چھ ویتھِ ستھ

جغرافیٲیی تقسیم یا حاد بنٛدی کرنہٕ آمٕژ۔ یوسہٕ یتھٕ کٕنی چھےٚ:

۱. ژٕنٛدرہ کھیتر۔ یہ حصہ چھ ویرناگ (ویرناگہ) پیٚٹھ وجیشورس

(ویجہ بیارس) تانی مقرر کرنہٕ آمت۔

۲. مُکھتی کھیتر۔ یہ تقسیم چھ وجیشورٕ (ویجہ بیارِ) پیٚٹھٕ زلون

گامس تام۔

۳. سیدٕ کھیتر۔ زلونٕ پیٚٹھ گرگری تیٚر نِتھ یعنی گگرِ بلس تام گو

سیدٕ کھیتر۔

۴. گرہ گری تیرتھ یعنی گگرِ بلہٕ پیٹھٕ ژُسنی واٗرِس نام گو لکھشمی کھیتر۔

۵. سیٖنہٕ ناٗری (ژُسنی وارِ) پیٹھٕ پدم سر (وولرس) نام گو سیٖنہٕ ناٗری کھیتر۔

۶. پدم سرٕ پیٹھٕ وراہ مول (ورٕمُلس) نام گو ورا کھشی کھیتر۔

۷. تہٕ ورٕمُلہِ پیٹھٕ کھادنیار تانی چھُ کوٗٹی تیرتھ مانٕنہٕ آمُت۔

راجہٕ اونتی ورمنن چھُ ونیتھہِ بُٹھس پیٹھٕ وٕنتی پورس منز اونتی سوامی مندر بنیومُت۔ راجہٕ دربار ینا ونہٕ علاوٕ ژک دورس منز اہہٹ ستی آب کھارنک طریقہٕ رٲیج کوٚرمُت۔ تہٕ امی سےٚ راجہٕ سُندی انجنیر سُویہ ہن چھ بانو ورٕ مُلہ نزدیک ونیتھہِ سنز نہٕ شِملاہن ہُند نہٕ ورگو کم۔

ونیتھ ہُند بُجر نہٕ اسہِ یمہِ وضاحتہٕ ستی لوسہٕ سرو جیٹھی نابُڈو مرنہٕ پژوٕ نہٕ گرم اُس یتھ منز و نان چھُکھ ز "مرنہٕ پتہٕ گژھن نہٕ میانہٕ اسرک (اُڈِی جہ) گنگایہٕ تراونہٕ یِنہٕ بلکہِ گژھن ونیتھ بیاٗرِس منز ہریش چندر گاٹھس نزدیک ونیتھہِ منز باونہٕ ینہٕ۔"

ونان چھُ ییلہِ مہاراجہ پرتاپ سنگھ وُندس منز دربارس سٟتی جوم اوس نِران۔ ونیتھ بیارِ اوس راتس ٹھہران تہٕ بٮ۪یہ دوہہ صُبحن اوس ونیتھہِ منز لٕرزا کران۔ ییٚتِ پوش اُسی ژٕری بادس تراونہٕ یوان باسان اوس آلس پیٹھ چھہٕ رنگا رنگی قالین بناونہٕ آمتی۔ سرینگر شہر کنہِ گٔنی بسوو پروسینن ونیتھہِ بُٹھس پیٹھ اکھ متعلق چھُ اکھ دلچسپ حوالہٕ میلان۔ راجہٕ پروسین گو راجہٕ داٗنی بناونہٕ باپتھ سخ پریشان۔ وارہ تلاش کوٚرن کانہہ جاے آلیس نہٕ

---

؎ نابُڈو چھےٚ تحریکِ آزادی ہُنز اکھ بارٕ مجاہد مانٕنہٕ یوان۔

پسند۔ خبر کیاہ خیال آس تہٕ اکہِ لاٹہ ٹیلہِ سٕنج انہِ گٹہٕ آس۔ راتہٕ ڈراو محلہٕ خانہٕ
نبر۔ واراہ پکنہٕ پتہٕ آس اکِس جایہِ نار لبوزنہٕ۔ یہ لوٗک اکھ جایہ تام۔ یِہ آس آورنہٕ
تہٕ امہِ ساتہٕ آسہٕ اَتہِ موردہٕ ژران۔ انہِ گٹس منز اوس یہ نظارٕ سیٹھاہ ہیبتناک۔
اَتھ باسہ یہ ژھایہ ہشہ اورِ یور ترٛاوان۔ لاڑس پتہِ اچانک ووتھ الور نظر۔
اَتہِ وُچھ امہِ نہایت خوفناک صورتھا۔ مگر عجیب کتھ چھےٚ یہ زِ یہ خطرناک
دیو نُما صورت چھے پادشاہس اشارٕ ہاوان یپور ترنگ۔
امہِ وہراو زنگ یوسہٕ ڈرہ یادس اپارِ یپور تر۔ نڈر بادشاہ
تورٛ امہِ زنگہِ پیٹھی تہٕ یہ خوفناک صورت سپنٕ سیٹھاہ خوش تہٕ ووٚنہٕ نس۔ "اے
بلہ ویرِ یہ سپدس چانی دلاوری وُچھتھ سیٹھاہ خوش۔ یہ چھس وایتال۔
وُلہ بیہ ہاوے ژکتھ جایہ بناوکھ پننہٕ راتہٕ ڈائی۔ یتھ گنٛہ دبٕٹ پرورسنٕن دون
وتھہٕ ٹھین پیٹھ لازدانہِ کن۔ یتھ گوڈٕ پرور لورتہٕ پتہٕ سر سگرناو آدتھا ونہٕ—
نیتھے گئی آو شاید ڈنیہک گوڈنیُک انجینر "سویہ" ییمی ووتھہِ منز سنز اڈر جنگل
کرنک فن لوکن فکرِ نور۔ اکھ چنڈال لڑکہٕ آسیتھ بنیو وسہ لا جیا اوتی ورمن
شنہ وزیر۔ تہٕ امہِ ندِس ناوس پیٹھ آو "سویہ پور" لباونہٕ یس بگراں بگراں
ووٕنی سوپور بنیو و۔

سنگم۔ یتھ جایہ زٕ دریاو یکجا ژلن۔ تتھ چھ سنگم بنان۔ یتھ گنٛہ
چھےٚ ویتھ ویرناگہ پیٹھ کھاڈنی یارتانی ۳۶ سنگم بناوان۔ مگر یمن منز چھ
تاریخی لحاظہٕ صرف زٕ سنگم سیٹھاہ مشہور۔ اکھ گو گھمبیر سنگم یتھ انہ کل صرف
سنگم چھ ونان۔ اتھ چھ ترےٚ دریاو ژنجہ آر دلیشو تہٕ ویتھ یکہٕ وٹہٕ لتھ

سنگم بناوان ۔ دوٚیُم سنگم گو شادی پور یٚمیُک تارِیخی ناو پریاگ چھُ ونان
چھِ وٮ۪تھ تہٕ سِندھ یِکہِ وٹہٕ ژلتھ سنگم بناوان ۔ گھمبیر سنگمچ مذہبی اہمیتھ چھےٚ
اَزکل ختم گامٕژ ۔ حالانکہ راج ترنگنی منز چھُ بے شمار رازن ہُند ذِکر یِموٚ اتھ گھمبیر
سنگمس پیٹھ خانقاہ، مٹھ تہٕ مندر تعمیر چھِ کٔرِمٕتی ۔ مگر سٹاین چھُ لیکھان ۔

"یِمہٕ ساتہٕ بہٕ سنگم وُچھ، سیٹھا تلاش کرِتھ تہٕ پتہٕ لوٚب نہٕ مے پرانہٕ تارِیخی بُجرُک
کانہہ نِشانہٕ اَتہٕ ۔" مگر شادی پورچ اہمیتھ چھےٚ ازکل تہٕ قایم تکیازِ اَتہٕ چھِ
موردن ہنز أسرک ڈٔری یادٕس تراونہٕ یِوان ۔ تقریبن شیٚبہ ترٕہہٕ ؤری پتہٕ چھُ شادی
پورٕس منز اکھ بازٕ مالہٕ لگان، یتھ دَشہٕ ہار چھِ ونان ۔ اَمہٕ علاوٕ چھُ سرینگرس منز اکھ
ژۆنٹھہِ کول تہٕ دودھ گنگا ۔ کمرازس منز پہرو نالہٕ، لولاب، کلاروس، تکر، کانل مٲدر
ننگل، کشن گنگا بیترِ آبہٕ کولہٕ تہٕ ڈٔری یا دۄیتھہِ ستی ژلتھ سنگم بناوان ۔ مگر یِمن
چھنہٕ تارِیخی، مذہبی یا معاشرتی اہمیتھ حاصل ۔

وٮ۪تھہِ منز چھےٚ دٔریاہ قسمن ہنزٕ ناوٕ پکان ۔ یِمن منز لوٚکہٕ ناوٕ مشہور تہٕ
مُروج چھےٚ ۔

۱. ڈوٚنگہٕ ۔ اَتھ منز چھِ ہانزٕ بسان ۔ اَتھ چھُ والاہ کمرٕ آسان ۔ یتھ کالس
منز اوس یہٕ تفریح خٲطرٕ استعمال سپدان تہٕ اکثر اوس ڈوٚنگن منز بچہ نغمہ لاگنہٕ
یِوان ۔ ڈوٚنگہٕ چھُ تقریبن ۳۰ فُٹہٕ زیوٚٹھ تہٕ آٹھ فُٹہٕ کھوٚل آسان ۔

۲. بَہژ تہٕ چھےٚ ڈوٚنگے ہِشہٕ، مگر اَمہٕ کھوتہٕ سیٹھاہ بٔڑ ۔ یہٕ چھےٚ تجارتی مقصدہٕ
خٲطرٕ استعمال سپدان ۔

۳. شکٲرٕ ۔ ڈوٚنگہٕ کھوتہٕ ہنا لوکٹ تہٕ اکثر تارِ دلس منز استعمال سپدان ۔

۴. لَرِ ناو (ہاوس بوٹ) یہ چھُ ناون منز جاذبِ نظر ترین اضافہ۔ لَرِ ناو چھےٚ اَکہِ عالیشان بنگلکی پأٹھی سجاو تھٕو، کُشادٕ کمرٕ، فرنیچر، بجلی تہٕ سینٹری فِٹِنگ کٔرِتھ آسان۔ یم چھِ اکثر ڈَلس منز آسان۔ تہٕ اور پور سیٹھاہ کم پھیران۔ اَمہِ پتہٕ چھِ ناون ہنٛزی دوٚیم قسمٕ یمن منز کھوچ، پرٛنٛد، ڈاسہٕ دأر تہٕ پٹرولس پیٹھ پکن وألی موٹر لانچ تہٕ شأمِل چھِ۔

وینتھ چھےٚ ویرناگہ پیٹھہٕ چَنان۔ یہ کَس سنگمس تام ۱۲۰ میل سفر کٔرتھ سرینگرس منز چھِ وینتھِ پیٹھ لوٚکٕٹ بٔڈ بناونہٕ آمتی۔ تہٕ کشیر ہنٛدی مشہور قصبہ کھنہ بل، وِیچہ بروٗر، اوٚنتی پور، پدمان پور (پانپور) سوپور۔ وُلر وغأرٕ قصبہ چھِ وینتھِ نزدیک آباد۔ کشیر ہنٛدین مشہور شِشرم ناگ، وأسک ناگ، پانٛژتھ ناگ، نیلہ ناگ، تارسر مارسر، برہمہ سر وغأرٕ ناگن ہنٛد آب چھُ مختلف جاین وینتھِ سٕتہٕ رَلِتھ اَمیک بجر تہٕ تھزر پأیہ دار بَناوان۔ ڈَل آنچار، مانسبل تہٕ وُلر چھِ وینتھ آبس پٔنٛن حِصہٕ وانہٕ تأوِتھ کونگہ پوشن ہنٛد آے کانچھان۔ زین العابدین بَڈشاہن کٔر سونہٕ لانک تہٕ روٗپہ لانک وینتھِ ہنٛد تہٕ سرن ہنٛد ولر تلنہٕ پأٹھ تعمیر۔ راج ترنگنی ہنٛدیہ تأریخی حوالہ کوٚنہ معنی خیز چھُ تہٕ اَمہِ سٕتی کوتاہ بجر چھُ وینتھِ بنان۔ یَیلہِ راز کاشِہ لبس سیر یِنہٕ کِنہٕ تہٕ خوٗن کِنہٕ طریقہ بنٛد نہ گژھنہٕ کِنہٕ گو زندگی نِشہِ مولوٗس۔ یہ ڈراو دیشورہ اوٚیچہ بیار امنز تہٕ گو مارتنڈ تیرتھس پیٹھہٕ مرنہٕ باپتھ۔ کلہنن چھُ لیکھمان:

"راز ڈراو دیشور تِرِتھہٕ منز یتہٕ انسان مرنہٕ پتہٕ سارِوے پاپو نِشہِ نجات چھُ لبان۔ یُتھ جاے وِتستاہ تھےٚ کُنی نہ کُنہ کی پاپ چھِ چھلان۔ یتھ کنی روٗد یِنہٕ دِنہٕ

لبہری دڑ ھلوان اچھہ چھلنہ لِوان۔ یہ بدقسمت رازہ گوٗ یتھ پاک تہٕ مُتبرک شہر زرٛٹھ تھ مارتنڈ تیر تھس پیٹھ مرنہ باپتھ"۔

وینتھ چھےٚ کاشرِن گوٚنہ ماتن وزِ وزِ دلہٕ چن تارن مِضراب دِوان۔ تاوِ ادابن "وینتھ آیہ مہریٚنز سولو ییہ" اوپیرا چھ کاشر ادبُک اکھ موٗلُل سرمایہ۔ عبدالاحد آزادنِ نظمُک مشہور نظم "کھنہ بل کدلس مہریٚنز نریہ" یا کرشنہ جو رازدانُن "وُچھہ بیارہ پٕرد کھہن دمہٕ زرکہ دہ ہیے وجیشورِ ہیے چھےٚ لوشہ لوٗزا"۔ غرض گوٚنہ ماتو چھُ اچھر وونہٕ کِس طلسمس منز ونیتھ ہند گرزن لوٗزمت تہٕ فنکاری انتھ ونادِکھ امی منز انکہ ون ییمہِ سِتی کوشر فن، تمدن تہٕ کلچر مالدار بنیوو۔



شام لال سادھو

# سوامی امرناتھ جی

اکثر لُکن چھُ اعتقاد زِ کاینات یاز گَت پأدٕ کَرن وٲل، چھِہ اکھ لامحدُود طاقت۔ سُے چھُ اَتھ پَتہٕ پرٛونُٹھ وُچھان تہٕ اَخرس پیٛتھ موقس پیٹھ سمہار یا فنا کران۔ اَتھ لامحدُود طاقتس چھِ واراہ اکہِ قسمچ شخصیت تصوُر کران، یوسہٕ لاشریک تہٕ واحِد چھے۔ اَتھ چھِکھ لُچھِ بٔدی ناو تھوٚوِ متی۔ اَڈی چھِ اَتھ وَنان خدا۔ اَڈٕی گاڈ God اَڈی بھگوان تہٕ اَڈی شِو۔ شِوُک مطلب گوٚو سہ طاقت یا سو شکھتی، یوسہٕ زِگتنک رُت چھے کانٛچھان تہٕ کلیان کران۔ یہ کاینات یا سرشٹی چھے اَمی سے منٛز روزان۔ بینٛہ اکھ قدآور دلیوتا چھُ اَکِس لوکٹس بیٲلِ پھٹس منٛز آسان۔ اَمہِ تیِہ چھے بہ سرشٹی کارڈ وہران تہٕ پنُن وَق سوٚرِتھ شِوَس منٛز بیٚیہِ شرپان یا سماوِلش گژھان۔ بھگوان شِوس چھِ بیٚیہِ تہٕ واراہ ناو یمَن منٛز شنکر مہاراج، مہادیو، تریٛگت ناتھ، شمبو ناتھ شأمِل چھِ۔

سائنسِ مُلکس ہندُستانس منٛز چھِ کرورٕہ بٔدی لُکھ شِو بھگوانہٕ سنٛز بھکتی تہٕ پوزا کران۔ ہتہٕ بٔدی تیرتھ چھِ کوہہ تھنگین تہٕ سمندر، یٹھین پیٹھ تہٕ جنگلن منٛز پوت سیٹھاہ زیوٹھ تہٕ کروٹھ سفر کٔرِتھ چھِ یم واتان تہٕ لولہٕ تہٕ بھاونایہِ سان

پۆزا پاٹھ کران ۔ سوامی امرناتھُک تیرتھ یٔتھ شِوسٕہ گوانن دیوتاہن درشن دِتھ
امرِت چھِنکھ دیت مُت ۔ چھُ سارِوٕے کھوتہٕ مُقدس پانژن تیرتھن منٛز تہٕ
باقی ژور تیرتھ چھِ بدری ناتھ (ہمالیہ) جگن ناتھ (اڑیسہ) دوارکا ناتھ
(سوراشٹر) تہٕ رامیشورم (تامل ناڈو) ۔ امرناتھ جی تیرتھ کرنہٕ باپتھ چھِ یاتری آمان
نہٕ صرف ہندوستانکیو کٕنٛژلو لوکھ بیٚیہ ہیٚنڈ بلکہ دُنیاہکیو مختلف مُلکو پیٹھ
لُکھ یِم زبانی، نسلہٕ تہٕ دینہٕ بیون چھِ ۔ امرناتھُک لفظی معنی چھُ سہ طاقت یُس "امر"
لافانی یا پوشہٕ وُن چھُ ۔ اتھ کیٚنہٕ امرناتھ پیو مُت ناو تہٕ بروٚنٛہہ پٔہن ۔

یتھ تیرتھس اَتھ امرناتھ ناوٕ چھِ سوران، تتھ چھُ اصلی ناو سمت امریشور
تہٕ کلہن پنڈتن لیکھنہٕ مطابق اوس اتھ راجہ نرنہ وقتہٕ (لگ بھگ ... اقم)
نہٕ امریشور ناو ۔ نیلہ مت پورانس منٛز تہٕ چھُ اَمی ناوٕ اَمیُک ذِکر ۔ جونراجن تہٕ
شُکھ دیوِ یاشک پنڈتن تہٕ چھِ یِوہے ناو ورتوومُت ۔ باسان چھُ زِ امرناتھ
ناو چھُ زیٚوٕ پیٹھ کھوتمُت یِوہے زیٚہے ترِیٚیہ ہتھ وری برونٛٹھہ ۔

امریشور تیرتھ چھُ کُسّتی نِشہ سیٹھا دور تہٕ میلہٕ یاترن چھُ آسان یا شین یا
کاسہ تہٕ کھچھہ زانژ ۔ گلی تہٕ ۔ اتہٕ چھِنہٕ کانٛہہ مندر صرف چھِ ہاتتاک شینہٕ تھوٚنگہ تہٕ
کوٚلہٕ ۔ ترن واوِس اڑی جن ناوی چھُ خبرہ ہوان تہٕ بڈِ بڈِ پل ۔ سیمنٹے کوہن منٛز
چھِ اکھ تنگ گھاٹی یا نار تہٕ اَتی چھے اَکِس کوہس منٛز اکھ بڈ گوپھ زن چھُ
کانٛہہ پرانہٕ وقتُک دلو آس وہر نتھ ۔ یہ گوپھ گوٚل آسہ قدٕ پنٛژاہ ہیٚتھ تھود
تہٕ آمہٕ کھوتہٕ زیادہ زیٚوٹھ ۔ اتھ گوپھ آسہ آمہٕ کھوتہٕ کم پٔہن سنر ۔ اَتھی منٛز
چھُ اکھ شینہٕ لِنگ یا سُتبنبہ مورتی یتھ شِشتر چھُ لوگمت ۔ یہ مورتی چھے

تھِکی اَنداز س منٛز یِتھ اَسۍ عام طور شِوٕ منٛدرن منٛز وُچھان چھِ۔ فرق چھُے صِرف
یِتھ زِ یہِ چھُے سفید رنگہٕ تہٕ شٕشِر سٟتۍ وٕٹنہٕ آمُت تہٕ ہمیٕ چھُے کرٛہنہٕ رنگہٕ کِنہٕ
ہُنرٕ کرِتھ۔ اتھ لِنگس (یا مورتی) چھُ یہ وصف زِ بیٚلہِ ماوَس گرٛہن تھ چھُ ژٕندرٕ
ہوان دوہہٕ کھوتہٕ دوہہٕ بٕڈِن بِنہٕ چھُ ہنہِ ہنہِ لوٚد گرٛھان تہٕ پوٚنِم دوہہٕ
بیٚلہِ ژٕندرم چھُ پوٗرٕ جوہر وہران یہ شٕشِر لِنگ چھُے پٕراوان پنُن پوٗرٕ وُنہٕ
زار تہٕ بادٕو۔ اَمہِ پتہٕ چھُ ژٕنٛدرٕ ہوان ژٕمُن تہٕ یہ لِنگ تہٕ چھُ ہنہِ ہنہِ
وِگلان۔ نوٗس زوٗنہٕ پچھس منٛز چھُ ہوان بیٚیہِ وارٕ وارٕ کھسُن تہٕ لوٚکُٹ۔
امرناتھ سوامی یا امرِیشور یا تراۓ ہُنٛد مہاتمیا کیا چھُ؟ دپان چھِ زِ
بیٚمہِ وِزِ یہ کائنات یا سرٛشٹی اَسہ سارِنۍ شرٛیتھ گامٕژ۔ شوٕ بھگوانس یا
پرم شِوس منٛز۔ اَمۍ سندِس مَنَس منٛز ہیٚتِن وۄتھنۍ ترنگ یا لہرِ ہِش تہٕ ییٚرٕ
کائنات لوٗن کرٕنۍ پٕتھا، تہٕ تمِ پتہٕ ووہ پیدیہ پرکرتی۔ پرکرتی منٛزٕ دراوٕ سہ دنیا
یُس خاک۔ باد۔ آب۔ آتش بیترِ سوٗنٛگ یا سکۍ دِرہٕ تہٕ دراو اُتی نوٗن
تہٕ اَمۍ ہیوت اَندرٕ تہٕ بیٚین دِوتاہن کُن آیہ گرٛایہ کرنہٕ۔ تہٕ تمِن ژاو کانٛسہ
تہٕ گٕیہِ تم شِوَس شَرن۔ دوٚپ ہَس اَسۍ کتہِ موکلاوِ مس موتہٕ کسِ پاسکۍ دِرس
نِش۔ بھگوان گوو یمِ خوش تہٕ یُس ژٕنٛدرٕ اَمسِ جٹن منٛز چھُ آسان سہ دوٚلُن
تہٕ دیُت تس اَتھَن منٛز چیر۔ اوہٕ دِراو امرِت یعنی سہ رس یُمیٚک اَکھ قطرٕ
چِنہٕ سٟتۍ ہیکہِ کانٛہہ تہٕ لافانی بٔنِتھ۔ اَمہٕ تیٚج لوہٕ دھارا اَتِتھ پتھر پلیٚہ تیٚتھ
بنے یہ امراوتی کوٗل یا امر گنگا۔ دِوتا ہیوٚ چۄ امرِت تہٕ گٕیہِ تم موتہٕ کہ خوفہٕ نِشہٕ
آزاد۔ ہیٚنٛزٕ زار آزہی لوٗزِ تھ او ش، پرم شِوٕ لوٚگ پاٹھِ تمِن درٛیشٹھان۔ اَمہٕ پتہٕ

دورائمی شِشر لنگک سروُپ لیُس دُنی کِبن تہٕ چھُ تتھٕ چھے۔ دِوتاہن وۄنُن تۄہی
ہنیے وٕ امر یا لاغافی تہٕ یہ جاے روزِ آخرکالس تام۔ امریشورکہ ناوٕ مشہوٗر نکیثا زِ
بجھ جایہ بنہٕ پرِ یتھ کانہہ امر۔

امرتیچ تہٕ اہمیت چھےٚ منوشس دوہے آسہٕ ر۔ یینلہِ امریشورگو بِیہِ ہینٕ خبر
پھیر اور لیور۔ لکھ ہنتن اڈت واتنیٕ یاترایہ ناکہ تمن تہِ ینلہٕ ہے رتہ کھل۔
یہ چھُ مُشکل وَنُن زِ امہِ یاترایہ ہندِ چرچہٕ کیتہٕ کالہٕ پیٹھٕ چھُ گومُت۔ راج ترنگنی
منز چھِ زٕ واقہٕ یمہٕ انکھ کُنُن چھِ اشارٕ دِوان۔ اکھ چھُ یہ تہِ راجہ سند ھیمان ذقم ۲۴
پیٹھٕ ب ام سنہ ۱۶ تانی) اوس شینہٕ لِنگن پوٗزا کران۔ یتیمِ ستی چھُ لیوان یہ اخذ
کرنہٕ زِ لکھ اوس امریشورک لنک خبر کوتاہ کال یُرد نہٕ وچھمت تہٕ یمن اوس
وارٕ پاٹھی ہیتھ زِ انتھ پوٗزا کرنہٕ ستی چھُ زُنم سوٗ کھل گژھان۔ دوٚیُم واقہٕ چھُ
امہِ سیٹھاہ بروٚنٹھ سپُد مُت۔ راجہ نر (راج ترنگنی۔ ترنگ اول) ہندِ وفتہٕ گوٚ اکھ
برہمن تہٕ کنُد ہٕ ہر پریوار ہیتھ راز دانی ترٕ اوتھ شیشرم ناگ کُن ییُس امریشور چہ
دِ تہِ لیوان چھُ نمہٕ یتہٕ چھےٚ نہلہ مت پورا اکچ شہادت بیترِ۔

یہ ہیکو نہٕ شقہٕ پاٹھی وَنیتھ زِ سوٚ امی امرناتھ جی شٚنز یاترا کتیو ساسو وری لیو
پیٹھٕ چھےٚ چلان۔ یہ چھُ باسان زِ کُنہِ وقتس ناتی آسہ ہان لکھ انتھ یاترایہ گژھان
تہٕ پتہٕ ناسازگار حالاتو کِنی، موسمی مُشکلاتو کِنی یا بیٚیو ناموٗلوٗم وجوہاتو موکھ
آسہِ بنیٚ یہ یاترا آمُژ کرنہٕ تہٕ آسہ گامژ مُشتھے خبرٕ کینتس کالس۔

سنہ ۱۹۲۸ منز آو یاترایہ ہندِ بن دوہن کشیرِ منز زبردس سہلاب، خاصکر پہلگام،
امرناتھ طرفس تہٕ ہیتہٕ عبدی یاتری خاصکر گوساٗنی مُوٗدی۔ امہِ پتہٕ آسہ دوِن ترٕ ین

وٕری بن لکھ پتھ پیٹھے ہیوان۔ سنہ ۱۹۴۷ء پتہٕ یِم حالاتھ گٔے گنگہ بل یاترا بہ پیو سٹھاہ
اَثر تہٕ شادی لوپرٛاو ورگس۔ شاردایہ ہٕنز یاترا گیہ تتہٕ مُشتھے۔ اَمہ پتہٕ چھُ اتھ بٔنیہ
دوٚتھبو لوگمت۔ اَتھ مُطابِق چھ لیوان وَنہٕ زِ مُشنہٕ کٹلین مُلکن ہٕنز ڈٔسی چھے لکن
یہ گوٚسھا بٔنیہ اَتھ آثر تہ چھے یاترا بٔنیہ لگِجھر۔ دیان چھِ زِ مُلکن ہٕنز زیٹھ اوس
تیر رچھان تہ اوس مہاگنس بالہ اپارِ ہیچ ترنی اٮ۪نٛدی ٲکھی پھیران آسان۔ اَمس
اوس نہٕ کہیں پتاہ نہ اَمہ گوٚسھِ ہٕنز تہ نہ شینہٕ لنلکٕ۔ اَکہِ دوہہ آسے
نہ ساری تیر کھیلس ہٕنز والیس تہٕ پرت آمی ہٕنز ڈراو بہ ہیہنٛد پے کڈنہ تہٕ
پھیور ترٕ واپار ہی۔ اُتھ دوراتس ہٕنز گیہ اَمس یہ گوٚسھ نظر تہٕ وچھن یہ
شینک شولنِگ۔ یہ گوٚ بڈٕ حٲران۔ اَتھ گوٚسھِ منز گوٚتر حوٚر یاد چھیتھ گوٚ یہ
زیادے حٲران، تہ کبازِ اٮ۪نٛدی ٲکھی اوسنہٕ اَتہ کانٛہہ تہِ جانان وال۔ مٔٹن واتتھ
کوٚر اَمی اَمیک ذِکر پنڈتن تہٕ برہمنن نِش۔ تِموٚ اوس بوزمُت اَمیک زبانی
زبانی گمر گامتی آسی نہ کینٛہہ تہٕ نہ اَسکھ وَنہٕ ہٕنز خبر۔ اَمہ پتہٕ گٔے یِم اَتھ گوٚسھا نہِ
پیٹھہِ بہمن مُلکن ستی تہٕ کوٚر کھُ درشن۔ یاترائج بٔنیہ۔ مُلکو ہیوت مٔژِ اَتھ مُشکل
پہاڑی وَتہِ یاترین رہنمٲیی تہٕ راچھ لاوٹ کرٕنی، تہٕ سہولیت واتناونی۔
مُشنہٕ کھوٚنڈھی تو تہِ ٹُمٹ اَپچ سرداری۔ یاترین آسہٕ ہٕن اَمہِ یاترایہ باپت
کینٛہہ ٹیکس ہیوان۔ یہ زِن پرٛانہِ زمانہٕ دستوٗر اوس۔ اَمہِ علاوٕ آسی یاتری
اتہِ بھگوانس چڑھاوٕ تہِ اَرپن کران۔ اَمہِ آمدنی منز اوس مُلکن تہٕ پنڈتن
برابر حصہٕ میلان۔ دونی چھینہٕ کانٛہہ ٹیکس لیوان ہینہٕ۔ مگر لیس چڑھاوک
رقم سمان چھُ یتھ منز سون، روپیہ، کپر تہٕ نقدی تہِ چھِ آسان، تتھ چیہِ

وونٛ یمن دۄن فریقن بٔنیہٕ زٕ حصہ دار: دھرمارتھ ٹرسٹ تہٕ سٕہ منٛڈ دارٕ لیٚنڈِ یس تحویلس منٛز شری امرناتھ سوامی ہٕنٛز چھٹری یا عَلَم چھے آسان لیوسہٕ پٔڑاو پٔڑاوٕ یاترِن رہنمٲیی تہٕ رہبری چھے کران۔

پرانہِ وقتہٕ ٲسی کشیرِ منٛز راجہٕ مہاراجہٕ تھٲوِتھ منتی افسر، یِم تٔمن شاہراہن ہُنٛد رٲچھ راوٹ کران۔ یِمن ٲسی مارگیش مارگا پتی یا مارگ آدیٚپتی ونان۔ یٔمیُک مطلب گوٚو تہِ ہُنٛد مالِک یا بوٚڈ افسر۔ نیٚبر پیٹھٕ ہیٚکہِ ہیے یٕ یورکانٛہہ یِتھے لوٚتافِ نہٕ متعلقہ پرگنک مارگیش اجازت دِیہِ ہیٚس۔ مارگیش اوس فرض وَنتھ تھٲوِ صاف، یِتھنہٕ مسافرن کانٛہہ تکلیف واتہِ ہیے، تہٕ ژوٗرن، ڈاکوٗن، دُشمنن ہٕنٛز صفٲیی کرٕنۍ۔ یِم عہدِدار ٲسی مسلمان سلطانن ہِنٛدِ وقتہٕ تہِ دارا ہٕس کالس، مگر اَتھ عہدس گٔیہِ واریاہ ناوٕ بدلی تہٕ لگیِ یِمن وَننہِ اڈہن ماگرے تہٕ اَڈہن ملک۔ امرناتھ یاترایہِ ہٕنٛدی مٔلک تہٕ ما آسہن بنٛدٲتی پرانہِ وقتٕکی مارگیش تہٕ حالات بدلیتھ تہِ رُودی یِم یاترِن پَتہٕ بڑُونٛٹھہ وُچھان تہٕ آسٲیش واتناوان۔

سوامی امرناتھ جی ہٕنٛز یاترا کرنُک اصل مُدعا چھُ امر یا لافٲنی بنُن۔ یہ اِنسٲنی موٗد چھُ فٲنی۔ یہ ما ہیٚکہِ امر بٔنِتھ۔ مگر سٲری دین، دھرم، اوتار تہٕ پٲغمبر چھِ وَنان زِ روح یا آتما چھُ لافٲنی۔ لہٰذا چھُ یاترایہِ ہُنٛد مقصد زِ منوش گژھِ سہ گیان یا علم وۄپدٕن یَمہِ سۭتۍ سہ ہیٚکہِ یتھ زندگی منٛز لافٲنی آتمایِچ جھلک ژھٔنِتھ تہٕ اَتھ پیٹھ مَن ٹھہراوِتھ۔ یَمہِ سۭتۍ سانہٕ انفرادی شخصیژ ہٕنٛدۍ تِم رجحانات یِم اَسہِ محبتہٕ بدلہٕ نفرتس کُن نِن۔ ہمہ گیر

انسان پرستی بدلہٕ خودغرضی تہٕ خودنمٲیی کنؠ وتھ ہاوَن۔ یکت تہٕ یگانگی ووپداونہٕ
بدلہٕ اَکھ اَکِس نِش ژٕٹُن۔ گژھن کمزور نہٕ پوٚنُس ختم۔ ییٚمی پرٕتہٕ یان گژھنؠ زون
سُے ہیٚکہِ پرکاش پرٲوِتھ تہٕ امر ٲنِتھ۔ مگر یہِ ما چھےٚ گِند نہٕ ہنا۔ امہِ باپت
چھےٚ ضرورت نفس کُشی تہٕ خود ضبطی، ییٚمہِ سیتی مَنُک مَل دوٗر کرنس منٛز
مدد میلہِ۔ یہِ یاترا چھےٚ نفس کُشی تہٕ خود ضبطی ہنٛز اکھ متحرک تمثیل، یٔتھ
منٛز ساری یاتری اداکار چھِ۔ تنہٕ ہُنٛز تہٕ پننہِ صفٲیی پرٲونہٕ باپت چھِ پیوان
شرٛان کرٛنۍ، پوٗزا کرٛنۍ، موزوٗن غذا کھیٚوٚن تہٕ دان بیترِ کرُن۔

نیٚرانہِ وقتہٕ آسی یاتری پیٚٹھے باہنہٕ بٔڈیٚ یارٕ کران شرٛان۔ تِمہِ پتہٕ گنپت یار۔
شرٛاہ یار۔ شِوٕپورہ۔ پاندریٹھن۔ لِوٕمبر۔ سِدٕیارٕ۔ بارٕمُس۔ جیوبرور۔ میٹھوَن۔
ووٗنتی پور۔ میہرناگ بِنگم۔ بالہِ بار۔ واگٕہوم۔ ہسہِ کھَن۔ ژکدھر۔ دِوکی یار
ژٔندن یار۔ سری گوپھوار۔ لیٚدر۔ بِرہوم۔ بھدر کھمن ناگ، وۄترناگ۔
سِلر بیترِ تیرتھن پیٹھ شرٛان سندھیا کرنہٕ سیتی چھےٚ پننہِ صفٲیی گژھان۔
امہِ پتہٕ چھِ نارائن تیرتھ، گنیش بَل۔ مامل، سہرگو نیرتھ۔ نیل گنگا
ژٔندن وور بیترِ۔

اَزی کہِ وقتہٕ چھُ سفر سڑکو تہٕ مہِ کھوتہٕ سیٹھاہ سَہل۔ عام طور چھِ یاتری
گاڑین منٛز پہلگام واتان۔ اَما پوٗز سوٲمی امرناتھ جی سنٛز چھٔڑی یا علم چھِ
شراونہٕ زوٗنہٕ پچھہٕ ژوٗرِم دۄہ لوان اَکِس جلوسہٕ کِس طریقس منٛز سرینگر۔
دشنٲمی اکھاڑٕ پیٹھہٕ پوٗزا پاٹھ کٔرِتھ نینہٕ۔ اَتھ چھِ آسان سیتی بٔڈۍ بٔڈۍ
سرکٲری اہلکار۔ دھرمارتھکی سرغنہٕ افسر، پولیس تہٕ وارٕ گوسٲنۍ—

چھِ ہِندی سیوک چھِ اَتھ وارِ وارِ پٕتھری پکناوان۔ گوڈنکہِ دوہ چھِ تم
گژھان پوشہر۔ دوٚیمہِ دوہہ وٕچھہ بڑو ور۔ امہِ پتہ مٹن عیش مقام تہٕ پہلگام۔
اوٚت واتِتھ چھِ یم دون ترین دوہن قرار کران۔ اَتھ جایہ چھِ اَزوان
سادھو پڑاو۔ اتھ وقتس چھِ یم بڑونہہ کُن پہاڑی سفرٕ باپت تیاری کران۔
ییتس کالس چھِ باقہٕ یاتری تہِ واتان اور گاڑین منز۔ پرانہِ وقتہٕ اَسی
پہلگامس منز سیٹھاہ کم مکانہ آسان۔ تہٕ یاتری اَسی اَتہِ پہان خیمن منز۔
اتھ موقس پیٹھ اوس بنان پہلگام خیمن ہُند شہر۔ وٕنی چھِ واراہ مکانہ
بنے متی، مگر توتہ چھِ یاتری پسند کران خیمن منزٕ رؤزن۔ پہلگامہِ پٕرتھ
چھِ بڑو ہیکن پہان ژندن وود۔ داوحن تہٕ پنچ ترنی ہندی پڑاو، ییتہِ
یاتری راتس چھِ روزان۔ یمن جاین تہِ چھِ وٕنی واراہ شبدٕ بنے متی۔ مگر
بڑونتھ اَسی آسان خیمے باقی سردی لٕنشہ یا رٕوٚدٕ شینہ لِنشہ پان بچاونہ باپت۔
چونکہ پہلگامہ پیٹھ چھینہ گاڑِ بڑو ہیکن گژھان۔ یاتری چھِ پنُن سامانہ
باڑہ گرین پیٹھ لوان۔ کیہنہ چھِ پانہ تہٕ سوار گرین یا ژنپانن کھسان۔
لہذا چھِ یاترایہ ییتی آسان ساسہٕ بدی گرٕ مرکبان تہٕ مزدور تہٕ پٕرتھ
پڑاوس پیٹھ چھِ آسان لوگمنت لوپہ بازر، ییتہ یاترین تہٕ ننہندین ساتھین
چھِ ساری ضروریات ہیکان پٕرتھ وزِ میلتھ۔

شرادنہ زٕینہ یچھِ باش دوہ چھِ یاتری صُبحے ترتیبی بجہ نیران
پہلگامہ پیٹھ ژندن وورکن۔ سارِنے بڑونہ چھہ آسان امرلیشور کھگوانہ شتر
چھڑی رہنمائی کران تہٕ اَتھی ییتی گوساٗنی تہٕ یاتری۔ یمو چھِ آسان نصیف

دأرشنہٕ وانہٕ ژۆزان گورمنٹ تہٕ نیرنہٕ برۄنٹھ چھےٚ سیدان لوٚزانہٕ آرتی۔ شنکھ تہٕ ناد کرن والی ہنگ چھِ وزان تہٕ یاتری چھِ دِوان ہیٹہٕ چھِ ژگہ مُزرِ نسکھ نعرٕ...... امرناتھ سوامی کی ...... جے۔ ہر ہر مہادیو..... بتیرِ پہلگامہٕ پیٹھہٕ ژندن وونہٕ انی چھِےٚ موٚدُر موٚدُر چڑھاے۔ یاترِین چھِ گوڈنکہِ دوہہٕ سیٹھاہ چاو۔ کینژ ہا اَمہِ موکھہٕ تہٕ کینژ ہا اَتہِ گٹہہ موکھہٕ چھِنہٕ کیمِن باسان کانہہ مُشکِل۔ مگر میل نہٕ میل پکنہٕ چھِےٚ ہیوان کیمِن شانژ کھسنہٕ تہٕ ہیوان چھِ منز منز دم دِنی۔ بیٚنس کانس چھِ لوٚزگاش لبان تہٕ یاترِین چھِ اندازٕ لگان زِ کیمِن ہالن چھِ کیمِن کھسُن۔ تاہم چھِ انہ گوڈنیک دوہ تہٕ کمزور یاتری تہٕ چھِ ہمتھ کرِتھ پکان برونٹھ کن۔

چھڑی چھِےٚ ژرِین ژون گنٹن منز ژندن وونہٕ (۲۶۰۰م) واتان تہٕ یہان اُتی رانس۔ باقے یاتری تہٕ چھِ اُتی ٹھہران۔ گنٹس کھنڈس منز چھِ یہِ ژکل خیمن ہنٛد اکھ شہر بنان۔ بازرس منز چھِ خام تہٕ پکاوِ متہٕ چیز میسر تہٕ چھِ کھنڈ۔ میٹھ تیل۔ زُن تہٕ بیٚیہِ بیٚیہِ سامانہٕ۔ شہرس منز چھِ مجسٹریٹ پلیس۔ انجینئر تہٕ ڈاکٹر۔ صفائی ہنٛد انتظام۔ وایرلیس تہٕ والنٹیر۔ یاتری چھِ شۆزان کران۔ تہٕ لوٚزہ اکرِتھ گنٛڑھان ست سنگہٕ خاطرٕ تو تتھہ بیٚنتھ چھڑی مبارک آسان چھِےٚ۔ اُڑی چھِ ڈیٚھنہ کھووٚری گنٛڑھان فوٚدرِ تکی نظارٕ وُچھنہٕ۔

ژندن وونہٕ چھِ سوٗتہٕ زمینہٕ ژکل تہٕ ہنا چھِ نٛہرِ رَس۔ اَتھہ چھِ ڈیٚھنہ کھووٚری شینہٕ وانہٕ چھِ کولہٕ کھوٚرِن دِوان مِسٹھ تہٕ باسان چھِ زِ کوہ دِلون

چھ یوٚہے کوٚٹھٕ زٕن وٕہر وٕ مُت۔ اَتھ چھ ترٟین طرفن تھدی تھدی بال یِمن پٮ۪ٹھ بُرت گُلی جنگل چھ۔ اَتہِ چھ بیٚیہ ڈُری شیٖنہٕ تختہٕ وٕہرِنھ یِموٚ ٹلی سوکول یِکان چھِ یوٚسہٕ شیٖش ناگہٕ پٮ۪ٹھ چھِ ڈرامتہٕ۔ اَتھ چھ شیٖنہٕ کٕڈل (Snow bridge) وَنان۔ دُسوار یاتری چھِ اَتھ کھٕرتھ ونس تہٕ گنٛڈان بگر عُموٗمن چھ یاتری امرکیان بتر متموٗم روزان۔ تِکیا زِ دوٚیمِ دوہ چھ یِمن پیش بالس (یا پسو گھاٹی) کھسُن۔ یہ بال چھُ سیٹھا تُرہِ کُھ تہٕ سوٗترس سٟتی آسِس زاویہ ۱۱۰ درجہِ ہیوٚ۔ وَتھ لوٚد چھُ تنگ، ہور چھِ واراہ۔ کھان کھان چھُ شاہ ژھوکان۔ کمبرڈ کان تہٕ ہیٚر ہیو کھان۔ نرلیش چھِ کُنہ بنان۔ یاتری، امرکیان، گُری، موٚزدۄر، زٕانپانہٕ، پٮ۪ٹھی بٮ۪نٕر چھِ تِمن پٲٹھی یکان زٕن چھِ اَکھ زٕ بیٖٹھ ہانگل۔ گُری سوارن باسان اَسی ہیمو ٹیٚگکی۔ زٕانپانن مٔنز ہیٚنتھ یاترین چھ بُرم گُرٕ ھان زِ دِلے گوٚژھنہٕ ہیٚنتھ گُرٕ ھن۔ اَتھ ماحولس مٔنز اگر روٗد ہیٚیہ، یہ زٕن یِژھ جٕرایہٕ پٮ۪ٹھ بنان چھُ رَب وۄتھ۔ یِکوٚ ہِنٛن یا گُرٕ ہن گُرٕ ژھِ کھٕر۔ اَتہِ لِژھ سَخ مُشکِل۔

پیش بال چھِنہٕ زیادِ تھوٚد۔ اَمِچ تال آسہٕ مسا ۴۳۰۰ م۔ مگر کھسُن چھُ تُر گُر۔ کھسان کھسان چھ گُلی گُرٕ ھان وارِ وارِ کم تہٕ تالہِ پیٖٹھ چھُ خاہے کانٛہہ تجربہ کار امرکیان چھ یاترین ہمتھ دِوان۔ یا پیر دستگیر...... کمبر جاک کٕرِتھ۔ خدا یاد کٕرِتھ، یکوٚ بڑو نِہہ۔ امرناتھ سوامی ئیس پیٚٹھ یِژھ یِژھ تھوٚن وٲلی چھِ دِوان نعرہ: ہر ہر مہا دیو...... امرناتھ سوامی کی...... جے۔ شوٗ ہرے...... پیٚرِ لوٚزِتھ چھُ دِل رُوزان تہٕ ژھ ڈنجہٕ۔

ہیوٗر واَتِتھ چھےٚ سمکھان بیاکھ حباتھا، یعنی ہیچھِ ونٕ تِم چھ آسان دُعاے
خاَم کران: تن بدن کی خیر...... خوشی نال اوے خوشی نال جاوے....
بال بچہ راضی۔ اوٗت واَتِتھ چھ یاتری خوش گژھان۔ رژھا دم سنبالان
تہٕ دِوان برونٛہہ کُن قدم۔

پیش بال چھ ترٛ کرِ مگر جوانمرد چھ خدمتِ خلقہ باپت اَتھ سٟیٹھ ہا
کران۔ یِم چھِ ژندن وارِ ہیٹھ ترٛیش کھاران تہٕ وَتہٕ وَتہٕ یا ہیوٗرِ واَتِتھ
یاترِ بن چاوان۔ پنٕتہٕ بتیہٕ تہٕ بیٚیہ کھاران۔ یا چھ چاے چاوان۔ بہ گوس
پیٹھے باپتھ ۱۹۳۸ہٕ منز امرناتھ یاترایہ۔ اَتہٕ اوس پیش بالس پیٹھ سردار جوگندر
سنگھ (جگوسنگھ)۔ ایس، پی کالجک مشہوٗر کھلاڑی تہٕ روور سکاوٹ
(Rover Scout) یہٕ اوس یاترِ بن ترٛیش چاوان۔ یہٕ اوس زِ زِ پال
بالتہٕ ہیٹھ ٹکہٕ کھسان۔ پیش بالس زن اوس ٹینکک طاقت۔ جگو آسہٕ
وُنہٕ وارِ ہین یاد۔ ۱۹۳۹ہٕ ییلہِ منزٕ وتھ جنگ تہٕ یہ بنیوو جس منز لفٹنٹ۔
اَمہٕ پتہٕ سوزُکھ افریقہ تہٕ تیٚورِ تہٕ کھیوٗر نہٕ۔

اتھ بالس کیا زِ پیو پیٚش ناو؟ یہ ناو چھ دراصل سنسکرت پیش
گری [illegible] منز "پیش" لفظُک مطلب گوو ہین۔ دپان دِوتا تہٕ
راکھس آسے یکہ وَٹہ ژندن وورلیشہ پھگواہ شُند درشن کرنہٕ باپت
راکھسو دوٗپ گوڈٕ بے گوڈٕ بے" تہٕ گژھ بے ربدی۔ اَتھ بالس کھسان
کھسان مِنٕزیہ یِمن دِوتا۔ تھوٚکھ یہ ڈیٚپہ تہٕ پہتھ تہٕ گے یم اَتھی
بالس شرپتھ۔ اَمی پیو اتھ پیٚش ناو۔

لیش بالہٕ برٕونہٕ ٹکیتھ چیٖرِ جنگل کُنہٕ کُنہٕ چھ برزٕ کلی زٕتٕرٕ ژے گژھان
لضِرِ گمہ بال چھ سبزٕ تہٕ سبٹھا پوشہِ خانٕژ چھے زتان ۔ وَنہ چھے تھزٕ رن
تہٕ کول چھے سبٹھاہ لوٗن سنہِ رس ۔ اُوتانی وُشن چھ سبٹھاہ مُشکل تکیاز
بال چھ سٔتھی تنہٕ کرٕ۔ سنہ ۱۹۴۶ء منز گوس بہٕ وُچھہِ لٕٹہ امرلیشور ۔ امرسنگھ کالجکی
سکاوٹ اَسی مے ستی ۔ یمن منز اوس وزیرہری کرشن تہٕ ۔ بہٕ اوس
بہترین ہاکی کھلاڑی ، پھُرتیلہٕ تہٕ دورن وول ۔ اَسی اَسی لیش بالہٕ ژٕرتھ
ڈٔلی منتی زِ اَکس مرکبانس ہیتٕر گرٕی ہوڈٕ تہٕ وِژٕلس گُنہٕ د آرِ تھ ۔ گُنہٕ وُژھ
ڈُل ڈُلہٕ کران سبٹھاہ لوٗن کوٗلہِ کُن ۔ مرکب ائٔ دِنی وُچھہِ وُچھ مگر سُہ
کُس کرِ ہے ہمت زِ یتھیِن نٕرٕ کرِ س بالس وسہِ ہے گُنہٕ کھادرنہٕ ۔ پُلیس تہٕ
ہیٚوکُس نہٕ کینہہ کرِتھ ۔ یتس کالس ووٚت ہری وزیر اوٗتتھ ۔ اُمی دِژنہ
تائٕرے ۔ کوٗڈن بوٗٹھ تہٕ ووتانہٕ ووڈے کُٹھن تھیہ دِوان اَتھ
جایہ یتِنین یہٕ گُنہٕ رُکے منٕز اَس ۔ اَمیس پتہٕ پتہٕ اوس بیاکھ سکاوٹ یموگرٕ
اَتھ گُنہٕ تھپہ تہٕ لینتھ کھو کھر کھاٚرِ کھ ہیٚوٚلہ ۔ واراہ لُکھ اَسی ہینزِ ہمتٕر ہُند
کارنامہ وُچھان تہٕ یمن کوٚر کھ شاباش ۔ بد قسمتی کِنہٕ گو زٕتٕرٕ ژے وُری
گژھتھ ہری کرشن گولی کھیتھ شہیدِ عالمہٕ ۔

یاترٕی چھ امہِ دوہہٕ واتان داوجن ۔ اُوتانی چھ تقریبن پانژھل منٕزٕ
چھے موٗدرٕ چرایہ ہٕتا ۔ وَنہ چھے لوان تہٕ ۔ مگر سارٕ وے کھوتہٕ شاندار نظارٕ
چھ شیشرم ناگ ۔ اتھ سرس چھ اَنٔدی اَنٔدی بال تہٕ منزس چھُ یہٕ لوٚتہٕ ہے
مٕس پیالہٕ ہیو ۔ اتہِ چھ ژٕران سنٔدھیا کرِتھ پاکھ لوٗزٕ کران ۔ کلہن تہٕ وُنہ

اَشہٕ لگِتھ بے ہوش گژھان۔ مہاگُنسہِ کھَنتکُ چھُ یاترِ ین اُمہِ سوٗ کھ پٔز
لرزٕ آسان تہٕ ہرٛنٛز ہرٛنٛزِ چھِ ترٛیم وَنان روزان، ہر ہر مہادیو..... بھگوان
شنکر کی جے...... امرناتھ سوامی کی جے..... اَتہِ چھِ اَنٛدٕ ری یِکھ
سیٚٹھاہ لوٚکٕٹ تہٕ کیچھ دانہٕ آسان یِمن پیٚٹھ بیری بہٕ کھیان چھِ، شُنٛمکہِ پھیری
چھِ وارِ وارِ وُڈِتھ گژھان۔ اَتھ منٛز چھُ لوٗٹُن کٕنٛجھن ہُنٛد تاثیر تہٕ آسان
یاترِی چھِ ہرٛو نیٛٹھے آسان چھِنٛدر رٮ۪تھ ہی کیٚنژھاہ تھَکھ رِ کیٚنہہ کیٚنژھاہ
تھکاونہٕ تہٕ کیٚنہہ کیٚنژھاہ خوفہٕ کٔنہِ۔ بیٚیہ یِم سیٚٹھاہ ہوٗا جوان چھِ، کانٛسیاہ
چھِ بیہوش گژھان۔ تِمن چھِ اَشہٕ لگان۔ پرٛانہٕ زمانہٕ آس آسان
انار دانہٕ چِ تہٕ امبہ چوٗرٕ چ ژیٚٹھی سینٛہ بیمہِ ستی سیٚٹھا شخص حبسہِ کھیرِ ہے۔
وۄنہِ چھِ ڈاکٹر تہٕ والنٹیر آسان جایہِ جایہِ دَواہ ہیٚتھ امدادِ خاطرٕ تہٕ اَشہٕ
لگُنک خطرٕ چھُ نہٕ رُودمُت۔

مہاگُنسہِ منٛز مالہِ پیٚٹھ چھُ لوب وُن نظارٕ ڈیشتھ لیوان۔ اَنٛدٕ ری اَنٛدٕ ری
کوہن پیٚٹھ کیٚر کیٚر وٕنی چھِ پژ کیٚپر ژادر۔ صاف تہٕ شوٗد ہوا۔ ہلکہٕ نیٖلس
آکاشس پیٚٹھ کینہہ کینہ اوبرٕ لنگہ ہانا۔ کھسہِ وۄنہِ سری یک ہیرٕ وٚپِ تاثیر تہٕ
پوشن پیٚٹھ شبنمی موختہٕ نیہ نیہ کران۔ فطرتُک یِتھ ماری موٗنٛد ریچھِ وُچھن
چھُ سیٚٹھاہ کَم منوشن نصیبہٕ آسان۔ اَتہِ چھِ سیٚٹھاہ لوٚکٕٹ تہٕ آسان۔
بروٚنہہ کِن نظر تراوِتھ چھِ وسہِ وُن بال۔ ییٚلہِ کھیہٕ ڈٔرس منٛز چھِ یاترِی خوش
گژھتھ وسان، تہٕ پیٚچ تُرنہٕ وِاٹِتھ تھکھ کڈان۔ ییٚرجایہ چھِنہٕ سوٗ تر
لوٗہِ بالٹینک ژوٗک ہیو۔ اَمہِ منٛز ییکان ییکان چھِ ہیوان یاترِ ین کوٗن

چھُ اَتھ اصلی ناو شُسرم ناگ یعنی ہیہر شُند ناگ، تہٕ سینی چھُس یتہٕ کنہٕ زامتری ناگ۔ یم ناو رٕ کنہٕ پییے یمن دون سٕرن چھُ تفصیلہٕ سان لیکھتھ راج ترنگنی ہنٛز دٔیمہٕ ترنگہِ منٛز یتھ راجہ نرٕ شُند حال چھُ۔ ژھوٹرتھ چھےٚ کتھ یتھٕ پاٹھۍ۔

"راجہ نرن وُچھ اکھ مارہٕ منز زنانہٕ چندر لیکھا تہٕ کرِیٛن شنٛز زبردستی نیمن یہٕ محلنی اَنٕس۔ یہٕ آس پھاگیہ آمژ اَکِس تِمہٕ ہمنس یٕس وشاکھ ناو اوس تہٕ آس اَکِس ناگ ہنٛز کوٗر یٕس سٕروس ناو اوس۔ یِنہٕ وشاکھا بہمن ژینی رٕاجہٕ نرٕ ہنٛز شیطنت۔ سہٕ ژول پوٗت بہٕ کنیہ تہٕ ووت ہیہر س نش یس سروس کوٗر ٹھہر۔ وُژلہٕ، گگرایہ تہٕ ترٕ تہٕ وٕ ژھہ۔ بڑی بڑی پل پییے ڈٕو ڈھکی پاٹھۍ۔ نرٕ موٗد تہٕ تٔسُند نرٕ گو تباہ۔ اَمہٕ پتہٕ گو یہٕ ناگ یعنی چندر لیکھا بہٕ ہُند مول غمگین تہٕ ژٕلتھ ہنوٗن نوٚو گرپیشِ بالہٕ ترٕ تھ امر یشور ونہٕ اَتھ ہیونا گُسرم ناگ یٕس داراہٕ شرم ناگ ہینٛوو وشاکھا تہٕ ہیوٗتھ ناگ ہنٛتھ زامتری ناگ۔ مگر امرناتھ مہاتمہ چھُ ونان زٕ راکھسن گالنہٕ خاطرٕ ژٕ شنو بھگوانن یہٕ جاے شیشن ناگس۔ دپان شُشرم ناگ مطلب گو سو جاے یتیہٕ لٔو کھو سو کھہٕ سان روزن۔

شراونہٕ زونہٕ پچھہٕ ترٗوش دہ یہٕ چھِ یاترٕی روزان واو جنہ۔ اَتھ آسی والیو ورٕحن ونان، نکیا زٕ اَتِتھ اوس والیو یعنی واوٕ رٕ یٕس ہنٛز اکھ راکھیٛس مارنہٕ آمُت۔ یہٕ بال چھُ ششرم ناگہ پیٹھہٕ اکھ کلو میٹر تہٕ تھزرٕ آسہٕ ۳۵۰۰ م۔ خوش لوٗنس موسمس منٛز تہٕ چھےٚ یہٕ جاے دِیہٕ وٕنی باسان۔ نہ چھُ کنہٕ کُل کوٹ۔ نہ کانہہ پوشہٕ ذات دٕریشٹھی گژھان۔ سردہوا چھُ پرٛینتھ وٕزٕ آسان یہٕ ڈیپی زٕ

چکہٕ دِوان تہٕ زٕھٕنٛٹھ چھپے پٔزی کٕنی اَڑی جٔن تٔرِ سٕنٛز گٔرٕھان ۔ وَنہٕ چھ لیوان زِ
اَڈٕت آوا کھ خطرناک راکھشٕس واو لاگِتھ ۔ اَمی اوس بڈٕ تپسیا کٔرِتھ شیوناتھ
خوش کوٚرمُت تہٕ اوسٕن سیٹھاہ طاقت پرٛوومُت ۔ لیوان لوٚگ اَنی ژاٹنی
اَمی راکھسن نٕنٛٹھ دِوتاہن ۔ تِم گٔیہ شیوناتھس شٔرن، تِمو وُونُکھ زِ مے
چھ اَمِس یہ زور دِتمُت تہٕ یہ ہیٚکن نہٕ یہ مٲرِتھ ۔ توٚہی گٔژھو وشنو
بھگوانس ۔ وشنو بھگوانس گوٚو دِوتاہن ہٕنٛز زاری بوزِتھ بڈٕ اثر ۔ اَمی
سوز اور سہِ ہنٛد راجہ شیشٕنٛاگ ۔ اَمی ناگ رازن گٔڈی پننی ساس
کلہٕ نٕنی تہٕ نیوٚن یہ سوٚرے واوٕ ہیتھ ۔ اَمہٕ پتہٕ بیٚٹھی دِوتا بڈٕ سوکھہٕ
سان ۔ اَمہٕ واوٕک چھ لوٚت اَثر یاتری ہیٚتھ رُودمُت نہٕ وَنہٕ چھ لوکچہٕ
لوکچہٕ کَنہٕ سومبرٲوِتھ علامتی طور اَکھ لوکُٹ لٔرِ ہیٚمن بناوان ۔ اَتھ مَنٛز
پانٛسہٕ، توٚمُل بیٚتر تھوان تہٕ پوٗزا کران ۔ مطلب چھ آسان زِ واوٕ وَقتہٕ
ہیٚکہٕ اَتہٕ چھیپتھ ۔ بیاکھ ناری مَنٛز جاے چھپے اِستھان مرگ ۔ اوٚت چھ
سیاح تہٕ لیوان ۱۸۸۳ءس مَنٛز چھ اورٕ شِکار گٔنٛڈنہٕ آمُت لارڈ رِپن ییٚس
تَمہٕ وِزِ ہندوستانک وائسرائے اوس ۔

واو جِنہٕ راتھ گٔڈِ سٕنٛز چھ یاتری تہٕ وُدِش دوہہٕ صُبحٕچ اے نیران
بٔروٚنہہ کُن ۔ اَمہٕ دوہہٕ چھ ہیمن پنٛچ ترنی یا پانٛژ ترہ واتُن ۔ مَنٛز چھ لیوان
مہاگُنسہٕ ہُنٛد بال ییٚس اَتھ سفرس مَنٛز سارِوے کھوتہٕ تھوٚد چھ ۔ یہ آسہٕ
۱۴۶۰۰ فُٹ تھوٚد ۔ چڑھٲئے چھ نہٕ ییٚش یاگہٕ ہش تیز کٔرہِ مگر تَمہٕ کھوتہٕ چھپے
سیٹھاہ زیٹھ ییٚتس تھٔزرس چھپے یاترین شاثش کھمان تہٕ کانتیا چھہٕ

ترٛن ۔ امہِ موکھ چھ اکھ ہیوٚمت پنٛچ ترنٛی ناو ۔ دپان ییٚلہِ شوجی مہاراج اوٚس تانٛڈو ناچ کران، اَشنٛز جٹہِ آبہٕ وٲہرٕ پانٛژن کھیٚتن ہنٛز تہٕ تٔژرس پیٛٹھ لوسہٕ گنگا آس سو وُزمہٕ تہٕ تچھر ہیو کیٚتھو کنہِ تہٕ بنیے یِہ کٕمیے پانٛژن کولن ہٕمین پنٛچ ترٕنگنی دوٚنکھ ۔ اَتھ چھےٚ ہیلی کاپٹر خاطرٕ ہیٚلی پیڈ بناونہٕ آمُت ۔ ژوٚدِش دوہ چھ اَتھ روزان ساسہٕ بدٕ یاترٕی مرکبان، اگر ہنٛز تہٕ بلہِ دوسہٕ ڈرو سہٕ چھےٚ آسان ۔ کٕنہِ کیٚرٕ تن منڈُلیہِ چھےٚ آسان جوٚشہِ خروشہٕ سان سرگرم ۔ تکیشانہِ صُبحس چھ گوژھان واتُن سوامی امرناتھ جی سُنٛد درشن کرُن ۔

یِگاہ چھےٚ پوٚشِم ۔ ترییمِ بجہِ راتٕژ چھ لکھہٕ آسان تیار ۔ چھڈ ہنٛز لوٚرزا ہیٚنٛزٕ تہٕ یاترا دژایہٕ ۔ اوٚڈ کلومیٹر کھنڈ تہٕ کیتھ چھِ واتان دوٚمیل ۔ اَتھ چھ دوٚن کولن ہُنٛد سنگم ۔ اَکھ گوٚ تھہٕ بالنس لیٚتھ پانٛژ ترنہٕ پیٛٹھ وسان چھ ۔ تہٕ بیاکھ گبہِ سو کول لیوسہٕ امرناتھ سوامی ہنٛزِ گوپھہِ ہنٛد لیوٗنہٕ بالس ستہٕ رلاوتھ چھےٚ وسان ۔ اَتھ چھِ وَنان امرگنگا ۔ امہِ دوٚمیلہٕ پیٛٹھ چھ یہٕ لوٗنہٕ وسان بالتلُک تہٕ میلان سیٚندِرس ستہٕ ۔

دوٚمیل واتتھ چھ نیران یاترٕی ژھٕنہِ تہٕ کھسان کولہٕ پیٛٹھ پیٛٹھی تمہِ تار ہنٛزٕ یتھ مَنز گوپھا چھےٚ ۔ تٔراے چھےٚ تنٛر کرتہٕ تیٚر چھےٚ سخ ۔ تٔژرس تہٕ اَتھ کٕنٛہ چھُ شین ۔ وَتھ چھےٚ تنگ ۔ مگر یاترٕی چھِ ووٚنی ہیمتھ کرِتھ قدم قدم دِوان ۔ تکیشانہِ منزل چھُ نزدیک ۔ صرف ژور کلومیٹر ۔ لوٗٹہِ لوٗٹہِ ہیوٚتھ ۔ نِہوٚنٛتہٕ چھکھ گژھان بشاشت تہٕ دِوان چھِ یم نعرٕ ......

جتنہٕ زٕمین مۆرتین لاگہٕ ہٲن کھوٚرن اُتھ۔ اَمہِ سٟتۍ چھ یمن چھوکھ لگنک احتمال۔
لہٰذا چھ یِہندِ بچاوٕ خاطر اَندۍ اَندۍ جنگلہٕ۔

واراہ سائنسدان چھ امرنیشور گو پھایہ پوان امیک کھوج کڈنہٕ ز
یمہٕ مۆرتی کیتھہٕ چھِ بنان۔ دوٕنۍ ژار پُراوان تہٕ موٚژان۔ کانژاہ رایہ چھے آمٕژ
سربازرٕ تراونہٕ۔ اَرژی چھ کران کوشش یمن Stalag Stalactite
/ mite عملہِ سٟتۍ واٹنس۔ مگر وُلنس تانۍ چھُنہٕ کانٛہہ خاطر خواہ یا وُژنۍ
لایق دلیل پیش کرنہٕ آمٕژ۔

یاترۍ چھِ والسی پیٹھ یانژ ہٕژنی روزان تہٕ دۆیمہِ دوہہٕ واتان
پہلگام تہٕ شامس سرینگر۔ یم زٕن شُلی کرن دَرشن تِم چھ پوٚنم دوہے پہلگام
واتان۔ برونٹھ آسی والسی پیٹھ لودلہ شرادھ کران۔ لودل تیرتھ چھ
ژال نشہِ۔ پہلگامہٕ اگر مالمیشور نش نیرو بالہٕ اپور۔ اَتی واتان آسی نژال۔
مگر وۆنۍ چھِ شیشوٚدے پوان لبہٕ منٛز سرینگر۔

سوامی امرناتھ جی یاترا چھے واراہ پٔژی گشش کران۔ اِچ روحانی
کیفیت اوٚک طرف تراوِتھ چھ یاترہِ ہٕندِ دِل منٛز اتھ ہٕندی سوندر نظارہٕ
وُچھِتھ شادمان گژھان۔ یاترایہٕ منٛز وُکھ چھِے وٕنیتھ بُنٛھی۔ امہِ پتہٕ چھ
لیدرِ ہُند دٕنہٕ وُن بوزان یم تھٕ نیہ ینیہِ دِچھنِ کھووٕژی کوہ
بال تہٕ گھنی جنگل چھ بٟنیہِ لیدرِ چھے ژھایہ گیتۍ کران۔ بَرہ نہٕ کیتھہٕ چھے
پوشہِ مرگو منٛزی دوٕ دِ کولہٕ وسان تہٕ کوہہٕ تھنگین چھِ پھمبہٕ دستار لاگتھ
یم سری یہ کھسنہٕ سٟتۍ چھِ نیہ کران تہٕ اوٚندٕ نیک شوٗبراوان شینہٕ آدان

ناگہ لوکھر تہٕ سر ۔ پوشہٕ ذاتہٕ تہٕ سبزار ۔ لطیف ہواتہٕ پانٕژادر چھےٚ منوشس
کیاہتانٛ جودٕ زن کران تہٕ نفس پرستی ہنٛدی خیال زن چھہ پاپنٛ پانٕے پتھ پتھ
روزان تہٕ انسانیت، یکُت، خلوص تہٕ محبت ووتلتھ یوان ۔ یوٚنے اوت
تہٕ بلکہ دِلس تہٕ دماغس پیٹھ چھےٚ شہ اثر ہیوان ییٚمہ کیفیت شیکسپیر
(Sermons in stones تہٕ ژیٛو (Shakespear)
and books in running books) منٛز درینٛٹھی یوان ۔
منٛنٛس چھےٚ پتھس ماحولس منٛز نہ صرف دُیی مشان بلکہ سارے یے کائناتس
سیتی چھہ پاسان اکھ قریب رشتہٕ بیتھ اکِس پرایو ارس منٛز آسُن گژھہ ۔
امرنیشور یاترا چھےٚ آسان کیٚنٛہہ پڑاو پڑاوٕ تہٕ ژ تہٕ یم تیرتھن پٕن تمن
جاین منٛز شران کرُن تہٕ پوزا کرٕنی ۔ یتھ کالہ آسہ وارہ یاتری دوہ یہ دران
فاقہ ۔ یم آسہ شنکر پالہٕ گاراوٹ بتیر یوان سیتی ۔ رات کیٚنٛتھ وزٕ ھائیہ ترٛبیہ بجہ
نبینٛدرِ ۔ شران، سندھیا پوزا کرہ یکھ تہٕ پتہٕ دژاسے چاسے چیتھ یوٚس
پڑاوس کرُن تہٕ اوٚت وٕ اتھ کر لوکھ ییٚہ شران تہٕ پوزا ۔ اد آسی ہیوان
بتہٕ زٕن ...... یتھ پاٹھی یاترا کرکنس منٛز آسہ سیٹھا محنت مگر فرصت
آسہ تہٕ شانتی آس ۔ یتھے پژو نہہ بروٚنہہ پیچھے یہ، گرہ ہٕنٛکی جنجال تہٕ دُنیہچہ
کھوری کانگرٕ آسہ کینہہ کال مُشتھ گژھان ۔ باے برادری تہٕ انسانیتُک
بزر یتھ سائنس منٛنٛس منٛز چھےٚ کھےٚ لبٕ منٛز اوس نہ زٕس نیران ۔ فطرتُک
ماٹری موشار یتھ، شوٗدھ ہواتہٕ صاف پونی ییتھ منٛز لوٗبھن تہٕ کچھ ذاترن ہُند
جوہر رٔلتھ چھُ ۔ سادہٕ تہٕ صحت مند غذا ۔ اتھ ماحولس منٛز چھہ خود غرضی نشہ

بالانٛز روٗزنہٕ تھ ہیٚن اصلی وجوٗد پیٚر زناوِنہٕ ہیٚکان ۔ امرناتھ مہاتمہ چھُ وَنان زِ
ییٚس امرئیشورچ یاترا کرِ سُہ چھُ ییٚنہٕ سمسارس منٛز بوٗزنہٕ تہٕ مُکتی پراوان۔
یعنی تس چھےٚنہٕ دُنیاوی دوٗکھ سوٗکھ کانٛہہ تہٕ اثر گژھان ۔ سُہ چھُ روزان
لِشکام تہٕ نِرمل ۔ یِمن امہِ قسمہٕ شانتی چھےٚ لۄوان تِم چھِ بیٚیہٕ تہٕ بیٚیہٕ ییٚتھ کٕھٹن
یاترا کران ۔ مےٚ چھُ وۄنہٕ یاد یِس منٛز اکھ شخص ییٚس مےٚ لوٗکچارِ اوس
وُچھمُت ۔ أمۍ اوس سَتہٕ ترٛہہ لٹہٕ یاترا کٔرمٕژ تہٕ وَنان اوس برابر روزِ
توٗتام کران ییوٗتام زُو چھم ۔ تس اوس نہٕ کانٛہہ طمع نہٕ ییٚتھِ بیٚچھے أمِس
منٛز شانتی دِنہٕ بیٚنہٕ۔

مگر ووٚنی بدلیوو وق ۔ لُکن چھےٚنہٕ فرصت ۔ تِم چھِ واتان پانٛژ دوہہ
صُبحے پہلگام تہٕ ترٛیہ پتہٕ ژٔنڈرن وور ۔ یا سرینگرِ بیٹھ اکی دوہہ واتان واوجن
پانچ ترنی نہٕ ۔ یہِ چھُ ظاہر زِ ییٚتھی یاترِ ہیٚکن نہٕ کوٚہن نیٚن تہٕ سَرن ہیٚنٛدِ
بدلیمتہٕ ماحولکہ کانٛہہ خاص فایدٕ تُلِتھ ۔ نکیٚنژ ییٚمن چھُ آسان گرٕک
دفترک، باکارِ بارک بور منس منٛز ے ۔ ووٚنی چھےٚ ییٚتھین لُکن باپتھ زیادٕ
سہولیت ۔ یِم چھِ لبہِ منٛز واتان کنگن تہٕ سونہ مرگ نِراوِتھ بال تل ۔ اتہِ بیٹھ
چھِ باہ کلومیٹر دُو میل تام تہٕ ترٛیمِ پتہٕ گوٚسپایہ نام ژوٗرِ کلومیٹر ۔ اگر کانٛہہ
ٹیکسی ہیٚنٛہ نیرِ سہ ہیٚکہِ اکی دوہہ یاترا کٔرِتھ بیٚیہٕ شامن سرینگر واتِتھ واپس۔
یہِ گیہِ Crash Pilgrimage ۔ شیٚٹھ وری برونٛہہ أمِس
پنڈت آنند کول بامزین اُمِچ ژھینٛہ وَن دِنٛز منٛز تہٕ یہِ کتھ آیہ بالَ ۔
لُکن چھےٚ چاہت آسان زِ لۄوِزا پاٹھۍ عبادت کرِنہٕ بَستی گوٗژھ تمِن دُنیاوی

مسلن تہِ حل نیرن۔ اما امر لشیورِ ریاترا کرنہٕ سٕتی چھا امہِ قسمُک کانٛہہ رٕت

سپلن یمِن میلان؟ یہِ ہیکہٕ اتھ پیٹھ کانٛہہ ذاتی رائے ظاہر کرِتھ۔ تے

چھے پیٹھے باپتھ ۱۹۳۸ ءمنز یاترا کرٕمٕژ۔ امہِ پتہٕ چھپیوو ماڈرن ریوِوس

(Modern Review) منز اتھ پیٹھ میون باتصویر مقالہ۔ ماڈرن رِوِو

اوس انگریزی پاٹھی نیران کلکتہ پیٹھ تہٕ اوس تمہِ دیانہٕ کِہن تہٕ معتبر رسالن

منز مانہٕ یوان یتیتھ کرہٕ۔ امہِ مقالہٕ منز کینژن سطرن ہُنٛد ترجمہ پیش ۔

"نو طریقہٕ سونچن والی وَنہٕ خبر کیا کیا مگر گوپھا وچھنہِ چھِ دوٗرِ دوٗرِ پیٹھ

واتان، یاتری تہٕ بھگوان تہٕ چھہ یہنٛز غلوٗصُک قدر کران۔ دپان چھہ

کشیر ہنٛدی اکھ لیعنی ۱۹۳۸ءمنز امہاراجن بناوٕ ناو لوٗسٹرک

گوپھایہ تانی نِکیاز امس میوٗل یوٗراج۔ یہِ دان امہ اتہٕ اوس

موٗنگمت یکشیر ہنٛدِ اکی مسلمان آے، سی، ایس منٛزرن تہٕ

تمنٛز آشنہٕ کر گوپھایہِ منز صدقدلی تہٕ غلوٗصہٕ سان زار امہ زی ئرہٕ

گو بر ہانا گژھکھ بنیٖ یٖیلہ یہِ گو برزِ نمس آدِ نم گئے اور بنیہ دویہٕ لیکھ

شکرانہٕ کرنہٕ۔ اکھ نوجوان بنگالی عیسائے پروفیسر یمی آکسفورڈ اس

(St. Stephen college Dehli) تعلیم پرمژ ابہ اوس

منز پروفیسر اگو والسی پیٹھ نموونہٕ ہک شکار مرتہٕ یژونہٕ لیکھنو وُن

یہِ پاغام:

"میانین سارنی دوستن گژھہِ وَنُن زِ یانٛدرا لیوٗیہ گرتھ چھس بہ بدِ

تسکینہٕ سان بیٖمہِ عالمہِ گژھان ......"

مگر یاتری چھِ امرلشور یاترا کران رۆحانی تسکین تہٕ شانتی پراوہٕ باپتھ.
اَکھ انگریز سیاحن یاو پننہِ کیفیت یِتھ پاٹھۍ:
" فطرتک نظارٕ چھہ تیتھٕ شاندار، پرکشش تہٕ مؤثر زِ اَوت
وأتتھ چھہ یاسان سنوش ووتا کاینات کِس خالقس نش۔"
یوٚہے بھاو چھہ ساد ھو، سَنیاسیو، صوٗفیو تہٕ گوسانتو پننہِ پننہِ طریقہ
ظاہر کوٗرمت:

کوہ و دریا و غروبِ آفتاب
من خدا را دیدم آنجا بے حجاب
(اقبال)

شیو شکتی اکھ نامہ رہ بہٕ ہیوٗن
پانہٕ بوزٕ مانہِ کیا لوٗن وَتن
پرمانندٕ پانس اَتھ
من ستھپر کہ۔ لوٗزن پرچھو
(پرمانند)



معراج الدین

# ہاوس بوٹ

کشیر چھےٚ پننہِ خوبصورتی کِنۍ دُنیہس منٛز سیٹھاہ مشہوٗر۔ کشیر ہیٚندۍ
بالہٕ، ژھٕنگ، آبشارنہٕ جوٗیہ مرگہٕ تہٕ مادان چھِ یتہٕ وَتہٕ بیٚیہٕ غٲرملکین ہنٛدِ خاطرٕ
باعثِ کشش روٗدی متۍ۔ یہۍ وجہ چھُ یہِ چھےٚ دُنیہس منٛز اکھ اہم سیاحتی
مرکز مانٕنہٕ یوان، یوٚت غٲرملکی تہٕ ہندوستانکو اطرافو بیٚیہٕ شرتہٕ ووری یہِ
ساسہٕ بدی سیاح چھِ یوان، یتھ پٲٹھۍ چھےٚ ریاست جموں وکشمیرِ چہِ معیشتچ اکھ
خاص صفت مانٕنہٕ یوان۔ امہِ علاوہ چھےٚ کشیرِ ہنٛز اتھہٕ کامہِ دُنیہس منٛز
پنُن اکھ اہم مقام ٹھوٗوان۔ یتھ سنتی لوٗکن ہنٛز اکھ خاص تعداد چھےٚ بروٗنہہ
کالہِ چھُ کشیرِ منٛز ییٚنہٕ گژھنہٕ ذریعہٕ دریاو وَتہٕ آسٕنۍ۔ امہِ کتھہِ ہنٛد ثبوٗت چھُ
دُنہِ کہین ماکارِ پٲٹھۍ درینٛٹھی گژھان۔ بیٚیہِ زَن دُنٛکِس تہٕ ویتھہِ ددہٕ شوٗبہٕ
طرفو بٕٹھس لوکھ بسان چھِ۔ یتھی پٲٹھۍ چھِ ویتھہٕ بٕٹھس بیٚیہہ تہٕ پرٛانۍ مکانہٕ
درینٛٹھی گژھان تہٕ نالہٕ مارس دٔچھنہِ کھوورۍ تہٕ بستی آباد۔

تاریخکہِ مطالعہٕ نِشہِ چھُ ننان زِ کشیرِ منٛز آسہِ ناوَن ہنٛدۍ واریاہ قسم
موجوٗد۔ یتھ منٛز ڈونگہٕ، بہچہٕ، ژھٕٹہٕ شکارٕ، ہاکہٕ وارٕ تہٕ ناوِ وغارہٕ قابلِ ذکر۔

چھِ۔ مگر دٕمنز لیہ پسنٛچ (رہایشی) ناو گژھ یتہٕ مسلمانو دٲیِچ۔ چنانچہ اکبر بادشاہس
سنہ ١٥١٦ءس متعلق چھُ وَننہٕ یِوان، ییٚلہِ سہ شہرس منز جشنکہِ دوہہٕ جلوٗ گرِ سپد
سہ اوس اَکِس دٕمنزلہٕ ناوِ منز دٲری یابہ جہلمس منز اَتھ ناوِ منز تختس پیٹھ بہتھ
دٲری یادُک سٲر کرنہٕ دوامت۔ تہٕ یتھے ناو بنیہ پتہٕ ہاوس بوٹ۔
مگر ناوِ تحقیقہٕ تلہٕ چھُ دریافت سپدمت زِ گوڈنچہ لٹہِ یمیس شخصس ہاوس
بوٹس متعلق خیال آو، سہ اوس اَکھ انگریز یُس (M.T. Kennard
ناو اوس۔ یتھہٕ پٲٹھۍ سپد ہاوس بوٹ سنہ ١٨٨١ءس منز گوڈنچہ لٹہِ رٲیِج۔

یوروپی سیاحن ہندِ کشیر ینہٕ ستی آسے یتہٕ روزنہٕ باپتھ خاطر خواہ
انتظام نہٕ آسنہٕ کنی تمن سیٹھا مشکلات درپیش۔ یمن لوکن اوسنہٕ مہاراجی
حکومتس منز مکانہٕ بناونہٕ یا مکانہٕ ہینک اجازت۔ یہِ مشکل دوٗر کرنہٕ خاطر
آو ڈونگس مزید بہتری تہٕ سہولت فراہم کرِتھ موجودٕ ہاوس بوٹ بناونہٕ۔ ہاوس
بوٹن منز مزید بہتری تہٕ مزید سہولت فراہم کرنس منز کوٚر وارِیاہ انگریزو اتھ مزید
دستھ دِنچ کوشش، یمن منز یِم قابلِ ذِکر چھِ۔

سنہ ١٩١٨ءس منز ناو کھوٗدنس، بارٹن کیناڈان بنووٕ ڈپور ہاوس بوٹ

Col. R. Sartorlns & mr marty Kennard

"victory" - یہ ہاوس بوٹ چھُ وُنی کیس راجباغ نِش وَتھہِ ٹھٕ بٔٹس
پیٹھ پنُن شان برقرار تھاوِتھ پرٛتھ سیاحہ سنٛدِ خاطر باعثِ کشش۔
ہاوس بوٹ بناونس منز چھےٚ دلیودارٕ لکرِ استعمال سپدان۔ یہِ لکرِ چھےٚنہٕ
آبس منز دوہلان۔ لکرِ ہنٛد یہِ قسم چھُ سیٹھا پایدار تہٕ قیمتی۔ ہاوس بوٹ

بَناوَنس منٛز چھُ چھانن ہُنٛد اکھ خاص طبقہ مہارت تھاوان۔ ہاؤس بوٹن ہُنٛد زیٛچھر چھُ پنٛژہ ہٲٹھ فُٹہٕ بیٛچھٕر پنٛژ نمتھ فُٹن تام آسان۔ اَمِیُک کھیٛر چھُ تقریبن ۱۶ فُٹہٕ آسان۔ ہاؤس بوٹن چھےٚ اَندٕری کُٹھرِ بَندی آسان۔ یَتھ منٛز ڈرائینگ رُوم، کھانہٕ کُٹھر، پینٛٹری علاوٕہ بیڈروم وغٲرٕ شامِل چھِ۔

ڈرائینگ رُوم:

یہ چھِ اکھ بوٚڈ کُٹھر آسان، یَتھ منٛز کاشُر تہٕ ایرٲنی قالینہٕ وتھرِتھ چھِ آسان۔ اَتھ کُٹھرس منٛز چھُ عام طور ڈوٗنی ہِنٛد فرنیچر آسان ٹھٲوِتھ یا صوفہٕ سیٹ وغٲرٕ۔ کُٹھرِ کِس اَکِس طرفس چھُ آسان رایٹنگ ٹیبل ٹھٲوِتھ۔ تالہٕ چھُ عام طور کاشُر مخصُوص تالو یَتھ وَس تالو وٲنان یا ختم بنٛد تالوٗ سیٛٹھا شوٗبہٕ دار آسان چھُ۔ بلکہِ چھےٚ ہاؤس بوٹہٕ کِس رۄ لیٚس تہٕ اَندرِمِن حِصَن ٹھٲوِتھ یِتھ زاوِج گُل کٲری کٔرِتھ آسان تہٕ کاشُر اَتھ کامہِ ہِنٛدی کُرٛلول پردارِن استعمال کرنہٕ یِوان تہٕ ریشمی رنگارنگ پردٕ لاگِتھ آسان۔ اَتھ کُٹھرس منٛز چھِ تالوٗس شیٖشہٕ بٔڑی جالہٕ یا فانوٗس ٹھٲوِتھ آسان۔ یِمہ سِتؠ اَمہِ کُٹھرِچ خوٗبصورتی منٛز زیادٕ یِہن ہُرٕر چھُ گژھان۔ گرمی منٛز پکھہٕ تہٕ سردی منٛز گرمی ہُنٛد تہٕ لوٚنٛد لَبس آسان۔

ڈاینِنگ ہال یا کھانہٕ کُٹھر

اَمہِ یِتہِ چھُ کھانہٕ کُٹھر یا ڈاینِنگ ہال آسان۔ یِتہِ سیاح کھیٚن وغٲرٕ

[1] The Boat & Boatsman in Kashmir.
By. Dr. Shanta Sanyal.

چھہِ کھوان ۔ یہ کمرٕ نہ چھِ سجاؤدِ تھہ آسان ۔ اَتھ کمرس تہٕ چھِ قالینہٕ وغارٕ وِتھرِتھ
آسان ۔ لۄٹہ کھانہٕ میزٕ تہٕ کھۄر کرسیہٕ ٹھکِتھ آسان ۔ اَتھ کمرس منٛز چھیے کٔرا کری
وغارٕ شیشو پٔن المارٕ پن منٛز سجاؤ وِتھ آسان تہٕ اَتھ کمرس چھِ اکِس طرفس کُن
فرِج بیترٕ تہٕ آسان ۔ تہٕ بییہ چھِ اَتھ کمرس منٛز نہ کیبنہٕ کاشرِ آرٹ پیس مثلن
سماوار ، پھہ شُند مُسلہٕ وغارٕ لبن پیٹھ ہچاؤدِ تھہ آسان ۔

## پینٹری ۔

یہ چھِ اکھ لوکٹ کمرٕ آسان ۔ یتِتہٕ کٔرا کری ، کھینہٕ بانہٕ وغارٕ المارٕ پن
منٛز چھِ تھاوِتھ آسان ۔ اَتہٕ چھِ سیاحن ہنٛدِ خاطرٕ کھین وغارٕ گرم کرنہٕ
یوان تہٕ شیرِتھ تہٕ شۄبہٕ دار پانٹھ یمِن کھینہٕ کمرس منٛز پیش یوان کرنہٕ ۔

## بیڈ روم (شونگن کمرٕ)

بیڈ روٗمن ہنٛدِ تیداد چھُ دارٕ مدار چھِ ہاوس بوٹکس نِ کھرس پیٹھ مُنحصر ۔
اکِس ہاوس بوٹس منٛز چھِ کمہٕ کھوتہٕ کم اکھ تہٕ زیادِ کھوتہٕ زیادِ شیے کمرٕ تانی
ہیکان اسِتھ ۔ یِم تہٕ کمرٕ چھِ آسان شیرتھ تہٕ پیرِتھ فرشس قالینہٕ وِتھرادِ تھہ ۔
شونگنہٕ خاطرٕ کمرس دۄن اَنٛدن نہٕ پلنگ ٹھکِتھ آسان ۔ یم عام طور ڈؤ ز
ہیچہ ہنٛدِ بناوِتھ چھِ آسان ۔ یمِن ہیڈن پیٹھ چھِ نرم تۄ زُک بسترٕ وِتھرِتھ
آسان تہٕ بجلی ہنٛد خاطرٕ خواہ انتظام آسان ۔ چونکہ بیِتہٕ چھیے وندس منٛز بجلی
ہنٛز وِہ ژھے تہٕ ہاوس بوٹن منٛز چھِ جنریٹرن ہنٛد تہٕ انتظام آسان ۔ کمرس چھِ
اکِس طرفس کُن ڈرائنگ ٹیبل ٹھکِتھ آسان ۔ تاکہ سیاح لۄکھ ہیکن پانس
شیراونہٕ یا پارا دِکرِ نتھ ۔ اَتھ کمرس سِتی چھِ جدید غوسل خانہٕ ٹھکِتھ آسان یتہٕ

Sanitory Fitings تہٕ اَنہٕ چھُ سرد تہٕ گرم آبُک انتظام
موجود۔ ساریٕ گندگی چھےٚ تتھی منز جذب گژھان۔ یِتھہِ ہم ہاوس بوٹ
آسان۔ 
لگیتھ چھِہ آسان۔

ہاوس بوٹن چھےٚ اَکھ ڈونگہٕ ستی آسان یِتھہِ سیاحَن ہنٛد کھیٚن وغارٕ
رَنٛنہٕ چھُ یِوان۔ تہٕ اَتی پیٚٹھ چھُ کھیٚن تیار سپدِتھ ہاوس بوٹس منز پیش
یِوان کرنہٕ۔ ہاوس بوٹس منز باگ چھےٚ اَکھ لوکٹ ہیر ڈَبمیس پورس کٔن
کھسان۔ یِتھہِ سیاح اَنٛدٕ کھۍ لایہٕ پٲنٛن قودرتی نظارن ہنٛد حض تہٕ
چھِ نلان تہٕ تفریحک سامانہٕ منز چھِ کران۔ تا پہٕ کہٕ تنٛز رِلشہٕ بجیتھ چھےٚ بجہٕ
چھپتھر بنیر ورتاونہٕ یِوان۔

سیاح ہیٚکہِ بیٚتھ ہاوس بوٹس منز اَتھہٕ تہٕ نیہٕ یا پتھ چھےٚ لوکچہِ لوکچہ
شیرَتھ تہٕ پیرِتھ ٹیکسی شکارہٕ استعمال کرنہٕ یِوان۔

سرینگرس منز چھِہ ہاوس بوٹن ترن مخصوص جاین پیٹھ درینٹھی گژھان۔
جھیل ڈل، نگین لیک تہٕ دٔریا بہٕ جہلمس دوشوے طرفہٕ۔ ہم ہاوس بوٹ
چھِہ بٔٹھِ پکہٕ وٕلنس پیٹھ انسانہٕ سنٛدِ خاطرٕ تہٕ خاصکر غٲر ملکی سیاح چھِہ
یِمن ہاوس بوٹن منز رودٕزن پسند کران۔ یِمن ہاوس بوٹن منز چھُ سیاحَن
ہنٛدِ سہولیتک تہٕ آرامک خاص خیال تھوونہٕ یِوان۔ ہم سیاح ہاوس بوٹن
منز جھیل ڈلس منز روزان چھِہ ہم چھِہ ڈلک پوٗرٕ حُسن نلان تہٕ قودرتی کاریگری
داد دِوان۔ جھیل ڈل چھُ سرینگرکس شمال مشرقس منز۔ یہ جھیل چھےٚ ژور
میل زیوٗٹھ تہٕ زمیل کھولا۔ اَتھ منز چھِہ واریاہ دُکان تہٕ ہوٹل تہٕ ٹرانسپورٹ

تہٕ جھیٖل ڈلُک خوبصورتی چھےٚ پننہِ جایہِ اکھ مثال ۔

اکہِ تازٕ سروے مُطابق چھِ سرینگرس منٛز تقریبن اکھ ساس ہاوس بوٹ یِم جھیٖل ڈلس، نگیٖنہ تہٕ دٔریایہ جہلمس منٛز استاد چھِ ۔ یِمن ہاوس بوٹن ہِنٛز درجہ بٔنٛدی چھےٚ محکمہ سیاحتن کٔرمٕژ۔ سو چھےٚ یِتھہٕ پاٹھۍ ـــــ ڈی لکس ۔ اے کلاس ۔ بی کلاس ۔ سی کلاس ۔ ڈی کلاس ۔ ہاوس بوٹن منٛز روزنہٕ خاطرٕ ٹیُرسٹن کِرایُک شرح مُقرر کرنہٕ چھُ آمُت ۔ سُہ چھُ یِتھہٕ پاٹھۍ ۔

| | کرایہ مع کھین چین زٕ نفر | کرایہ مع کھین چین یک نفر |
|---|---|---|
| ڈی لکس | ۳۲۵ روپیہ | ۲۳۰ روپیہ |
| اے کلاس | ۲۲۰ روپیہ | ۱۵۰ روپیہ |
| بی کلاس | ۱۱۷ روپیہ | ۱۰۰ روپیہ |
| سی کلاس | ۱۰۰ روپیہ | ۹۰ روپیہ |
| ڈی کلاس | ۶۰ روپیہ | ۴۵ روپیہ |

جھیٖلہِ ڈلس منٛز یِم ہاوس بوٹ چھِ تِمن ہٕنٛز فہرست چھےٚ یِہ :

1.Taj Mahal 2. Golden Palace 3.Humayun Palace 4.High land Queen.5. White Shores. 6.Janat Palace. 7.Queen of the Lake. 8. Taj Palace. 9. Savoy. 10.Floating Castle. 11.Persian Palace. 12. Bangkok.13. Top Erien.14.New Taj.15.Lango Palace. 16. Manzoor. 17. Navy. 18. Gulistan. 19.Dastan. 20.Kings Rose.



ہاؤس بوٹ — ڈرائینگ روم




ہاوس بوٹ ۔ نیم بُرہم مَنظَر

21.Shabistan. 22.Gulistan Palace.23. Y.Golden Palace.24. Paristan. 25. Wood land. 26. Bostan. 27. Tunda palace.28. Gulzar. 29. New Blue Jay. 30. New Erin. 31. Prince of Vales. 32.Flower Garden. 33.Tehran.34.Snow View.35.Dalgoma. 36.Starling. 37.Star night. 38.Peer palace. 39.Fayaz. 40.Rubani palace.41.Star of kashmir. 42.New Dangola. 43.Dangola palace. 44.Alziria. 45.Erin. 46.New Ruby. 47.Sun beam. 48.Ruby.49Union Jack. 50. New Chinar. 51.Helen. 52.Buloo palace.53.Sheikh palace. 54. New Ara Bella. 55.Cultural palace. 56. New Flower Garden. 57.Floating palace. 58.Zandar palace. 59.Harmes. 60.New Texas. 61.S.Shabash. 62.Golden Hind. 63.Helen of Troy. 64.Tree of the life. 65.New Colombo. 66.Heaven. 67. Harmony. 68.Chinar. 69.Queen Elizebth. 70.Pakhtoon palace. 71.Armstrong. 72.Bulbul. 73.Shera palace. 74.Texas. 75.Dawn. 76.Merry dawn. 77.dawn Group.78.Happy Dawn.79.Lucky Dawn.80.New Armstrong. 81.Arizona. 82.Gulfam.83.Golden Palace. 84.Ajanta palace. 85.Royal Kashmir.86.Golden Fleece. 87.Rover. 88.Jacqueline. 89.kotroo palace.90.Zumzum. 91.Anaar Kali. 92. Prince of Kashmir. 93.Katharine. 94.City Star. 95.Vale of

Kashmir. 96.Diamond. 97.Far pavollion. 98.Alasha. 99.Mughal palace. 100.Happy Dinners club.101.Veinna palace.102.A uamarina. 103.Blue Dolphin. 104.Switzer-Land. 105. Duke of windsor. 106. Dubllo palace. 107. New Lucky Flower. 108.Queen of Mountain.109. High Lucky Flower. 110. Badami. 111.Lalzar. 112.Pansy. 113.Mughal-E-Azam 114.Sansouci. 115.New Australia. 116. New Sydney. 117.New Cherry Stone. 118.Pagooma. 119.Yuvraj. 120.Rolex . 121.Malaga.122.Treking. 123.King of Kashmir.124.King of Sea. 125. Shah Pare. 126. Queen of Sheba.127.Royal orchard. 128.Solomen Sheba.129.New Sawsouci. 130.Hong Kong. 131.Silver Jublee. 132. Miss England. 133.King Tiger. 134.Khyber. 135.Gul-Rose 136.Jilwi palace. 137.Roxana. 138.Pala palace. 139.Rose mary. 140.Sun Flower. 141. Little Flower 142.Goa. 143 . Royal Soverign. 144.New life. 145.Crown of India. 146.Ajaz . 147. Shabnam. 148. Donoo palace. 149. Buckingham palace. 150. New Cherry life.151.Morning glory. 152.Shabina. 153.Pearl Ship.154.Miss India.155.Golden Bell. 156.Duke Well. 157.New pala palace.158.New Batkoo palace. 159.Lotus.160.New Titwillow.

161.Monalisa. 162.Pandora. 163.Himalya. 164 .Noah Sark. 165.Mandalay. 166.King Fisher. 167.Pintial. 168.Heaven Sun. 169.Lucifer. 170.Derby Shine. 171.Richard Green. 172.Beausite. 173.Dulce Domum. 174.H.M.S Pinafore. 175.Venezia. 176.Khuroo palace. 177.Queen of Heaven. 178.Prince House. 179.New Manila. 180.Gemni. 181.Coronation. 182.New Manhattan. 183.Mountana. 184.Golden Eagle. 185.New Golden Lily. 186.Fairy Land. 187.Nightingale. 188.Happy House. 189.Indoor. 190.Timour. 191.King Gori. 192.New Shabash. 193.Dream palace. 194.Zulekha. 195.Gulshan Rose. 196.Lallarukh 197.Gul-o-bulbull. 198.Mayflower. 199.Suffering Moses. 200.Mother India. 201. King Fishher. 202. Soulkiss.

نگین جھیل کی ہاؤس بوٹ:

1. New Doreen. 2. Silver Bell 3. Moscot one 4.Mascot Two. 5.New Mascor. 6. Lord Palace 7.Royal Suite. 8.The Lion. 9. Lion of Kashmir. 10.Jwell of Kashmir. 11.Worrier. 12.Inshalla. 13.Sobara. 14.Yaadghar. 15.New Yaadghar. 16.Nageen Princess. 17.H.B.Wangnoo Palace.

18.H.B. Monarc. 19.New Gurkha. 20.Gurkha. 21.Huermoukh.22. Golden Privel. 23.Shari-Kashmir. 24.Islamabad. 25.Peacock. 26.Canada. 27.Golden Flower. 28.New Golden Flower. 29.Jedha. 30.H.B. New Jedha. 31.Shalimar. 32.New Shalimar. 33. Majestic. 34.Washington. 35.Paradise of India.36. Flora. 37.Lady of Shirton. 38. Bajoom. 39. New Bajoom. 40. Shah Parie. 41. New Blue Bird. 42. Blue Bird. 43.Martein. 44. Jubblee Noor. 45. Perfume Garden. 46. Zenith. 47.Butter-fly.



موتی لال ساقی

# مارتنٛڈ

کٲشِر چھِ قودرتُک شاہکار، یُوزٕ امہِ شاہکارچہِ کوچہِ منز چھہِ کینٛہہ
تِتھۍ چیز تہٕ یِمن ہُنٛد شُمار عجایباتن منز سپدان چھُہ۔ مارتنٛڈ مندر تہٕ چھُہ
نوادراتن منز شٲمِل یِمو کشیرِ ہٕنزِ کوچہِ منز زایِن لوٚب۔ ہِنٛدِ ودنزار پٕنٛتہٕ
کارِ ووگنیارِ موکھ چھُہ تعمیر کٲری ہٕنٛدِ یہِ لوشہِ گوٚنٛد کشیرِ ہٕنٛدِن بٲنتھ کالی آثارن
ہُنٛد ڈیکہِ ٹِکہِ۔ مندرُک اُذیُک کھنٛڈی پھٕٹ جلال تہٕ چھُہ امہِ کہِ آدن کالِچ
ژینہٕ دَن دِوان تہٕ ژھوپہٕ دعپ اَگرِ سُتھ رازِ للتادت ہٕنٛدِ عظمتُک سربستہٕ
رازٕ ووٚتھرِھاوان۔

وُڈر کھوٚنہ منز تعمیر کرنہٕ آمت مارتنٛڈ چھُہ حال حالے دُنیاہکس تمدنی
وراثتس منز شٲمِل آمت کرنہٕ۔ تا زِ فیصلہٕ چھُہ تتھ اہمیتس کُن اِشارٕ کران یُس
اہمیت برصغیرکین قدیم آثارن منز اَتھ مندرس حٲصِل چھےٚ۔

مغربی فن شِناس چھِ ہینٛہ پٲٹھۍ مارتنٛڈ کہِ عظمتچ باوتھ کرمٕژ۔ یوسہٕ
پننہٕ جایہِ سٹھاہ قٲبلِ قدر چھےٚ۔ یُوزٕ وچھ تفاوتھ اکِس کُن ترادتھ چھُہ یہِ
مندرُک مشرفک پارکھینان۔ باڈو، عظمتہٕ تہٕ تعمیرکاری ہٕنٛدِ اعتبارٕ یُس ہشر

یمن دون تواریخی تعمیرن منز موجود چھ تہ چھنہ ئشراؤن یا نظر انداز کرن لایق۔

دوشوے مندر چھ گلس پیٹھ ڈورک (Doric) طرزِ تعمیرکی نمونہ تہ یونانہ کس تعمیر کاری ہندس تواریخس منز چھ ڈورک طرزِ تعمیر سارۍ وے کھوتہ پرُون۔

پارتھینان چھ ایتھنز ایکروپولسہ تھزرس پیٹھ تعمیر آمت کرنہ تہ مارتنڈ تہ چھ وُڈرِ کھوتہ منز تتھ جایہ تعمیر سپدیومت ییتہ پیٹھ نظر شمال مشرقی تہ مغربی بالن تام تہ کم کاسہ ساری ہیے وتھ پتھر تار چھِ کران۔ بقولِ رام چندر کاک مندرکہِ اندی پکھیہ یہ خوبصورتی چھے تمن لوکن تہ وولسس انان، یمن حسین چیز وچھتھ وُٹھ تہ پھولان چھنہ۔ پارتھینان چھ ایتھنی دلوی ہُند مندر یوسہ یونانی اسطورِ موجوب کاٹہ جاریج تہ تھجی یار بُند مقابلہ آرائی ہنز علامت چھے۔ مندرس منز اوس فیڈلیسی ہنز بناومژ ایتھنی ہنز ۴۲½ فٹ تھز ہنس دندن تہ سونہ ہنز مورتھ۔ مارتنڈ چھ سرِیہ مندر۔ سرِی یہ یس گاشک تہ خوشحالی ہُند علمبردار چھ۔ انتھ مندرس منز نہ چھے سرِیہ ہنز مورتھ اُسمژ۔ یہ مورتھ کیتھ اوس تتھ متعلق چھنہ اسہ برونہہ کنہ کانہہ حوالہ موجود۔[1] راج ترنگنی منز چھ ناکارہ حوالہ موجود زِ مارتنڈ مندر تعمیر کرن والی للتادتن (۶۹۵-۷۳۱) آسہ پرہاس پورکین مندرن منز سونہ ہنز تہ روپہ ہنز مورتژ لاگمژ۔

باز للتادتہ سند دورکی مورتگری ہندی ستھے ہاری مندری تہ زیٚوٚنی نمونہ چھ وُنی یاکین مختلف عجایب گرن منز موجود۔ یمہ تلہ باسان چھ زِ تہند

---

[1] ۔ راج انند دیون اوس مندرس منز سونہ ہنز سرِیہ مورتھ لاگمژ۔

وقتہٕ چھ کٲشیر منز مُرتہٕ گری ہُند فن عروج پیٹھ اوسمُت۔ یہ حقیقت نظرتل تھاوِتھ لوبہ سری یہ مُرتھ مارتنڈس منز لگِتھ آسہن سو آسہ سیٹھاہ شوٗبہ دار تہٕ منڈرک باڈُو چھتھ ووٗنۍ تہٕ قرار وارتہٕ۔

وَنہٕ کنۍ لوٗدوٕ یوٗنانی طرزِ تعمیر عیسائے سنہٕ کِس گوڈنکِس ہتۍ لس منز گندھارن ستۍ کشیرِ ووت مگر تارِ تحقیق چھ یتھ حقیقتس کُن اِشارٕ کران زِ یہ طرز آسِ پارتھیین ہنزِ وقتہٕ نہ نتہٕ امہ پتہٕ کشیرِ ووٚتمُت۔ کڈ پھس اول ہندِ وقتہٕ کِہ سِکہٕ شمالی کشیر منز اتھہ یِنہٕ ستۍ چھ باسان زِ کشیر چھے کنشکس بروٚنہہ یوٗنانی اثرس تل آمٕژ تہٕ گاندھار بٲتِکہٕ موجوٗب چھ تمیس بروٚنہہ شتیمِس ہتۍ لس منز گاندھار کشیم ہُند حصہ اوسمُت۔ یتہِ کنۍ سکندرہٕ سندِ حملہ پتہٕ نہ کشیر اتھ علاقس ستۍ قریبی توٗلق آسہٕ۔ چنانچہٕ راج ترنگنی منز تہٕ چھ جلوکہٕ سندِ وقتہٕ ملیچھ حملک ذِکر یُس شمال مغربی سرحدس ستۍ حکمران یوٗنانی تِرا ہو کشیر پیٹھ کورمُت آسہن۔ مگر امہِ طرزِ تعمیرن کوڈ راز للتادت سندِ وقتہٕ کشیر تہٕ امہ کِس اندۍ کِنۍ علاقس منز پوٚرِ پاٹھۍ کاڈ۔ راز سندہٕ تعمیر گری مِتۍ منڈر رۆدۍ نہٕ کشیر تامے محدوٗد بلکہ نتہٕ بالکل علاقس منز کشیرِ نبر ووٚنہ تہٕ موجوٗد۔ کینٛژن عالمن ہُند خیال چھ ہمیانچ لودھ مُرتھ تہٕ چھے امہِ رازن نصب کرنامٕژ۔ یہ لودھ مُرتھ چھے تتھ بہہت لودھ مُرتہٕ ستۍ رلان، یوس راز ن پرہاس پوٚرہ لاگناوٕمٕژ اُسٕ تہٕ یمیک تفصیلی ذِکر راج ترنگنی منز موجوٗد چھ۔

---

لہ یتہٕ چھ ممکن زِ یہ حملہ آسہ سے چینیو کورمُت تہٕ کیازِ چینی تواریخن منز چھ یتھی کینٛژہ حوالہ موجوٗد۔

مارتنڈ چھہِ تمہِ خوشحٲلی تہٕ پاپرجٲئی ہُنٛز علامتھ لوٚسہٕ کشیر راز لِلتادتیہٕ
وِزِ اوس ۔ تمہِ زمانہٕ اوس کشیر شہٕر سیاسی جغرٲفی اندکہ نِشہٕ پوٚرہٕ پٲٹھی رٔچ کھِر ۔
شُنٛد مِس ہِنٛز لِس مُنٛزٕ اوس ہیوٗن سوانگہٕ سُنٛد بیانہٕ موجوب ٹیکسلا نادک علاقہٕ
کشیرِ ہُنٛد حصہٕ ۔ ہیوٗن سوانگن لِس کشیرِ ہُنٛز اوٗند پوٚکھ بیان چھُ کوٚر مُت تمہِ
موجوب چھُ ٹیکسلا پیٹھہٕ جالندھر تامُک سوٗرے علاقہٕ کشیرِ ہِنٛد سلطنتُک حصہٕ
اوسمُت ۔ مگر للتادتیہٕ وقتہٕ کوٚڑ کشیرِ ہِنٛدی سلطنتن بیٚیہِ ہیٚن واش ۔ چنانچہ
ہرمن گوبیز چھُ کتِھ پٲٹھٕ کڑان لیکھان ۔

" للتادتیہِ سلطنت داٲتہٕ میسور پیٹھہٕ منگولیا تہٕ بنگال اڑیسہ پیٹھہٕ افغانستان
تام ۔ اتھ کِشِم ہِشِل سوٚروٗن گوجے پیٚڈ شمٲلی ہِنٛدستان اتھس مُنٛز تہٕ تمِچہِ
کوٚشِشہِ ہُنٛدِس نتیجس مُنٛز مارٕ تہذیبی اعتبارٕ اوس کشیرِ سیٹھا سرگرم ۔ اَنہٕ آو
مقٲمی شیوی مکتبہ فکرِ بارسس تہٕ وکھ وِشنوی فرقن لوٚب زاین ۔ اَمیُک
خاص دبت چھُ ترِکھی وِشنویتہٕ مُنٛز وِشنوہس سیتی وارہ تہٕ نرسمہا یکجا چھُ اَمِتی
کرنہٕ تہٕ اَتھ سیتی وارباہ موکھ تہٕ نرکرٕتھ ہرکی بیٚرا بیٚہ مُرتھ چھِ سا سٲنی
پوشاکھ لاگتھ مارتنڈکِ حاطہٕ مُنٛز اَتھِ آمژ کارکوٹن ہُنٛدی پرٲنی آثارٕ
چھِ پاندریٹھنہٕ تہٕ اٲسمنی (ہرِنہِ اوشٹھاں ۔ پرٲنی رازِ دٲنی) ۔ بوٚزمُنٛز کالکہِ
کاشُر فنکُ باٲنی کار اوس للتادت یمہٕ پرہاس پور (پرس پور) سرینگرِ ورسلی
وُتہٕ نکھے ، پرانہٕ سرینگرک وار یاہ کینٛژہ حصہ ریہِ چھِ ننہٕ پیٹھہٕ تقریبن سوٗرے
تباہ گومُت ) جلالہِ لوٚرِنٛ مارتنڈ ، وانگت مندر ، نارستان ، لوبنیار ،
شنکر آچاری مندر تہٕ اُمہِ پتہٕ ملوٹ ۔ پتہ لِبس مُنٛز کالہٕ کتاس تہٕ کافر کوٹھکی مندر

چھِ اِمکانہٕ کِنہٕ اَمہِ سٟتؠ راز ہٕشٕدی تعمیر کٔرِ ہیٚتی۔"

داز لِلتا دِتیہٕ سٕندِ وقتہٕ اوس کٔشیرِ اَندٕری ٲکھ علاقہٕ اکِہِ بجرٲنی دوٚرِ منٛز گُذران۔ رۆمی سلطنت ہیٚتھ دۆیمہِ حکوٗمتن آسہٕ چھلہٕ وگرٕ کامتن بیٚیمہِ کٔنیہِ فنکارن تہٕ کارٕیگر بیکار تہٕ دربدر آسی گامتی۔ راژن اَنی دوٗر دراز علاقو پیٚٹھ کارٕیگر تہٕ ہنر مند تہٕ کٔرنکھ سرپرستی۔ یِمَن منٛز آسی ہندستٲنی، ہنر ایشیٲئی بیتر کارٕیگر تہٕ ہنر مند تہِ شٲمِل، یِمو اَنہٕ پانس سٟتؠ دۆیمین علاقن ہٕنٛز تعمیری تہٕ تخلیقی رلوانیٕ تہِ۔ چنانچہِ آسی چھِ وچھان زِ مارتنڈ تہٕ ملوٹ کین مندرن ہٕندِس تعمیرس منٛز چھِ آخری دورِکس رۆمی تہٕ شامی طرزِ تعمیرس بنگالی تہٕ گیٚٹ دورکہِ سوٗرن کالچہِ مرٕژ گرِی کٔنۍ آمت کرنہٕ۔ چنانچہِ مارتنڈ مندرس پیٚٹھ کتھ کران چھِ مارنیز دٟیڈی لیکھان:

"مارتنڈ مندر چھُ یِمہِ کتھِ کِنہٕ دلچسپ تہٕ کیا زِ اَتھ منٛز چھےٚ یوٗنانی تہٕ رۆمی عناصرن ہٕنٛز آویزش۔ (امکہِ ژٕنٛگ تھٔمبہٕ شیر تہٕ ترکوٗنل دوٗگینیال) تہٕ اَتھ سٟتی چھِ کینٛہہ مخصوص ہندستٲنی عناصر تہٕ یِمَن منٛز ترٛوٗتری محراب شامل چھِ۔ محرابک یہ طرزٕ ادس کٔشیرِ منٛز سٹھاہ مقبوٗل۔ یِمیُک ثبوت دۆیمی پرٛکی مندر چھِ۔"

کٔشیرِ ہٕندین مندرن چھےٚ تعمیر کاری ہٕندِ اعتبارٕ اکھ خاص انفرادیت۔ واریاہ آکروبا آراب سیدِتھ آو کٔشیرِ منٛز کاشُر تعمیر کاری ہُند اکھ نوٚو سکوٗل بارسس یِتھ کاشُر فنِ تعمیر دِنوٚ تہٕ یِتھ پنُن مخصوص مزاز چھُ۔ دۆیمین نِشہِ فاضِل تِتھ کوٗرِ کاشرِ لو مختلف چیزن ہُند ورتاو دِنہٕ ضروٗرتہٕ نظرِ تل تھاوِتھ تہٕ تم رۆد کرِ نہٕ

دوٚیمِن ہِندی آویزٕ۔ مثالہٕ پاٹھۍ نِتو ڈورک تھمب یتھ فائدٕ موجوٗب وہ ڈورِ
گرٛزھن آسنہٕ۔ یوٚزٕ کاشُر لوٗ چھینہٕ اَمہِ فائدٕچ پابندی کرٕ مُژر۔ یِتیہٕ چھے کیٚشرن تھمبَن
شُراہ ڈورِ، کیٚشرن ژوٚدہ ڈورِ تہٕ دٕہن ڈورن ہِندی کیٚنہہ تھمب تہِ چھہٕ اَنتھ آمٕتۍ۔
تعمیرکٲری ہِندِس سفرس منٛز چھُ مارتنڈ مندرگوڈنیک اَہم پڑاو۔

مختلف تہذیبن ہُنرکوچھُ منٛز آسنہٕ سعہ کیٚنہہ کوٚر کاشرلوٗ دوٚیمِن ہُندا اثر
ضرور قبوٗل تہٕ اَکھ سیٚتی کٔرِکھ دوٚیمۍ تہِ متأثر۔ منٛز کالس منٛز آس کشیر مرٛکزگری
ہُند اکھ اہم مرکز تہٕ یمنہِ ہونرِ سیٚتی کوٚر کاشرلوٗ یمٕن اَوَندپوکھ زبردس متأثر۔
ہماچل پردیش تہٕ سوات اَکِہ طرفہٕ تہٕ دوٚیمہِ طرفہٕ تبت تہٕ لداخ تہٕ آو کاشرس اثرس
تَل۔ یُہُند مثالہٕ وُنہِ تہِ تبت تہٕ لداخچَن بودھ خانقاہن منٛز موجوٗد چھے۔
مختلف عنصرن تہٕ کاشرِ ہِندِ تخلیقی بلہٕ کِس نتیجس منٛز تھٔنہ یمیتِس کاشرِس
تعمیرکٲری ہِندِس اسلوٗبس وِزر ھئنے کران چھُ ہرمن گوئیز لیکھان:

" اَمہِ طرزِ تعمیرچ خصوصیتھ چھے گیپٹ طرزکین، روٗمی انداز چہِ لیبہٕ ڈورِ دار
تھمب یمِن بیہہٕ گیپٹ طرزکی چھِ۔ تھمبہٕ شیر چھُ باز نطینی تھمین ہُنریاد تازٕ
کران، تیرُ وتری محراب، ہِندسنانی طرزک تالو۔ یتھ مُربع اکھ اَکِس برابر
نِصفس بیٹھ ژٹان چھِ۔ وُلِنتھ وہ گہٕ تہٕ دَگہِ دوٗ آری اہرامی جالہِ کٔش"۔

مُلکہٕ کین مادانی علاقن ہِندین مندرن تِشہٕ چھہٕ کاشری مندر امارتنڈ
ہینتھ ادار یا ہونگووکھ، یمَن نہٕ چھُ تاہ دار کِش تہٕ نہ وُٹھنِتھ شیکھرہٕ نہ چھکھ تیوٗت
پارادکٔرِتھ لوٗت مادانی علاقہٕ کین مندرات گرٕنخ چھُ۔

مارتنڈ ورامے چھُ کشیر ہِندین اکثر مندرن گٔنۍ گمبہٕ گیہ شیہہ۔

(پوزا بہ کُٹھ اییلہ زن شمالی ہندستانکین مندرن دوہ بہ بیٹھ ڈورتام کُٹھ
آسان چھہِ۔ مگر کیٛنہہ رنگ چھہِ نِتھ تہٕ یمَن مَنز کاشرٕین مندرن ماداٗمی علاقن ہیٚندٕین
مندرن ہنٛزِ ہشر چھےٚ۔ مندرکس آنگنس اَندر چھہِ مرکزی مندر ہیمانہٕ لوکٕٹین دِوٕتھن
ہنٛدی مندرن تہٕ۔ دروازٕ آچھن تہٕ ڈٔری یاٗمی دلوین ہنٛزٕ مرزہ چھےٚ ہیٚرن، درواز
ہاکن تہٕ ہنگن پیٹھ آسان بناونہٕ۔ وشنوی تہٕ شیوی عقیدن ہنٛزٕ ترینہ ون
لگنہٕ باپتھ چھےٚ خاص علاٗمژ ہیر یاوہن تہٕ سرد لون وفلاوِتھ۔ مندرس مَنز
لیَس دِوتھس پوزا اسپدان آسہ لشندوہن چھُ یا تہٕ ژٕینس نتہٕ مندرس
برونہہ کنہِ بیٛنجہ بیٹھ بناونہٕ۔ مارتنڈس سان چھُ کشیر ہیٚندٕین اکثر قدیم مندرن
پتھ ؤسی پیوٚمُت یا لُہراونہٕ آمُت، ییٚمہِ کنہِ بہ کٔہر کرُن مشکل چھُ زِ یم پتھ
کتھ چھہِ باراٗمی آسمتہٕ۔ کنگھم چھُ لیکھان زِ مندرن چھُ اہراٗمی چالہِ پٔتس
اوسمُت، ییٚمہِ سٕنٛدی اَنداز تِمی پانٛدرٕ ییٚتھن تہٕ باہر مندرو چھِتھ کورمُت چھُ۔
یِم دوشوَے مندر چھہِ تِمہ دورٕکی یادگار ییٚلہِ کشیرِ ہٕنٛد تعمیری جلال سوٗر لیوٚمُت
اوس تہٕ کاشرِ راز آسی رازٕگی پیٹھہِ ڈالہ آری پیٹھ داٗتی مِتہٕ۔ مگر باڈو بڑین
مندرن متعلق چھُ میون خیال زِ یمَن چھہِ مشرقی جاوا طرزٕکی پتش آسہ مِتہٕ۔
رازٕ للتادتن اوس یہ طرز بہ ہاسی لوٗر تعمیر کرن وِزِ یانہٕ نوٕد مُت، ییٚمہِ کنہِ اتھ
طرزِ تعمیرس اَکھ ناوِیر ہاسی لور طرزِ تعمیر تہٕ چھُ۔ اتھ حقیقتس پیش نظر چھُ
بگوڈا طرزٕے مندرن ہیٚندی پتش تعمیر کرن وِزِ یانہٕ ناوٕن انداز سیٹھاہ
نکھہٕ بارسان۔ بگوڈا طرزس مَنز چھِہنہٕ چھیر انگرہِ ہنٛدے لیوت استعمال سپدان
بلکہ چھےٚ گنزہ استعمالس لگان، ییٚمیک ٹاکارٕ پے جنوبی ہندستان کین مندرن

وُچھتھ لگان چھ تہٕ اتھ طرزس منٛز چھےٚ اوٚکپور ہنٛن منٛدرن کنہِن ہنٛز تنہ نر
کھاریتھ پیٚشِ تعمیر کرنٕچ گٔنٛجٲیِش .

مارتنٛڈ منٛدر چھُ کھلہٕ ڈٲلہ آنگنس منٛزس یتھ ژوٚ پاسے تھمبہٕ بنٛدل چھےٚ .

منٛدرکس آنگنس منٛز چھُکرتھ ملبہٕ تلے چھےٚ سوٚ بیرِ کہ یہ مُرنتھ اتھ آفِسر ـ
ٹیمپیک ذکر ہرمن گوئیٹرن کوٚرمُت چھُ ـ امہِ ملبہٕ تلہٕ چھُ یہ شارد اکھ تہٕ ڈرامٔت
ٹیمچ کھنٛدُٹ چھُکھٕ عبارتھ منٛدرس متعلق تفصیلات ز انس منٛز کانٛہہ خاص
اَتھہ روٚٹ چھپہٕ کران . کتبہٕ چھُ اذ تہٕ منٛدرکِس حاطس منٛز مرکزی منٛدرس ڈیٚھِنہ
کُنہِ رٲژھرتھ ـ

ہرگاہ اَسی مارتنٛڈ، اوٚنتی سامن تہٕ لوٚنیار منٛدرن ہنٛدِس طرزِ تعمیر
ہناژ یتھ دِتھ سنوٚ، مرکزی منٛدرہ اکِس کُن ڈالنہ چھُ یوٚہے طرزِ تعمیر سرینگرِ چہ
جامع مسجدِ منٛز تہٕ ڈیشِنہِ یوان ـ فرق چھُ صرف یہ زِ ژوٚن کوٚنن پیٹھ ژوٚن
منٛدرن ہنٛز جاے چھےٚ ژورو ایوانہٕ ہیمِش یمَن سارنے منٛدرن چھُ آنگن
حاطس منٛز باگ آنگنک یہ طرز چھُ جامع مسجدِ منٛز تہٕ بانہٕ تاوتہٕ آمُت . مستطیل طرزِ
مذہبی تعمیرن ہنٛدِ یہ سلسلہٕ چھُ ہیٚنٛدو بُذاتی بودھ خانقاہ وُچھتھ پانہٕ لوٚومُت .
پرہاس پورٕ ٹیک لتاوت مکتا پیٹھ تعمیر کوٚرمُت راج وہار چھُ امہِ کتھِ ہنٛز
ثبوتہٕ دِوان ـ امہِ وہارک چھُ وٚنی کُنہِ صرف کُن تہٕ منٛز آنگن ڈیشنہِ یوان ـ
اَلبتہٕ چھُ زیہ کوٚٹھرن ہنٛدی نشانہٕ دُنہ تہٕ کُنٛس وُچھتھ لوٚزِ ہِ یوان ـ

مارتنٛڈ منٛدرک گرسبہ گرٕیہ (لوٚزایہ کُٹھ) چھُ مستطیل جالہٕ اندرِ
انٛدری اَرداہ فُٹ پانژہ آنٛچہ زیٚوٚ تہٕ تراوہ فُٹہ داہ آنٛچہِ کھوٚل ـ لُبہ چھس ساد

مگر ساڑ ہسداہ فٹ تھزرس پیٹھ کانس چھس پاراوتھ نہ گژھان۔ مندرک نالو چھ
شاید مورتیس پیٹھ موو بہ چالہٕ اوسمت ییتھ کنی پاندریٹھن مندرس چھ مگر اتھ
متعلق ثبوت داوا کرن چھنہٕ ممکن۔ لوزایہ کٹھیاک فرش نہ مورتی چھے تمہ ساتہٕ
ڈالنہٕ یا تباہ کرنہٕ آمژ ییمہ ساتہٕ مندر وجارنہٕ آو۔ لوزابہ کٹھیک برنہٕ چھ مستقل
ییتھ ہنگس پیٹھی بڈ کانس چھے۔

لوزایہ کٹھس ہنبہ کٹھ (منز کٹھ) چھ اندریٕ اندریٕ ژھ پاسے اژداہ
فٹ داہ آنچہٕ۔ شمالی تہٕ جنوبی لبہٕ چھس دروازٕ ژٹھ۔ منز کٹھس تہٕ وزس
یمہٕ صوٗرژ لبن پیٹھ کورتھ چھے بناونہٕ آمژ تمن منز چھے گنگا مگر چھس پیٹھ
وودنی روزتھ۔ مگر چھس چھے نظر گنگا یہٕ کن۔ گنگا یہٕ چھے اکھ داسی چھت
ژٹتھ دچھنہٕ کنہٕ تہٕ کھوورہٕ کنہٕ چھس اکھ چھبیر بردار۔ دلوی چھ کھووریس اتھس
کنتھ یا ن گڈو تہٕ دچھنس اتھس منز چھس پپوشہ نل۔ یم دوشوے چیز چھہ
گنگا دلوی ہندی عام نشانہٕ۔ گنگا یہٕ ہنتھ لبہ پیٹھ چھے جمنا بناوتھ۔ یہ چھے
کچھوس سوار تہٕ کچھو چھ امی ہندی مستقل واہن (سواری)۔ تاریس ہیوٗ کھوورٕ
لبہٕ دلوس پیٹھ چھہٕ ژلان زگند طرو بناونتھ تہٕ یمن چھ چھتر سایہ کرتھ۔ مغربی
لبہ پیٹھ بناوتھ صوٗرژ چھے گنہ شکلہٕ ورأے وشنو ہندی مختلف روٗپ۔ تہٕ یمن
چیزن فرگوسن سر کھٕ تہٕ چھے ونان چھ تم چھہ بقول دیارام ساہنی ٹکٹہ۔ یمو صورژد
منز چھہٕ پرنتھ صوٗرژ ترے موکھ۔ یمہ مرژ چھے اونتی سامن مندرس منزنہٕ
آسنہٕ مرژ شتر چالہٕ۔ دونتہ مرژ منز چھ منزم ہنبہ وشنو کھوورٕ طرفک وراہ تہٕ
دچھنہٕ طرفک نرسمہا ہند۔ دوشوے صوٗرژ چھے اتھ ترکرتھ تہٕ یہندی

لۄٚنم اکھ چھ چھیر بردارن کلس پیٹھ ۔ یہ طرز چھ کشیر منز بیین وشنوم زٲن منز
تہٕ پانہٕ نادنہٕ آمُت ۔ یمن صوٗرژن چھےٚ ون مال ناگلی ۔ شُمالی اندٕ چہ لبہ پیٹھ مرژ
چھےٚ کھوٗرن منز باگ بنتراتھ ہنز اُڈکاے (Bust) تہٕ نظر گژھان ۔
اکثر صوٗرژن ہندی اتھ چھ پھُٹمتی تہٕ گسہٕ آمتی، ییمہٕ کنہٕ اتھن منز تھاونہٕ آمتی
چیز بدنیران چھنہٕ ۔ وُزلبن کالسہٕ لوٚن بناوِتھ ژۄ داہ صوٗرژ چھنہٕ ژھوسان
پرزناونہٕ یوان ۔ یمو منز چھےٚ یاہ صوٗرژ کھوورِ تہٕ دچھنہٕ لبہ پیٹھ بناوِتھ تہٕ ژٕ
صوٗرژ چھےٚ مشرقی لبہ پیٹھ ۔ دچھنہٕ طرفہٕ کس اکس دِلس پیٹھ چھ اُرن بناوِتھ
اُرن چھ سِری یہ شُندرتھ بان ۔ تہٕ یہ چھ ستن گرٚہن اتھس منز لاکم اُٹھمٕ
بُڈس تزدِ تزس مہرابس ڈکھ وُزکہن ژینین چھ صوٗرژ ہیتھ تار بناوِتھ ۔ مگر
صوٗرژ چھنہٕ پچھانہٕ یوان ۔

وُزس دچھنہٕ تہٕ کھووری کوٹھرِ ہن چھ زِ تاریم اُنٛدری اُنٛدری پانژھ فٹ
نوٚ انچ کھُلی تہٕ ژۄور فٹ تھدی چھِ ۔ اکھ تار چھ مغربس تہٕ بیا کھ مشرقس کُن بتھ
کرِ ستھ ۔ یم زِ تار چھِ سِری یہ کھسنچ تہٕ لوٚہنچ ژینہٕ ون دِوان ۔

مارتنڈ مندرس ژۄ پاسے تھمبہٕ تشادل چھےٚ ییمہٕ وقتہٕ کشیر منز جلالہٕ تہٕ
جمالہٕ کنہٕ جوٗر روس آسمتر تہٕ یہ آس سارِوے کھوتہٕ زیٹھ ۔ اکثر تھمبن ہیتھ
ڈلنہٕ کنہٕ چھنہٕ اتھ ووٚنی سو شان رُوزمژ مگر امہٕ باوجود چھ دوٗرِ پیٹھ وُچھن
والس اکہٕ عظمتک احساس سپدان ۔ تھمبہٕ تشادلِ چھ زیٹھن اندن
منزس زٕ ژڈوور دار تھمب، یم نرواہ فٹ تھدی تہٕ اکھ اکیس نش وٕن نوفٹ
دوٗر چھِ ۔ زیٹھ کوٹھرہٕ ستی ووٚنی تھمبن نشہٕ چھ یم تھمب ہناہ نبر ۔

مُستطیل آنگنَس چھ سَتنَن ڈُلامُت، ڈورِ دار تہٕ داہ اَکھ اَکِس لَرِ ژُکوٗنجل
تھمَب۔ مرکزی منارٕ چہِ ڈبہِ ڈٲکِھ ژور تھمَب، ہِنٛز اوس تھمبن ہُنٛد کُل تیٚداد
ژولیٚشِتھ۔ اَمہِ بُنیادِ اَنٛدرٕ چھِ وونی نِصفہٕ کھوتہٕ تہِ کم تھمَب ووٚدنی۔ پرٛتھ
تھمَب چھ ½9 فُٹ تھوٚد تہٕ ½21 آنٛچہٕ ڈُلوم۔ اٰثارِ رٕہ مێن تھمَبہٕ شیٚرن چھ اکھ اَکِس
کُن وُچھان انسان کلہٕ کرِتھ جانا وار بناونٛہ سٟتی گوشہٕ میٚحرابس پێٹھ چھ بُروٗنہہ کُن
تھ کرِتھ اکھ جانا وار کوٗرِتھ۔ شاید چھِ مغربی اَنٛدٕ تہِ دیوارس پێٹھ تِھٚتھٕ گٔنٛڈی
تھمَبہٕ تنٛدل اَسٕ ہُنٛد پھیٖرِتھ گٔنٛڈی۔ بہِ ووٚنی پور مَنٛدرن اٰس۔ منٛدرُک ژوپاسے حاطہٕ چھ
۲۲۰ فُٹہٕ زیوٗٹھ تہٕ ۱۴۲ فُٹہٕ کھوٚل یٚمہِ سٟتی منٛدرٕ کہِ بادٔوک اَنداز جان پأٹھی
کرنہٕ ہیٚکہِ یِتھ۔

ہِندو شِلپہٕ شاسترکہِ قٲیدٕ موجوب چھِ منٛدرٕ چ ڈیٛاڑی وَسہٕ وِنہٕ
سِری بہِ دیوارَس مَنزباگ تہٕ اَنہ چھ نیوٗتے کھجر لوٗت خود منٛدرس چھ۔ ڈیٛاڑ
تہٕ منٛدرس مَنز یہٕ تنوٗسُب تہٕ توازُن چھ منٛدرس اَکِہ جلال عطا کران تہٕ جلالک
سُہ تصور چھ اَچھن بُروٗنٛہہ کُن لیوان۔ یِہ چیز تہٕ بنہٕ وَن شِلپہٕ شاسترُک دٲئِرت
چھ۔

دوٗرِ پێٹھ چھِ منٛدرٕ چ ڈیٛاڑ منٛدرکین تصورس وُتُش دِوان تہٕ اصلی
منٛدرٕکی پأٹھی چھ ڈیٛاڑ ہِنٛدٕ میٚحراب تہٕ زیٖنہٕ پأرِ آوِتھ۔ پأراوِچ خاص علامت
چھِ تِم سٟتی گوشہٕ تارِکین مَنز مَنزٕ ژُکونجل دِلہٕ چھِ آمتہٕ بناونہٕ۔ ڈیٛاڑ ہِنٛدس
ہٕنگس چھ ½7 فُٹ تھٔدی ڈورِ دار تھمَب ڈٲکِھ۔ یِم تھمَب چھ باقی
تھمبو کھوتہٕ اَکھ فُٹ زیٛٹھی۔ یِمو تھمبو اَنٛدرٕ چھ وُنہِ تہِ اکھ تھمَب ووٚدنی۔

ڈبارِ منٛز لَبہٕ چھےٚ أنٛدرٕ نیٚبر مُرژگری سٕتی پارٲوِتھ۔ سیٚے گوشہِ محرابن
منٛز اکثر دِوتا چھِ ووہٕ دِنی۔ یمن کُنہِ کنہِ وُڈٕ نتی لوٚر منٛدرن ہٕنٛزِ مُرژگری ہنٛدی
پاکھٕ ٹھ عاشہِ مِنٛن ہٕنٛزِ کھیٚنجہِ سٕتی چھےٚ۔ دراصل چھُ وُڈ نتی لور منٛدرن منٛز مادٕ تنٛد ٹکے
فن زیادٕ نفاستہٕ سان پیش آمت کرنہٕ تہٕ ضرورژ موجوب چھُ ہتہِ بیٚتہِ انتھ
پارٲوِ آمت کرنہٕ۔ حُسن کٲری ہنٛدِ یم منظر یِلہٕ پتہٕ کاشرِ لوٚ فن کار وٕنیچہ پیٹھ
منتقل کٔری، یمو سٕرٲولو زندگی۔ کنہِ مقابلہٕ لگہِ پیٹھ نقش پارٲونس تہٕ
ووتلاونس منٛز آیہِ حُسن کارن آسائش تہٕ یمو کوٚر پننہِ فنک وَژھِ داتجہ اظہار۔
اَز تہٕ چھِ ساٲنِس لکہٕ تعمیرس منٛز پمپوش، سِری یہ تہٕ دوٚیمہ ژھہِ کلیٛنہِ علامژ
ژرانہِ دلوائژ ہٕنٛد تسلسُل برقرار تھاوِتھ۔ ہرگاہ ہیچہِ پیٹھ نقش گٔری ہٕنٛزِ دلوائتھ
نیٚبرٕ پیٹھ آمژ آسہے ساٲنِس عوامی فنِ تعمیرس منٛز آسہن یِمہٕ علامژ وۄتلیمژ
تہٕ پھانچہ لیمژ تہٕ پھلےٚژ۔ پنجر کٲری ہٕنٛد فن ووت لکہِ تعمیرن ہنٛدِس دورس
منٛز بیتہٕ عروج حسن پیٹھ مگر اَمِکی ابتدائی نقوش چھِ اَسہِ ہٕنٛزی مہِ تہٕ کُہہِ مہ صدی
درمیانہٕ کیمن کنہِ تعمیرن منٛز بیندِ سیٚود ریشہٕ یوان تہٕ مثالن ہٕنٛز چھینہٕ وۄنہٕ تہٕ بیرگی، بدٲئی رٕد
کٔشیرِ منٛز تعمیر کٲری ہٕنٛد فن وقتہٕ وقتہٕ نیج بدلاوان۔ ابتدائی دورس
منٛز اوس لکہِ تعمیرن چلےٚ جاو۔ یمہِ مو کھہٕ ہٕنٛزی مس ہُتی لس تام تعمیر
سپدمٕژ کاہنہٕ تہٕ چیز اَسہِ تام واتِتھ ہیوٚکنہٕ۔ پتہٕ لوٚگ مذہبی تعمیرن ہنٛدِ باپتھ
کنہِ وَرتاوس چلےٚ جاو۔ یمیچ ابتدائی صورتھ راز پرور سین ثانی ہٕنٛدِ مندرِ ریچ
لب چھےٚ یوسہٕ وۄنس تام تہٕ بہاؤالدین صابنس جاگہِ منٛز ووٚدنی چھےٚ۔ سُلطانن
ہنٛدِس دورس منٛز رٹ لکہِ بیٚیہِ کنین ہٕنٛز جاے تہٕ اَمہِ دورکیو تعمیرو منٛز چھہِ
بڈشاہن ڈمٕٹھ تہٕ مدین صابنی مشید وۄنہٕ موجود۔ موغل دورس منٛز آیہ بیا کھ

اکھ ہیٚژ بٔرۍ ؤہکن، یِمکۍ کانٛہہ آثار وُنِستام محفوظ چھِ۔ خانٛہ ژکوٗنجل دِین پیٚٹھ
چھےٚ ہیٚتہٕ صوٗرژ گُل دار منظرٕ تہٕ اُتھ بتروو تلاوہٕ آمتۍ۔ ڈیٛڑِ اندر کیٛتھِ چٔن
لبَن بناوِتھ دوٗن بڈین تارَن ہٕنز چھُ تہٕ مکھی وِشنو بینہٕ سیوا کارِ ستۍ ہیٚتھ
وۄدٕنۍ۔ تار وبون چھِ بڈۍ ژکوٗنجل دِلہٕ یمَن پیٚٹھ ژنزل شرۍ نٔژان چھِ آوِتھ۔

مشرقہ طرفہٕ مرکزی مندر چھُ ۶۳ فُٹہٕ زیٛوٗٹھ تہٕ ۳۶ فُٹہٕ کھوٗل۔ مگر مغربہٕ
طرفہٕ چھُس کھجر صرف ۲۷ فُٹہٕ۔ اَتھ چھِ ترٕ ےٚ کُنٹھۍ۔ اردھہ منڈپ (اٚنۍ
نیٚس) اَرداہ فُٹہٕ داہ آنٛچہ مربع چھُ۔ انترال (اُنترٕم کُٹھ) یہ چھُ ۱۸ فُٹہٕ زیٛوٗٹھ
تہٕ ۶½ فُٹہٕ کھوٗل تہٕ گربھہ گرٕہہ (لۄکٕٹ کُٹھ) چھُ اَرداہ فُٹہٕ پانٛژھ آنٛچہ
کھوٗل خاص مندرچہ لبہٕ چھےٚ نو فُٹہٕ موٹھہ بیٚلہ زَن وۄزلین ۴½ فٹ موٹھر
چھُ۔

مارتنڈ مندرکِس تعمیرس منز چھُ کشیر ہنٛدِ ہن دۄیمین کنہٕ تعمیرن ہنٛدۍ
پاٹھۍ ہیٚر لِہہٕ تہٕ نرم چوٗنہٕ کنہٕ ہنٛد استعمال آمت کرنہٕ۔ یمہٕ کنہٕ چھےٚ مقامی کنہٕ کھانہٕ
منز آمژ کڈنہٕ۔ تعمیرس چھےٚ گُرتھ پاترٕ لاگتھ یمو منز کینٛژن پاترن ہنٛد نچھر
داہ فُٹہٕ تہٕ موٹھر دوٗہ پیٚٹھ ترن فٹن تام چھُ۔ اکھ کتھ چھےٚ سیٚٹھاہ لایقِ ذِکر کشیر
اندر چھُ اَذ بٔرۍ ؤہہ اَلہ پلہ ژۄواہ شتھ وٕری پاترن واٹھ دِنہٕ خاطرٕ شیٖشہٕ تہٕ نگینن
ہنٛد استعمال آمت کرنہٕ۔ پیٚوٚکھس پیٚٹھ پاترن درمیان چھُ سُرخہ تہٕ چوٗنہٕ زینہٕ
ہنٛد استعمال تیتھہ پاٹھۍ آمت کرنہٕ زِ ڈُھنڈ واٹس چھُنہٕ پیٚی لگان۔

دیا رام ساہنی یِمہٕ دَفنہٕ (۱۹۱۴-۱۵) کشیر منز قدیم آثار بدلِ کلنس
ستۍ آوُ آوس، مارتنڈک آنگن اوس تمہٕ زمانہٕ ملبہ ستۍ ترٛوپرتھ تہٕ کھمبہ

تھڈِ ہندکُن تہٕ اوس مُلبس تل ہینہٕ آمُت ۔ رام چندر کاکنہٕ وقتہٕ آو بہٕ ملبہٕ
کھوٗڈُ نِنہٕ ۔ کھدایہِ دوران ڈرایہِ مندر آنگنس منز بجہٕ وُٹھجہٕ ۔ اَمہِ سیتی نیٚنے یہِ
بیاکھ اہم کتھ یہِ زِ مارتنڈ تعمیر سپدنہٕ برونہہ چھُ اتھ جایہِ بیاکھ لوکُٹ مندر
اوسمُت ۔ یتھ متعلق باور چھُ کرنہٕ یوان زِ یُس مندر چھُ راجہ راناد تن تعمیر اوسمُت ۔
مارتنڈ تعمیر کرنک بجر لوٗد وسے راجہ للتادتس حاصل چھُ مگر مندر تعمیر کرنچہ
جاین ہند شرف چھُ تس شخص گژھان ۔ ییمہِ یہِ جاے مندرکہِ تعمیرِ باپتھ گوڈٕ
ژاراِ ترأس ۔ اَدِ یُس اُسی تس راجہ راناد تیاد ڈیم کانہہ ۔

نوٚو مندر تعمیر کرن ورِ چھُ برونٛہہ کُن نہوٚ نہٕ آمُت بلکہِ چھُ پرانہِ مندرک
کُن نوٚوِ مندرکس حالتس منز ناپرنہٕ آمُت ۔

سکا شرفن تعمیرکس نوٗ آرکس منز چھُ مارتنڈ اکھ شہ منزل بینہٕ یتھ وار یاہ
وَنہٕ بدِ ڈرایہِ ، وار یاہ تعمیر سپدی مگر اَمہِ کسِ جلالس تام کوٚرنہٕ کُنہِ اکھ تعمیرن
پلوٚ تہٕ کیٚپ زِ للتادتس ودآسے اوس یہٕ کانسہِ تہٕ تیتھ بیٚتر ۔

## کتاب نامہ


1. James Fergosn.
   A History of Eastern Architecture.
2. Cunningham.
   Ancient Geography of India.
3. Percys Brown.
   Indian Architecture.
4. Maurizo Taddei.
   India Monuments of Civilization.
5. Hermn Goetz.

Art of India.
6. M.A.Stein.
Kalhan's Rajatarangini.
7.R.C.Kak.
Ancient Monuments of Kashmir.
8. A.K. Bamzai.
Archeological Remains in Kashmir.



مرزا غلام حسن بیگ عارفؔ

# کٲشِر منز ریشم صنعت

اِلسائیکلوپیڈیا امریکانہِ چھُ چین یا ہندوستان ریشمُک مالُن اوسمُت۔ نتہٕ پننہٕ پننہٕ جایہِ دوٚن دَوے۔ مگر چینی لوٗت چھِ ہیکان یقینہٕ سان وَنِتھ زِ ریشم کیتھٕ کٕنہٕ آو لبنہٕ، کر سپُن دٔریافت کُس اوس تہٕ لٔبِن نصیبہٕ ہندوستانس چھینہٕ ریشمچ ثُرٕ کانہہ کتھا تٲریخی اعتبارٕ چ معلوم۔

دپان چینہٕ چہِ اَکہِ مَلکانہِ وُچھٕ لٕگ تُلنہٕ پیٹھ سفید مُہری تُلہٕ پٔن کھوان۔ کٔشِر گالی غاب گژھان تہٕ بیمنے کُلین پیٹھ سفید گوز ہینہٕ کُن روزان۔ اَکہِ دوہہٕ اٲس یٕہے مَلکاژ باغس منز اَکِس یٔڈس تلہٕ کُلِس تَل دٕسِن داسَن ستی ہیتھ چاے چوان زِ اتفاقن پیٔیہِ اُمی سُندی سے گرم چایہ پیالس منز اکھ سفید گوژ۔ اَمہِ ژٕھنہٕ نود سہ چایہ پیالہٕ تراوِتھ۔ مگر یہِ گیہِ یہِ وُچھتھ حارٕتن زِ اَتھ گوژِ دراِیہ اکھ زیٹھ زلرِ تار ہِشِن نبر۔ اَتھ داوِ لمنہٕ ستی نیوو یہِ گوژ اٲس سارے اَمی داوِ یا تارِ ہِنزِ سے بنے منز۔ تہ یہِ اٲس ہیتہٕ بڈی گنز زیٹھ۔ اَمہِ کاٹجہِ مَلکانہِ نیہِ اکھ منز پورٕ دلچسپی تہٕ تجربہٕ کرِتھ آبہٕ یہِ تار گوژو پیٹھ ژرُن

پێٹھ تلنہٕ ۔ تہٕ وارِ وارِ آو ریشمِ تلنُک کارِ بار ؤرتاوس منٛز تہٕ انھ لوگ چلے جاو۔
چینی ٲسۍ چھِ برابر ازتام اَمِس ملکٕچ دلوی نظرِ وُچھان تہٕ ژور پانٛژھ
ساس ؤری گژھِتھ تہٕ چھِ سارۍ ٲکِس لوکھ پرٛیتھ ؤری یہِ اَمی سٕندٕ وٕزِس

مناوان۔

اَمِس پادشاہ بابہِ چھُ سی لنگ چی ناو وُنہمت تہٕ یہِ چھِ اَمِس ژونٛہی خاندانچ اکھ پادشاہ بلے۔ چینی مورخن ہنٛدِ کنہِ چھُ یہِ ژ ساس ستھ ہتھ ؤری قبل مسیحک زمانہٕ اوسمت ہُیس انٛجِلہِ ہنٛدِ بادی منٛز طوفانِ نوح برٛونٛٹھ

قریبن اکھ صدی مانہٕ یِوان چھُ۔

ہندُستانس منٛز تہٕ چھُ ریشمُک ناو سٹھاہ پرٛون۔ سنسکرتس منٛز چھ اتھ "پَٹ" وَنان تہٕ اندازٕ چھُ یِوان کرنہٕ زِ کاشُر "لوٹ" چھ اَتھی "پاٹ" یا "پَٹ" لفظس نِشہِ دٕرامُت۔

ڈاکٹر محی الدین صوفی چھُ پننہِ کتابہِ "کشیر" جلد ۲ ہس منٛز وَنان زِ ارسطوٗ تہٕ ٹالیمیَن تہِ چھُ ریشم کیٚمس پیٹھ تفصیلہٕ سان لیوٚکھمت۔

ریشمچ زان تہٕ ریشمُک کارِ بار چھُ یوٗرپس منٛز شیٚیمہِ صدی عیسوی منٛز ووتمُت۔ دپان یہِ چھُ اوٚلہ سپینہٕ پیٹھ مسلمان حکوٗمتہٕ نِنہٕ آمُت۔ پروفیسر کے حتی چھُ عرب تہٕ اسلام کِتابہِ منٛز لیکھان۔ فرانس، اٹلی تہٕ یوٗرپہٕ کین دوٚیمین ملکن منٛز چھُ بٲہِمہِ صدی منٛز اکھ ریشم کپُر یتھ عربی پاٹھۍ "تابی" وَنان اَسی تہٕ اَمی ناوٕ چھُ

ازتام یہِ دُنیاہس منٛز مشہوٗر۔ فرق چھُ یِیہے زِ "تابی" بدلہٕ چھُس "ٹابی" وَننہٕ

یِوان۔ پروفیسر حتی چھُ یتہِ وَنان زِ قرونِ وسطیٰ چہِ یوٗرپی لیڈیز آسہٕ "Taffete"

ناوک ریشم کپڑ پسند کران ۔ یتھ فارسی ناو "تافتہٕ" اوس تہٕ اَسہِ چھِ وَنہٕ اتھ شافتے وَنان ۔

کشیرِ ہُنز ریشمچ تارٖیخ چھےٚ اَتہِ گٔنڈِ سے اندر ۔ اَسہِ چھےٚ نہٕ یہِ خبر زِ ریشم کیتھٕ پٲٹھۍ اَسہِ پانے لوٚب مُت کِنہٕ ہندستانہٕ کِنہٕ بجایہِ بیٚیہِ جاے لیور نۍ وٚ مُت ۔ نتہٕ ما آسہِ یہِ چیٖنہٕ پیٚٹھہٕ انہٕ آمُت ۔ پنڈت رام چند کاک یُس آخری عُمرِ منٛز مہاراجہ ہری سنگھ سُند وزیر اعظم اوس ، چھےٚ برٛزہامہِ آثارِ قدیمہ کیٚن تحقیقاتن منٛز اکھ ڈایل دِتیلٕ سیٚنز منٛز یتھ متعلق ماہرن ہُنز راے چھےٚ زِ یہِ چھےٚ ازٕ برونٛہہ ترٛین ساسن وُری پرٛن ہُنز ۔ اَتھ ڈایلہِ پیٚٹھ چھےٚ اکِس زنانہِ ہُنز شکل لوسہٕ نہٕ اوٚل ریشمی پارچہٕ لاگتھ باسان چھےٚ ۔ یہِ چھُ ممکن یتھ کیٚنژ آسہِ ہے تِمن دوٚہن چیٖنہٕ پیٚٹھہٕ لیور لیوان ۔ بیتہٕ چھُ ممکن زِ کٲشرۍ آسہِ ہن پانے یہِ وٚونان ۔ اتھ زمانس چھ Neolithic age وَنان نتہٕ تِمن دوٚہن چھ اُسی ہتھ کٲشرۍ گوٚپھن غارن تہٕ دوٚہن منٛز لسان ۔

تارٖیخی لحاظ کِنہٕ چھُ نُنان زِ کشیرِ منٛز چھ اکھ ساس وُری قبل مسیح تہذیب تہٕ تمدنُک دور دورا اوسمُت ۔

ریشمِ صنعتہٕ ہُند گوڈنیُک تارٖیخی ثبوت چھُ اَسہِ چیٖنی سفیر ہیون سانگنہٕ سفرنامہ کِنہِ میلان ۔ یہِ چیٖنی سیاح چھُ ۶۳۰ ءِ منٛز کشیرِ واتان ۔ دیان تِمن دوٚہن چھےٚ وِچہِ بیار اکھ عالمی بُدھ کانفرنس منعقد کرنہٕ آمٕژ ۔ یہِ چھُ لیکھان زِ کشیرِ منٛز چھ ریشم اکِس جنگلی کیمہٕ سُند بنان تہٕ بازرِ چھِ رنگارنگ قسمہٕ کہو دوٚنی تہٕ ریشمی کپڑ وُرتہٕ ۔

---

۱ ۔ جنگلی ریشم کیمٕ ژھانڈی ۱۹۵۹ءِ منٛز لوکہٕ سفید گوٚژ ریشم مگر یمِن ڈرا وکم ریشم ۔

جنگلی رێشمِ کیٚمێن ہٕنز گوٚڈٕ رێشم تارِ ہانٛتھ استعمال کرنُک معنےٚ چھُ یہِ زِ کشیرِ چھُ پنُن لوکل بیول اوسمُت۔ یُس تمہِ دوہَن پالنٕ چھُنہٕ یِوان آسان۔ یمیُک اکھ صاف مطلب یہِ چھُ زِ کشیرِ چھےٚ رێشم کامہِ منٛز پننہٕ اکھ الگ حیثیت اُسمٕژ تہٕ غالبَن چھُ کاشرو پانےٚ رێشم دریافت نہٕ کوٚرمُت تہٕ اَتھ ترقی تہٕ دِژٕنٕ۔ اَز تہٕ چھِ سانین جنگلَن منٛز تلہٕ کُلێن پیٹھ رێشم کیٚمہِ تہٕ نچہٕ نچہٕ گوٚڈٕ آسان۔ مگر اَمہِ نہٕ چھُ اوٚرکُن توجہ تہٕ نہ چھُ تحقیقاتُک کانٛہہ ذریعہ۔

تاریخِ راشدی اَندر چھُ مغل گورنر میرزا حیدر دوغلات وَنان زِ سلطان زین العابدین (بڈشاہ) ہِندِس زمانس ۱۴۲۰-۱۴۷۰ء منٛز اوس یہ صنعت پننِس عروجس پیٹھ۔ امیُک تجارت چھُ بُخاراہَس سیٚتۍ اوسمُت تہٕ بیالگ تہٕ ہاٹیک لین دین چھُ اوسمُت ٹیس پیٹھ۔

بُخاراکنۍ اُسی کشیرِ ہِندۍ رێشمَن دمشق، مغربی ایشیا تہٕ یوٗرپس کُن وَتھ لبٕژ تہٕ بجہٕ بجہٕ منڈۍ آسن مختلف شہرن منٛز قایم کرِمٕژ۔

میرزا حیدر دوغلات چھُ بیتہٕ وَنان زِ ۱۵۴۰ء منٛز ییلہِ سُہ کشیرِ ہِند گورنر اوس اُسی کشیرِ ہِندۍ بڈۍ بڈۍ بازرٕ زَرقہٕ برق کروٚنین رێشمی کپرن سٟتۍ بٔرِتھ کرنس منٛز اکھ اَکِس برونٛھ ٹھیران۔ یِتھۍ رێشمی کپر اُسی نہٕ دُنیاہکین بڈین مشہور شہرن منٛز تہٕ میلان۔ مگر کشیرِ منٛز اُسی سولبو سولبو وسیاب۔

مرزا حیدر چھُ بیتہٕ لیکھان زِ خراسان ہیوٚتِ علاقس منٛز یتھ ماوراءالنہر تہٕ وَنان اُسی تہٕ اُسی نہٕ یِتھۍ رێشمی پلو گنہٕ جایہِ لبنہٕ یِوان۔ مگر رێشم کارس چھُنہٕ ہمیشہ رُتہٕ دوہے لوسُتھ وُچھِن نصیبہٕ اوسمُت۔ یہِ چھُ ہنٛزِ بدس وٕری لیس) وہتل) بجہٕ گرانہٕ

رُود مُت .

آئینِ اکبری اندر تہِ چھُ ابو الفضل کشیرِ ہِندِ ریشمُک ذِکرِ کران ۔ دَپان
چھُ تِمہٕ پَنٕ پٲٹھۍ کیٚمِین کھیاوِنہٕ یوان تہٕ تِکھ چھِنہٕ تُل کھیوان ۔ یہ کتھ چھےٚ ازتہٕ
ٹھیکی چھِ تُلہٕ پَنٕ کیٚمِین نِراوان ۔ نہٕ یمَن کُلِین ہِنٛدی تُلۍ چھِنہٕ استعمال کران
کھینہٕ خاطرٕ چھِ پیوٚندی میٹھۍ تُلۍ پٲدٕ یوان کرنہٕ ۔ زینہٕ گیر علاقہ چھُ یتھین تُلین
منٛز مشہوٗر ۔

دَپنہٕ چھُ یوان دِراگس منٛز آسی یتھ کالہٕ یِم ہُرۍ تُلۍ ہوکھناوِتھ بیٚنہٕ
یوان تہٕ اَمہٕ کِس اَلِس آسہٕ زٕ وچھ یوان کرنہٕ ۔

جہانگیرنہٕ چھُ تزُکِ جہانگیری منٛز ابو الفضلہٕ سٕندِس بیانس تائید کران ۔
یتہٕ چھُ وَنان زِ کشیرِ ہِندی تُلہٕ چھِ گلگِتہٕ تہٕ تبتہٕ پیٹھٕ ریشم بیوٗل اَنان ۔

کشیرِ منٛز چھےٚ وَنہٕ ترٛیہِ جایہٕ یمَن تُلہٕ یتھِ وَنان چھِ ۔ ترٛیشھَن جاین چھِ تُلہٕ باغ
پانہٕ کُلِین ہِنٛدی خنگل آسی مِتۍ ۔ واریاہن جاین چھِ پٲدٕ یتھ وَنان ۔ ترٛیشھَن
جاین آسی پٲٹھۍ گٹری روزان ، یِم یادٕ شیم تارٕ تُلان آسی یا امیٚک لین دین کران آسی ۔
یتھ کالہٕ چھےٚ ریشم سازی پرائیوٹ پٲٹھۍ کرنہٕ یوان آسمٕژ ۔ سِکہ راجس منٛز تہٕ
چھُ ریشمُک کارٕ بار لوکن ہِنٛدی نیٚبرٕ آکھِن منٛز اوسمت تہٕ بٔڈِس پیمانس پیٹھ
چھُ چلان اوسمت ۔ جی ، ٹی ، وِینی (G. T. Vigne) چھُ لیکھان زِ
۱۸۳۵ء منٛز اوس اکھ ابرلِسٹمُک گورنر مقرر کرنہٕ آمُت ۔ مہان سنگھ چھُس ناو
اوسمُت ۔ دَپان یِمَن دوہن اوس نوٗ ملس یدلہٕ ریشم یوان تُلمہٕ ہینہٕ ۔ ترٛیِیم حِصہٕ
اوس کشیرِ منٛز لگان تہٕ باقے سوٗرے اوس پنجاب سوزنہٕ یوان ۔

منشی گنیش داس چھہ "تحفۂ کشمیر" کتابہ منز وَنان زِ ۱۸۴۶ء منز اُس حکومتٕ
رٕشمہٕ آمدٕن زٕ ساس اشرفی آسان ۔ یہ چھہ سکین ہِنٛد آخری تہٕ ڈوگرن ہِنٛد
گوڈنِکال آسان ۔

ڈاکٹر مدسودن گنجو چھہ پننہٕ پی ایچ ڈی تھیسز منز وَنان زِ ۱۸۵۵ء منز
ووتھ یورپس منز رٕشمہ کیٚمن ہِنٛد وباہ تہٕ یمن ہِنٛد نسلے گو ختم ۔ فرانس تہٕ اٹلی یٚتیہ
یہ ہیتہٕ بدلہٕ وٕڈی تیہ پیٹھہٕ چلان ادس گیہ مولیس ۔ یمن دوہن چھہ کشیر پیٹھہ مہاراجہ
گلاب سِنگھن راج اوسمت ۔

دپان ۱۸۶۶ء منز یوٚو یورپس کشیرِ کُن محتاج سیڈن تہٕ دو یوٗ اطالوی ماہر و
نیٚو کشیرِ پیٹھہ ۲۵۰۰۰ اُنس بیول ہٕتھ ۔

یہ کینٛہہ چھے صاف ہاوان زِ کشیرِ چھے یمن دوہن سیٹھاہ ترقی پیٹھہ آسمٕت ۔
مگر واریاہ چھہ اُسی یورپکی محتاج سیڈٕ ہتی ۔ زمانہٕ اکہِ پیٹھہٕ ووت اُسہِ اٹلی تہٕ
فرانسہ پیٹھہٕ بیول انان تہٕ وُنہٕ چھہ اتھ منز جاپانس کُن نظر تھاوِتھ ۔ تتی پیٹھہ
گوڈٕ بیول اَنہٕ ناوان ۔ یٔتی بیمارِ روٚس بیول چھنہٕ ہیکان بناوِتھ ۔ ۱۸۷۰-۷۱ء
منز ہیوو مہاراجہ رنبیر سِنگھن پننی چیف جسٹس کے ، این ، مکرجی رٕشم صنعژ ہِنٛد
سربراہ ۔ یہ اوس بنگالک روزن وول ۔ رٕشم کامہٕ ستی اوس اَمس دلچسپی ۔ مہاراجن
ہاو پننہٕ ذاتی خاہش تہٕ رٕشمہٕ اہمیت تہٕ قدرٕ تہٕ کُرٕ اُن ۔

اَمی اَنی مُرشد آبادٕ کی زٕ ماہر یمن رٕشم کارٕ بار حوالہٕ کوٚرن ۔
سرکارن ہیٚتر ۱۸۷۱ء منز گوڈنِکہ پھیر کرم کشن نِشہ نقد روپیہ گوڈ دِتھ تہٕ
یتھ گنی سیڈ روپن ہِنٛد لین دین تہٕ شروع ہہٕ سرکارٕ کی کنٹرول تہٕ ۔ یس

ونیُک تام تِھکے کینہہ قائیم چھُ تہٕ یتھ گورنمنٹ مانوپلی Governmen /

(Monopoly) دِنہٕ یوان چھُ ۔

اَتھ وٲدِ ہس منٛز آیہٕ زٕ سرکٲری کارخانہٕ تہٕ چالو کرنہٕ ۔ اَکھ اسلام باد تحصیلس

منٛز ژیر پورِ تہٕ بیاکھ سرینگرس انٛدر ہفت چنارہٕ ۔ دوشوٕنی ہوٚو مرشد آباد کارخانہٕ

ناو، تہٕ کیاز زِ یِمن ہنٛد انتظام اوس مرشد آباد کین دوٚن مٲہرن اَتھ ۔ ترییم فیکٹری تہٕ

آیہٕ رٕوگناتھ پور نسیم باغ نکھہٕ تراونہٕ ۔ اَتھ کارخانس دوٚنکھ بہرام پور فیکٹری،

اَتہٕ اوس بہرام پور بنگالک مٲہر کٲشرین تار کشی ہیچھناوان ۔

کشیر چھُ ریشم کامہِ باپتھ بہترین جاے مانہٕ یوان ۔ یہ چھُ نہٕ کٲشرین مٲہرن

ہنٛزٕ رے پاتر راے ۔ یوٚت یُس یُس بیٛیر چھُ مٲہر آو تِمو تہٕ وون یی زِ کشیر چھُ

ریشم سٲزی باپتھ نہایت موزون جاے ۔ ڈاکٹر تازیما (Tazima) ییٚس

عالمی شہرتُک سائینسدان چھُ آو بیہمہِ صدی ہنٛدس شیٖمس دہلس منٛز کشیرِ

یاما آسیے یٔتھ منٛز مہ دہلیُک آخری حصہٕ تہٕ نہٕ چھُ اتھ کتھ تصدیق کران زِ کشیر

چھُ ریشمہ باپتھ جاپانک ہیوٚ رُت تہٕ موزون آب و ہوا ۔ تہٕ کیٚتژن کتھن منٛز چھُ

کشیرِ سرس ۔

میانِ زِ کِنہ چھُ کشیرِ منٛز اَتھ کارس یتھ پتھ گژھنُک یوڈ سبب یہ زِ یہ صنعت

تہٕ کارٕ بار روٗٹ گوڈٕ مہاراجہ یِنہٕ یس اَتھس منٛز تہٕ کٲشرین باسیو دِیہٕ بیگار

ہنٛدٕ ے اَکھ شاخ تہٕ کیاز زِ موٚٹ لَنٛد ژٹنہٕ باپتھ یا دوٚر لوٗمت یا ڈینٛٹھ ہیوٚمت

کٔل زِ نہٕ بدلہٕ نا النس یپتھ اَس دوٚ تہِ یمن سختی یوان کرنہٕ ۔ یوٚت ظلم اوس

کرنہٕ یوان زِ خود سپتی بنے یہ کٲشر زبٲنی منٛز منتھا لہے" اَلہ کٔلس تلہٕ کل کرن"، یعنی

معمولی ہنٛدس پیٹھ مصیبتہٕ منٛز پھاوُن ۔ مقدمن لاگوٚن ۔
وُنیک تام چھُ سےٚ ملبری ہنٛد "کالا قانون" جاری ۔ گرٛلوُ ستے چھُ
کلِس لاگان تہٕ نہٕ لیوٚ ہےٚ چھِس واتان تہٕ مگر اَتھ ہےٚ لاگیس اَتھے چھس زٲنِتھ ۔

مہاراجہ رنبیر سنگھس ییتہٕ کرٕ ریشم خانہٕ باضابطہٕ نوٚس طرزس پیٹھ چالوٗ
کرناوٕنہٕ کام مہاراج پرتاپ سنگھس پیٚٹھ ۔ سر والٹر لارنس آو ریشمک سروے
کرنہٕ موکھہ مقرر کرنہٕ تہٕ اُمی سُنزی سفارشہِ پیٹھ آیہ گوڈنکہ پھیر اٹلی پیٹھہٕ
تارکشی ہنٛز مشینہٕ انہٕ ناوٕنہٕ ۔ رام باغ آو امہِ باپتھ لوٚدٕ زمینہٕ پلاٹ ژارنہٕ ۔
تہٕ ۱۹۰۷ءَ سنہٕ اندر آو انہٕ ریشم خانہٕ قایم کرنہٕ ۔ یُس وُنیک تام اُتھی جایہِ
چلان چھُ ۔ تہٕ تمے پرانیمٕ پھیرٕ منٛز مشینہٕ ازتہٕ چلاونہٕ یوان ۔

ایس، این، کول چھُ "کشمیر اکنامکس" کِتابہٕ منٛز ونان زِ داہ فلیچر آیہ
لاگنہٕ تہٕ شیٹھ ساس ٹکھ آیہ کامہِ پیٹھ لاگنہٕ ۔ مگر یہ چھُنہٕ کول صاب ونان زِ یمہ
شیٹھ ساس اُسیا کرم کش ہینتھ کِنہٕ تارکشنے یا تمی ییم ساری ۔ یہ ناممکن چھُ ۔
میٚ نٕ کنی چھہٕ اتھ تعدادس منٛز کرم کش تہٕ کول صاب بن مجراہ کھیمتی ۔ اُمی سٕنٛدی
وَنہٕ چھُ اکھ لچھ پوٚنڈ قیمتک ریشم گوڈنکہ پھیر تیار کرنہٕ آمت ۔

ریشم خانس چھُ دو یہ پھیر نار لوگمت ۔ ۱۹۰۷ء تہٕ ۱۹۱۳ءَ سنہٕ منٛز ۔ یمو ستی
اتھ سیٹھاہ نقصان ووتمت اوس، مگر حکومتہٕ ہنٛز مہربانی سٕتی ووت ۱۹۱۹ءَ سنہٕ
تام امہِ چہ سالانہ آمدنی ہند حساب ترٛیہ لچھ تہٕ شیٹھ ساسہ پیٹھہٕ بہس
لچھن تام ۔

بیتہٕ چھُ وَنہٕ یوان زِ مشہور انگریزی شاعر رڈیارڈ کپلنگ چھُ گوڈنیک

شخص ییٚمو برطانیہ سرکارس بیہ وۅن زِ کشیرِ منٛز چھےٚ ریشم تیار کرنٕچ سیٹھاہ امکانات
دٕپان اُمی ہِندی سے ڈٕنی منس پیٹھ آو برطانیہ سرکارکہ طرفہ سلک ایسوسیشن
آف گریٹ برٹن وآیرلینڈ سرتھامس وارڈل کشیرِ سوزنہٕ تہٕ ریشم کامہ لوین
طریقن پیٹھ چلاونک جایزٕ ہینہٕ باپتھ تہٕ اُو وچیتھ آو ۱۸۹۷ءَ منٛز کشمیر سریکلچر
ڈیپارٹمنٹ قایم کرنہٕ تہٕ مسٹر سی ڈبلیو والٹن آو گوڈنیک ڈایریکٹر مقرر
کرنہٕ ۔ یُس پتہٕ ۱۹۰۴ءَ تام رُود۔

انگریز، فرانسیسی یا اطالوی ماہرے چھےٚ اتھ کارخانس یِیمہِ صدی ہِندِس
ترٛوریمس دہس تام چلاوان رُودی مِتی تہٕ لوکٕٹی لوکٕٹی مُلازم اُسی لوکل آسان
یِمن یِم نیٚبرٕم لُکھ نیٹو (Native) وَنان اُسی۔ تارکشن پیٹھ اُس
بڑٕ سختی کرنہٕ یوان۔ ٹھاپہٕ آسہٕ لگہٕ ہنز کرنہٕ یوان، تہٕ تِمو سےٚتی اُسی غلطین
پیٹھ یمن منڈل دگنہٕ یوان، جرمانہٕ کرنہٕ یوان تہٕ کاشُر پھولنہٕ پیٹھ شامہٕ ژھمبرن
تام کام ہیٚنہٕ یوان۔ آخری یورپی ڈایریکٹر اوس مسٹر پیشوٗلیس یُس ۱۹۴۶ءَ تام کشیرِ
منٛز اوس بحیثیت ڈایریکٹر سریکلچر کشمیر مُلازِم۔

برطانیہ کو کشیرِ ہِندِس ریشمہٕ کارِ بارس پۆرٕ ہرتلتھ۔ ۱۹۴۷ءَ چہ آزادی
تام اُسی تلہٕ کلی تہٕ ترانیمتی تہٕ اطالوی مشینہٕ تہٕ تارکش تہٕ اُسی بدہیمتی کرم کشن
ہِندی گرٕ اُسی تمہٕ بہمارِ ہِندِ لو سیور رود سےٚتی ترٕتھ یِیمہٕ لۆرلس منٛز گو ترٕ کیمن ہِند
بیول گولمت اوس، ییٚمیک ذِکر آسہِ بیٚیتی مضمونس منٛز برونٛہہ ہیٚنٛی کوٚرُ [1]

---

[1] سیور (Spore) بہمارِ ہِندِ ٹھول چھےٚ اکھ ڈرکنڈ پالنس اندی اندی
بناوان تہٕ محفوظ روزان۔

لوئی پاسچر (Lious Pasteur) اوس تمی دوہن سنہ ۱۸۶۶ء منز
اکہ تھدِ پایک سائنسدان یورپس منز۔ یمی تحقیقات کٔرتھ امہ بیمارِ ہنٛد پے
لگوو تہٕ پیبرین (Pebrine) نٕھووُلس ناو۔ یمیٚک پے نہ خوردبینہ ستی لاگنہ
یوان چھُ تہٕ بیمار روٗس ریشمِ کیٚمین ہٕنٛد بیول بناونہٕ یوان چھُ۔ پَرنتھ ملکس اندر
ییٚنہ ریشم بناونہٕ یوان چھُ، چھہ بیالی گرٕ قایم آمتی کرنہٕ تہٕ ہیتہٕ بٔڈی سیٹھ
اگنہ امنز چھِ ملازم تھاونہٕ یوان، یِم بیمار روٗس بیول تیار کران چھِ۔

گمہ بد قسمتی ستی چھِ امہ بیمارِ ہٕنٛدی سپورٕ گردِ منز کھرہ پین منز لیشن
لبن تہٕ ڈٕرزن منز وٕری یہ وادن زِنٛد روزتھ ہیکان تہٕ ریشم کیٚمین بیمار گٔرتھ
ہیکان۔ یہ چھے ترٛتھ منحوس بیمارۍ زِ اٹلی ہٕنٛدی ماہر آسی پٔتم صدی اندر
تیتی مولیوس گامتہٕ زِ اکی مشہور اطالوی ماہرن اوس وُوتمت زِ "سیٹھاہ افسوس چھ
کتھ چھے زِ اٹلی ہٕنٛد ریشمک قابلِ فخر تعمیر سیٹھ یہ نیسے گٔنس منز دفن"

(پروفیسر لمبارڈی)

تہٕ مے (راقمس) چھُ یوان انتہائی افسوس یہ سان لیکھن زِ کشیرِ اندر لوت
تامتھ یہ ریشم صنعتس اندر انقلاب انہٕ نہٕ یہ، لوت تامتھ گٔرتھ ییٚنیک ریشم خانہ
پتھ پتھ۔

سنہ ۱۹۵۲ء یس منز کرے یہ مے تمہ دوہ یہ کٔس کشیرِ ہٕنٛدِس وزیر اعظم
مرحوم شیخ محمد عبداللہ ہس یہ کتھ واضح زِ جنگل چھ یتی داہن گامن نکھہ زٔھری
گامتی۔ ساسہٕ بٔڈی ایکڑ چھ کلپورڈ ستے۔ تِمو مانے یہ میانی کتھ تہٕ چیف
کنزرویٹر پٹھانہ ہس ستی صلاح مشورٕ کرنہ پتہٕ آیے یور اکھ نایب تحصیلدار

ییٚنھ پلاٹ یُدکٔڑنہٕ باپتھ لاگنہٕ ۔ مقصد اوس یمِن جاین ٹریکٹر لاگتھ تِمہٕ بیول
ؤون تہٕ تِمہٕ دوٚپھ باپتھ زۄننٛڑ بناوٕنۍ ۔ تہٕ یمہٕ نِ جاین نکھہٕ بٔڈۍ بٔڈۍ کیم لاگتکۍ
شیڈ بناونہٕ یمہٕ ہارِ رٔژس گوژ بیول تیار تہٕ کرُن تہٕ کرم کشی تہٕ اتہٕ کسی بِنس
پیٹھ بارٕ پیمانس پیٹھ کرٕنۍ ۔ مگر سنہ ۱۹۵۳ء ہیکٕ اگستکۍ سیٲسی انقلابن پیٹھ سو سکیم
تہٕ ڈٕہتھ ۔ ہرگاہ یہ پلان چلیومت آسہِ ہے ۔ از آسہِ ہے رٔشمکہٕ پٲداوارچ
بدٕ ئے ہیچ ۔ کرم کشی آسہ ہیٚن گوژ تہٕ بناوان ۔ تار تہٕ کڈان تہٕ رٔشم کھرتہٕ دوان ۔
یہِ کام بنہ ہے بے زمین گریسٕتس پوٗرٕ وٕرِ ہیک کار ۔

سنہ ۱۹۵۷ ہکہٕ ریتہ کول کوٗر مے چینس منز بسر شین رنٛتھ یمیو رس
تقریبن ساری ہے چینس رٔشم خانن وچھنہٕ باپتھ ۔ لیو ننگ صوبس منز
یُس چینک شمالی حصہ چھُ تہٕ بیمیک شہر انتونگ دریاے کوٗد بٲکس ٹھٔیٖں
پیٹھ چھُ وُچھ مے ٹسر کیمی ژھوٹہن شابلوط (oak) کلین پیٹھ پالنہٕ
یوان ۔

اکتوبر کس ریتس منز چینہٕ پیٹھ واپس یتہ کور مے ٹسر گوژن ہند جوٗمہ تلاش
ییتہٕ یہ نمن دوہن رٔشم خانک ڈایریکٹر اوسمس مے لُبر دوہ یہ قسمکۍ ٹسر کیمی
یمن فٕ سوالکا (Suvalika) تہٕ رایلی (Rajlei) ناو تھٔو وکھوش
قسمن سیتی ڈرایہ یم دوشوے قسم ہندستانہٕ کین اؤ تنام ٹسر گوژن ہندِ
کھوتہٕ زیٛم تہٕ پھل تراوتھ گینٛرس کاس گرم آبس منز پاکہٕ ناوتھ ڈرایہ یمن
کوژن اصل بٲٹھی تکر گژہ حفہ ورآبی زیٹھ تار ۔ یہ ساسہ گدِس وری لس
ہندستانس منز ممکن اوس بیٛو گمت سپدِتھ ۔

اپرٕ شہرت پھیر رشمکس عالمس تہٕ میٲنی کام وُچھنہٕ وٲتی بڈی بڈی عالمی
شہرتکی سائنسدان یمو منز اسر) جے بی ایس ہالڈین (کلکتہ) ڈاکٹر دی تاریما (جاپان)
تہٕ ڈاکٹر وشنک (فرانس) قابلِ ذکر چھہِ۔

بیاکھ خوش قسمتی سپٕز زبہ گوس جاپانچہِ ٹسر کیمی ذاتہٕ پرنی بی Perneyi
جومہٕ چہٕ رایلی (Roylei) ذاتہٕ سیتی نیتھ کرنس منز کامیاب۔ تہٕ اکھ نوو
گولہٕ پٔٹ رشم (Hybrid) گوو تیار۔ یس کامیابی سان ڈنیہ کین بہترین
ذاتن منز تہٕ بہتر زانہٕ تہٕ مانہٕ چھہ یوان تہٕ از تام چھہِ ہندستانہٕ کین واریاہن
صوبن منز یمہ بپانس پیٹھ کامیابی سان رشم بناوان۔ مگر ساتی ریاستس تلنہٕ
امثیک فایدہٕ۔

بیاکھ کامیابی تہٕ ژٕ آو مے ۱۹۵۶ءیس اندر۔ کاشر بیتھ جومہٕ ازٕ نہ چھہِ
وٕنان تہٕ ژھوٹن پیٹھ چھہٕ ووپہ دان۔ تہٕ نہ چھس کٔر کھیوان تہٕ نہ گیٛن تہٕ نہ گاو۔
انتھ ہنس پیٹھ پول مے اری قسمک گوژ ہیول شنیٛہ شٔیٛہ پھیر ودیس منز۔ انتھ
چھےٚ گوژ اکہٕ انہٕ بیلے آسان تہٕ پاکہٕ ناوٕنہٕ پتہٕ چھہٕ ژٕن پیٹھ امثیک رشم تلنہٕ یوان۔
امثیک کار بار چھہِ آسامس منز تیوٗت زیادٕ زانہ ہرِ شہ کوریِ چھےٚ امہٕ چہٕ پانہٕ ووٕنہٕ
ساڈِ کھاندرس پیٹھ لاگان مگر ہے پتہٕ موزٕنہٕ اتھ کامہٕ تہٕ کانٛسہٕ!



